پرنے تہٕ پرکھ



| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | پرنے تہٕ پرکھ |
| مُصنف | : | رتن تلاشی |
| سالِ اشاعت | : | ۲۰۱۹ء |
| تعداد | : | ۵۰۰ |
| مول | : | ۴۰۰روپیہ |
| کمپیوٹر ڈی ٹی پی | : | رِنکوکول # 9419136369 |
| سرورق | : | مُصنف |
| پریس | : | جے۔کے۔آفسیٹ پرنٹرز، جامع مسجد |

"PARNAY TE PARAKH"

by Rattan Talashi

| | | |
|---|---|---|
| First Edition | : | 2019 |
| Price | : | Rs.400/- |
| Copyright | : | Rattan Talashi |
| Computer DTP | : | IILS DTP Center, 471-A, Sec-2, Vinayak Nagar, Muthi Jammu Rinko Koul # 9419136369 |
| Press | : | Taj Printing Service, Delhi - 6 |

# فہرست

# گوڈٕ کتھ

''پرٕنۍ تہٕ پرکھ' چھےٚ میانِہٕ تنقیدی مضموٗنن ہنٛز سوٚمبرن یمو منٛزٕ بیشتر مضموٗن نثر تہٕ نثری ادبکہٕ مختلف رنٛگن احاطہٕ کران چھِ۔ پتِمہٕ أکِس دون دٔہلہٕ دوران تحریر کرنہٕ آمتہٕ یمن مضموٗنن منٛزٕ چھِ کیٚنٛہہ کیٚژٕن سیٚمنارن منٛز پیش کرنہٕ آمٕتۍ تہٕ کیٚنٛہہ چھِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدٕ مختلف رِسالن منٛز تہٕ شأیع سپدی متۍ۔ ووٚنۍ گوٚو کیٚنٛہہ مضموٗن چھِ گوڈنچہِ لٹہِ چھأپی صوٗرتس منٛز یمہِ کِتابہِ ذٔریعہ برٛونٛہہ کُن انہٕ آمتۍ۔ یمن سارِنٕے مضموٗنن یکہٕ وٹہٕ پأٹھۍ کِتأبی صوٗرت دِنٕس پتہٕ پرٛد چھُ یہِ مقصد زِ یمن تام سپدِ پرن والہٕ آسأنی سان رسأیی حأصِل۔ حالانکہِ یہِ چھُس یمہِ نِش تہِ باخبر زِ کأشرِس منٛز کِتاب چھاپنس کیٛاہ حأصِل چھُ یِوان، اسہِ کأژاہ چھےٚ اکھأ کر سُند پرٕنچ ہأل۔

یہِ تہِ چھُ پوٚز زِ کأشرِ شأعری مُقابلہٕ چھُ نثر تہٕ کأشُر ادبی نثر کأشرِن

ادبی تنقید کِہن حلقن منٛز گٔنہٕ حدس تام عدم توجُہی ہُند شِکار۔ کأشرِ شأعری ہِنٛز مولون کرن واجبن کانٛہہ تصنیف چھےٚ حأوی تہٕ پڑأوی بڑونہہ کُن یِوانٕے۔ مگر نثری فنس مولناون وألی چھِ کأشرِس منٛز گژِتام نقادٕ ے۔ کینٛژھا گٔرِم امہِ سبہٕ تہٕ اتھ نثری مُطالعس پننہٕ بترِ حِسابہٕ یِتھے تیٚتھے بُرٛژر کرنٕچ جسارت۔ مےٚ چھُ یِمہٕ کتھِ ہُند احساس زِ تنقیدس منٛز چھےٚ نہٕ کانٛہہ تہٕ کتھ نہٕ حتمی تہٕ نہٕ حرفِ آخر۔ تِکیازِ ادب تہٕ فنکہٕ تشخیصکی اصوٗل چھنہٕ زانٛہہ تہِ قأیِم تہٕ دأیِم روٗدی متہٕ تہٕ پرٛتھ عہدس تہٕ زمانس چھےٚ وکھرٕ حسیت تہٕ امہ حیثِگ یہٕ تفریقے چھُ تنقیدس نٔوی جامہٕ گنڈناوان۔ بہرحال یِتھ کِتابہٕ منٛز شأمِل مضموٗنن کأژاہ لگہأری چھےٚ اتھ متعلق مێون کانٛہہ داوا کرُن چھُ محال۔ امێُک فأصلہٕ ہیکن صِرف قأری کٔرِتھ۔

تِمن سارِنٕے أدیٖبن عألِمن تہٕ ہُند شُکریہٕ کرُن چھُ فرض یِمن ہِنٛدِ مواد تہٕ مُطالعہٕ نِش یِتھ کتابہٕ منٛز ستعفادٕ کرنہٕ آمُت چھُ۔ تہٕ یِتی چھُ تِمن دوستن تہٕ خأر خاہن ہُند تہٕ شُکریہٕ کرُن ضروٗری یِم مےٚ یہِ مضموٗنہٕ سوٚمبرنہٕ چھاپنہٕ باپتھ زِکھ زِکھ کران روٗدی۔ یہٕ چھُس رِنکوکول سُند تہِ مشکوٗر یِمو میأنِس اوٗگرِ تھوٚگرِی پأٹھی کمپوز کرنہٕ آمتِس مسودس کِتأبی صوٗرت دِژ۔ آخرس پیٹھ چھُم عرض زِ ’’ ہرگاہ میأنہِ ذٔسی کانٛہہ وشفہٕ یا سہو سپُد مُت آسہِ سُہ گژھِ درگذر کرنہٕ یِن۔

رتن تلاشی

جنوری ۲۰۱۹ء، حضرت بل



# لفظ تہٕ معنیٰ: باہمی رِشتہٕ
## (کینٛہہ قدیم ہندوستانٕی نظریہ)

ہندوستانس منٛز چھےٚ زبانہٕ ہٕندِ مطالعٕچ روایت سبٛتھاہ پرٕانٛی۔ مختلف علومن تہٕ فلسفن سٟتۍ وابستہٕ عالموتہٕ مفکرو چھُ زبانہٕ ہٕندٮ۪ن بیۆن بیۆن پہلوٗون ہٕندِ حوالہٕ پنٕنہٕ نظریہ فکرٕچ باوتھ کٔرمٕژ۔ اَتھ منٛز چھُ معنوٕیاتی پہلوٗون ہُنٛد بحث تہٕ شامل۔ مختلف عالمو چھُ چھُ لفظ تہٕ معروض کہِ رِشتٕچ فطرت تہٕ خصوصیت بنیاد بنٲوِتھ ''معنیٰ'' یک تصور واضح کرنٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ 'لفظ' تہٕ 'معنیٰ' کِس رِشتس متعلق پنٕنۍ خیال پیش کرن والٮ۪ن منٛز چھِ خاص پٲٹھۍ گرامردان کٮ۪و لسانی عالم، مختلف مذہبی مفکر تہٕ شعریاتس کٮ۪و شعری جمالیاتس سٟتۍ وابستہٕ عالم شامل۔ غرض فلسفہٕ، لسانیات تہٕ شعریات چھِ وٕتھۍ پٮ۪ٹھۍ پٲٹھۍ تم ترےٚ دبستان یمو اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ لفظ تہٕ معنیٰ یک بحث تُلمُت چھُ۔ یمو ترٮ۪نٛیو منٛز چھُ لسانی تہٕ گرامری

مطالعہٕ ساری کھوتہٕ قدیم ییمِیُک آغاز ژوٗرِمہِ صدی قبل مسیح ہٕنٛدِس مشہور گرامردان پانٔنی سٕنٛزِ تصنیفہٕ ''اشٹ ادھیاے'' سٟتؠ سپُدمُت مانَنہٕ یوان چھُ۔ اتھ پیٹھ چھِ مختلف عالمو شرح لیکھۍمتۍ یِمن منٛز ڈویمہِ صدی قبل مسیح ہٕنٛدِس پتنجلی سُنٛد شرح تہِ شامل چھُ۔ اَمہِ علمی سرچشمُک اہم عالم چھُ بھرتری ہری یُس سٕنٛزِ ''واکیہ پدیہ'' ناوچہِ تصنیفہِ منٛز لفظ معنی کِس رِشتس متعلق موٗلۍ خیال چھِ۔ بھرتری ہری لیس علاوٕ چھِ ماگیش بھٹ، کُندا بھٹ تہِ اَمہِ روایژ ہٕنٛدۍ بیٚیہٕ کیٖنٛہہ عالم۔ قدیم ہندوستان کِبن مختلف فلسفی مکتبِ فکرن منٛز تہِ چھُ 'لفظ' تہٕ لفظن ہُنٛد معنی وۄپداوٕ اکہِ نٔتہٕ بیٚیہِ نقطۂ نظرٕ غور وخوضُک موضوع رُودمُت۔ یِمن منٛز یۄ دوٚے ویدانت، سانکھیہ تہٕ جینی مکتبِ فکر تہِ شامل چھِ۔ اما پوز میماسا، نیاے، وشیشک تہٕ بودھ مکتب فکر چھِ اتھ معاملس منٛز خاص پٲٹھی اہم۔ میماسا مکتب فکرٕچ بنیاد چھےٚ تریِیمہِ صدی قبل مسیح ہٕنٛدِس جیمنی سُنٛد ''میماساسوٗتر'' مانَنہٕ آمُت ییتھ پیٹھ شبر سوامی ین شرح لیٚوکھمُت چھُ۔ میماساسکولس سٟتؠ چھِ کمارل بھٹ تہٕ پربھاکر تہِ وابستہٕ۔ یِمو چھُ زبانہٕ ہٕنٛدبن معنوی پہلوٗون متعلق اکہِ مخصوص زاوِیہِ نگاہ بحث کوٚرمُت۔ 'نیاے تہٕ وشیشک' ادب چھُ بسیار۔ مگر یِمن منٛز چھےٚ 'کناد' سٕنٛز ''وشیشک سوتر'' تہٕ گوتم سٕنٛز ''نیاے سوتر'' خاص اہمیت تھاوان۔ گوڈنچہِ تصنیفہِ متعلق چھُ وَننہٕ یوان زِ یہِ چھےٚ مہاتما بدھ سٕنٛدِ زمانہٕ برٛونٛہہ۔ ییمِیُک شرح ''اُداین'' تہٕ شریدھرن لیٚوکھمُت چھُ۔ نیاے سوترُک شرح چھُ واتساین تہٕ واچسپی ین لیٚوکھمُت۔ بودھ مفکرن منٛز چھِ دِن ناگا، دھرم کیرتی تہٕ رتناکر بیترِ اہم یِمو معنی لیس متعلق بودھی خیالن اکہِ نظریہ ہِچ صورت دِژ۔ معنویاتس متعلق ہندوستٲنۍ نظریہ ہُن ہُنٛد سرچشمہٕ چھُ شعریاتس سٟتؠ وابستہٕ عالمن ہُنٛد مطالعہ تہِ۔

یتھہِ علمُک آغاز چھُ بھرت سُند ناٹیہ شاستر مانہٕ آمُت۔ ناٹیہ شاسترُک موضوع چھُ درشیہ کاویہ یعنی ڈرامہس۔ مگر بروٚنٛہہ گٔژھ یِیلہِ ناٹیہ شاستر کین اصولن ہُنٛد اطلاق شاعری پٕٹھ سپُد تہٕ کاویہ شاستر آو بارسس۔ اَتھ تحت آو شعرٕ زبانہِ ہنٛدین مختلف پہلوٗون تہٕ اَمہِ کِس معنی وو پداوس متعلق تہٕ غور و فکر کرنہٕ۔ یتھ منٛز رس، النکار، رِیتی تہٕ دونیہ مکتب فکرن سٟتی وابستہٕ مختلف عالمن ہُنٛد دیُت چھُ۔ شعریاتس سٟتی چھُ ادبی عالمن ہُنٛد اکھ زیوٗٹھ کاوران وابستہٕ روٗدمُت۔ وول گووتھین عالمن منٛز چھُ آننٛد وردھن یِیمہِ لحاظہٕ اہم زِ أمی چھُ جان شاعری تہٕ جان قاری ہنٛزن خصوصیژن ہنٛز کتھ کران کران لفظ تہٕ معنی کین مسلن پٕٹھ تہِ تفصیلہٕ سان لیوٚکھمُت۔

یِمن ترٛیشوٕنی علمی دبستانن سٟتی وابستہٕ مفکرو چھُ معنی چہِ فطرٕ ژ تہٕ خصوصیژ متعلق رنگہٕ رنگہٕ پہلوٗو کٔڑ سونٛچمت تہٕ سوٗرمُت؛ کینٛژ و سرسری پأٹھی تہٕ کینٛژ و بأریکی سان۔ مختلف مفکرن ہنٛدین خیالن باہم چھُ ہشر تہٕ تہٕ کینٛژن باہم چھُ ہبن تہِ ٹاکارٕ۔ مثلاً علم لسانیاتس سٟتی وابستہٕ کینٛژن عالمن ہنٛزِ رایہِ مۆجوٗب چھےٚ معنی وو تلاونٛچ سکتھ لفظن منٛز، یِیلہِ زن سانکھیہ یا ویدانتی مفکرن ہنٛزِ رایہِ موجوٗب یہِ سکتھ معروضن منٛز چھےٚ۔ کینٛژن ہنٛدِ موجوٗب چھُ لفظ تہٕ معنی یک رِشتہٕ جبری تہٕ کینٛژن ہنٛدِ موجوٗب چھُ یہِ رشتہٕ قدری۔ بہرحال یِمن سارِنٕے عالمن ہنٛزن راین تہٕ تصورن ہنٛز وکھرٕ وکھرٕ ذِکر روزِ نہٕ یتھ مقالس منٛز مناسب تہٕ نہ ممکن۔ بلکہ کرو أسی یِتھین اَتھ متعلق اہم نظرین أنزی منٛزی گرٛشِنٛچ کوشش۔

## میماسا نظریہ

یِتھین چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ میماسا مفکرو یہِ کینٛژھا زبانہِ تہٕ اَمہِ کہِ

معنی کہِ حوالہٕ ڈ ونمت چھُ، سُہ چھُنہٕ عام بول چالی زبانہٕ ہنٛدِ حوالہٕ وَننہٕ آمُت، بلکہ چھُ تِہنٛد موضوعِ بحث ویدن ہٕنز زبان روزمٕژ۔ چنانچہ ویدک عبارت تہٕ منترن ہُنٛد ورتاو اوس یگیہ تہٕ عبادتہٕ باپتھ لأزمی تہٕ اکثر اوس عألمن اَمہِ زبانہٕ ہنٛدِس صحیح مفہوٗمس تہٕ تعبیرس متعلق اِختلافِ رائے روزان۔ ویدک جملن منز الگ الگ لفظن ہُنٛد باہمی رِشتہٕ تہٕ جُملن منزٕ یمن لفظن ہٕنز اہمیت اُس اکثر پأٹھی یِہنٛدِ بحثُک موضوع روزان۔ یِمنے بحثن ہٕنٛدِ نتیجہ آیہِ منترن ہِنٛدِ صحیح مفہوم سرٕ کھرٕ کرنہٕ باپتھ کینٛہہ اصول مرتب کرنہٕ یِہُنٛد مقصد لفظ-معنی مسلہٕ اُنزراوُن اوس۔ یِمنے بحثن دوران چھُ میمامسا مفکرو لفظ تہٕ معنی کِس رِشتس متعلق پننہٕ رایہِ ہُنٛد اظہار کوٗرمُت۔

بہرحال لفظ تہٕ معنی کہِ رِشتہٕ حوالہٕ یہٕ اَمہِ مکتبِ فکرٕچ رائے چھےٚ، سو چھےٚ امہ کہِ فکری نظامہٕ مطأبق۔ چنانچہ اَمہِ نظامِ فکرُک اکھ اہم اصول چھُ خألق ہٕنز عدمِ موجوٗدگی۔ اَمہِ فلسفہٕ مطأبق نہ چھُ یِمہٕ سمسارُک خألق کانٛہہ، تہٕ نہ چھُ اَتھ کانٛہہ نقطۂ آغاز یا اختتام۔ تِتھے پأٹھی چھِ وید تہِ قأیم تہٕ دأیم، یِہُنٛد مصنف نہ کانٛہہ ایشور چھُ نہ کانٛہہ انسان۔ کلام کہِ حیثیتہٕ چھِ یِم پوشوٗنی تہٕ انسانہٕ ہٕنزِ رہبری باپتھ ضروری۔ ویدن تہِ چھُنہٕ کانٛہہ آغاز تہٕ نہ کانٛہہ اند۔ یِم چھِ ہمیشہٕ اُسۍمٕتۍ تہٕ ہمیشہٕ آسن۔ چنانچہ وید چھِ قأیم تہٕ دأیم، امیُک مطلب چھُ زِ یِہنٛز زبان تہِ چھےٚ قأیم تہٕ دأیم تہٕ مستقل۔ اَمہِ سبہٕ چھُ یِمن ہنٛز زبانہٕ ہنٛد بن معنہٕ مفہوٗم کینٛہ محرکاتن ہُنٛد پےٚ لبُن ناممکن چھُ۔ یِتھہٕ پأٹھی چھُنہٕ یہٕماننہٕ ورأے چارٕے کانٛہہ زِ اَمہِ کِنہ لفظن تہٕ معنی یُک رِشتہٕ چھُ فطری تہٕ ازلی۔ چنانچہ ویدن ہٕنز زبان چھےٚ ازلی، اَمہِ سبہٕ چھُنہٕ اَمہِ چہِ صداقتُک باپتھ نہ کانٛہہ سند درکار

تہٕ نہ کُنہِ قسمُک بحث بامقصد۔

میماسا مفکرن ہٕنٛدِ مطأبق چھےٚ لفظس معنی باوٕنٛچ سکتھ یَتھ تم ''یوِگتا'' وَنان چھِ۔ غرض پرٛتھ لفظ چھُ فطری طور معنی باوٕنٛچ صلأحیت تھاوان تہٕ یہِ صلأحیت چھےٚ مستقل تہٕ غأر مبدل تہِ۔ چنانچہ لفظن ہُنٛد تعبیری قوت چھُ ازلی تہٕ پرٛتھ کانٛہہ لفظ چھُ پننہِ اَمہِ خصوصیژ کنۍ بذات خود مخصوص معروضُک معنی تھاوان۔ یتہِ زِ تمام لفظ چھِ ازلہٕ پیٹھے موجوٗد، بلالحاظ یہِ زِ بوزن وول چھا تہُنٛد معنی سمجان یا نہ۔ پرٛ بھاکر سُند وَنُن چھُ زِ چنانچہ لفظن ہُنٛد معنی چھُ اورُے گنٛڈِتھ، یہِ معنی ییہِ اکہِ خاص عملہِ حأصل کرنہٕ یا زاننہ۔ یوسہٕ أسۍ یتھہٕ پأٹھۍ واضح کرِتھ ہکو: مثلاً مألکن أکۍ دیُت نوکرس حکم: ''گاوأنُن تہٕ گُر گنٛڈُن''۔ نوکر چھُ اَتھ حکمس تعمیل کران تہٕ اَتھ دوران چھےٚ شُرِس أکس نوکرس پیٹھ نظر۔ اَمہِ حُکمُک تعمیل کَمہِ انمانہٕ کوٚر نوکرن، اَمہِ سٟتۍ سپُد شُر تہٕ ''گاو'' تہٕ ''گُر'' لفظہِ کِس معنیٖ لیس أنزی مُنزی۔ معنی زاننہٕ چہِ اَتھ عملہِ منٛز چھےٚ پربھاکرن ویدن ہٕنٛد بن حکمی جُملن خاص اہمیت دِژٕمژ۔ اما پوز کمارل ہٕنٛدِ مطأبق ہیکہِ ویدو علاوٕ تہِ کانٛسہِ تہِ قأبلِ اعتماد شخصہٕ سُنٛد کلام اَمہِ باپتھ ورتاونہٕ یتھ۔

غرض میماسا نظریہ مطأبق چھُ زبانہِ منٛز نہ صرف معنی ییک استحکام، بلکہ چھُ زبانہِ ہٕنٛدِ مکمل آسنُک تصور تہٕ، یَتھ منٛز اِرتقاتہٕ معنی ییچ تبدیلی ہٕنٛز کانٛہہ تہِ وَتھ ناپید چھےٚ۔ یہِ کتھ چھےٚ دِلچسپ زِ ویدن ہٕنٛز زبان بحثُک مرکز آسنہٕ باوجوٗد چھُ میماسا والیو خألقِ مُطلقس سٟتۍ وابستہٕ یتھۍ ہوۍ گیت تہٕ نظرانداز کٔری متۍ:

کُس چھُ سون مول......سون خألق!

یُس پرٛتھ مکانس تہٕ پرٛتھ مخلوقس زانان چھُ

سُے چھُ دیوتاہن ناوتھاوننک باعث تہٕ......

میون مقصد چھُنہٕ ویدک گیتس منز باونہٕ آمتہٕ خیالچ معقولیت تسلیم یا رد کرٕنۍ، بلکہ چھُ میون مقصد میمامسا والین ہُند انحراف ٹاکارٕ کرُن۔ زبانن متعلق یتھی ہوۍ تصور چھِ قدیم کالہٕ مختلف تہذیبن منز رائج روٗدۍ متۍ یتھ تحت یمن اساطیری تہٕ الوٗہی خصوصیژٕ وابستہٕ کرنہٕ آمژٕ چھےٚ۔ کینژٕ وچھےٚ یمہٕ خصوصیژٕ منطقی بنیادن پیٹھ سرٕ کھرٕ لرنچ کوشش تہٕ کرٕمژٕ۔ أسۍ ہیکو میمامسا نظریہ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ یژٕھے اکھ کوشش مانٕنتھ یُس نیاے نظریہ فکرن معقول دلیلوٚ سۍ رد کوٚرمُت چھُ۔

## نیاے تہٕ وشیشک نظریہ

میمامسا مفکرن ہندۍ پأٹھۍ چھُ نیاے مکتبہ فکرٕ کہِ توجُہک مرکز تہٕ مُلہٕ تلہٕ ویدک عبادتن تہٕ منترن ہُند صحیح معنہٕ تہٕ مفہوم اوسمُت۔ کینژٕ عالمو چھُ ''نیاے'' لفظُک موٗل ''نی'' مانٕنتھ اَمِچ تشریح تَمہٕ طریقہٕ کارٕ رٔنگۍ کرٕمژٕ یمہٕ کنۍ لفظن تہٕ جُملن ہُند صحیح تأویل تہٕ تعبیر کرنہٕ یوان اوس۔ اَمۍ موجوٗب اوس بعضے لفظن ہندِ صحیح ویدک لہجس تہٕ نیاے وَننہٕ یوان۔ زبانہٕ ہندِ 'لفظ' تہٕ 'معنیٰ' کہِ رشتہٕ حوالہٕ چھُ نیاے تہٕ میمامسا طرزِ فکرن درمیان پھیرٕ نمایاں۔ یہ پھیرٕ چھُ یِہندِ بن بنیأدی تصوٗرن منز تہٕ۔ مثلاً نیاے وألۍ چھِ نہ صرف خألق، مخلوٗق تہٕ فنا ہُک تصور تسلیم کران بلکہ چھُ تِمن نِش ویدن منز لفظ معنییک رِشتہٕ نہ مستقل تہٕ نہ ازلی۔ لفظ تہٕ معنیٰ یِک رِشتہٕ نہ چھُ فطری تہٕ نہ خودزاو تہٕ نہ چھےٚ لفظس تژٕھ کانٛہہ دأخلی تہٕ فطری خصوصیت یمہٕ کنۍ اَتھ کُنہٕ معروضُک معنیٰ آسان چھُ۔ مثلاً ''نار'' لفظس چھُنہٕ پننۍ کانٛہہ دأخلی خصوصیت یمہٕ سببہٕ یہِ اَمہِ باپتھ ورتاونہٕ یوان چھُ۔ نیاے والین ہُند مانُن چھُ زِ لفظہٕ چہٕ معنیٰ سأزی پتھ پُشِ پردٕ چھُ رواج تہٕ روایژٕ ہُند

دخل۔ یہِ طرزِ فکر تہٕ چھُ لفظہٕ چہِ معنوی توٚژھِ ہُنٛد قٲیِل، یَتھ 'ابدا' وَننہٕ آمُت چھُ۔ وون گووتمن نِش چھنہٕ یہِ سکتھ یا توٚژھ فطری یا مستقل بلکہ چھےٚ یہِ توٚژھ اکھ پُشرن تہٕ غٲر مستقل۔ اَتھ توٚژھِ چھُ بعضے 'پرِ بھاشا' تہِ وَننہٕ آمُت۔ نیاے سوترٕ کِس مصنف گوتم سُنٛد وَنُن چھُ زِ لفظس تہٕ معنی لیس باہم چھُنہٕ کانٛہہ سیٚدِ سیوٚد تہٕ فطری واٹھ، بلکہ چھُ یہِ واٹھ سماجہِ ڈٔسی سرکھرٕ سپدان۔ بقولِ تَہٕنٛدِ ہرگاہ لفظ تہٕ معنی یَک رِشتہٕ اَزلی یا فطری آسِہے تیٚلہِ روزٕہن یم پرٛتھ ساعتہٕ موجود تہٕ ہَتی ہَتی۔ یعنی لفظ زیوٚکِ کڈنہٕ وِزِ آسِہے معروض تہِ حٲضر سپدان۔ مثلاً ہرگاہ أسی بونہٕ ہٮ۪ژِ غٲر موجودگی منٛز 'بوٗنۍ' وَنو تہٕ بوٗنۍ آسہِ حٲضر یُس اَکھ عبث صورتحال چھُ۔ میماساوالین ہٕنٛدِس لفظ تہٕ معنی کِس فطری رِشتہٕ کِس نقطہٕ نظرس رَد کران چھِ نیاے وشیشک دٲلِکی ونان زِ ہرگاہ تمام لفظن ہُنٛد معنی ازلی آسِہے تیٚلہِ آسِہے مختلف زبانن درمیان تفاوت غٲر موجوٗد تہٕ نہ آسہٕہن تیٚلہِ کُنہِ زبانہِ منٛز أکی ہٕے معروضس متعلق مختلف لفظ۔ مثلاً ہرگاہ رِشتہٕ قٲیِم تہٕ دٲیِم آسِہے، تیٚلہِ آسہٕہن پرٛتھ زبانہِ منٛز 'گُلابس' گلاب' ونان تہٕ نارس 'نار'۔ یوٚ دوٚے لفظکُ تہٕ معنی یَک رِشتہٕ مستحکم تہٕ مستقل آسِہے تیٚلہِ آسِہے اکہِ معروضہٕ باپتھ اکھ لفظ۔ تیٚلہِ نہ آسہٕہن زبانن منٛز ہم معنی تہٕ نہ ہم آواز لفظ۔ پرٛتھ کانٛہہ لفظ آسہِ ہے تیٚلہِ صرف اکھ معنی تھاوان۔

نیاے نظامِ فکرِ مطأبق چھُنہٕ لفظ محض آوازن ہُنٛد مجموعہٕ بلکہ چھُ یہِ ترٛٹھ اکھ صوتیأتی ساخت یوسہٕ أکِس ذہنی تصورس پیٹھ دٔرِتھ چھےٚ تہٕ معنی تہٕ چھُنہٕ محض معروض بلکہ چھُ یہِ معروضُک ذہنی تصور یا مبدل، یَتھ ''وِکلپ'' وَننہٕ آمُت چھُ تہٕ یُس سماجُک پأداوار آسان چھُ۔ ''نیاے کندلی'' ہٕنٛدِس مصنف شریدھر ہٕنٛدِ

مطأبق چھےٚ پٔرتھ تجرُبَچ تہٕ ادراکٕچ بنیاد کانٛہہ تہٕ کانٛہہ ''مستقل وجود'' یتھ ''دردیہٕ'' وَننہٕ آمُت چھُ۔ مگر دردیچ تشریح ہیکہِ پانٛے دردیہٕ اُستھ۔ لفظ ہیکہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ امیک مجرد ذٔہنی تصور اُستھ تیمیک اطلاق اَمہِ کِس کلہم ورگس پیٹھ سپد تھ ہیکہِ تہٕ یوٚ تام نہٕ اتھ ستی مخصوص تصور وابستہٕ سپدن توٚ تام ہیکہِ نہٕ یہِ مخصوص معنی دِتھ۔ یِم تصورات چھِ ''گُن'' (کیفیت) کرم (فعل) تہٕ وشیش (خوبی) بیترِ محرکاتو ستی وابستہٕ سپدان۔ مثلاً ہرگاہ أسی لفظ 'کتاب' وَنو یہِ چھُنہٕ صرف اکھ مجرد تصور، بلکہ چھُنہٕ اَتھ مخصوص معنی تہٕ کانٛہہ زِ کوسہٕ کتاب؟ ییٚلہِ أسی ''دوزٕ ج کتاب'' وَنو، اَتھ منٛز چھےٚ کتاب ''دردیہٕ'' تہٕ یہِ چھےٚ اکہِ ورٕچ نمایندگی کران۔ مگر یوٚ تام نہٕ اَتھ ستی ''اکھ آسنگ'' تہٕ ''دوزُج'' آسنٛگ تصور وابستہٕ گژھِ توٚ تام ہیکہِ نہٕ یہِ مخصوص معنی دِتھ۔ ''دردیہٕ'' تصور چھُ کینژٕ وگرامردانو تہٕ ورتومُت یِمن منٛز پنٛچلی تہِ شأمل چھُ۔

## اپوٚہ نظریہ

اَپوٚہ نظریہ چھُ بودھی مکتبِ فکرس ستی وابستہٕ۔ بقولِ William Alston، 'اپوٚہ' گو ونکارُن۔ چنانچہ نیایے مکتبِ فکرُک نقطہ نظر یوٚ دوے میمامسا کہِ نقطہٕ نظرٕ مقابلہٕ معقول باسان چھُ، تہٕ کُرتھ چھِ دوشوٕنی ہنٛزٕ کینٛہہ خصوصیژ مشترکہٕ۔ مثلاً دوشوٕنی ہندی طرزِ فکر چھُنہٕ مابعد لطبیأتی ماورایتہٕ نِشہِ مُچھِ تہٕ دوشوے چھِ یِیمہِ رایہِ ہندی زِ لفظ تہٕ معنی یِک رِشتہٕ چھُ مثبت۔ مگر بودھی فکر چھےٚ اَمہِ نِشہِ بد وٕنہٕ۔ یہندِ نقطہ نظر چھُنہٕ یہِ رِشتہٕ مثبت، بلکہ تفریقی۔ یہِ نقطہ نظر چھُ یہندِ فکری نظامہِ مطأبق۔ لامعروضیت یا لاشیئت تہٕ عدمِ وجود چھُ بدھ فلسفہٕ تہٕ خاص پأٹھی اَمہِ کہِ شُنیہ وادٕچ کُنہٕ کنٛز۔ اَمہِ طرزِ فکرِ مطأبق نہٕ چھُ صرف

معروضن متعلق کینٛہہ وَنُن محال، بلکہ چھُ یہ لسأنی اعتبارٕ ناقابلِ اظہار تہٕ۔ یِہنٛدِ نظریہ مطأبق چھُنہٕ معنی لفظ تہٕ معروضہٕ کہٕ براہِ راست رشتہٕ سٟتی پأدٕ سپدان تِکیازِ بذاتِ خود چھُنہٕ لفظس منٛز کانٛہہ تہٕ معروضیت۔ معنی چھُ پننہِ نوٗعیتہٕ کہِ اعتبارٕ منفی۔ لفظس تہٕ معروضس باہم چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ اصل رشتہٕ۔ نیاے والین ہِندی پأٹھی چھِ تم تہٕ مانان زِ لفظ چھُ محض اکھ تصورأتی پیکر یُس چھراہ اکھ ذٔہنی تشکیل چھُ۔ مگر یِہنٛدِ مطأبق ہرگاہ لفظس تہٕ معروضس درمیان کانٛہہ رشتہٕ چھُ سُہ چھُ نکارنہٕ سٟتی بنان تہٕ معنی تہِ چھُ امی نکارنیک نتیجہٕ۔ لفظ چھُنہٕ معروض، بلکہ اکھ وِکلپ یا مبدل یُس منفیتہٕ چہِ خصوصیژ تھاوان چھُ۔ بقولِ دِن ناگا، لفظ چھُ اکھ تیُتھ مبدل یتھ پننہِ ورگہٕ کِنہِ تمام معروضن سٟتی تفریقی نوعیتُک رشتہٕ چھُ۔ مثالے ہرگاہ أسی لفظ ''گلاب'' وَنو، تمیُک معنی چھُنہٕ سیدٕ سیوٗد گلاب، بلکہ تم سأری معروض یم گلاب چھُنہٕ۔ یعنی گلابس چھُ تیٚلی گلاب معنی ییٚلہِ باقٕی تِھِن سارِنٕے معروضن ہُنٛد نفی سپدان چھُ۔

اپوٗہ نظریہ مطأبق چھُنہٕ معروضچ کانٛہہ خصوصیت لفظس منٛز، بلکہ لفظس سٟتی چھُ کُنہِ معروضُک معنی تیٚلی وابستہٕ کرنہٕ یوان ییٚلہِ بدوٗنہٕ کأری تحت اَمہِ نِشہِ ڈٔویم تمام معنی تفریق کرنہٕ یوان چھِ۔ ''لنکا اوتار سوٗتر'' مطأبق ییٚلہِ أسی گفتگو کران چھِ تہٕ اَتھ دوران چھِ کُنہِ چیزس کانٛہہ ناو دِوان، یہ چھےٚ دراصل بوٗنچ اکھ ترکیب یوسہٕ نہٕ حقیقی چھےٚ۔ امیُک مطلب چھُ زِ لفظس منٛز چھُنہٕ معروضچ کانٛہہ تہٕ حقیقت تہٕ معنی چھُ محض بدوٗنہٕ کأری تہٕ تفریقی عملہِ ہُنٛد نتیجہٕ۔ یہ زَن دِن ناگا ییمہٕ مثالہِ سٟتی واضح کران چھُ: ونان چھُ زِ ییٚلہِ أسی ''نیوٗل' پمپٕش' وَنو، نیوٗل لفظُک انتخاب چھُ تمن تمام پمپوش پٮ۪ٹھ ڈٕرِتھ یم نہٕ نیٖلی چھِ تہٕ لفظ ''پمپوشُک''

انتخاب چھُ تِتھین سارِنے چیزن پیٹھ ڈٕرِتھ یم نہٕ پمپوش چھِ۔ تِتھہٕ پأٹھی چھُ امیک معنی غأر نیوٗل تہٕ غأر پمپوش دوشوٕنی زُمرٕکین معروضن ہنٛز بدوٗنکأری تہٕ نفی لیس پیٹھ منحصر۔ ہرگاہ معنی سأزی منٛز بدوٗنکأری ہُنٛد عمل دخل آسہے نہٕ، تیٚلہِ ہرگاہ کأنسہِ کانٛہہ مخصوص چیز اَنہٕ باپتھ وَنہو، سُہ اَنہِ ہے تَمہِ بدلہٕ بیٚیہ کانٛہہ تہٕ چیز، تِکیازِ سُہ ہیکہِ ہے نہٕ تتھ چیزس باقٕے چیزن نِشہِ بدوٗن کٔرِتھ۔ امیک مطلب چھُ یتہِ زِ لفظن ہُنٛد معنی چھُ معروضن ہنٛزن امتیأزی تہٕ پھیرٕ ہاو خصوصیژن پیٹھ ڈٕرِتھ۔

یہ کتھ چھےٚ اہم زِ اَمہِ نقطہٕ نظرٕ یوٗ دوٗے معنی تیٚچ خصوصیت اچھ منفیت چھےٚ، مگر بظأہر چھُ یہ اِثبأتی۔ دھرم کیرتی ہٕندِ مطأبق چھُ امیک وجہ زبانہِ منٛز ذہنی تصورن ہُنٛد تکرار۔ ''اپوٗہ سِدھی'' ہُنٛد مصنف رتن کیرتی سُنٛد وَنُن چھُ زِ معنی سأزی ہنٛزِ عملہِ منٛز چھُ نفی لیس سٟتی سٟتی اثباتی عمل تہِ یتھ ''پُشٹی'' وَننہٕ آمُت چھُ، تہٕ یم دوشوے عملہٕ چھےٚ ذہنی سوٗتھرِس پیٹھ بیک وقت لرِ لوٗر پکان۔

بہرحال لفظہٕ تہٕ معنی کِس رِشتس متعلق چھُ بودھن ہُنٛد طرزِ فکر یمہٕ لحاظہٕ دلچسپ زِ زبأنی سٟتی وابستہٕ یمن مسلن کُن وُہمہِ صدی دوران ساختیأتی تہٕ پس ساختیأتی لسأنی مأہرو توجہ دیُت، بودھ مفکرو آسی صدی یہ واد بروٚنٛہہ تَم مسلہٕ اکہٕ پلہٕ تمی انمانہٕ وبرٛھنأوی متی۔ مثلاً سوسیور سُنٛد یہ وَنُن زِ زبانہِ منٛز چھےٚ چھرا بدوٗنہٕ کأری، چھُ اکہِ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ اَپوٗہ اصولس سٟتی ہٕشر تھاوان۔ یمن دوشوٕنی قدیم تہٕ جدید طرزِ فکرن ہٕشر یکسأنیژن کُن چھُ ''انڈین تھیریز آف میننگ'' کتابہِ ہٕنٛدی مصنف کُنجی راجاہن تہٕ اِشارٕ کوٗرمُت۔

## سپھوٹ نظریہ

معنویاتس متعلق ہندوستأنی گرامر دانن ہٕندِ بن نظریہٕ ہن منز چھُ سپھوٹ نظریہ نہ صرف اکھ نمایاں دیُت بلکہ چھُ یہِ مختلف لسأنی عألمن ہٕندِ باپتھ اکھ تحریک تہٕ بنیومُت۔ ''سپھوٹ'' نِشہِ چھُ مطلب اکھ بامعنی اِشارٕ۔ یہِ بامعنی اِشارٕ ہیکہِ اکھ لفظ تہِ أستھ تہٕ اکھ جملہٕ تہِ۔ سپھوٹ نظریہ مطأبق چھُنہٕ لفظ یا جملہٕ محض آوازن یا صوتن ہنز تندل، بلکہ چھِ یِم بامعنی اِکأییہِ۔ ووں گوو زبانہٕ ہٕندی صوت چھِ بامعنی اکأییہِ باوتھ وسیلہٕ تہٕ یِم صوت چھِ زمأنی ترتیبہٕ حسابہٕ ادا کرنہٕ یوان۔ مگر اُتھ مقابلہٕ چھےٚ معنی وو پداوِچ عمل بیک آن سپدان۔ مطلب چھُ یہِ زِ سپھوٹ وَنو تتھ جملس یمہِ نِشہِ معنی یکدم ووتلہِ یا شولہِ۔ سپھوٹُک لغوی معنی تہِ چھُ ووتلُن، وُزُن یا شولہٕ تراوُن۔ کینٛژن عألمن ہنز رأے چھےٚ زِ ''سپھوٹ'' چھُ تی یہِ جدید لسانیاتس منز sign چھُ۔

سپھوٹ اصولُک بأنی کار چھُ بھرتری ہری یُس اکھ قداوار گرامر دان اوس۔ تٔمۍ چھےٚ اَمہِ نظریہ چ وٕژھنے پننہِ ''واکیہ پدیہ'' تصنیفہِ منز کرٕمژ۔ ووں گوو سپھوٹ اصطلاحُک ورتاو چھُ أمس برونٛہہ تہِ پتنجلی ہٕندِس ''مہابھاشس'' منز سپدُمُت۔ پتنجلی چھُ دنان زِ لفظس چھِ زٕ پکھ: اول سپھوٹ تہٕ دٔیِم ''دھونی'' یعنی آواز۔ تٔہندِ مطأبق چھُ سپھوٹ لفظُک دأیمی پٔہلو یتھ نہٕ انفرأدی تلفظ ستی کانٛہہ تہِ فرق پیوان چھےٚ، یعنی یہِ چھُ غأر متبدل۔ بیٚیلہِ زَن دھونی پٔہلو متبدل چھُ تِکیازِ انفرأدی ورتاوٕ ستی چھےٚ یہِ اثر انداز سپدان۔ ووں گوو پتنجلی تہٕ بھرتری ہری ہٕندِ سپھوٹ نقطۂ نظرس درمیان چھےٚ فرق۔ پتنجلی ہٕندِ باپتھ چھُنہٕ سپھوٹ اکھ اکأیی، بلکہ اکأیی ین ہنز اکھ تندل۔ دراصل چھ پتنجلی سُند یہِ سوچ میماسا

مکتب فکرِ نِشہِ متأثر۔

بھرتری ہری سُنٛد سپھوٹ نظریہ چھُ تَیٚنٛدِ تصورٕ نِشہِ بالکل بدٕلن۔ تَیٚنٛد نقطۂ نظرٕ تہِ چھِ لفظن یا جُملن زٕ پکھی، مگرٕ یم چھِ پتنجلی سٕنٛدِ نقطۂ نظرٕ نِشہِ الگ۔ یم چھِ ظأہری پۆکھ تہٕ ''بھاوپۆکھ''۔ ظأہری پکھِس تحت چھےٚ آوازٕ تہٕ آوازٕ آکار یوان ییٚلہِ زن بھاو پکھِس تحت معنی مفہوم آسان چھُ۔ بھرتری ہری سُنٛد زور چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ آوازٕ اندازٕ یا آکار چھُ لفظُک یا جُملُک خأرجی سۆتھُر تہٕ مفہومی یعنی بھاوپۆکھ چھُ دأخلی یَتھ سہٕ سپھوٹ وَنان چھِ۔ یتھٕ پأٹھۍ چھُ سپھوٹ تی یہِ جُملُک مفہوم آسہِ۔ سُہ چھُ مانان زِ زبانہِ ہٕنز بنیأدی اِکأیی چھےٚ جملہٕ، بامے سُہ جملہٕ أکِس لفظس پیٹھ مشتمل آسہِ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ لفظن پیٹھ۔

ووٚنۍ چھُ سوال زِ بامعنی جملہِ کتھ وَنو؟ یا یہِ زِ اَتھ کمہٕ خصوصیٔژ گژھن آسنہِ؟ ہندستأنۍ گرامر دانو تہٕ لسأنی مأہرو چھےٚ اکہِ بامعنی جملہٕ باپتھ لفظن ہٕنزٕ ترٛےٚ خصوصیٔژ ضرۄری مانِہٕژ: اول، 'آنکانکھشا' یعنی نحوی مناسبت، دۆیم، 'سندھی' یعنی قربت، تہٕ تریم، 'یوِگتا' یعنی مطابقت۔ یۆدوَے جملس منٛز یم ترینشوَے خصوصیٔژ آسن، جملہٕ باسہِ بامعنی۔ مثلاً نی تو یہِ جملہٕ: ''مألِس دِ بتہٕ''۔ اَتھ جملس منٛز چھےٚ لفظن باہم نحوی مناسبت ہرگاہ یہِ جملہٕ ییٚمہِ آیہِ وَنو: ''مألی دِ بتہٕ''۔ عیان چھُ زِ ''مألی'' لفظہٕ چہِ حالژ منٛز چھُ خلل کرنہٕ آمُت، ییٚمہِ سٟتۍ اَمہِ جملہٕ ہِکس نحوی مناسبتس منٛز تہِ خلل چھُ سپُد مُت، ییٚمیُک اثر مفہوٗمس پیٹھ پیٚو۔ قربت کہِ اصولہٕ مطأبق گژھن جُملکۍ سأری لفظ بوزن وألِس تام تَمہِ آیہِ واتنۍ یُتھ نہٕ یمن درمیان وقتی طور بے جا ژھین لگہِ۔ مثلاً ہرگاہ أسۍ ''ہے قلم ما'' اکہِ ساعتہٕ وَنو تہٕ ''تُلِتھ'' وَنو کینٛہہ وق گژِھتھ، اَمہِ سٟتۍ سپدِ قربژ خصوصیت متأثر۔

جملہٕ کہِ معنی مفہوٗمہٕ باپتھ چھُنہٕ یُہے زٕ خصوصیئژ کاُفی، بلکہ چھےٚ ''یوگتا'' تہٕ ضروری۔ مثلاً یہِ جملہٕ نی تو: ''یہٕ کھمبہٕ آب''۔ گرامرٕ لحاظہٕ چھُ جملہٕ صحیح تِکیازِ پرٛتھ کانٛہہ گرامری جُز چھ نحوی ترتیبہٕ حسابہٕ پننہٕ پننہِ جایہٕ۔ مگر مطابقت چھےٚ ندارد۔ ؤ دِوَے شخص اَمہِ آیہِ یہِ جملہٕ بولہِ تس پٹھ ہیکہِ اَسُن تٕتھ۔ اَمہِ سببہٕ چھےٚ جملس بامعنی بناونہٕ باپتھ یمہٕ ترٛیشوے خصوصیئژ ضروری۔

بہرحال بقولِ بھرتری ہری، لفظ یا جملہٕ چھُ معنی لیس وجودس اَنٛگ وِسیلہٕ۔ امیُک خاُرجی پہلو، آواز یا آکار ہیکہِ تقسیم سپدِتھ۔ اُسۍ ہیکو جملچ آواز پھُٹرٕ اُدِتھ، یِم اکھ اُکس سٕتۍ وااُتھ چھےٚ، مگر داُخلی پہلو ہیکہِ نٕہٕ تقسیم سپدِتھ؛ یہِ چھےٚ اکھ وحدت۔ سپھوٹ نظریس منٛز چھُ لفظ تہٕ معنی یَکِ واٹھ سبٹھاہ اہم۔ سپھوٹ چھُ بامعنی اِشارٕ یُس آوازَو ذٔریعہٕ اظہاُری سوٗتھرِس پیٹھ یوان چھُ۔ آوازن ہنٛز کاُمہٕ چھےٚ بامعنی اِشارٕن سپھوٹچ صورت بخشٕنۍ تہٕ سپھوٹ ییلہِ آوازن ہنٛدِ وسیلہٕ اظہاُری سوٗتھرِس پیٹھ یوان چھِ، یِم چھِ غاُر متبدل بامعنی اِکاُے ین ہنٛز صورت پرٛاوان۔ سپھوٹس اِظہاُرکۍ سوٗتھرِس پیٹھ اَنٛنس منٛز چھُ لفظن تہٕ جملن ہنٛز پرٛتھ آوازِ ہُنٛد رول اہم۔ سپھوٹ کہِ اظہارُک آغاز چھُ لفظٕچہِ یا جملہٕ چہِ گوڈنچہِ آوازِ سٕتۍ سپدِتھ اُخری آوازِ ہنٛدِ اداکرنس سٕتۍ مکمل سپدان۔ بہرحال بھرتری ہری سُنٛد دیُت چھُ یہِ زِ پننہِ سپھوٹکہِ نظریہ ذٔریعہٕ گرٕتمُو لفظ تہٕ معنی یس منٛز مکمل وحدت پاُدٕ تہٕ اَتھ وحدتس دِتُن سپھوٹ ناو۔ لفظ تہٕ معنی یَک بنن اوس اُمس برونٛہہ لساُنی ماُہرن برونٛہہ کنہِ اکھ بحث طلب مسلہٕ روٗدمُت۔ اما پوز بھرتری ہری سُنٛد کمال چھُ یہِ زِ تمُو کوٚر ہمِس منٛز یکُت پاُدٕ۔

## دوٚنیہ نظریہ

ہندوستانٔی لسانٔی عالمو تہٕ شعریات کیو ماہرو چھےٚ عام زبانہٕ تہٕ ادبی زبانہٕ درمیان فرق واضح کرنس دوران لفظن ہنٛدِ معنی ووتلاونہٕ کس قووتس ورگہٕ باگے کرمٕژ۔ یمن منٛز چھِ خاص پأٹھی النکار سکولس ستی وابستہٕ عالم تہٕ شأمل یمو لفظُک معنی دوٚن سوٚتھرن منٛز بأگرووُمت چھُ۔ اکھ سوٚتھُر چھُ ''اَبِدا'' تہٕ دوٚیمس سوٚتھرِس چھُ ''لکھشنا'' ناو دِنہٕ آمُت۔ یتھہٕ پأٹھی بروٚنٛہہ تہٕ ذکر سپُز، اَبِدا اچھےٚ لفظچ سوسکتھ یمہِ ذٔسی یہ کُنہِ معروٗضُک معنی باوان چھُ۔ یا وَنو زِ یہِ چھُ کُنہِ چیزُک وِکلپ یا مُتبأدِل بنان۔ یتھہٕ پأٹھی ہیکو وٕنتھ زِ ''اَبِدا'' چھُ لفظُک لُغأتی یا ظأہری معنی۔ یہِ چھُ لفظُک سُہ معنی یُس بوزن وألِس لفظ بوٗزِتھے فہمس منٛز یوان چھُ۔ یتہٕ ہیکو وٕنتھ زِ اَبِدا اچھُ لفظُک تنوظرٕ رٕوس معنی۔ ووں گوو اِنسان چھُ زبان بیشتر پأٹھی جُملن منٛز بولان یتہٕ الگ الگ لفظ رنگہٕ رنگہٕ تنوظُرن منٛز ورتاونہٕ یوان چھِ تہٕ کینٛژن تنوظُرن منٛز ہیکہِ لفظ پننہٕ لُغأتی معنی کہِ دأیرٕ نبر نیرتھ نٔوس معنوی دأیرس منٛز دأخل سپدِتھ۔ یتھین موقعن پیٹھ ہیکہِ امیک معنی اَمہِ کہِ لُغأتی معنی نِشہِ وکھرٕ اسِتھ۔ کُنہِ مخصوص تنوظرس منٛز ورتاونہٕ ستی ییلہِ لفظ نوٚو معنی رَٹہِ، اَتھ وَنو ''لکھشنا''۔ امیک مطلب چھُ زِ ''اَبِدا'' چھُ بنیأدی معنی ییلہِ زن لکھشنا تبدیل شُدٕ یا ثانوی معنی چھِ۔ یتہٕ چھُ دُچھنہٕ آمُت زِ اِنسان چھُ تتھی جملہٕ تہٕ بولان یتہٕ امیک معنی اَتھ منٛز شأمل لفظن ہنٛدِ الگ الگ لُغأتی معنی یہِ نِشہِ مختلف اَسِتھ ہیکہِ۔ مثلأنی تو یہِ جملہٕ: ''سوٗرے گام آو ژٔسِتھ''۔ اَتھ منٛز چھےٚ ٹاکارٕ پأٹھی کرٛاولس تہٕ کرٛادتس درمیان ناہمواریت تہٕ ستی چھُ ''گام'' پننہِ لُغأتی معنی یہِ نبر درٛامُت۔ یتھی ہوٚی جملہٕ چھِ ناہموأری باوجود سانہِ روزمرٕ زبانہٕ منٛز

بولنہٕ یوان تہٕ یِم چھہِ بامعنی تہٕ۔ ہرگاہ اُسی اَمہِ جملہٕ کین لفظن ہُنْد الگ الگ لُغاتی معنہِ نمو تیٚلہِ باسہِ یہِ غارفہم۔ وونی گوو یُتھ ہیوٗ جملہٕ سمجنہٕ باپتھ چھُ اَسہِ ''گام'' لفظُک لُغاتی معنی ورأے سُہ نوٚو معنی زانُن یَتھ کُن یہِ تنوظرس منٛز یِتھ اِشارٕ کران چھُ۔ یوہے نوٚو معنی چھُ امیک لکھشنا۔

اَسہِ وُچھ بروٚنٛہہ پیٚہن زِ بھرتری ہری ین چھُ سپھوٹ وادس منٛز جُملس اَکھ بامعنی اِشارٕ ۆونمُت۔ امی اصولہٕ نِشہِ اِستفادٕ کٔرِتھ کوٚر آنند وردھنن شاعری متعلق تہٕ شعری جمالیاتُک اکھ نوٚو تہٕ مکمل نظریہ پیش۔ تمُ چھُ یہِ نظریہ ''دونیہ لوک'' تصنیفہِ منٛز وِبنٛھنومُت۔ اتھ نظریہ ہس تحت چھُ آنند وردھنن لفظُک ''اَبِدا'' تہٕ ''لکھشنا'' معنی تسلیم کٔرِتھ بیٚیس اَکس معنی سوٚتھرِس کُن تہٕ اِشارٕ کوٚرمُت۔ بقولِ تِہنٛدِ ہیٚکہِ لفظن ہُنْد معنی ترٛیٚیہِ قسمہٕ اُستھ: اِبدا، لکھشنا تہٕ ترٛیٚیم ویٚنجنا۔ ''ویٚنجنا'' دیُت تمی لفظہٕ کِس علامتی یا رمزی (suggestive) معنی لیس ناو۔ پتہٕ اَتھ نظریہ ہس ۆون تمی ''دونیہ''۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ صحیح زِ ''دونیہ'' اصطلاحُک ورتاو چھُنہٕ تمی پیٚٹھے بانہٕ کوٚرمُت، بلکہ چھُ تمی یہِ بروٚنٛہہ مین گرامر دانن نِشی ۆونمُت۔ سُہ چھُنہٕ پانس دونیہ نظریہ ہُک بابہ آدم مانان۔ تمی چھُ اعتراف کوٚرمُت زِ دونیہ اصوٗلچ کتھ کٔرِتھ چھےٚ تمی روایژ ہنٛزٕ وکالت کرمٕژ۔ وون گوو تمِس پتہٕ یِم تہٕ شعریاتکی عالِم ۆتھی تمو مون سُے دونیہ نظریہ ہُک زنم داتا۔

بقولِ آنند وردھن، ییٚلہِ زبانی ورتاوس دوران لفظ یا جملہٕ لُغاتی معنی تہٕ تبدیل شُدہ معنی کھوٚ حدو نبر نیران چھُ، اَمہِ پتہٕ چھُ سُہ علامتی معنی رٹان، یَتھ ویٚنجنا وَننہٕ آمُت چھُ۔ مثلاً یہِ جملہٕ نی تو: ''تمن چھےٚ گرس منٛز ہے گنگا''۔ ہرگاہ اَمہِ جُملُک ظاہری معنی نمو، اَمہِ سِتی ہیٚکہِ مفہومکس واتناوس منٛز دِلہٕ مٲل پأدٕ سپدِتھ۔

تِکیازِ گنگا ہیوٗ رواں دواں دریاو ہیکیاہ گرٕچن لبن منٛز روٗزِتھ؟ وونی وَنِہو زِ اَتھ چھُ تبدیل شُدٕ معنی یعنی لکھشنا۔ یَمہِ مطأبِق اَتھ یہِ معنی کڈٕہو زِ تم چھِ گنگایہِ بٹھس پیٹھ بسان، مگر اَتھ معنی لیس ہیکہِ ''منٛز'' لفظ تھوس اٲنتھ۔ اَمہِ سببہٕ چھُ اَتھ جملس منٛز لفظ گنگا بییہِ کتھ تام کُن اِشارٕ کران۔ یہِ ہیکہِ شرٛوٗژراٲستھ یا خوشحاٲلی یا امن وسکون بیترٕ۔ تِکیازِ گنگا چھےٚ یِمنے معنی ین کُن اِشارٕ کران۔ ہتھہِ پاٲٹھی چھُ یہِ معنی ییک ترٛییم سوٗتھر تہٕ اَتھ وَنو علامتی معنی۔ علامتیت یا رَمزیت کِس اٲتھی طریقہٕ کارس وَنو ''دونیہ'' تہٕ آنند وردھنن تہٕ دیُت اٲتھی اصولس دونیہ اصول ناو۔ دونیُک مطلب تہٕ چھُ علامتیت یا رمزیت (suggestive meaning) ییتھن چھےٚ یہِ کتھ ژتبس تھاوٕنی ضروری زِ آنند وردھنن چھُ دونیہ اصولُک اطلاق شعرٕ زبانہِ پیٹھ کوٚرمُت۔ اَمہِ سببہٕ چھنہٕ ژٕھرٕے علامتیت یا رَمزیت دونیہ بلکہ چھےٚ یہِ سو رَمزیت یوسہٕ شاٲعری منٛز جمالیاٲتی حظُک باٲعث بنان چھےٚ۔ بقولِ تِہنٛدِ چھےٚ دونیہ شاٲعریہِ ہُنٛد رُوح تہٕ عام زبانہِ ہِنٛدِس لفظ تہٕ معنی لیس پیٹھ ہکو امیُک اطلاق کٔرِتھ۔ تتھ متعلق ہکبٕن زٕ رایہِ اٲستھ۔

دونیہِ نظریہِ ہس ہتی کوٚر آنند وردھنس پتہٕ کینٛژو اَدبی عاٲلمو اختلاف تہٕ۔ مثلاً مکل بھٹن چھنہٕ وینجنا معنی ییک کانٛہہ الگ درجہ تسلیم کوٚرمُت، بلکہ چھُ تٔمی یہِ لکھشنا ہُکے انگ موٗنمُت۔ کنتک ہنٛدِ کنی چھےٚ دونیہ دراصل ''وکرواکتی'' ہُنٛد یعنی ورگہٕ اظہارُک دٕویم ناو۔ مگر ابھنو گپتن چھےٚ پننہِ ''ابھنو بھارتی'' تصنیفہِ منٛز دونیہ نظریہِ ہچ حمایت کٔرمٕژ تہٕ تَنہٕ پیٹھ چھےٚ اَتھ ہندوستاٲنی شعریاتس منٛز خاص اہمیت روٗزمٕژ۔



# ساختیاتی لِسانیات: اکھ ویژھنے

جدید لِسانیاتس منز چھُ ساختیات زبانہِ ہندِ مُطالعُک اکھ اہم ایپروچ یَمہٕ زبانہِ مُتلق مختلف روایتی تصوراتن پھیش دیُت۔ ساختیاتی ماہرن ہندِ مطابق چھےٚ دُنیچہِ پرتھ زبانہِ پنٕنۍ اکھ مخصوص ساخت۔ زبان چھےٚ ہیت نہٕ مواد۔ خالی مواد ہیکہِ نہٕ توٚتام کانہہ شکل پرأدِتھ یوٚتام نہ اتھ کانہہ صوٗرت بخشنہٕ ییہِ۔ زبان چھےٚ تیُتھ اکھ نظام یُس مختلف عنصرن پیٹھ ڈٔرِتھ چھےٚ۔ وُہمہِ صدی برونہہ اوس لسانیاتکس علمی مأدانس منز تقوبلی تہٕ توأریخی زبأنیاتک چلے جاو۔ بیشتر لسأنی مأہرأسی زبانن ہندس توأریخی ارتقہس لٕل کھوٚل کران۔ امہِ علاوٕ اوس یتھین مأہرن ہُند منہ کونچھ موضوع مختلف زبانن باہم ہشرس تہٕ بیٚنرس تام محدوٗد۔ ونہٕ چھُ یِوان زِ زبانن ہُند امہِ قسمکہِ مُطالعُک دس تُل فرانسس منز ''کویُر ڈیکس'' ناوٕ کرٕ أکۍ پادرن۔ یَمہِ ۱۷٦۷ ہس منز أکِس تحریریس منز لاطینی تہٕ

سنسکرت زبٲنۍ درمیان گرامری تہٕ لوغٲتی سۆتھرس پیٹھ کینژن مُشترکہٕ خصوٗصیژن ہنز نشاندہی گٔر۔ أتھی دورس منز اوس سر ولیم جونز ''تقوبلی لِسانیات'' کِس مأدانس منز اکھ مشہور معروف ناو ییمی سنسکرت، لاطینی ، یوٗنٲنۍ بیترِ زبانن باہم مُشترکہٕ ہشر تہٕ بین ٹاکارٕ کٔری تہٕ ییتھ پأٹھی پیٚیہٕ تقوبلی لسانیات کہِ لسأنی علمی شعبچ بُنیاد۔ امہِ قسمہٕ کِس مُطالعس کوٚر اتھ ییتۍ ییتۍ وان رسک' تہٕ جیکوب گرم بیترِ لسأنی مأہروتہِ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہ ہُریر۔

توأریخی تہٕ تقوبلی لِسأنی مُطالعکہ درایہِ کینہہ زٕتی نٔتیجہ۔ مثلاً امہِ ذٔسی لوٚگ لفظن ہنز آگرژھانجہِ وُتش۔ یہِ کتھ تہٕ آیہِ برونہہ کُن زِ زبانن منز چھُ اکھ ارتقا سپدُمت تہٕ مختلف زبانہ چھےٚ مختلف توأریخی دوروٗمنزٕ گذرِتھ آوازِ ،لفظٕ وۄترِ تہٕ باقٕے رنٛگو تبدیل سپدیمژ۔ تِکیازبانن ہندِ مخصوص تہذیبی تہٕ تمدنی پسہِ منظرن چھِ ارتقأیی سفرس دوران تبدیلی ین ہندۍ نٔوۍ نٔوۍ کرژھی ترأوۍ متۍ۔ ییتھ مُطالعہ ذٔسی آو قدیم تہذیبن ہنز باہمی تہذیبی لین دین تہٕ روزوتہِ گاشراونہٕ۔

تقوبلی لِسانیاتگ زوررۄٚ دالہ پلہ ۱۹۵۰ عیسوی تام مگر امہِ پتہٕ ہیٚژن زبانن مُتلق کینژن روایتی تصورن منز تبدیلی رونما سپدٕنی۔ تقوبلی لِسانیاتگ زور اوس ییتھ نوقطس پیٹھ زِ کُنہ زبأنۍ ہُند آگُر کیا چھُ تہٕ ارتقأیی سفرس منز کم کم تبدیلی یہِ چھےٚ اتھ منز رونماسپز ہمژ تہٕ دون زبانن باہم کم ہشر تہٕ پھیرٕ چھِ تہٕ یمن ہشرن تہٕ پھیرن ہُند وجہ کیا ہیکہِ أستھ۔ یوٚ تام زن کُنہ زبأنۍ ہندِ موجوٗدٕ صوٗرِ حالُک تعلق چھُ اتھ ییتۍ اوس تقوبلی لسأنی مأہرن کہٕ پہن داد معاملہٕ۔ مگر وُہمہِ صدی ہندیو ابتدأیی ڈٔہلیو پیٹھ ہیژن زبانن ہندِس مُطالعس ،مأہیتس تہٕ معنی کِس وو پداوس مُتلق سوچس منز تبدیلی ییٚنۍ۔ یم تبدیلیہِ آسہٕ ساختیأتی لِسانیاتس ییتۍ وابستہٕ دون

تحریکن ہُند نتیجہٕ یِم دون براعظمن منز لرِ لوٚر چلان آسہٕ۔ اکھ امریکہس منز۔ اتھ پیٹھ اوس بلوٗم فیلڈ سندِ مُطالعُک اثر تہٕ گُنوٗ شتھ ژٕنجی تاپنژہ تام روٗد امریکی لِسانی تحقیقس منز امیک واریاہ اثر۔ امہِ قسمکِس مُطالعس منز آس معنی برعکس گرامر تہٕ باقٕے جُزیاتن اہمیت۔ دوٚیِم تحریک آس یوٗرپس منز وو تلیمٕژ۔ اتھ پتہٕ پرٕ آسی سویزرلینڈٕکس عالِم فریدانند سیوسور سندی خیال۔ یہِ تحریک آس یِیمہِ رٕنگی امریکی ساختیات نِش ہنا بِدونہٕ زِ امہ مُطابق اوس زبانٕ ہُند مطالعہ معنی کہِ مُطالعہِ نِش الگ کرُن محال۔ امہِ علاوٕ دیت سیوسوری ساختیاتن یتھ کتھِ پیٹھ زور زِ زبانن ہُند تواریخی مُطالعہ ہیکہِ نہ کُنہ لِسانی جماژہنز زبانٕ ہنز موجوٗدٕ حالت زانِنس منز اتھٕ روٗٹ کرِتھ۔ بلکہِ امہِ باپتھ چھُ ضروری زِ تواریخی کوچہٕ پھرِ ین منز راونہ برعکس پزٕ تمہ زبانٕ ہنز موجوٗدٕ صوٗرژ ہُندُے مُطالعہ پیٕہ کرنہٕ۔

سیوسور اوس نومبر ۱۸۵۷ عیسوی منز سویزرلینڈٕکس اکس فرانسیسی رفیوجی پرِوارس منز زامُت۔ ۱۸۹۱ اتس منز بنیو سہٕ جنیوا یونیورسٹی منز لِسانیاتُک پروفیسر۔ مُلہ تلہ اوس سیوسور تہٕ تقوبلی لِسانیاتُک ووستاد۔ تہٕ تسندِ مُطالعُک مأدان اوس ہند یوٗرپی زبانہ تہٕ سنسکرت زبانٕ ہندِ لِسانیات۔ سہٕ گوٚو ۱۹۱۳ ہس منز گوٚو یِیمہِ عالمہ۔ تسند یو کینژ و شاگرد و گری تسندِ مرنہ پتہٕ تسندی کینہہ کلاس لیکچر یکہ وٹہٕ تہٕ تمن دِژکھ کتأبی صورتھ امی کتابہِ ڈسی پیٕہ ساختیأتی لِسأنی مکتبِ فِکرِچ بُنیاد۔ سیوسور سندی ڈسی یُس یہِ نوٚو اپروچ بارسس آو یہ آو باقٕے علمی شعبن منز تہٕ ورتاونہ۔ چناچہِ زبان چھِ اکی نہ صرف پرتھ علمی شعبس منز ورتاوان بلکہِ چھُ زبانٕ ہندی ؤسیلہ کانہہ تہٕ علم زاننہ تہٕ سمجنہ یوان۔ یتھ پأٹھی ز بنیو و زبانٕ ہُند مُطالعہ اکھ اہم علمی شعبہ بلکہِ آو ساختیأتی مُطالعہ سماجیات، ادبی تنقید تہٕ لگہ

ادب بیترِ مُطالعیأتی شعبن منز تہٕ ورتاونہٕ۔

ساختیات موجوٗب چھےٚ پرتھ چیزس پنٕنۍ اکھ ساخت یوٚساتھ منز شأمِل لوکٹین لوکٹین جُزن یا عُنصرن ہنز کُلی صوٗرت چھےٚ۔ ہرگاہ أسۍ زبان نموٗ پتر چھےٚ مختلف بُنیأدی جُزن ہنز اکھ کُلی صوٗرت۔ ساختیاتُک زور چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ زبان چھےٚ اکھ ہیت نزِ مواد۔ یہِ ہیت چھےٚ شعوری کوٗششہِ ہُند نتیجہ۔ یوٚ دوے أسۍ کُنہ زبأنۍ ہُند لفظِ راش نموٗ اتھ ہیکو نہ أسۍ توٚ تام مواد ؤنتھ یوٚ تام نہ اتھ کانہہ ہیت یا ساخت بخشنہ ییہِ۔ کُنہ زبأنۍ ہندس موٗلہ آوازِ نظامس نہ یوٚ تام کانہہ ترتیب یا ہیت دِموٚ توٚ تام بنہٕ نہ تتھ لفظ تہٕ ییلہِ لفظن کانہہ ترتیب بخشنہ ییہِ اِد ہیکہِ جُملہ بٔنتھ۔ غرض زبان چھےٚ تیٚلی اکھ لگہار زبان ییلہِ اتھ کانہہ صورت یا ہیت بخشنہ ییہِ۔ ووٚنۍ گوٚ واتھ صوٗرت یا ہیت بخشنس چھِ پنٕنۍ اصوٗل۔ یہِ ہیکہِ نہ أنۍ مأنۍ أستھ۔ سیوسور چھُ زبأنۍ ہنزِ ہیٚژ شطرنج کھیلہ سٟتۍ موأزنہ کران۔ ونان چھُ زِ یتھ پأٹھۍ شطرنجٕچ چال گندنہٕ وِزِ بادشاہ، وٗزیر، پیادٕ، بیگم کیوٗ گُری اسہِ ذیہنس منز تھاوِنۍ پیوان چھِ تتھےٚ پأٹھۍ چھِ زبان ورتاونہٕ وِزِ سأری جُز کُلی طور ورتاونہ یِوان۔ روایتی لِسانیاتس منز اوس موادس تہٕ معنی لیس پیٹھ زور مگر ساختیاتس منز زبأنۍ ہندس گرتس تہٕ ہیٚژ پیٹھ زور۔ روایتی لِسانیاتس منز ییتہٕ لسأنی مأہر زبانن ہندِ ہشرِچ بیٚنرٕچ کتھ کران أسۍ تتہ چھِ ساختیاتس تحت زبأنۍ ہندۍ مختلف ساختی سوٚتھری زیرِ مُطالعہٕ اننہٕ یِوان۔ ساختیأتی مطالعس منز چھُ جُزٕک تہٕ کُلُک باہمی رشتہٕ اہم تہٕ امہِ نظریہِ مُطأبق یتھ پأٹھۍ جُز کُلس سٟتۍ وابستہٕ چھُ تتھےٚ پأٹھۍ چھُ کُل تہِ جُزن پیٹھ ڈٕرِتھ۔ ساختیأتی لِسانیاتس منز آیہِ بولہِ یعنی بول چألی زبانہِ اہمیت دِنہ نزِ تحریری زبانہِ تکیازِ امہِ اپروچہِ مُطأبق چھُ تحریر محض بولہِ ہنز اکھ طبعی

صوٗرت۔ ساختیاٗتی ایپروچس تحت یم کینہہ اصوٗل سیوسور تہٕ بیٚیہ کینژٕ ولساٗنی ماہرو پیش کٔری متی چھِ تمہ ہیکو کھ یمن کینژن عنوان تحت ویژھناٗوِتھ۔

لینگ تہٕ پیرول: زباٗنی ہُند وجوٗد چھُ دون سوٗتھرین پیٹھ۔ اکھ گیہ لِساٗنی صلاٗحیت تہٕ دوٗیم لِساٗنی ورتاو۔ زبان پٔرچھنچ، بولنچ تہٕ ورتاونچ صلاٗحیت چھےٚ پرتھ فردس زینہٕ پیٹھے آسان ۔ یہِ صلاٗحیت چھےٚ تس جسمہ کین باقٕے نظامن ہندی پاٗٹھی تھنہ پیٚنس سٟتی حاصل سپدان ۔ تہٕ ییٚتھےٚ تس سازگار ماحول میلان چھُ یہ صلاٗحیت چھےٚ پوچھر پراوان۔ فردٕ سنز لِساٗنی صلاحیت ہیکہِ اَکِس سماٗجی چوکاٹھس منزٕ ے پوچھر پراٗوِتھ۔ گوڈنکس سوٗتھرِس چھُ "لینگ" یعنی زبان تہٕ دوٗیمس "پیرول" یا بوٗلی وننہٕ آمُت۔ چناچہ زبان چھےٚ اَکِس جوغرافیاٗیی خطس منز اکہِ باوٗژ وٗسیلہ رٔنگی ورتاونہٕ یِوان تہٕ باوٗژ صوٗرتس منز یہِ کینژٕ ھا اسہِ بروٗنہہ کُن یِوان چھُ سوے چھےٚ گُنہ زباٗنی ہنز صورت۔ زباٗنی ہندس اتھ بولن سوٗتھرِس منز چھِ جاے، زمان، جنس وأنس تہٕ صلاٗحیژن ہندس بُنیادس پیٹھ فردن ہندِس زباٗنی ورتاوس منز پھیر نُمایاں سپدان مگر امہِ باوجوٗد تہٕ چھِ پرتھ زباٗنی ہٕنزی کینہہ قاٗیدٕ، رسم تہٕ اصول کارفرما آسان یم اتھ لِساٗنی جماٗژ مُشترکہ آسان چھِ تہٕ یم نہ یمو انفراٗدی بول چاٗلی پھیرو باوجوٗد مُتاٗثر سپدان چھِ۔ مطلب چھُ یہ زِ باوٗژ پھیرن ہندِ باوجود تہٕ چھِ زباٗنی ہندی یم اصول تہٕ قاٗیدٕ پننہٕ جایہ مسلم۔ گنہِ زباٗنی ہندی یم اصول تہٕ قاٗیدٕ کیو رواج رسم چھِ اَکِس نظامس تحت گنڈِتھ آسان یتھ اکھ مخصوٗص طریقہ کار آسان چھُ۔ زباٗنی ہندی یم اصوٗل چھِ صوتیاٗتی سوٗتھرِ پیٹھے معنویاٗتی سوٗتھرس تام موجوٗد روزان۔ یِمنے اصولن تحت زباٗن ورتاٗوِتھ چھےٚ اکھ لِساٗنی جماتھ زباٗنی ہٕنزی باوٗژ کاٗم ہیوان۔ زباٗنی ہندس اَتھی اصوٗلہ نظامس چھُ

سیوسور ''لینگ'' ونان۔

زبٲنۍ ہُندس منظّم نظامس ویژھناونہ باپتھ دیُت سیوسورن یہِ تصوٗر تہٕ زِ زبان چھےٚ رسوٗمن تہٕ قأیدن ہُند اکھ نظام۔ یعنی زبان چھےٚ سماجک اکھ باوٕژ ؤسیلہٕ یتھ رسوٗمن تہٕ قأیدن ہُند اکھ نظام ڈکھِ چھُ تہٕ سماجس منز باوتھ کٲری باپتھ چھُ امہِ نظامچ تابع کٲری ضرٗوری۔ اتھ نظامس چھُ اکھ فرد سماجس منز روٗزِتھے اُنزی مُنزی گرٛھان۔ اکھ شُر چھُ زینہ پتہ کینژِ کالی زبٲنۍ ورتاوٕکی یِم رسوم پانناوان۔ سہٕ چھُ پننہِ زبٲنۍ ہنز آوازٕ تہٕ تلفُظ بیترِ بوزان۔ امکی اصوٗل سمجان تہٕ پتہٕ وٲنسہ تموٕے مُطأبق یہٕ زبٲنۍ پننہِ باوٕژ ضرٗوٕژ موجُوب ورتاوان۔ امہِ زبٲنۍ ہندی یِم رسوٗم تہٕ قأید بیتریِم اکھ فرد سماجس منز روٗزتھے حأصل کران چھُ یِمنے پیٹھ چھُ ''لینگ'' مُشتمِل۔ یٖتین چھُ یہِ وَنُن تہٕ ضرٗوری زِ خیالن ہندس ترسیلس دوران چھےٚ اصوٗلن تہٕ رسومن ہنز تابع کٲری پأنۍ پانے سپدان۔ بِلکل تتھے پأٹھۍ یتھ پأٹھۍ گِنہ کھیلہِ ہندس کھِلأڑس اتھ کھیلہ ستۍ وابستہٕ اصوٗلن تہٕ رسوٗمن پیٹھ پأنۍ پانے نظر روزان چھےٚ۔

اکہِ پاسہٕ چھُ یِتھ کانہہ فرد اَکِس لسأنۍ جمأژ منز روزِتھ پننہِ خیالہ باوٕژ باپتھ زبٲنۍ ہندین اصوٗلن تہٕ رسومن ہنز پأروی کران تہٕ دوٗیمہ پاسہٕ چھُ تسُند ذأتی تہٕ انفرأدی رنگ تہٕ تسنزِ باوٕژ منز ٹاکارٕ سپدان۔ یتھ پأٹھۍ چھُ تسندس طریقہ اظہارس منز لِسأنۍ جمأژ ہندس اجتمأعی رنگس ستۍ ستۍ انفرأدی رنگچ ژھاے تہِ جلوٕ گر روزان۔ اتھ انفرأدی رنگچہِ بولہِ دیُت سیوسورن ''پیرول'' ناو۔

زبان یعنی ''لینگ'' تہٕ بوٗلی یعنی پیرول'' چھِ نم تہٕ ماز۔ أسی ہیکو ؤنتھ زِ

نہ ہیکہِ کانہہ پیرول یابۄلی زبأنہِ ورأے أستھ تہٕ نہ چھےٚ تژھ کانہہ زبان یا لینگ یتھ نہ بۄلی یا پیرولِ آسہِ۔ یمن دوشوٕنی ہُند رشتہٕ چھُ لأزمِ ملزوم۔ اکیک تصوٗر چھُ دوٗیمہِ ورأے ناممکن۔ ''لینگ'' تہٕ ''پیرول'' کہِ امہِ پانہ وأنی رِشتٕچ بُنیاد چھےٚ انسانہ ہنز باوٕ ژتأ جلی۔ ہرگاہ کُنہ سماجس منز ''لینگ'' کِس صوٗرتس منز مُشترکہٕ اصوٗل تہٕ رسوٗم آسن نہ تِتھس سماجس منز ہیکہِ نہ زبان کُنہ قسمہ کہِ ترسیلہٕ خیالہٕ باپتھ لگھار أستھ۔ سماجس منز اکھأکی ہندی خیال تہٕ اظہار زانہٕ تہٕ سمجنہ باپتھ چھُ اولین شرط زِ لینگ کین اصوٗلن ہنز پیٚیہ پأروی کرنہٕ۔ مگر یتھ پأٹھی ''پیرول'' باپتھ لینگ ضروٗری چھُ تتھے پأٹھی چھُ زبأنی یا ''لینگ'' باپتھ بۄلی یا ''پیرول'' تہِ ضروٗری۔ تکیازِ کُنہ تہِ زبأنی ہندس نظامس تام واتنگ وٕسیلہٕ چھےٚ بۄلی یا پیرول تہٕ امکیٚ بنیادس پیٹھ چھُ کُنہ زبأنی ہُند اصوٗلہ نظام ویژھناوُن ممکن۔ یاوتہٕ ییتہِ زِ زبان چھےٚ تیٚلی زبان ییلہِ یہِ ورتاوس انہٕ ییہ۔

اتین ہیکو ''لینگ'' تہٕ ''پیرولس'' باہم یہِ فرق بدِ کڈِتھ زِ ''لینگ'' چھُ اکایل۔ ییلہِ زن پیرول امہِ اکایل نظاچ طبعی صوٗرت چھےٚ۔ دوٗیم ییتہِ زِ ''لینگ'' تہٕ ''پیرول، یعنی زبان تہٕ بۄلہِ باہم چھےٚ یہِ فرق تہِ زِ اکھ چھُ اجتمأعی تہٕ بیاکھ انفرأدی۔ ''لینگ'' چھُ یتھ صوٗرتس منز غأر متبدل زِ فرد ہیکہِ نہٕ اتھ کانہہ تبدیلی أنتھ۔ ییلہِ زن لینگچ کانہہ تہِ تبدیلی فردٕ ہنز بۄلی تہِ مُتأثر کُرتھ۔ ہیکہِ۔ چناچہٕ لینگس چھُ اکھ اجتمأعی وجوٗد تہٕ یہِ چھُ أکِس لسأنی گرُپس وحاظٕ کران تہٕ یوٗ ہے چھُ فردٕ سُند بولن وٕطیرٕ مشخص کران۔

درخیم ہندِ اجتمأعی شعورکی پأٹھی چھےٚ نہ زبان وکھرٕ پأٹھی فردی سوٗتھرِس پیٹھ مکمل آسان۔ ویلز چھُ زبان (لینگ) تہٕ بولہِ باہم واتھ کوٕکر تہٕ ٹھوٗلچ

مثال دِتھ ویژھنے کران تہٕ یہ نوقطہٕ بروٚنہہ کُن انان زِ اکہِ ورأے چھُ دوٚیمیک تصوٗر ناممکن۔ بقولہِ تٔسندِ چھےٚ زبان پرٛتھ ساتہٕ باحرکت یتھ منز لگاتار بدلاو جأری روزان چھُ۔ تِمہِ چھےٚ زبان دون سوٚتھرین منز بأگرأوِتھ۔ گوڈنِکس سوٚتھرِس وَنو وراشتی تہٕ دوٚیمس وَنو نوینہ۔ دراصل چھُ گوڈنیک سوٚتھُر تی یہٕ سیوسور سُند ''لینگ'' چھُ تہٕ دوٚیم چھُ بۄلی یا پیرول۔ جناتھن کوٗلر چھُ یتھے ہیوٗ خیال ''روٗل'' تہٕ ''وٗطیرٕ'' کہِ تصوٗرٕ ستی واضح کران تہٕ چامسکی ین چھُ یوہے خیال ''بٔژر'' یا ''فطری صلاحیت'' تہٕ ''کارکردگی'' ہٕندِ تصوٗرٕ ستی ویژھنوومُت۔ بقولہِ چامسکی چھِ أکِس زبأنی منز تِم سأری باوتی گرٛتی موجوٗد یِم اکھ فرد وانسہِ بولان چھُ تہٕ تِم گرٛتی تہِ یِم نہ تس زِہے بولنٛگ موقعہ آمُت آسہِ۔ ووٚنی گوٚو یِم بولنٛگ بٔژر چھُ تس۔ یہے بٔژر یا انسانہ سٕنز زبان بونٛچ فطری صلاحیت چھےٚ ''لینگ'' تہٕ امیک شعوری ورتاو چھےٚ پیرول۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ ہیکو وٕنِتھ زِ ''لینگ'' تہٕ ''پیرول'' یعنی زبان تہٕ بۄلی چھےٚ ییٚہِ اکہِ رنگہٕ تہِ اکھأکِس نِش وکھرٕ۔ تہٕ زن گوٚو زبان چھےٚ اکھ نہ ژھوکہ وُن باوٕژ وسیلہ مگر بۄلی چھےٚ نہٕ زبأنی ہٕنز برپوٗر باوٕژ وسیلہٕ۔

بہرحال بۄلی چھےٚ انفرأدی اظہار تہٕ اتھ منز حدٕ روٚس بنیر تہٕ ایجادیت آسنہ سبہٕ ہیکو نہٕ امیک ورتاو زبأنی ہٕندِ سائنسی مُطالعہ باپتھ گرِتھ۔ تکیازِ اتھ منز چھِ لاتعداد پھیرٕ آسان تہٕ لاتعداد پھیرو موجُب ہیکن اتھ منز لاتعداد اصول تہٕ أسِتھ۔ اتھ برعکس چھُ لینگ یا زبان اکھ اجتمأعی وِرثہ تہٕ أکِس لِسأنی جمأژ ہٕندین سارِنے فردن باہم سرٛوٗزتہٕ مُشترکہٕ۔ یہِ چھُ پرٛتھ فردٕ ہٕندس ذیہنس منز رٕژھرِتھ مگر امہ باوجوٗد تہِ ہیکہِ نہٕ کأنسہِ أکِس فردٕ ہٕندِ یژھنہ اتھ منز بدلاو یتھ۔ امہ سبہٕ چھُ لِسأنی مُطالعہ باپتھ امِچ اہمیت۔ نِزِ پیرولچ۔

لِسأنی علامت: ساختیاتک بیاکھ اکھ اہم تصوٗر چھُ ''لِسأنی علامت''۔ بقولِ سیوسور چھےٚ زبان علامژن ہنٛدِ نظامُک ناو۔ سیوسورن کٔر بولن عملہٕ ہنٛز وضاحت۔ یتھ پأٹھی زِ مثالے پیٚلہِ اکھ کأشُر بولن وول ''تارُکھ'' ونان چھُ یہِ لفظ بوٗزی تھے چھُ بوزن وألی ہنٛدس ذیہنس منٛز اتھ لفظس سٟتی وابستہٕ معنی ووتلان۔ چناچہِ یِم دوشوے فرد چھِ أکِسے لِسأنی جمأژ سٟتی وابستہٕ تہٕ دوشٕوے چھُ پننہِ أندٕ پکھٕ کہِ ذٕہنٟک مُشأہد تمہٕ اکی زبأنہٕ ذٕری کوٚرمُت یتھ منٛز اتھ مخصوٗص معروٗضس ''تارُکھ'' ونان چھِ۔ یتھ پأٹھی چھُ یِمن دوشوٕنی ہنٛدس ذیہنس منٛز اتھ لفظس سٟتی وابستہٕ اکھ آوازٕ عکس تہِ تہٕ دوشوٕنی ہنٛدس ذیہنس منٛز چھُ اتھ چیزس مُتلق اکھ تصوٗر تہٕ۔ بوزن وول پیٚلہِ ''تارُکھ'' لفظ بوزان چھُ لفظ بوٗزِتھے چھُ تٕہنٛدس ذیہنس منٛز آوازٕ عکسک تہٕ تصوٗرُک میٛل سپدان یٟمہِ سٟتی بوزن وول ونن وألی ہنٛد وُنت سمجان چھُ۔ یہے چھےٚ سو عمل یٟمہِ ذٕری أکِس لِسأنی جمأژ ہنٛدین فردن باہم ترسیلہِ خیال ممکن بنان چھُ۔ مطلب چھُ زِ فردن باہم ترسیلہِ خیالُک دارمدار چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ یِمن باہم گژھِ آوازٕ عکس تہٕ اتھ سٟتی وابستہٕ تصوٗر مُشترکہٕ آسُن۔ ہرگاہ نہٕ مُشترکہٕ آسن خیالن ہُند ترسیل چھُ تیٚلہِ ناممکن۔ مثالے یوٚدوے کانٛہہ فرٟدیُس نہ کأشُر زانان آسہِ لفظ ''تارُکھ'' بوزِتس ترِ نہ فِکری زِ ونن وألی کیاوُن تِکیازِ تٕہنٛدس ذیہنس منٛز چھُ نہ امہِ آوازٕ عکسک تصوٗر موجوٗد۔

امہِ سبہٕ ہیکو وٕنتھ زِ لِسأنی علامت چھےٚ دُروخی۔ گوڈنیک چھُ آوازٕ عکس تہٕ دوٚیِم تصوٗر۔ یتھ سیوسورن SIGNIFIER تہٕ SIGNIFIED وٕنن۔ آوازٕ علامژن ہنٛدین یِمن روٚخن منٛز چھُ اکھ اظہأری تہٕ بیاکھ نفسیأتی۔ یعنی چیزکہِ

تصوٗرک چھُ اکھ نفسیأتی وجوٗد آسان تہٕ آوازٕ عکس چھُ آوازِ ڈٕسی وجوٗدس ہِوان۔اما یِمٕ زٕیم دوشوے چھِ باہم رٕلِتھ۔تصوٗرورأے چھُ آوازٕ عکس ناممکن تہٕ آوازٕ عکسہ ورأے چھُ تصوٗر ناقأبلہِ قیاس۔أکس لِسأنی علامتس منز چھِ یم دوشوے ہم پلہٕ۔یہِ ہیکو أسی یُتھ معروض کہِ ناوٕ تہٕ تمہِ ناوٕ کہِ آوازٕہندِ حوالہٕ تہٕ سمجتھ۔چیزس یا معروضس کانہہ ناو دِنس چھُنہٕ فرد تہٕ اہل بٔلکہِ چھےٚ یہِ لِسأنی جمأژہنز کأم۔

ووٗنی گوٚو بقولہِ سیوسور چھُنہٕ ناوس تہٕ معروضس کانہہ فطری میٖل۔یعنی ''تارکس'' چھُنہ امہ سبہ تارُکھ ونان زِ تارُکھ لفظس منز چھےٚ اَچ کانہہ فطری خصوٗصیت۔بٔلکہِ چھُ یہِ محض اکھ ناو یُس اکہِ لِسأنی جمأژ ڈٕسی پٔشراونہ آمُت چھُ۔مطلب چھُ زِ چیز تہٕ امہِ کِس ناوس باہم تعلق چھُ جبری تہٕ تأنی تانیٖتھے۔یہِ چھُ صیح زِ یژھو لِسأنی علامژ وعلاوٕ تہٕ چھِ یُتھ زبأنی منز کینہہ لفظ تِتھی تہٕ آسان یمن منز چیزن تہٕ تمن ہندین ناون باہم رِشتہٕ فطری یا قدرتی باسان چھُ۔مثلاً ''میاو میاوٗ''، ''ووف ووف'' ''کھرش کھرش'' یا ''دڈام'' ہوی لفظ نی تو۔اما یِمٕ زٕ تھین لفظن تعداد چھُ اول گُنہِ تہٕ زبأنی منز یٔژتھے آسان تہٕ دوٚیم چھُ گُنہِ زبأنی منز یتھین لفظن پیٹھ عملی ورتاو کہِ رولک بار کٔمے پھِن آسان۔اتھ برعکس چھُ زبأنی ہُند لفظٕ راش گوڈنکہِ قسمہ کِس لفظٕ وۄترِس پیٹھے مشتمِل آسان۔

سیوسور سُند دیُت چھُ یہِ زِتس پتہٕ بنیو لِسأنی علامژن ہُند مُطالعہٕ لِسأنیاتک اہم موضوع۔سیوسور تہٕ تِسندی پۆت وأنی أسی یتھ کتھِ پیٹھ متفق زِ زبأنی ہنز لِسأنی اِکأییہِ ہیکو کھ لِسأنی مُطالعہ کہِ موادٕ رٔنگی ورتأوِتھ۔زبأنی ہندِ امہِ انمانہٕ مُطالعس آو سیمیالوجی ونہٕ۔بقولہِ سیوسور چھُ لِسأنیات مُلہ تلہ سیمیالوجی ہُندے اکھ شعبہ۔تکیازِ امہِ کین الہ پلہ سارِنے اصوٗلن تہٕ طریقہ کارن ہُند

اطلاق چھُ لِسانیاتکِس علمس پیٹھ تہٕ سپدان۔

یک زمأنی تہٕ کثیر زمأنی: سیوسور ہندی ڈِسی یُس بیا کھ تصوٗر برونہہ کُن آوسہٕ گوٚو زبانن ہُند 'یک زمأنی'' تہٕ کثیر زمأنی'' مُطالعہ۔ یتھ پأٹھی برونہہ تہٕ وننہ آو زِ تقوبلی تہٕ توأریخی لِسانیاتس منزاوس لِسأنی مُطالعُک اکُے طریقہ کار۔ سہٕ گوٚو یہٕ زِ توأریخی ارتقا کہِ حوالہٕ زبأنی منز سپدن واجنہٕ تبدیلیہٕ مولناونہٕ۔ مگر سیوسورن کوٚر یہٕ طریقہ کار یتھ بُنیادس پیٹھ رد زِ گُنہ تہٕ زبأنی ہندِ از کألی صوٗرت حالہِ کہِ حوالہٕ امیک توأریخی ارتقا ویژھناوُنک طریقہ کار چھُ نہ گُنہ تہٕ پأٹھی صیح۔ زبأنی ہندس از کألی صورت حالہٕ کہِ حوالہٕ مُطالعس آو یک زمأنی مُطالعہٕ وننہٕ۔ یک زمأنی مُطالعس منز چھےٚ زبان اکھ زندٕ زوٗ تہٕ باحرکت وجوٗد مانہٕ یوان۔ تقوبلی لِسانیاتک شاگرد تہٕ ووستاد آسنہ باوجوٗد اوس سیوسور سُند یہٕ مانُن زِ گُنہِ تہٕ زبأنی ہند لِسأنی مُطالعہ باپتھ چھُ ضروری زِ ہرگاہ ازکالس منز گُنہ زبأنی ہُند مُطالعہ سپدان آسہِ، امہِ باپتھ گژھِ مواد تہٕ تمہِ زبأنی ہندِ از کالُکے آسان۔ زبأنی ہندِ موجوٗدٕ صورت حال کہِ موادٕ سِتۍ ہیکن امہِ زبأنی ہندی موجوٗدٕ امتیاز تہٕ خصوٗصیژ ٹاکارٕ سپدِتھ نزٕ ارتقأیی پڑاون ہنز خصوٗصیژ۔ یُتھ ہیوٗ مُطالعہ ہیکہِ امہِ زبأنی ہنز ہیت تہٕ ساخت زانٕنس منز قأبلِ اعتبار ثابت سپدِتھ۔ سیوسور کِنۍ چھُ یک زمأنی مُطالعہ سرس تہٕ اہم۔ اما پوٚز امیک مطلب چھُ نہ زِ کثیر زمأنی مُطالعہ کیا چھُ کم اہم۔ ووٚنی ہرگاہ یہٕ مُطالعہ زبأنی ہنز ازکألی حالت زیرِ نظر تھأوِتھ امہِ زبأنی ہُند رتقأیی سفر ویژھناوان آسہِ تیلہِ ہیکہِ اتھ منز کھوچر اُستھ۔ بقولہِ سیوسور چھُ گُنہِ زبأنی ہُندِ کثیر زمأنی مُطالعہ باپتھ اچھِ مختلف زمأنی حالژ زیرِ نظرِ تھاونہٕ۔ امیک مطلب چھُ زِ کثیر زمأنی مُطالعس تحت گژھن مختلف یک زمأنی مُطالعہ سپدِنی۔ اِدٕ ہیکہِ یہٕ

مُطالعہ صیح اُستھ۔ یعنی توأریخی مُطالعس منز تہٕ چھُ کُنہ زبأنۍ ہنزن وکھرٕ وکھرٕ حالژن (توأریخی تسلسُلہ مُطأبق) ہُند مُطالعہ ضروری۔ووٚنۍ گوٚو کشیر زمأنی مُطالعس منز ہیکنا مختلف یک زمأنی مُطالعہٕ ممکن بُنتھ۔ یہ چھےٚ محض وٕتٕج کتھ۔تکیازِ یتھس مُطالعس منز چھےٚ تحریری زبأنۍ برعکس بول چألی زبأنۍ موادس اہمیت تہٕ بول چألی زبان کتھ پأٹھۍ سپدِ بدس۔یہ چھُ سوچُن لایق۔ بہرحال سیوسورس پتہٕ ہیوٚت پراگ سکوٗلس ستۍ وابستہٕ لِسأنی مأہرو یک زمأنی تہٕ کشیر زمأنی مُطالعہ کس تصوٗرس مُتلق سنجیدگی سان سوچُن۔یٚیمہ کہِ نتیجہٕ زبان اکھ زندٕ جاوید تہٕ اکھ متحرِک وجوٗد مانہٕ آیہ۔دوٚیم یہ زِ امہِ تصورٕ ستۍ لٚج تحریری زبأنۍ مُقابلہ بولنچہٕ زبأنۍ مُطالیأتی مأدانس منز اہمیت۔

حأضر رِشتہٕ تہٕ غأر حأضر رشتہٕ: بیشتر پأٹھۍ چھُ کُنہ باوٗژ منز اکہِ کھوتہٕ زیادٕ لِسأنی علامژن ہُند ورتاو سپدان۔یتھ اُسۍ علامژن ہنز تندل ؤنتھ ہیکو۔یم علامژ اِکأییہ چھےٚ باوژن منز خطِ مستقیمس منز اکھ أکس پتہٕ آسان یمن باہم اکھ رشتہ تہٕ واٹھ تہٕ آسان چھُ۔کُنہِ تہِ باوٗژ منز چھےٚ باوٗژ ہنز پرتھ کانہہ انفرأدی علامت باوٗژ ہنز گلی ہیٚژ تہٕ معنی پوچھرس منز پٚنُن رول ادا کران۔باوٗژن منز ہیکہِ امہ قِسمک رِشتہٕ صوتیمن، مارفیمن، لفظٕ اڈن، لفظن، جُملہ چھلن تہٕ جُملن درمیان تہٕ اُستھ۔ووٚنۍ گوٚو بقولہِ سیوسور چھےٚ امہٕ قِسمکہِ باہمی رٕشتٕج اصل مثال جُملہ۔ مثلأ یہ جُملہ نی تون۔''سو چھےٚ سوندر کوٗر۔'' اتھ منز چھےٚ ژور وکھرٕ وکھرٕ لِسأنی علامژ أکس خاص ترتیبس منز یتھ اکھ مخصوٗص معنی دِ پداوان۔یمن ژوشوٕنۍ لِسأنی علامژن ہُند باہمی رشتہٕ چھُ حأضر رِشتہٕ۔اُسۍ ہیکو یمو حأضر لِسأنی علامژو بدلہٕ ترتیب وار یمہِ زن جاین یمن ستۍ وابستہٕ لِسأنی علامژن ہند یوٗ زمرو

منزٕ بدلہٕ لِسأنی علامژٕ تہٕ ورتأوِتھ۔ تِمن چھُ یِمن علامژن ستۍ غأر حأضر رِشتہٕ۔ مثلاً یو ہے جُملہ نی تون۔ ''سو چھےٚ سوندر کوٗر''۔

امہِ جُملُک حاضر تہٕ غأر حاضر رشتہٕ ہیکو أسۍ یتھ پأٹھۍ عیاں کٔرِتھ۔

سو ۔۔۔۔۔پچھےٚ ۔۔۔۔سوندر۔۔۔۔۔کوٗر۔ اتھ وۄن اسہِ حأضر رشتہٕ۔ أسۍ ہیکو غأر حاضر رِشتہٕ ہاوتہٕ باپتھ یِمو لِسأنی علامژ زٕ مرو منز بدل لِسأنی علامژٕ رٔتھ یِمن جاین تِمن ہُند ورتاو کٔرِتھ۔ مثلاً:

ہہٕ ۔۔۔۔پچھےٚ ۔۔۔۔۔زأوِج ۔۔۔۔زنان

ہُم ۔۔۔۔چھِ ۔۔۔۔شریف۔۔۔۔لڑکہ

تِم ۔۔۔۔پچھےٚ ۔۔۔۔گانجہ۔۔۔۔بُجہ

حأضر رِشتن منز چھےٚ مختلف گرامری ورگن ہنز اکأییہ شأمِل آسان یِمِ باہم زٔلتھ اکھ ساخت وجوٗد س منزانان چھِ۔ حاضر رشتہ چھُ مستقیمی یِیلہِ زن غأر حاضر رشتہ عموٗدی چھُ۔ بقولہِ سیوسور چھُ حأضر رِشتو ستۍ ساخت تہٕ غأر حاضر رشتو ستۍ کُنہِ زبأنۍ ہنزن لِسأنی علامژن ہُند نظام وجوٗد پراوان۔ ساخت تہٕ نظامہٕ چھِ تِم زٕ اہم محور یِمن أندۍ أندۍ ساختیأتی لِسانیاتُک مُطالعہٕ گرٚدِش کران چھُ۔

☆☆☆

# پُلاٹ: کیٚنٛہہ نوٚینہٕ وبڑھنیہٕ

پتہٕ مینٛہِ پنٛژٕہن شیٛٹھن وٕرین دوران آیہٕ تخلیقی ادبس مُتلق نظرِین تہٕ تصوٗراتن منز نُمایاں تبدیلیہٕ۔ مُختلِف ادبی مسلن تہٕ موضوعن مُتلق آیہ نوین علوٗمن تہٕ فکرِن ہنزِ روشنی منز نوِ ویژھنیہٕ تہٕ وضاحژ بروٚنہہ کُن۔ یتھ پأٹھۍ آیہٕ ادبی بحثن تہٕ مُطالن منز نوِ نوِ اِصطلاح تہٕ بارسس۔

ادبی اِصطلاحن رنگی چھُ 'پُلاٹ' ریوأیتی تنقیدُک اکھ اہم اِصطلاح یُس ڈرامہ یا بیانیہ ادبس سٟتۍ واٹھ چھُ، بامے سہٕ نظمس منز آسہِ تن یا نثرس منز۔ 'پُلاٹ' لفظ چھُ مُلہٕ تلہٕ یوٗنأنۍ زبانہِ ہُند 'میتھاس' لفظُک انگریزی مُتبأدِل یُس نہ صرف ارسطوہن المِیہ کیٚن شیٚن اجزاہن منز شُمار کوٚرمُت اوس بلکہِ اوٗسُن یہِ المِیُک رُح قرار دِتھ اتھ باقٕے اجزاہن پیٹھ فوقیت تہٕ دِژمٕژ۔ پُلاٹچہِ وضاحژ آیہ ارسطوہس پتہٕ تہٕ مُختلِف عألمو دۍ وقتہٕ وقتہٕ کرنہ۔ یہ دُن گژھہِ نہ غلط زِ یمن

بیشتر وضاحژن ہنز بُنیاد چھےٚ اکہ نتہ بیٚیہ رنگہ 'شعریات' کِس بحثس پیٹھے درِتھ۔اتھ منز چھُ تمہِ مُطالک سہٕ اکھ جان بوگ تہ شامل یُس اتھ موضوعس مُتلِق وُہمہِ صدی ہِندِ دۄیمہِ نیٚصفس دوران برۄنہہ کُن آو۔ ہرگاہ وُچھو تھس بیشتر مُطالس منز چھُ یاتہٕ پُلاٹس مُتلق ارسطوٗہسنزن بُنیادی کتھن ستۭی اتفاق کرنہٕ آمُت یا چھےٚ یِمے کتھ ہنا ہیر پھیر یا بر ژر کرِتھ پیش کرنہ آمژ نتہٕ چھُ کنہِ کنہِ یِمن کتھن ستۭی اختِلاف تہِ کرنہ آمُت۔ یُتھ ہیوٗ سوٗرے مُطالہ چھُ کُلس پیٹھ دون تراین ہُند۔ یعنے اکہ ترایہ ہُند مُطالہ چھُ سہٕ یتھ منز پلاٹچ ویژھنے عملہ،عملہ ہِندِ ترتیبہ یا تخلیقہ ہُندِ ساختہٕ کہ حوالہ کرنہ آمژ چھےٚ۔ دۄیمہِ ترایہ ہُند مُطالہٕ چھُ سہٕ یتھ منز تخلیق نظرانداز کرِتھ پُلاٹچ ویژھنے قاری یا تماشہ بین سند نفسیاتی یا جذباتی ردعملہ کہِ حوالہ کرنہ آمژ چھےٚ۔یعنے پلاٹس مُتلق بیٚتہٕ کینہہ مُطالہ تخلیق اساس چھُ تہٕ چھُ کینہہ مُطالہ قاری اساس تہٕ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ اہم ز حال حال تام کیوٗا فسانوی ادبہ کیوٗ وار یھوا اہم دبی نقادو ہرگاہ آر ایس کرین تہ شکاگو ادبی مکتب فِکرِکی کینہہ نقاد اۄکطرف تراوِتھ چھےٚ ،پلاٹس پیٹھ قلم تُلنس ستۭی کینژھا عدم دِلچسپی تہ ہاوٕمژ۔یہ تہ چھُ مانُنہ یِوان ز پلاٹک داد معاملہ چھُ زیادٕ پہن مقبولہ عام بیانیہ ادبس ستۭی نزِ سنجیدٕ ادبس ستۭی۔تِکیازِ جدید ادبچن پرٛھن مُختلف تخلیقن منز چھُ نہ پلاٹس پیٹھ زیادٕ زور۔یہ کتھ تہ چھےٚ اہم زِ پتی مۄین ژورن پانژن دہلین دوران امہ رنگی بیشتر مُطالہ چھُ بیانیہ ادبکہ حوالے کرنہ آمُت تہ اکثر چھُ نہ تِھس مطالس منز 'پُلاٹ' اِصطلاح براہ راست ورتاونہ آمژ بلکہ گۄڈہ اتھ منز پلاٹ برعکس 'بیانیہ ساخت' ناوٕ زیاد پہن بحث نظرِ۔دراصل چھُ بیانیہ ساخت تی یہ پُلاٹ چھُ۔ چناچہ پلاٹ اصطلاح چھُ ریوایتی تنقیدس ستۭی وابستہ اصطلاح۔شاید چھُ نوس

مُطالس منز امہ اصطلاح نِش امی سبہ گُریز کرنہٕ آمُت۔ یا ہیکہ یہِ وجہ تہٕ اُستھ زِ یسلہ تنقیدی ورتاوِ کِنی چھُ امیک تصوٗر کینژھا مُبہم تہٕ بنیوٗمُت۔ رِموٗن کینن چھُ یُتھے ہیوٗ خیال باوان۔ ووٚنی گوٚو پتیٚ مین دہلین دوران یمہ تہٕ پلاٹچہ ویژھنیہِ پلاٹہ ناو یا بیانیہ ساختہ کہ ناوِ مُختلف عاٗلمن ہنٛدِ دِسۍ برٛونٛہہ کُن آیہ تِمن بیشتر ویژھنین منز چھےٚ اَمِچ تشریح ادبی تخلیقہ ہنٛدِ گرتہٕ، بناوٹہ یا واقاتی ترتیبہ یا تسُلسلہ کہ نوقطہ نظرے کرنہٕ آمٕژ۔ یاونو یہ زِ بیشتر تشریحو حسابہ چھُ پُلاٹ یا بیانیہ ساخت تخلیقہ ہُند بُنیاٗدی واقاتی ڈانچہ یتھ پیٹھ مُختلف جُزیاتن تہٕ تفصیلن ہنٛز رنگ آمیزی سپدان چھےٚ۔ بیانیہ ہٕچ سیوٚد ساد تشریح چھےٚ واقن ہُند اکھ اَکس پتہٕ بیان تہٕ واقہ گوٚو تہِ یہ کینژھا زمان مکان کِس اَکس مخصوٗص چوکاٹھس منز سپدان پھِھ۔ واقہ چھُ وٕتکہِ مخصوٗص نوقطہ پیٹھ شروع سپدتھ مستقیمی آیہ کِتھ بیٚیس نوقطس پیٹھ اِقتِتام پذیر سپدان۔ یاونو ژھوٚٹی پاٹھی زِ واقہ گوٚو تہٕ کینژھا یہِ سپدان چھُ یا کانہہ تہٕ فعل۔ ووٚنی گوٚو چھرا اکھ واقہ ہیکہِ نہ بیانیہ بناٛوِتھ۔ تِکیازِ امہِ سٟتۍ ہیکہ نہ تتھ منز ڈلیلی عنصر پاٛدٕ سپدتھ۔ بقولہ پرِنس لوکٕٹہِ کھوتہٕ لوٚکٕٹ ڈلیل ہیکہ کم کھوتہ کم تِتھین ترٛین واقن پیٹھ مُشتمِل اُستھ یمن باہم واٹھ آسہ۔ یژھِ واقعہ تندلہِ منز افسانویت پاٛدٕ کرنہٕ باپتھ چھِ ترٛے چیز ضرٛوری۔ اول گوڈنیک تہٕ ترٛیم واقہ آسن ساٛکِن تہٕ دوٚیم آسہ مُتحرِک۔ بیٚیہِ یتہِ زِ ترٛیم واقہ آسہِ گوڈنکہِ واقُک تقلیب یا ضِد۔ دوٚیم یہ زِ تریشوٕنی واقن آسہ تژھ ترتیب زِ گوڈنیک آسہ وقتہ حِسابہ دوٚیمہِ برٛونٛہہ تہٕ دوٚیم ترٛیمہِ برونٛہہ۔ ترٛیم یہ زِ دوٚیم آسہ گوڈنکہِ واقُک نتیجہ تہٕ ترٛیم دوٚیمہِ واقُک۔ چناچہِ بیانیہ ہٕچ بُنیاٗدی اِکاٗیی چھےٚ واقہ۔ ہرگاہ وُچھو پلاٹٕچ بُنیاٗدی اِکاٗیی تہٕ چھُ واقے۔ پلاٹچن ریوٲیتی ویژھنین منز تہٕ چھُ دوٚن کتھن پیٹھ

بیشتر وضاحژن ہنز بُنیاد چھےٚ اکہ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ 'شعریات' کِس بخشس پێٹھے درِتھ۔ اتھ منز چھُ تمہِ مُطالگ سۭ اکھ جان بوگ تہٕ شأمل یُس اتھ موضوعس مُتلِق وُہمہِ صدی ہندِ دۆیمہ نیٚصفس دوران برۆنہہ کُن آو۔ ہرگاہ وُچھو تھس بیشتر مُطالس منز چھُ یاتہٕ پُلاٹُس مُتلق ارسطوٗہسنزن بُنیادی کتھن سٟتی اتفاق کرنہٕ آمُت یا چھےٚ یے کتھ ہنا ہیر پھیر یا برژر کرِتھ پیش کرنہ آمٕژ نتہٕ چھُ کنہٕ کنہٕ یمن کتھن سٟتی اختِلاف تہٕ کرنہ آمُت۔ یتھ ہیوٗ سوٗرے مُطالہ چھُ کُلس پێٹھ دون تراین ہُند۔ یعنے اکہ ترایہ ہُند مُطالہ چھُ سۭ یتھ منز پلاٹچ ویژھنے عملہ، عملہ ہٕندِ ترتیبہ یا تخلیقہ ہندِ ساختہٕ کہ حوالہ کرنہ آمٕژ چھےٚ۔ دۆیمہِ ترایہ ہُند مُطالہٕ چھُ سۭ یتھ منز تخلیق نظرانداز کرِتھ پلاٹچ ویژھنے قأری یا تماشہ بین سند نفسیاتی یا جذبأتی ردعملہ کہِ حوالہ کرنہ آمٕژ چھےٚ۔ یعنے پلاٹُس مُتلق بیٚیتہٕ کینہہ مُطالہ تخلیق اساس چھُ تہٕ چھُ کینہہ مُطالہ قأری اساس تہٕ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ اہم زِ حال حال تام کیٚوٚا فسانوی ادبہ کیوٚ واریہوا اہم دبی نقادو ہرگاہ آر ایس کرین تہٕ شکاگو ادبی مکتب فِکرٕکی کینہہ نقاد اۆکطرف تراووکھ چھےٚ، پلاٹُس پێٹھ قلم تُلنس سٟتی کینژھا عدم دِلچسپی تہٕ ہاؤمٕژ۔ یہ تہٕ چھُ مانِنہ یِوان زِ پلاٹک داد معاملہ چھُ زیادٕ پہن مقبولہ عام بیانیہ ادبس سٟتی نِزِ سنجیدٕ ادبس سٟتی۔ تِکیازِ جدید ادبچن پرٛژھن مُختلف تخلیقن منز چھُ نہ پلاٹُس پێٹھ زیادٕ زور۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ اہم زِ پتمێن ژورن پانژن دہلین دوران امہ رنگی بیشتر مُطالہ چھُ بیانیہ ادبکہ حوالے کرنہ آمُت تہٕ اکثر چھُ نہٕ تھس مطالس منز 'پُلاٹ' اِصطلاح براہ راست ورتاونہ آمٕژ بلکہ گژھ اتھ منز پُلاٹ برعکس 'بیانیہ ساخت' ناوِ زیاد پہن بحث نظرِ۔ دراصل چھُ بیانیہ ساخت تی یہ پُلاٹ چھُ۔ چناچہ پلاٹ اصطلاح چھُ ریوایتی تنقیدس سٟتی وابستہ اصطلاح۔ شاید چھُ نوس

مُطالس منزامہ اصطلاح نش امی سبہ گُریز کرنہٕ آمُت۔ یاہیکہ یہ وجہ تہٕ اُستھ زِ یسلہ تنقیدی ورتاوِ کٔرِ چھُ امیک تصوُر کینژھا مُبہم تہٕ بنیومُت۔ رِمون کینن چھُ یُتھے ہیوٚ خیال باوان۔ ووٚنی گوٚو پتہٕ مین دہلین دوران یمہٕ تہٕ پلاٹچہ ویژھنیہِ پلاٹہ ناو یا بیانیہ ساختہ کہ ناوِ مُختلِف عالمن ہندِ دٔی برٛونہہ کُن آیہ تِمن بیشتر ویژھنین منز چھےٚ اتھ تشریح ادبی تخلیقہ ہندِ گرتہٕ، بناوٹہ یا واقاتی ترتیبہ یا تسُلسلہ کہ نوقطہ نظرے کرنہٕ آمٕژ۔ یاونو یہ زِ بیشتر تشریحو حسابہ چھُ پُلاٹ یا بیانیہ ساخت تخلیقہ ہُند بُنیادی واقاتی ڈانچہ یتھ پیٹھ مُختلِف جُزیاتن تہٕ تفصیلن ہنز رنگ آمیزی سپدان چھےٚ۔ بیانیہ ہٕچ سیوٚد ساد تشریح چھےٚ واقن ہُند اکھ اکس پتہٕ بیان تہٕ واقہ گوٚو تہٕ یہ کینژھا زمان مکان کٔس اکس مخصوٗص چوکاٹھس منز سپدان پھ۔ واقہ چھُ وقتکِہ مخصوٗص نوقطہ پیٹھ شروع سپدتھ مستقیمی آیہِ پکتھ بٔییس نوقطس پیٹھ اِقتِتام پذیر سپدان۔ یاونو ژھوٚٹہٕ پاٹھی زِ واقہ گوٚو تہٕ کینژھا یہ سپدان چھُ یا کانہہ تہٕ فعل۔ ووٚنی گوٚو چھرا اکھ واقہ ہیکہِ نہ بیانیہ بنٲوتھ۔ تِکیازِ امہِ ستۍ ہیکہ نہ تتھ منز دٔلیلی عنصر پٲدِ سپدتھ۔ بقولہ پرنس لوکٹہِ کھوتہٕ لوٚکٹ دٔلیل ہیکہ کم کھوتہٕ کم تِتھٕین ترٛیٚن واقن پیٹھ مُشتمِل اُستھ یِمن باہم واٹھ آسہ۔ یژھِ واقعہ تندلہِ منز افسانویت پٲدِ کرنہٕ باپتھ چھِ ترٛےٚ چیز ضروٗری۔ اول گوڈنیک تہٕ ترٛیم واقہ آسن سأکن تہٕ دوٚیم آسہ مُتحرِک۔ بٔیہ یتہٕ زِ ترٛیم واقہ آسہِ گوڈنکہِ واقک تقلیب یاضِد۔ دوٚیم یہ زِ تریشوٚنی واقن آسہ ترٛژھ ترتیب زِ گوڈنیک آسہ وقتہ حِسابہ دوٚیمہِ برٛونہہ تہٕ دوٚیم ترٛیمہِ برٛونہہ۔ ترٛیم یہ زِ دوٚیم آسہ گوڈنکہِ واقک نتیجہ تہٕ ترٛیم دوٚیمہِ واقُک۔ چناچہ بیانیہ ہٕچ بُنیادی اِکٲیی چھےٚ واقہ۔ ہرگاہ وُچھو پلاٹُچ بُنیادی اِکٲیی تہٕ چھُ واقے۔ پلاٹچن ریوٲیتی ویژھنین منز تہٕ چھُ دون کتھن پیٹھ

زور دِنہٕ آمُت۔ اول واقن ہنز زمأنی ترتیب تہٕ دوٚیم یِہند ووٚجوٗہی رِشتہٕ۔ پلاٹچ کتھ کرِتھ چھُ موٗجوٗدٕ دورکیو کینٛژ ونقادو تہ یم عنصر پلاٹہ باپتھ ضروٗری قرار دِتھ تمے کتھ بدل آیہ پھِرِ مژٕ۔ ریوأیتی تنقیدکر پأٹھی چھُ یتھ ہوِ تنقیدِ حسابہ تہ پلاٹ بیانیہ ادبہ باپتھ ازحد اہم۔ مثلن کینے چھُ ونان زٕ گُنہِ تہ افسانوی تخلیقہٕ ہنز معنے باوٗژ باپتھ چھُ پلاٹ سیٹھا ضروٗری تکیازِ تخلیق کارس نِش چھُ یو ہے اکھ وٗسیلہٕ یمہٕ ذٔریہ سُہ تجرُبہ ذٔری یکوٹہٕ کرنہٕ آمُت مواد باترتیب آیہٕ پیش کران چھُ۔ تہٕندی کِنہ چھُ پُلاٹٕ قأری لیس بروٚنہہ کُن واقہ نہ صِرف زمأنی ترتیبس منز بلکہِ ووٚجوٗہی رِشتہ سان بروٚنہہ کُن انُس منز مددگار بنان تہٕ یِمن باترتیب واقن ہند دأخلی وجہ تہ وجہ اثر قأری لیس پیٚٹھ ظأہر کرنُک وٗسیلہ تہِ چھُ یو ہے۔ تتھے پأٹھی چھُ سِٹنٹن تہ پلاٹچہِ ریوأیتی وضاحژ ستی اتفاق کران ونان زِ یہ چھُ تِمن واقن ہُند تسلسُل یِمن پانہ وأنٛی ووٚجوٗہی رِشتہ آسان چھُ تہ یِمن منز اکھ واقہ دوٚیمہِ واقُک موجِب بنان چھُ۔ بقولہ کلینتھ برُکس تہ رابرٹ پین چھُ پُلاٹ تہ سورُے یہ ذٔلیلہ منز سپدان چھُ۔ مطلب اتہ تہ چھُ واقأتی سلسلہ زیرِ نظر تھاونہ آمُت۔ تہٕندی کِنہ چھُ پلاٹ عملہ ہندِ ساچ سو صوٗرت یتھ صوٗرتس منز یہ افسانوی تخلیقہِ منز پیش کرنہ آمژ آسہ یا ونو یہ تمہ عملہ ہنز سو صوٗرت یوسہ اتھ باوکھن بوزکھن بروٚنہہ کنہ پیش کرنہ باپتھ دِژٕمژ آسہِ۔ ریوأیتی تنقیدس منز اوس پُلاٹ گرنُک یا تأمیر کرنُک چیز۔ نوِس تنقیدس منز تہ چھےٚ یہ کتھ بیٚیہ آیہ پیش کرنہٕ آمژ۔ مِثالے ریسک چھُ یمہ خیالُک زِ فنکار سُند فن چھُ پُلاٹ سأزی منزٕ ے ٹاکارٕ سپدان۔ سہ چھُ ونان زِ پلاٹ چھُ نہ محض واقن ہُند باہمی رِشتہ بلکہ چھُ اتھ منز کُلہم تخلیقہ ستی یمن منفرد واقن ہند رشتہ تہ اہم۔ عیان چھُ زِ پلاٹہ باپتھ چھُ نہ سہٕ تہ واقن ہند تسلسل نظر

انداز کران۔ لورینس تہٕ چھُ یُتھے ہیوٚ خیال باوان ونان زِ پلاٹ چھُ تمن واقن ہنز تندل یمو ڈٕسی ڈٕلیل وونہ آمٕژ آسان چھےٚ۔ تِہندی کِنی چھےٚ پلاٹس تخلیقہ باپتھ خاص ہش اہمیت۔ سہ چھُ ونان زِ پلاٹس چھُ دلیلہٕ ستی تیتھے واٹھ یِتھ کُنہِ جایہ ہندِس نقشس تمہ جایہ ہندس سفرس ستی آسان چھُ تہٕ یِتھ پاٹھی نقشہ پیٹھی پیٹھی یا بأریکی سان بناونہ ییہ تِتھے پاٹھی ہیکہِ پلاٹ تہٕ کم یا زیادٕ تفصیلو سان وونہ یِتھ۔ أہندِ کِنی چھُ نہ پلاٹس منز صِرف واقے یوت شأمِل بلکہ یہ کینژ ہا کردار سونچان، یا ونان یا کران چھ یہ سورُے ہیکہِ پلاٹس منز شأمِل سپدِتھ۔ مگر سہ چھُ یہ کتھ تہٕ مانان زِ عام پأٹھی چھُ بیان تہٕ تجزیہِ بیترِ پلاٹہ کہ دأیرِ نیبر۔ ہرگاہ وُچھو ہیٚر مین بیانن منز چھُ پلاٹ کتھ کران کران بیشتر عألمن واقأتی ڈانچے زیرِ نظر رٔدمُت یِتھ منز ترتیب تہٕ وۄجوٗہی رِشتس پیٹھ زور دِنہ آمُت چھُ۔ غرض پلاٹس چھُ کُنہِ تخلیقہ ہندِس بناوٹس ستی واٹھ مانہٕ آمُت۔

کینژ ونقادو چھےٚ پلاٹس تہٕ ڈٕلیلہ باہم پھیرِ واضے کٔرِتھ پلاٹ وضاحت کرنچ کوٚشش کٔرمٕژ۔ یِتھین نقادن منز چھُ ای ایم فورسٹر اہم۔ تِم چھُ ڈٕلیلہ تہٕ پلاٹس باہم واقن ہنزِ وۄجوٗہی رِشتہِ خصوٗصیژ کِنی پھیرِ بدِ کوٚڈمُت۔ تِہندی کِنی چھےٚ ڈٕلیل چھرا واقاتن ہند بیان۔ مگر یہ ڈٕلیل ہیکہِ اِنسأنی زندگی ہند کانہہ معنہ سوو پوٚکھ تیٚلی نیشنأوِتھ ییلہِ اتھ پلاٹ صوٗرتھ بخشنہ آمٕژ آسہِ تہٕ پلاٹ صوٗرتھ بخشنہ باپتھ چھُ بقولہ فورسٹر ضروٗری زامہ کُنین واقاتن منز گژھِ وجہ تہٕ وجہ اثر آسُن۔ پلاٹ چھُنہ محض واقاتن ہند بیان بلکہ چھُ واقاتن مخصوٗص صوٗرتھ بخشتھ پلاٹ بنان۔ کُنہِ بیانیہ تخلیقہ ہند ڈِزاین مشخص کرنس منز چھُ اِمیک اہم دٔخل۔ فورسٹرن تہِ دِژ پلاٹہ باپتھ وۄجوٗہیت ضروٗری قرار۔ ووٚنی گوٚو تِمس پتہ کوٚر کینژ ونقادو تِہندس

اتھ خیالس سٟتؠ اختلاف تہٕ۔ تِہند مُطابِق یوسہ فرق فورسٹرن ڈٕلیلہ تہٕ پلاٹس درمیان کٔرمُت چھےٚ بعضے ہیٚکہِ اتھ برٕعکس تہٕ صوٗرتھ آسِتھ۔ تہٕ زن گوٚو بعضے ہیٚکہِ کُنہ ڈٕلیلہ منز تہٕ واقاتن درمیان وۄجوٗہی رِشتہٕ آسِتھ۔ یا ہیٚکہِ بعضے تیٚتھ تہٕ پلاٹ آسِتھ یتھ منز واقاتن باہم وۄجوٗہی رِشتن ہند ژھریر آسہ۔ تِتھیٚن نقادن منز چھِ خاص پٲٹھؠ چٹمین تہٕ رِمون کینن اہم یم فورسٹر سٕندِس اتھ خیالس سٟتؠ کُنہ پٲٹھؠ تہٕ مُتفِق چھِ نہ۔ یِہند وُنُن چھُ زِ یوٚدوے کنہِ متنس منز تخلیقکار سٕندِ طرفہ واقاتن باہم وۄجوٗہی رِشتہ غٲر موجوٗد تھاونہٕ آمُت آسہ قٲری ہیٚکہ پننہ طرفہ اتھ منز امہ خصوٗصیژ ہُند اِطلاق کٔرِتھ۔ پلاٹس مُتلِق یوسہ خصوٗصیتھ فورسٹر بدِ کڈان چھُ چٹمین چھُ سوے خصوصیتھ ڈٕلیلہِ مُتعلِق دِوان۔ مثلن چٹمین سُند یہ وُنُن زِ ڈٕلیلہ باپتھ چھُ واقاتن ہُند منطقی ربط ضروٗری چھُ فورسٹر سٕندِس پلاٹہ کِس تصوٗرس نکھہٕ۔ چٹمین چھُ ڈٕلیلہ تہٕ پلاٹس باہم پھیرٕ ہاونہ بجایہِ ڈٕلیلہ تہٕ ڈِسکورسس درمیان فرٕق کران۔ تٕسندِ حسابہ چھُ پلاٹہ بیان شُدٕ ڈٕلیل۔ تٕسندِ بحثہ تلہ چھُ واضے سپدان زِ گوڈٕ، منز تہٕ اند چھےٚ پلاٹچہِ خصوٗصیژ تہٕ ڈٕلیلہ باپتھ چھِ یم چیز غٲر ضروٗری تِکیازِ ڈٕلیلہِ ہندِس دیٚہس منز چھُ حقیقی اند ناپید۔ کنہِ ڈٕلیلہ ہند اند چھُ دراصل ڈِسکورسٕچ کارسٲزی یُس پلاٹچہِ حرکژ پیٹھ بڑ یک لگاوان چھُ۔

پلاٹ تہٕ ڈٕلیلہ ہندِس باہم تفرُقس مُتعلِق چھُ روٗسی ہیت پسندو تہٕ بحث کوٚرمُت۔ یِمن ہندِ کِنؠ چھےٚ ڈٕلیل فقط اکھ خام مواد یتھ تخلیقکار پننہ فنی شعوٗرٕ سٟتؠ فن بناوان چھُ تہٕ خام موادس فن بناونہ باپتھ چھُ پلاٹ اکھ وٕسیلہ۔ روٗسی ہیت پسندن ہندِ کِنؠ چھُ نہ پلاٹ محض واقاتن ہنز فنی ترتیب بلکہِ چھِ بیٚیہ تہٕ کیٚنہہ لِسٲنی پیرایہ پلاٹچہِ فنی تنظیمکی حِصہٕ۔ افسانوی ادبچ کتھ کران چھُ روٗسی

ہیت پسند شکلووسکی ونان ز واقاتن ہنٛزِ فنی ترتیبہ علاوٕ چھِ پلاٹکس ساختس منٛز تم عنصر تہٕ شامِل یم عملہ پیٹھ اکہ نتہٕ بیٚیہِ رنگہ اثر انداز سپدان چھِ۔ تِتھۍ ہوی عنصر چھِ تم یم بعضے عملہ منٛز ٹھوٚ رپاٲدٕ کرنہ یا سوٚ ژرپاٲدٕ کرنہ باپتھ ورتاونہ یوان چھِ یا یم عملہ ہندِس رفتارس منٛز کُنہ پاٲٹھۍ خلل پاٲدٕ کران چھِ۔ یا یم چھِ تم حربہ یموٗ ڈٟسۍ کنہ ساتہ قاری سُند توجہٕ ڈالنہٕ یِوان چھُ یا کنہِ واقس ژھوچر، زیٚچھر دِنہ یا اور یور کرنہ یِوانَ چھُ۔ چناچہ رۆسی ہیت پسندٲسۍ کیمرٲئی حقیقت پسندی خلاف۔ تِہندی کِنۍ اوس نہٕ ادبُک مقصد زندگی ہنٛزِ ٹھوس حقیقت پسندی ہنز باوتھ کرٕنی یا چھرا زندگی ہنز نقاٲلی کرٕنی۔ بلکہ ٲسۍ تم یہ حقیقت نقاٲلی ہندِ سوٚتھرِ ہیٚوٚر کھاٲرِتھ اتھ فن بناوٕنکۍ قاٲیل۔ تہٕ فن ہیکہ ہے تِہندی کِنۍ تیٚلی بنِتھ ییٚلہِ پلاٹ ساٗزی منز تخلیقکارتَم مُختلِف ول کامہِ انہِ ہے ز یہ روزِ نہ فقط واقہ تندل تہ نہ فقط زندگی ہنز نقاٲلی۔ بقولہ شکلووسکی چھُ پلاٹُ بیانیہُک اکھ نامیاتی حِصہ تہ یوہے چھُ ڈٟلیلہٕ ہندٟین مُختلِف عنصرن تہٕ اجزاہن منز ربط پاٲدٕ کرنس منز مددگار بنان تہ امی ستۍ چھُ تخلیقہِ منز حقیقت پسندی ہندر رنگ گوٚٹ سپدتھ فنی توژرتہٕ پاٲدٕ سپدان۔

پلاٹس مُتعلق قاٲری اساس تنقیدس تحت چھےٚ پلاٹُچ ویٛژھنے تخلیقہِ ہندِ توژرِ حوالہٕ تہ کرنہ آمٕژ۔ یعنے امہِ ویٛژھنیہِ مُطاٲبِق ونو ز پلاٹ چھُ نہ صرف تخلیقکارٕ سِندِ باپتھ اکھ رہنُما اؤصوٗل بلکہِ چھُ قاٲری سِندِ باپتھ تہ اکھ کارگر آلہ کار ییٚمہ ڈٟسۍ تس بیانیہ یا ڈرامکیٚن مُختلِف واقن تہ باقٕے عنصرن منز ربطُک احساس سپدان چھُ۔ یا ونو یہ زِ یہ چھُ تخلیقہِ ہندسہ عنصر ییٚمہِ ستۍ قاٲری لیس امکہِ ساختُک تہ انگہٕ یکتیٚگ باس میلان چھُ۔ تمی چھُ شاید رونالڈ الیس کرٛین ونان زِ کُنہِ پلاٹُچ صوٗرتھ چھےٚ دراصل تمن ترٛیٚن مخصوص بدلوٗنیٚن عنصرن ہندِ باہمی رِشتُچ کارفرماٲئی یم

اکھ مکمل تخلیق پیٚہم پأٹھۍ بڑونہہ گژھن انان روزان چھےٚ۔ یمن عنصرن منز چھ گوڈنیک قأری سُند سہٕ سطحی انداز یُس سہٕ کردارس تہٕ تسندِس عملہِ مُتعلق لگاوان چھُ۔ دوٚیم تمن واقعن مُتعلق تسند فأصلہٕ یمن بُتھِ سہٕ کردار لگان چھُ تہٕ یمن واقعن ہُند دوکھہٕ بوٗزت یا سوکھ بوٗزت نتیجہ یُس سہٕ عارضی یا دأیمی طور ویتراوان چھُ۔ ترٛیم یہِ کینژھا کردارس گژھان چھُ تتھ مُتعلق قأری سنز رأے یعنی آیا ز کردار کتھ حدس تام چھُ امہ باپتھ پانہٕ ذمہ وار۔ شِکاگوسکوٗلکۍ پال گُڈمین سُند وَنُن چھُ زِ پلاٹ چھُ لوکٹین انگن ہُند سہٕ اکھ نِظام یُس آغازٕ پیٹھے اِقتتامس تام پیٚہم پأٹھۍ جأری روزنس سٟتۍ سٟتۍ بدلان روزان چھُ۔ کینژن نقادن ہُند مانُن چھُ زِ پلاٹ چھُ سہٕ نقش یا عکس یُس کانہہ تخلیق پرٕتھ قأری یس ذیہنس منز روزان چھُ۔ چُناچہ کانہہ بیانیہ یا تتھے کانہہ فن پارٕ پرٕتھ ہیکن نہٕ تمکۍ لوٚکٕٹۍ لوٚکٕٹۍ تفصیل تہٕ واقعہٕ ذیہنس منز روٗزِتھ۔ بلکہِ چھُ امیُک اہم واقأتی ڈانچہ یا مخصوٗص کردارٕ سُند گُذرن حالہٕ ذیہنس منز روزان۔ یمن نقادن ہِندِ کِنۍ ہیکو اَتھۍ تمہِ فن پارُک پلاٹ مأنِتھ۔

پلاٹ چھُ تھیمہ کہ حوالہ تہٕ ویژھناونہ آمُت۔ چُناچہ یہ چھےٚ اکھ مأنۍ ہژ حقیقتھ زِ تھیم چھُ پننہِ ہیت پأٹھۍ پانے سرٕ کھرٕ کران۔ امیُک مطلب چھُ نہ ہرگز زِ تخلیقکارس چھُ گوڈٕ تھیم ذٕہنس منز آسان یتھ سہٕ اِظہار کرنہ باپتھ مُناسِب واقأتی ڈانچہِ ژھانڈان چھُ یا ونو زِ تخلیق کار چھُنہٕ پلاٹس منز کانہہ تھیم پیوست کران۔ بلکہ چھُ کنہِ ادبی ساختس تہٕ تمہِ کِس تھیمس تتھۍ واٹھ یتھ پوٚشس تہٕ خوشبوئیہ چھُ۔ کانہہ تہِ ادبی ساخت چھےٚ مُلہ تلہٕ کُنہ کُنہِ تھیمچ زمان مکأنی صوٗرت۔ یتھ پأٹھۍ ہیکو وَنِتھ زِ پلاٹ چھُ فسانہٕ نِگارس نِش سہٕ اکھ وسیلہ یمہِ ذریعہ سہٕ تھیمس کنہٕ

زمانہٕ مکانٕچ سکوٗنت دِتھ ہیٚکان چھُ۔ تِتھے پأٹھۍ چھےٚ کانٛہہ ادبی ساخت یا پلاٹ قأری ہندِ باپتھ باونہ آمتس تھیمس تام واتنُک ؤسیلہٕ۔ یِتھ پأٹھۍ تخلیق کارس ساخت یا پلاٹ زندگی ہٕندس کنہ نتہ کُنہ پہلوٗہس مُتعلِق پنٕن نوقطٕ نظر باونس منز اتھ روٗٹ کران چھُ تِتھے پأٹھۍ چھُ یہ قأری لیس تہٕ زندگی ہٕندس کنہ خاص پہلوٗس ہس مُتعلِق آگٲہی تہٕ ادراک حأصِل کرنس اتھ روٗٹ کران۔ قأری لیس نِش چھُ پلاٹٕے سو اکھ سہوٗلیتھ یٔیمہٕ ذٔریعہٕ سُہ افسانوی زندگی حقیقی زندگی سٟتۍ ہٕشر یا مُطابِقت پأدٕ کٔرتھ ہیٚکان چھُ یا ونو زِ یہ چھُ تِہندِ باپتھ پنٕنۍ زندگی پرزناونُک ؤسیلہٕ۔ عیاں چھُ زِ امہ ورأے ہیٚکہِ نٕہ تھ ہیٚوٗ ادب پارٕ قأری ہندِ باپتھ نتہٕ بےٚ معنہِ أستھ۔

بیانیہ ساختس تھیمس سٟتۍ وابستہٕ کرنس مُتعلق چھِ نارتھروپ فرائے ہٕندی خیالٕ تہٕ سیٹھا اہم۔ تِمۍ کٔرۍ بیانیہن منز تھیمن ہٕندی قسم مِتھاے کہِ تصوٗرٕ سٟتۍ ضأبطٕ بند۔ تِمۍ سُند وُنُن چھُ زِ انسأنی زندگی ہندِ ابتدایٕیٛتھے چھُ انسان موسمن ہُند تغیر تبدیٖلی یِعنے بہار رٕیتہٕ کول، ہرُد تہٕ وندٕ وُچھان آمُت تہٕ یِم مِتھاے ہیٚکو یِمنٕے حدوٗدن منز زأنِتھ تِکیٛازِ ذٔلیلن داستانن منز چھُ پلاٹٕچ ساخت یِموے مُطأبِق تشکیل لبان۔ مِثالے بہارس سٟتۍ وابستہ پلاٹ چھُ جوش جلال بورُت تہٕ شادمان اِقتامُک آسان۔ المِیہ رنٛگُک پلاٹ آسہِ ہردس سٟتۍ مُطابِقت تھاوان۔ تِتھے پأٹھۍ چھُ تِم فن پارٕ یِم موتھ یا یُربأدی ہٕندِس انجامس پیٹھ اندواتان چھِ تِمن منز آسہِ بیشتر پأٹھۍ وندٕ کانٕچ عکأسی تہٕ یِہند پلاٹ تہٕ آسہِ وندس سٟتۍ وابستہٕ۔ فرائے ہٕندی کِنۍ چھنہ ادب مُحض خأرجی حقیقژ ہُند اِظہار بلکہٕ چھُ یہِ انسانہٕ ہندِ گُلہم خاٛبُک اظہار۔ تِہندی کِنۍ یِتھ پأٹھۍ تہذیب فِطرتس ہیت بخشنٕچ عمل چھےٚ تِتھے پأٹھۍ

چھُ ادب تہٕ امی عملہ ہند بیا کھ اکھ پہلوٗ یُس اِنسانہ ہندیٚن محرٛومین تہٕ شادمانیٚن
ہنز باوتھ کران چھُ، یِہنز نُمایندگی ادبس منز آر کِٹا یپوڈِسی سپدان چھےٚ۔ کینژٕ و
نقادن ہند وُنن چھُ زِ پلاٹچ تشکیل چھےٚ موٹفن ہنز کارسازی۔ ویسلوسکی اوس
ڈیلیلن ہندِ ساختیاتی تجزیہِ پتہٕ یتھ نتیجس پیٹھ ووتمُت زِ پلاٹچ صوٗرتھ چھےٚ موٹفن
آویزٕ۔ امہ خیالہٕ مُطابِق چھُ پلاٹک لوکٕٹِہ کھوتہٕ لوکُٹ جُز موٹِف۔ موٹِف ہیکہِ
کانہہ تہٕ عمل یا بیان اٗسِتھ۔ کانہہ تہٕ ڈیلیل چھےٚ عام واقعاتی ترتیبہ لحاظٕ موٹفن
ہُند مجموٗعہ آسان مگر پلاٹس منز چھِ یِمے موٹف تھیم چہِ باوٕژ باپتھ تمہ آیہ ترتیبہٕ
پراوان زیم چھِ قاری ہندِ باپتھ دِلکش بنان۔ روٗسی ہیت پسندبورس توماشیوسکی
چھُ موٹفن آزاد تہٕ پابندورگن منز باگرن کرِتھ ونان زِ پابند موٹف چھُ ڈیلیلہ باپتھ
ضروری یێلہ زن آزاد موٹف پلاٹکہ نوقطہٕ نظرٕ اہم آسان چھِ نہِ ڈیلیلہ
باپتھ۔ موٹفن ہنز اہمیتھ چھےٚ لوٗکہ ادبکیو کینژٕ و ساختیاتی نقادو تہٕ تسلیم کرمژ۔ ایلن
ڈنڈِس چھُ لکھ ڈیلیلن تہٕ داستانن ہندس ساختس منز تمہٕ مخصوص تہذیبکن موٹفن ستی
وابستہ کران۔ ووٚنی گوٚو کینژن عالمن چھُ پلاٹچہ تشکیل کاری منز موٹفن ہندس
رولس پیٹھ اعتراض تہٕ۔ موٹف چھُ بقولہ راجر فاولر اکھ عام اصطلاح تہٕ اکھ
موٹف ہیکہ مُختلِف تھیمن منز باوتھ پراوِتھ، یِمہٕ سبہ پلاٹ تہٕ الگ الگ صوٗرت
پراوتھ ہیکن۔ مِثالے 'کھاندر' چھُ اکھ موٹف یُس دون بیانیہن منز وکھر وکھرٕ
پاٹھی اظہار پراوِتھ ہیکہِ۔ یعنے اکس منز آسہ لومریج تہٕ دوٚیمس منز آسہِ کھاندرُک
رِنوٗایتی طریقہ ہاونہٕ آمت۔ یتھ پاٹھی آسہ یمن دوشوٕنی بیانیہن ہند تھیم تہٕ الگ
الگ تہٕ لازمی آسہ یِہند پلاٹ تہٕ الگ الگ کرِتھ۔ کینژٕ و
عالمو کر واقاتن ہنز ورگہٕ باگے کرِتھ پلاٹچ ویژھنے۔ کیرنل یعنے اہم واقاتن تہٕ

سٹلایٹ یعنے ذیلی واقاتن ہند پھیرٕ گرِتھ ہوو رولاں بارتھن تہٕ زکیرٕنلن ہندِ باہم جڈُنہٕ ستۍ چھےٚ پلاٹچ تشکیل سپدان۔ راجر فاولرتہٕ چھُ پلاٹہٕ باپتھ اہم واقاتن ہندین مستقیمی سِلسلنے بنیاد مانان۔ تِہندی کنہٕ تہِ چھےٚ دراصل پلاٹچ حرکتھ کیٚرٕنلن ہندے نتیجہِ۔ مثلن مأرِس ہسپتالس منز سمکھنہ باپتھ نکیٖنٕ بنڈپورِ ناوِ کھسِتھ شہر واتُن چھُ پلاٹچہِ حرکژ باپتھ اہم۔ یتھ ہیکو أسۍ ''کیرٕنل'' واقعہ وٕنِتھ۔ مگر ناوِ منز تِہنزن مُختلِف حرکژن یا ناوِ منز بِہتھ باقٕے نفرن ستۍ تِہنزن کتھن چھُ نہ پلاٹچہ عملہٕ ہندس ارتقاہس منز کانہہ تہٕ دٕخل، یمن ہیکو أسۍ ''سٹلایٹ'' وٕنِتھ۔ ووٚنی گوٚو باضے چھُ بیانیہ کہ اکہ پڑاوُک کانہہ ذیلی واقہ کنہ پڑاوس پیٹھ اہم واقٕچ حثیت پراوان۔ یعنی بیانیہس منز ہیکہِ بعضے اکھ سٹلایٹ عملہِ ہندس ارتقہس دوران گژنہ ساتہٕ کیرٕنل تہِ بنِتھ، یہ زن اتھ تفرِیقس منز کھوچر چھُ۔ یتہٕ چھُ وننہ یِوان زِ کنہِ تہٕ، ادبی تخلیقس منز چھےٚ عیاں تبدیلی پلاٹٕے منز ٹاکار سپدان۔ تہٕ پرتھ کانہہ پُلاٹ چھُ اعتدالہ پیٹھ شرٗوع سپدِتھ عدم اعتدالہ مَنزٕ گذرِتھ بیٚیہ اعتدالس پیٹھ اندواتان۔

اعتدال کہِ نقطِ نظرٕ ہیٚکو أسۍ پلاٹہٕ کیٚن واقاتن ژورن زُمرن منز بأگرِتھ۔ اول تِم یِم اعتدال ڈالان چھِ۔ دوٗیم تِم یِم اعتدال بحال کران چھِ، ترٛیم تِم یِم اعتدال ڈالنس یا بحال کرنس منز مددگار بنان چھِ تہٕ ژوٗرِم تِم یِمن نہ یہ ڈالنس یا بحال کرنس منز کانہہ دٕخل چھُ۔

پلاٹہٕ کِس مُطالس منز چھُ ساختیأتی مأہرن ہند کأفی دیٚت۔ چناچہ ساختیأتی نقادن ہند مُطالِک موضوٗ چھِ بیشتر پأٹھۍ ڈیلِل داستان تہٕ بیانیہ روٗدی متۍ تہٕ یتھِس ادبی موادس منز چھےٚ پلاٹٕ سہُ اکھ جُز یتھ مُتعلق پیٹھے بانہ

عام قٲری تام کینہہ نتہٕ کینہہ وٕنتھ ہیٚکان چھُ، یعنے سہٕ ہیٚکہِ پلاٹچہ بنیاد پیٹھے دون ادبی ساختن ہند ہشر بیٚنیٚر بدِ کڈتھ۔ یا کنہِ ادب پارٕچ ژھوٚٹرن چھےٚ مُلہ تلہ پلاٹچ ژھوٚٹرن۔ ساختیٲتی ماہرتہٕ چھِ یتھ کتھ اَنکاران زکنہ تہٕ بیانیہ متنس زیر سطح چھُ تیٚتھ اکھ گرُت یتھ اَسہِ پلاٹُک ناو دِتھ ہیٚکو۔ بیانیہکی باقی اجزا مثلن کردار تہٕ تھیم بیتر غاراہم مانتھ کرتھو ادبی ساخت یا پلاٹکہ حوالے یِہنز وضاحت تہٕ۔ چناچہ ریوایٔتی تنقیدس منز اوس کردارس متعلق دون خصوصیژن پیٹھ زور دِنہ یِوان۔ اول کردار ہنز شخصیتہٕ فرِد انفرادیت تہٕ دوٚیم تسنز گہرٲیی۔ مگر ساختیٲتی عالمو کوٚر فردٕ ہنز انفرادیت نشی انکار۔ فرد ہنز شخصیتُک تشکیل یا پچھان چھےٚ اُکس سماجی ساختس منز رشتن ہندس بیٚنہِ ووٚنس منزٕے۔ تُند فرد آسُن چھُ محض اکھ گمانہ۔ کردار نِگاری متعلق انفرادیتکہِ نظریہِ مطابق چھِ کردار عملہ ہندِس ارتقاہس ستی ستی داقو نش اکھ خود مختار وجوٗد پراوان تہٕ تم ہیٚکو کھ تنوظرٕ نیٚبر تہٕ ویژھناوِتھ۔ مگر ساختیٲتی ماہرن نش چھِ کردار شبیہن تہٕ واقن ہندٕے اکھ حصہ یم یمن باحرکت بناوان چھُ۔ تہٕ تنوظرٕ نیٚبر کڈِتھ تم زند وجوٗد ن ہندی پاٹھی مولناوٕنی چھےٚ گمراہی تہٕ بیٚیہ نہ کینہہ۔ کردارن متعلق معنویٲتی نظریہ مطابق تہٕ چھےٚ بیانیہ ساختس منز کردارن تیٚژھے اہمیت دِنہ یِوان یِژھ کنہ زبانہ ہندین جملہ گرتین منز کنہ مخصوص لفظ ورگس آسان چھےٚ۔ بقولہِ راجر فاولر مانٔی تون امہ حسابہ کردارا اکھ اسم خاص یُس کانہہ وصف باوتُک وسیلہ بنان چھُ۔ یا زنتہ اکھ کیٚنل یتھ کُن کینہہ خصوصیژ الوند تھاونہ یِوان چھےٚ، نتہ اکھ عمل کار یا عملہ ہند محض اکھ ایجنٹ۔ کردارٕ ہنز اہمیت کم گرِتھ یہ عملہ تابین گرِتھ دیت ساختیٲتی عالمو پلاٹس کُن ژوٗر توجہ۔ امہ آیہِ زبانہ ہندِ گرامرٕ کس طرزس پیٹھ بیانیہُک گرامر

ویٚژھناوِن والێن منز چھُ وِلادیمر پراپ سُند ناو اہم۔ رۄسی لکہٕ ڈٲلیلن ہٕندِس مُطالعہٕ پتہٕ ووت پراپ یتھ نتیجس پێٹھ زِ لکہٕ ڈٲلیلن ہٕندی چھِ ز بنیادی عنصر، یِمن منز تِمۍ اَکس رول ناو دیت دۄیمِس تفاعِل۔ لکہٕ ڈٲلیلن ہنز ساخت یا پلاٹ چھُ تفاعِلن ہٕندِ ذٔریعہٕ تشکیل لبان، تِتھے پٲٹھۍ یِتھ پٲٹھۍ زبان صوتیمن ہٕندِ ذٔریعہٕ تشکیل پراوان چھےٚ۔ تہٕ رول ہێکہِ مُختلِف رنگہٕ کێن کردارن ہٕندِ ذٔریعہٕ سرنجام دِنہٕ یِتھ۔ تفاعل چھےٚ ڈرامٲٹک پٔرساہن ہنز ترتیب عملہ ہنز اکھ اکٲیی یِتھ وضاحتھ گُلہم ڈٲلیلہ ہنز عملہ منزاچ اہمیژ رٔنگۍ کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ ہتن لکہٕ ڈٲلیلن ہُند مُطالعہ پتہٕ کڈی پراپن اکترہ تفاعل بدِ یِہنز مۄجوٗدگی یا غٲرموجوٗدگی نظرِ تل تھٲوِتھ تِمۍ یِہندین پلاٹن ہنز ورگہ باگے گٔر۔ مثلاً دیوٗن گٔر بادشاہ سٕنز کوٗر کِڈنیپ، یتھ منز 'کِڈنیپنگ' اکھ تفاعِل مانتھ ہیکو۔ پراپن وون زِ أسۍ ہیکو یہِ اکے عمل مختلف ایجنٹن ہٕندِ ذٔریعہٕ ہاوِتھ۔ یِم اکھ أکس نِش مُختلف آسن مگر امہ باوجوٗد آسہِ پلاٹ یکسان۔ أسۍ ہیکو دیو سٕندِ بدلہ جودگر، ڈاکوٗ یا بیٚیہٕ کانٛہہ حریف طاقت ورتٲوِتھ تہٕ بادشاہ سٕندِ بدلہ رٔییس، مول، عاشق یا بیٚیہٕ کانٛہہ رأچھدر ورتٲوِتھ۔ یِتھے پٲٹھۍ ہیکو کِڈنیپنگ بجایہ أتھۍ رلہ وُن بیٚیہٕ کانٛہہ طریقہ کارِ استعمال کٔرِتھ۔ عیاں چھُ ز رول ہێکہ بدٕلِتھ مگر فنکشن یا فعل چھُ تی روزان۔ مطلب چھُ ز تفاعل چھِ مُستقِل یێلہِ زن رول بدلوٕنۍ چھِ۔ پراپہ سُند زور چھُ یتھ کتھِ پێٹھ ز 'عمل' کیا سپدِ یِیہ نہ زِ کتھ پٲٹھۍ تہٕ کہندِ ذریعہ سپز۔ پننِہ تجزِیہ سٕتۍ گٔر پراپن یہِ ہاوٕنچ کوٗشِش زِ ڈٲلیلن ہنزِ رنگارٔنگی باوجوٗد چھُ ڈٲلیلہِ ہندین ساختن تہٕ یِہندین پلاٹن منز ہِشر۔ دۄیِم یِزِ پلاٹ چھِ مُلہ تلہٕ گٔرتامتھے یِمن منز یێن ورتاونہٕ آمتێن تفاعلن تہٕ یِہندِ تعدادٕ سٕتۍ پٲدٕ سپدان چھُ۔ پراپہ سٕندِ امہ مُطالیاتی ماڈلہ پتہٕ پکنو ادبی ساختک مُطالعہ

گریما، تودروف تہٕ برمان بیترِ عاٲلموٕ ژونہٕ۔ یِمو منٛز کینٛژو وتیٚندین خیالن برژر کور تہٕ کینٛژو وکوٚر کنہٕ کُنہٕ تِس سٟتۍ اِختلاف تہٕ۔ خاص پاٲٹھۍ دیٚت تۄ دروفن افسانوی ادبکِس گرامرس پیٹھ زور۔ بیانہٕ خاطرٕ معنوی، نحویاتی تہٕ لفظیاتی جہژ ضروٗری قرار دِوان کٔرتھ افسانوی اِدبچ ساخت زبانۍ ہندین نحوی اۄصوٗلن ہندِس طرزس پیٹھ ویٚژھنانٕچ کوٗشش۔ تمۍ کڑۍ افسانوی ساختکۍ ترٛے بُنیاٛدی ورگ بدٕ، یِتھ تمۍ اِسم خاص، 'صفت' تہٕ 'فعل' ناو دِیُت۔ گوڈنیُک چھُ کردارن ہنز نُمایندگی کران تہٕ پلاٹچہِ بناوٹ ہندِ نوقطہٕ نظرٕ چھِ یِم پنٕنہِ کُنہِ أندرِمہِ خصوٗصیژ ورأے مسایلن ہندی ویتراون ہار۔ صفت چھےٚ خصوٗصیژ یِم حالت (مُختلِف پھیرِ سان مثلن خوشی تہٕ ناخوشی)، گون (خوبیہ خاٲمی) تہٕ صوٗرت (مذکر مونث، امیر غریب) بیترِ ورگن منٛز تقسیم کرنہٕ آمتۍ چھِ۔ ترٛیم چھِ فعل یِم کردارن ہنز نوٗعیت تہٕ مسایل مُتشخص کران چھِ۔ مسایل چھِ بیانیہ ساختٕچ بنیاٛدی اِکاٲیی تہٕ پلاٹہٕ کِس ترتیبس منٛز چھُ یِہندے عمل دخل۔ بہرحال ساختیاٛتی عاٲلموٕ دوبے ادبی ساختن مُتعلق کاٲفی مُطالہ کوٚر مگر یہ چھُ رٕژن تہٕ وٕسۍ پایہ ادب ساختن تہٕ پلاٹن اکی ترٛکرِ تولان یوسہ اکھ کوتاہی چھےٚ۔ دوٕیم چھُ یہِ جمالیاتی مُحرِکاتن ہندی زیرِ سطح عنصر نظر انداز کٔرتھ چھُرا ساختکین سطحی گرتین زیرِ غور انان۔ اِمو کھ ہیکہِ پلاٹہٕ کِس مُطالعس منٛز اتھ طریقہ کارس صرِف امداٛدی اہمیت آسِتھ۔

☆☆☆

# کاشرِ ناولہِ ہُند موجوٗدٕ صورتِ حال

کأشرِ زبأنی منز چھےٚ ناول ادبک ڈُسلابہٕ 1958ء منز اختر محی الدین سٕنز ''دود تہٕ دَگ'' ناولہٕ سٟتی سپُد مُت۔ حالانکہِ ناول لیکھنچہٕ کیٛنہہ کوٗششہِ یوٚ دوٚ وے اَمہِ برونٛہہ تہِ سپزمَژٕ آسہٕ، تم آسہٕ اڈلیٚچھ ثأبت سپدیمٕژٕ۔ بہر حال 1958ء پٔتھہٕ گیہِ وونی اکہٕ پلہٕ پنژاہ وٕری پیٹھی وق تہٕ ہرگاہ أسی معیار آوک طرف ترٛأوِتھ وُنِس تام کِس ناول سرمالیس مقدارٕ لحاظٕ وُچھو، امیک موجوٗدٕ صورتحال چھُنہٕ تیٚلہِ گُنہٕ تہِ رنگہٕ اَمہِ کہِ از اکثر ہہ وٕری بُرٛنہہ صورتحالہٕ نِشہِ زیادٕ مختلف۔ ییٚچ ذکر اوتار کرشن رہبرن ''سون ادب : زبان تہٕ ادب نمبر'' رِسالس منز شأمل کأشرِ ناولہٕ متعلق پننِس أکِس طویل تنقیدی مقالس منز کٔرمٕژ چھےٚ۔ کأشرِس ناول ادبس سام ہیوان چھُ سُہ ونان: ''کأشرِ زبأنی منز چھُ ناول ادب نہ آسنس برابر۔ یہِ چھُ اکھ سُہ احساس یُس کأشرِس ادبس سام ہینہٕ پتہٕ یکدم سپدان چھُ''۔ یمن

پتھٕ میٚن پنٛژہن ؤرین دوران آسن ترجمہ کرنہٕ آمٕژ ناولہٕ اوٚک طرف ترٛاوِتھ مسا مسا اکھ درجن ناولہٕ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ یِتھ ہیٚو کم قلیل تعداد چھُنہٕ گُنہِ تہِ پاٹھۍ کاشُرِ ہشہٕ پتہٕ بجہٕ زبانۍ شایانِ شان۔ یِیلہِ زن اَمہِ چہٕ قریب ترین ہمسایہ تہٕ کم اوسٕ حال ڈوگری زبانۍ منٛز اَتھ مقابلہٕ یہِ تعداد اَمہِ کھوتہٕ تروگنہٕ پیٚٹھۍ چھُ۔ پنٛژہن ؤرین ہُند وَق چھُنہٕ کم تہِ کینہہ۔ سانہِ افسانٕچ واٗنس تہِ چھےٚ الہ پلہ یی۔ مگر اَتھ مُدتس دوران پزٲوی کاشرِ افسانن ترقی ہنٛدی مختلف مدارِج یِیلہِ زن ناول وُنہِ نصف صدی پیٚٹھۍ گذرِتھ تہِ ہنٛز روایتھ مستحکم بناونٕچ جستہٕ خازی منٛز آوٕ رچھےٚ۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ دِلچسپ زِ دُنیچِن بیشتر زبانن برعکس سیٚد سانہِ زبانۍ منٛز ناولہِ ہُند زنم افسانس پتہٕ یِیلہِ زن بیشتر بجن زبانن منٛز ناول صنف افسانس بروٚنہہ وجوٗدس آمٕژ چھےٚ۔ اَتھ کُن توجہ دِنہٕ بروٚنہہ وُچھو زِ سانہِ زبانۍ منٛز ناولہِ ہنٛز کم مایگی ہنٛدی کیاہ وجوٗہات ہیکن اَستھ۔ سانیٚو کینٛژو نقادو چھِ بروٚنہہٕ تِتھِن مختلف وجوہاتن ہنٛز نشاندہی کرمٕژ یِمو کنۍ اول کاشرِس منٛز ناول ژیرِ ووتلیہ تہٕ ڈویم پوچھر پزٲوِتھ ہیچ نہٕ۔ مثلاً کاشرِ زبانۍ منٛز نثرٕک باقایدٕ ابتدا ہنا ژیرِ سپدُن، خاندگی ہنٛز کمی، قاری حلقٕچ عدم موجودگی تہٕ اشاعتی وسیلن ہنٛز وبٕژھنے یا کم ؤسی یاٗبی بیترِ۔ بظاہر چھِ یِم وجوہات پننہِ جایہِ اہم باسان مگر ہر گاہ باریکی سان وُچھوتہٕ سون ادبی تواریخ تہِ چھُ یِتھ کتھِ گواہ زِ یِم چھنہٕ تِتھۍ ٹھُری یِم گُنہ ادبی صِنفہِ ہنٛدِس ووتھ بووس منٛز حایِل سپدن۔ یہِ کتھ چھُ پزتھ کانٛہہ زانان زِ ناول چھےٚ بیانیہ ادبس ستۍ وابستہٕ۔ تیمۍگ ووتھ بوو یوٗرپس منٛز بیانیہ رنگہٕ کہِ داستانۍ ادبہٕ چہِ کوچھِ منٛز سیٚد مُت چھُ۔ کاشرِ زبانۍ منٛز تہٕ چھےٚ داستانۍ ادبٕچ اکھ زٕٹھ تہٕ باگہِ بڈٕ ژ روایتھ روزمٕژ یِمۍ زن ۱۸/مہٕ ۱۹/مہٕ صدی دوران برپوٗر وُسجار پزٕوو۔ حالانکہِ یہِ اوس

سُہ دور ییٚلہِ خاندگی تہٕ اشاعتی وسیٖلن سٟتۍ وابستہٕ مسلہٕ اَز حد سنگین ٲسۍ۔ ہرگاہ محمودگامی یا مقبول کرالہٕ وٲرۍ بیتر مثنوی نگار تھٕسبن ٹھٕرِتھ کھوژہِ ہن تم کرہن نہٕ شاید قلم تُلنک جُرتھ تہٕ نہ ہیکہِ ہے سانہٕ زبٲنۍ منز اکہِ کھوتہ اکھ مقبوٗلِ عام مثنوی ہُنٛد بُرژرسیدتھ۔ یہِ کتھ چھےٚ گُنہِ حدس تام صحیح زِ یُتھ ہیوٚ بیانیہ ادب اوس شاعری ہنٛدِس شکرقندی مُل مالیس منز تہٕ شاعری ہنٛز خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یہِ چھےٚ خاندگی بیترِ ہوی ٹھٕرِ مسمار کرنس اہل مگر یہِ کتھ تہِ چھےٚ صحیح زِ یتھۍ ہِوی داستان تہٕ رومان تہِ چھِ گُنہِ نہٕ گُنہِ سوٗتھرِس پیٹھ قرٲنکۍ پابند ٲسۍ ٲسۍ۔ اَمہِ تلہٕ ہکو یہِ نتیجہ کڈِتھ زِ کٲشرِ ناولہِ ہنٛز پسماندگی متعلق یمن وجوہاتن ہنٛز ذکر برونٛہہ پکن کرنہٕ آیہِ تمن چھےٚ دراصل ناول صِنفہِ ہنٛز ترقی منز ثانوی اہمیت۔

بنیٲدی وجہ چھُ دراصل بیٚیہٕ کیاہتام۔ یہِ کتھ چھےٚ ناجی منور تہٕ شفیع شوق ہنٛدِ ییمہِ بیانہٕ تلہٕ عیاں سپدان زِ ناولہِ ہنٛزِ مقبوٗلیژِ باپتھ یُس کلچرل ماحول تہٕ ادبس تہٕ زندگی درمیان سرگرم ہیوٚت دیُت ضروری چھُ سُہ گوونہٕ کٔشیرِ منز اَز تام تہِ پٲدٕ۔ نتیجہِ دژاو یہِ زِ ترقی پسند تحریکہِ ہنٛز پسپٲہی پتہٕ تہِ اگر کٲنٛسہِ ناول لیکھنچ کوشش کٔر، تس ٲس اَتھ منز کانٛہہ غٲر تخلیقی مصلحت نہ زِ پننٛز تخلیقی کل۔ ہرگاہ وُچھو دُنیٖہچن مختلف زبانن منز چھُ رومان تہٕ داستٲنۍ ادبُک زمانہٕ خبر کر سور یومُت تہٕ زندگی ہنٛزِ تیز رفتار تبدیلی تحت چھُ ناولہِ یوٚت مقبولِ عام پٕژوومُت زِ مستقبل چھُ ناولہِ ہُنٛد ے۔ کٲشرِ زبٲنۍ تہِ یوٚ دوٚے داستٲنۍ ادبس وُہمہِ صدی ہنٛدِس اِبتداہس دورانے خٲرباد کوٚرمگر ناول صِنفہِ ہُنٛد خوش آمدید تہِ کوٚرُن یہِ ڈٲلۍ زِ تہِ نیٚبرِمی ژمہِ۔ ممکن چھُ زِ سیاست کٲری ہنٛدی شکار آسنہٕ بادجود چھِ بالن درمیان بند آسنہٕ تہٕ صنعژ تہٕ ریلن ہُنٛد زال نہ آسنہٕ کنۍ کٲشری زندگی ہنٛزِ تیز رفتٲری نِش بے خبر۔

یہِ چھُ پزر زِ دُنیٚ پھِکمِن کیٚنژن قومن منٛز چھِ رومان تہٕ داستان اَزتہٕ مقبوٗل ییمیُک وجہ شاید یہِ چھُ زِ یُتھ ہیوٗ اَدب چھُ اَز تہٕ بقولِ آل احمد سرور انسانی شخصیژ ہِکس ربابس تارن زیرٕ دِنس اہل۔ دراصل چھُ رومان قرار کَن یُس حقیقتہٕ کہِ عالمہٕ منٛز نبر کڈِتھ اساطیر ہِکس طِلِسمس منٛز آوراوان چھُ۔ اَتھ برعکس چھُ ناول ادب حقیقت ہِکس زُلس پیٹھ اِستادٕ تہٕ اساطیر شکنی چھےٚ اَمِچ خصوصیت۔ رومان ییٚتہٕ خیالی دُنیاہس منٛز راوراوان چھےٚ تتہِ چھےٚ ناول حقیقی دُنیاہس کُن واپس اَنِتھ زندگی ہنٛز شوٗزتہٕ صحیح صوٗرژ ہُند عرفان کرناوان۔ صاف چھُ ظاہر زِ کامیاب ناول نگاری باپتھ ییٚتہٕ لِکھارِس زندگی ہنٛدِس ہرٕتس کرتس ستی موکھ مُداے کرنٕچ سکتھ ضروری چھےٚ تتہِ گژھِ قاری لیس تہٕ یہِ باپتہٕ وُچھنٕچ مالے آسٕنۍ۔ پننہِ ناولہِ ہنٛز پسماندگی وُچھتھ ہکو شاید یہِ وَنِتھ زِ اَمہِ کِچ کوتاہی چھےٚ دوشوٕنی دَربن منٛز۔ ناول نگارن منزتہٕ تہٕ قاری حلقس منزتہٕ۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ ناولہِ ہُند سروکار چھُ متوسطہِ طبقس ستی آسان بشرطیکہٕ اَتھ طبقس آسہِ پننہٕ اہمیتُک احساس تہٕ پننیٚ اخلاق تہٕ عادات آسنس ٹاٹھی۔ کُنہِ قوم کہِ تخیل کہِ پروازُک اندازٕ ہیکہِ تمہِ قوم چہِ شاعری تلہٕ سپدِتھ تہٕ ہرگاہ اَمہِ قومُک رُوح محسوس کرُن آسہِ، تمہِ خاطرٕ چھُ ناول ادبس کُن رجوٗع کرُن۔ مگر سوال چھُ تتھ قومس گژھن تتھی ناول نگار آسنۍ ییم اَتھ رُوحس تام واتِتھ ہکن۔ یوٗ دوٚے کاشرِ زبانی تہٕ وُنس تام ییٚتھ کانہہ ناول نگار باگہٕ آمُت آسہِ ہے، ناول آسہِ ہے مقبول سپز منٛز تکیازِ بعضے چھُ اکھ بلند قد تخلیق کار کُنہِ صِنفہِ سوخنس مقبول بناونس منٛز اہم رول اَدا کران۔ مگر پننہِ ناولہِ ہُند موجوٗدٕ منظر نامہٕ وُچھِتھ ہکو صرف یی وَنِتھ زِ سانٛنی زبان چھےٚ وُنہ تتہِ تتھس ناول نگارٕ سنٛز مُنتظر۔

بہرحال اَمہِ باوجود تہِ یم گژھ تام ناولہٕ مختلف لکھارِ بن ہِندِ ذٔسی سانہِ زبانۍ منز لیکھنہٕ آیہِ تِم چھنہٕ کم اہم کینہہ تہِ۔ تِہنز پیٹھے بانہٕ اہمیت چھےٚ یِی زِ تِم چھےٚ کأشرِس ادبس منز اَمہِ صِنفہِ سوچ وبژھے دوٗر کران۔ کأشرِ ناولہِ ہِندۍ ابتدأیی ترٛے نموٗنہٕ چھِ یِیمہِ لحاظہٕ اہم زِ یمو گُر کأشرِس ادبس منز اکھ نوٚ صنف مُتعأرِف۔

یوٚ دوَے یِم ترٛیشوے ناولہٕ ترقی پسندی ہُند دور ہمنس ستی بروٗنہہ کُن آیہِ تہٕ ترقی پسند نظریہ کین موٗلہٕ اصوٗلن ہِندِ اَثرٕ نِش مُچھِ چھےٚ، تہِ گُرِتھ تہِ چھےٚ یِم تریشوے اَمہِ نظریہ کِس انسان دوستی تہٕ انسأنی ہمدردی ہِندِس جذبس اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ باوَتھ دِوان۔ چنانچہ یِم ناول نگار اُسی گوڈنچہِ لٹہِ اَکِس یَہہ صِنفہِ منز قلم آزمأیی کران، اَمہِ سببہِ یوٚ دوَے یِمن منز کردار نگأری، ساخت تہٕ ٹیکنیک چہِ خأمیہِ تہِ نظرِ گژھن کانہہ تہِ تعجب چھنہٕ۔ بہرحال یِمو ابتدأیی ناولو پتہٕ یِم گژھ تام ناولہٕ کأشرِس منز لیکھنہٕ آمژٕ چھےٚ، تِمو منزٕ چھےٚ بیشتر وُہمہِ صدی ہِندِس سَتِمِس اِٹھِمِس دٔہلِس دوران بروٗنہہ کُن آمژٕ۔ ناولن ہِندِ اَمہِ دوٗرُک دٔسلابہٕ کوٚر غلام نبی گوہرن۔ اَمہِ دورچہِ بیشتر ناولہٕ چھےٚ مقبولِ عام تھیمن أندۍ أندۍ وونہٕ آمژٕ عشقیہ یا رومأنی ناولہٕ۔ بُرٛنہہ مِین ناولن ہنز ناکأمی وُچِھتھ کوٚر گوہرن محسوس زِ ناولہِ باپتھ چھنہٕ کُنہِ تہِ نظریہ ہِچ تشہیر ضروری بلکہ چھُ امیُک موٗلہٕ مقصد دِل رَنزنُن۔ یِمن دٔہلین دوران آیہِ گوہرنہِ 'مجرم'، 'مےٚل' تہٕ 'پُنٛز تہٕ پاپ' تہٕ 'ارگہِ اَشُد'۔ اَونگجہِ ٹینٛڈ بن پیٹھ گنٛزرنہٕ یِنہٕ لایق ناول سرمایس منز اَکی ہیٚے لکھأرۍ سُند یہِ دیُت چھُ پزی تھٕکبُن لایق۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ نردوشنٛز ''اکھ دور'' امر مالموہی ہنز ''داستان امیر جان'' تہٕ 2002ء لیس منز کأشرِ ناولہِ ہِندِس بأنی کار اختر محی الدین ہنز ''جہنمک پئُن پئُن نار''۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ عادِل افضلن ''گٹہٕ تہٕ گاش'' ناوٕ چ

ناول لیچھمہٕ۔ پتہٕ مین کینژن وٕرین دوران آیہِ امہِ علاوٕ تہٕ مختلف لکھارین ہنٛدِ ڈٕسی زٕ ترے ناولہٕ لیکھنہٕ۔

مبقدارٕ لحاظہٕ سبٹھاہ کم آسنہٕ باوجوٗد ہرگاہ معیارٕ لحاظہٕ یِمن ناولن نظر تراوو، کینٛہہ حوصلہٕ افزا کتھہٕ چھےٚ بروٛنٛہہ گژھن یوان۔ مثلاً ناولہِ باپتھ چھہِ زٕ چیز اہم دٔلیل وَنٕنۍ تہٕ دٔلیل ووٕنۍ۔ اکیک واتھ چھُ ناولہِ ہنٛدِس ڈیزائنس سٟتۍ تہٕ ڈویمیک پلاٹس سٟتۍ۔ یِمن دوشوٕنی باہم ہم آہنگی لأزِمی چھےٚ۔ یہِ ہم آہنگی چھےٚ کامیأبی سان ''مجرم'' ''شین تہٕ وَتہٕ پوٗد'' تہٕ کُنہِ حدس تام ''اکھ دور'' ناولہِ منٛز قائیم کرنہٕ آمٕژ۔ مجرم چھےٚ پننہِ انکشأفی پلاٹہٕ کنٛز ڈرامہ تہٕ مملو ڈرامہ بٔرِتھ ناول۔ ''شین تہٕ وَتہٕ پٔدی'' ناولہِ منٛز یمیٛہِ حسابہٕ ماحول تہٕ مرکزی کردارس باہم اکھ ہم آہنگی وودٕلیمٕژ چھےٚ تمہِ سٟتۍ چھےٚ ناول دِلچسپ بنیمٕژ۔ ''اکھ دور'' ناولہِ منٛز تتھہٕ پأٹھی قأری ہنٛدِ باپتھ یہِ مرکزی کردار گٔنے فوکل کردارٕ ہنٛدی رٔنگی بروٛنٛہہ گژھن یوان چھُ تمہِ سٟتۍ چھےٚ ناول دِلچسپ بنیمٕژ۔ حالانکہ اَتھ منٛز چھےٚ دٔلیل وونٕنس منٛز کینٛہہ لغزِشہٕ تہٕ یِم منطقی کردار سأزی تہٕ شعری اِنصافس پیٹھ ناول اَند واتناونک نتیجہ أسِتھ ہیکن۔ ڈویم امہِ ناولہِ ہُنٛد باڈویوٗت وسیع بناونچ گُنجأیِش اُس تیوٗت چھُ یہِ محدوٗد کرنہٕ آمُت۔ ''میٛل'' تہٕ چھےٚ محدود کنواسہٕ کنٛز واش کڈنس مُچھہِ روٗزمٕژ، تہٕ ترٛیِش تہٕ ترٛپن ناولہِ منٛز تہِ نہٕ چھُ واقعاتن ہُنٛد تسلسل تہٕ نہ کردارن ہُنٛد اِرتقا نظرِ گژھان۔ یہِ ناول چھےٚ دٔلیل ونٕنس تہٕ ووٕنس باہم غأر ہم آہنگی ہنٛز شکار۔ گوہر ہنٛز پٕنٛز تہٕ پاپ چھےٚ آفأقی قدرن ہنٛدِ اِضأفی پہلوٗ کہِ موضوع کنٛز اہم۔ یمیٛہِ ناولہِ ہنٛز خوٗبی چھےٚ کٔشیرِ ہنٛدِ فطری حسنٕچ عکأسی تہٕ کٔشیرِ ہنٛز خوجہِ آیہِ رِوأیتی طرزِ زندگی ہنٛدی دِلکش منظر نگأری۔ ووٚں گوو گوہر ہنٛزن ناولن ہنٛزِ زبأنۍ متعلق چھُ

اکثر سوال تُلنہٕ یوان یوسہٕ نقادن ہنٛز نظرِ اَز حد شاعرانہٕ چھےٚ۔ ویسے تہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ ناولہِ باپتھ چھُ ماحول تیٚلی سازگار بنان ییٚلہِ کُنہِ زبانۍ ہُند نثر تیوٚت پوٚختہٕ بنان چھُ زِ اَتھ چھُنہٕ پننہٕ پأراوِ باپتھ شاعری اَتھہٕ دارُن پیوان۔ ووں گوو گوہر نہٕ شاعرانہٕ زبانۍ ہکو أسۍ یہٕ جواز دِتھ زِ تسنٛزِ ناولہٕ چھےٚ نوجوان عشقہٕ کِس تھیمس پیٹھ اِستادٕ یُس آدرشی آسان چھُ۔ اَمہٕ وأنسہٕ ہنٛدِ آدرشی عشقٕچ باوتھ باپتھ چھےٚ بعضے حسبأوی زبان ناگزیر بنان۔ داستان امیر جانس منٛز چھُ داستانوی اندازٕ تہٕ میجک رِیلزِم ورتاونچ کوشش کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ ٹیکنیکس منٛز چھےٚ ذویمین زبانن منٛز تہِ ناولہٕ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ گوتھِک ناولہٕ تہِ ہکو کھ اَتھ زُمرس منٛز شأمل سپدِتھ۔ ووں گوو ناولہِ منٛز چھُ زندگی نسبت ناول نگارٕ سُنٛد انفرأدی نظریہ اہم تہٕ ہرگاہ طلسم برائےٚ طلسم ورتاونہٕ ییہٕ تیٚلہِ چھُ یہٕ فن کہِ سوٚتھرٕ یون وسان۔ ہرگاہ اَتھ طِلسمس ناول نگارن زندگی ہُنٛد کانہہ پزر باونہٕ موکھہٕ تمثیلی رنگ کھور مُت آسہِ، یہٕ روزِ ہے کامیاب ناول۔ "جہنمک پٹُن پٹُن نار" چھےٚ پتٕمو ناولو نشہِ ییمہِ لحاظہٕ الگ زِ اَتھ منٛز چھُ گوڈنچہِ لٹہِ ناول نگارن رومأنی دُنیہِ کی ستہٕ جذباتھ ترأوِتھ جراح ہنٛدی پأٹھۍ سمأجی زندگی ہنٛدِس نوسوٗرس خبر ہیٛژمٕژ۔ اَتھ ناولہِ منٛز چھُ 1960ء پتٕمہِ کشیرِ ہنٛدِ تمدنک سُہ منظرنامہٕ بروٗنہہ کُن یوان یتھ کُن مرحوم غلام رسول نازکی ین پننہٕ أکِس رُباعی منٛز تتھہٕ پأٹھۍ اِشارٕ کوٚرمُت چھُ: "مےٚ وُچھ پتٕمین بہن وٕرین پتےٚ یوت مسلط گوو زِ ناپرور تمدُن۔" ناولہِ منٛز چھِ برسراقتدار طبقہٕ تہٕ باقٕے سفید پوش لُوکن ہنٛزِ زندگی ہُنٛد سُہ پوٚکھ ننگہٕ کرنہٕ آمُت ییٚتہِ دولت، اِختیار تہٕ اثر ورسوخ حأصل کرنہٕ باپتھ زن تہٕ زرا کہِ ہیرٕ رٔنگۍ ورتاونہٕ یوان چھِ۔ یہٕ ناول چھےٚ یہٕ کتھ عیاں کران زِ کأشُر ناول نگار چھُ پزی پہٕنٛس أندۍ

ییٚکھِس ستۍ متصأدِم۔ ییٚمیُک نتیجہٕ جذباتن ہٕنٛزِ ناولہِ بجایہِ خیالن ہٕنٛز ناول برونٛہہ کُن آہنٛز چھےٚ۔ یہِ ناول مدِ نظر تھأوِتھ ہیٚکو وٕنِتھ زِ کأشِر ناولہِ چھےٚ صحیح وتھ لٔبِتھ بشرطیکہِ ناولہِ ہٕنٛز أم رِوایتھ ڈٕرراونہٕ باپتھ بَنہِ یہِ ناول باقٕے ناول نگارن ہٕنٛدِ باپتھ باعث تحریک۔ ہرگاہ نہٕ تہٕ سپُد تیٚلہِ چھُ پتہٕ اکھ تیُتھُے اَند کُن پیوٚمُت تجرُ باہ یِتھۍ تجرُ بہٕ اَمہِ برونٛہہ سپدۍ متۍ چھِ۔

کأشرِ ن ناولن ہُنٛد مطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ یہِ ٹاکارٕ سپدان زِ بیشتر ناولن منٛز اکھ مشترکہٕ خأمی نظرِ گژھان۔ یعنے اکثر چھُ ناول نگار چھِ جلد بأزی کأم ہیوان۔ ناول چھےٚ صبرٕ و تحملٕچ طلبگار۔ اَتھ منٛز چھُ واقعاتن ہٕنٛدِ بیان باپتھ مناسب رفتارُک خیال تھاوُن ضروری۔ واقعات چھِ تَمہِ حسابہٕ باونہٕ یِوان زِ دلیلی وقتس تہٕ بیانیہ وقتس درمیان روزِ مناسبت۔ دراصل چھِ پرتھ ناولہِ ہٕنٛدِس پلاٹس منٛز دوٚیہ قسمٕچ عمل یا واقعہٕ آسان۔ اول سو عمل ییٚمیُک نتیجہٕ ردِ عمل آسہِ تہٕ دوٚیم عملہٕ تہٕ ردِ عملس درمیانٛکۍ عمل۔ گوڈنکہِ قسمٕچ عمل چھےٚ پلاٹس حرکت بخشان تہٕ دوٚیمہِ قسمٕچ عمل چھےٚ واقعاتن ہٕنٛدس رفتارس منٛز دریغ پأدٕ کرنہٕ باپتھ ورتاونہٕ یِوان۔ یِژھ عمل چھےٚ دلیلی وقتس تہٕ بیانیہ وقس درمیان ہشر وٕ وتلاونہٕ باپتھ ضروری۔ سانین بیشتر ناولن منٛز چھےٚ یِژھِ نمونہِ ہٕنٛز کمی۔ شاید چھُ اَمی مشعل سلطانپوری یمن ناولن محض واقعأتی ناولہٕ مانان۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ توجہ طلب زِ سانین اکثر ناولن ہٕنٛدۍ کردار چھِ سپاٹ۔ حالانکہ یِتھۍ ہوۍ اوٚک سمتی کردار چھِنہٕ کانٛہہ تہِ عأب بلکہ ہیٚکن یم یادٕ ۆترِس منٛز ژِریہ تام روٚزِتھ۔ مگر تہِ گٔرِتھ تہِ چھِ یِژھِ کردار نگأری ستۍ شخصیتٕکۍ بیشتر پاس ژھایہِ ہٕلس روزان۔ ناول زندگی تہٕ حقیقتس نکھہٕ اَننہٕ باپتھ چھےٚ ڈلأمۍ کردارن اہمیت۔ ناول چھےٚ زندگی ہٕنٛزٕ ے عکاس تہٕ کردارٕ ے چھِ امیُک ذٔریعہ

تہٕ امی چھےٚ وٕرجنیا وُلف تہٕ وِنان زِ ناول نگأری ہُند سروکار چھُ مُلہٕ تلہٕ کردار نگأری سۭتۍ۔

بہرحال مقدار تہٕ معیارٕ لحاظہٕ کأشرِ ناولہِ ہُند یہٕ صورت حال ہکو نہٕ کُنہِ پأٹھۍ تہٕ تسلی بخش مأنتھ۔ ووٚنۍ وَنہو زِ یِی چھُ تہٕ تی چھُ غنیمت، مگر ناول صنف پسماندٕ آسنہٕ کنہِ ہکو أسۍ تیٚلہِ پننہِ ادبی بختاوٕری ہنٛدۍ دَم دِتھ۔ پتہٕ یتھ دورس منٛز ییٚلہِ شأعری ووٚنۍ وأنسہٕ باسنہ ہیٚمژ چھےٚ۔ یہٕ چھُ اکھ تلخ پزر زِ ناولہِ ہنٛزٕ کمی چھُ ادبی تنقید تہٕ متأثر کوٚرمُت۔ اَزکل ییٚلہِ ساختیأتی تہٕ پس ساختیأتی سوچن ثرایو اَدبس للہٕ کھوٚل کرنہٕ یوان چھُ، یہٕ کتھ ہکو نہ أسۍ مُشرِتھ زِ یمن سوچن ثراین ہنٛزٕ عمارت چھےٚ بیشتر پأٹھۍ نثری مطالعس پیٚٹھے کھارنہٕ آمٕژ۔ یتھ منٛز بلزاک تہٕ فلابیر بیترِ ناول نگارن ہنٛزِ تخلیقی کامہِ تہٕ شأمل چھےٚ۔ یہٕ سوٗرے نظرِ تل تھأوِتھ ہرگاہ وُنۍ کنہِ کأشرِس ادبی دُنیاہس ضرورت چھےٚ سو چھےٚ صرف تہٕ صرف ناول نگارن ہنٛزٕ تہٕ تِتھِس ناول نگارٕ سنٛزٕ زیادٕ یہن یُس ڈی ایچ لارنس سنٛدۍ پأٹھۍ بوٚڈ ہٕٹہِ وَنہٕ:-

”مےٚ چھُ بحیثیتِ اکھ زِندٕ انسان زوٗنک یراد تِکیازِ بہٕ چھُس اکھ ناول نگار۔ چنانچہ بہٕ چھُس ناول نگار اَمہِ سبہٕ چھُس پانس کأنسہِ سائنسدانس، کأنسہِ فلسفی لیس یا شأعرس برتر زانان۔ یِم سأری چھِ زِندٕ انسانہٕ سنٛدۍ بن مختلف گوشن ہنٛدۍ بوٚڈۍ مأہر مگر مکمل انسانس تام چھنہٕ یِمو منٛزٕ کأنسہِ ہُند پلو“۔

☆☆☆

# ''مُجرِم'' ٹیکنیکی تارٕژِ پٹھ : اکھ سام

کأشرِ زبأنٕ ہٕندس ناول ادبہٕ کِس سرمایس چھُ غلام نبی گوہر سُند دیُت یِمہٕ لحاظٕ تھیکُن لایق زِ الہ پلہٕ ڈوڈ درجن کأشرین ناولن منز چھےٚ ژور ناولہٕ أہندی قلمہٕ درامٕژ، یُس یہِ قلیل سرمایہِ نظرِ تل تھأوِتھ اکھ نُمایاں بوگ مأنِتھ ہیکو۔ أہنز یِم ژوشوے ناولہٕ چھےٚ کأشرِ زندگی ہٕندِ حوالہ انسأنی زندگی ہٕندی مختلف پاس بردنہٕ کُن انان۔ مثلاً ''میُل'' چھےٚ جنٕس ستۍ وابستہ نفسیأتی اُلجھن گھرین ٹاکارٕ کران تہٕ ''پُن تہٕ پاپھ'' چھےٚ ہنا فلسفیانہٕ رنگ ہیتھ۔ اتھ برعکس چھےٚ ''ارگ اشُد'' کشیرِ ہٕنزِ سیأسی وولہرِ شہ ہٕنز أیینہ بردار تہٕ ''مُجرِم'' یوس موضوع لحاظٕ کھ سمأجی ناول چھےٚ، یہِ چھےٚ داجکس سمأجی بدعتس أندۍ أندۍ وونہٕ آمٕژ۔ مگر ٹیکنیک تہٕ ساخت لحاظٕ چھےٚ یِموژوشوٕے ناولو منز ''مُجرِم'' زیادٕ پہن توجہ طلب۔ ۱۹۷۰ہس منز شایع سپٕز مٕژ یہِ ناول چھےٚ گوہر سٕنزن ناولن منز مقبوٗل ناول تہٕ اتھ چھِ کینٕژن معاملن

منز کاشرین ناولن منز اولیتُک درجہ حاصل۔ مثلاً یہِ چھےٚ گوڈنچ کأشر ناول یمکۍ وُنس تام زٕ ایڈیشن شایع سپدۍ۔ یہِ چھےٚ ساہتیہ اکاڈمی ہندِ طرفہ گوڈنچ انعام یافتہ ناول تہِ۔ تہٕ اتھ ناولہِ سپدٕ سرینگر کہِ ریڈیو سٹیشن تہٕ ٹی وی پیٹھ ڈرامأیی صوٗرتس منز پیش سپدنُک شرف تہِ حاصل۔

ٹیکنیک لحاظٕ ہیکون یہِ ڈرامأیی ناولن ہندس زُمرس منز شأمل کٔرِتھ۔ یوس أمیر لٔڑکہ غریب کوٗرِ ہندس ناکام عشقہ کِس مقبوٗلہِ عام موٗتفس پیٹھ منی اکھ پُلاٹ بند ناول چھےٚ۔ یوٗ دوے سرسری طورتہِ نظر تراوو اسہ گژھن امہ کِس پُلاٹس منز ترےٚ اہم خوٗبیہ نظرِ۔ گوڈنچ خوٗبی چھےٚ یہِ زِ امکس پُلاٹس منز چھُ تجسُس یُس زمأنی تبدیلی ین ہندِ مُنأسب ورتاوٕ سٟتۍ ووتلاونہ آمُت چھُ۔ تہِ زن گوٗو ناولہ ہندِ پُلاٹچ عمل چھےٚ زمأنی لحاظٕ مستقیم آیہِ ازکال پیٹھ شروع سپدِتھ بروٗنہہ کالس کُن پکان اما پوٗز اتھ دوران چھ پتہ کالس کُن ووٗٹھ تُلِتھ ناولہِ ہندین کردارن ہُند پتھ کال تہِ گاشراونہ آمُت۔ پُلاٹس منز چھےٚ دۄن زمانن ہُند لرِ لوٗر تھاونہ سٟتۍ ازکالکہِ صوٗرت حالچ وضاحتھ پتھ کالٕکۍ صوٗرت حالہ سٟتۍ سپز ہٕژ۔ امۍ خصوٗصیژ چھُ ناولہِ ہندس پُلاٹس منز تجسُس زایُن لوٗگمُت۔ دوٗیم اہم خوٗبی چھےٚ یہِ زِ ناولہِ ہُند پُلاٹ چھُ انگمیٹک خصوٗصیژ تھاوان۔ امہ قسمہ کِس پُلاٹس منز چھُ مرکزس منز اکھ پریژٕ یا گنڈ آسان یمہِ کہِ حل سپدنہ پتےٚ پُلاٹچ عمل اندواتان چھےٚ۔ یژھن ناولن ہندس پُلاٹس منز چھےٚ یہِ خصوٗصیت آسان زِ پُلاٹکین واقعن ہنز زنجیر گرۍ چھِ آغازٕ پیٹھے بے ترتیب آیہِ چھکرِتھ آسان بٔلکہِ چھِ اکھ زٕ گرۍ رأوس تل تہِ روازن۔ پُلاٹچ عمل یوٗت یوٗت بروٗنہہ پکان چھےٚ تیوٗت تیوٗت چھےٚ یمن کرین ہنز اصل ترتیب بحال سپدان۔ تہٕ یہِ ترتیب چھےٚ تیلی پوٗرٕ پأٹھۍ

بحال سپدان یِیلہِ اِمکہِ راۓ وِ مَتی گرِ تہٕ بازیافت کرنہٕ یِوان چھِ۔ نی تو "مجرم" ناولہِ ہُند پُلاٹ۔ یتھ منز اُٹھن گواہن ہنز شہدٔژ ہستی حاجرنہٕ زندگی ہندس پتھ کالس تہٕ تِہندس مرنس ہستی وابستہٕ مختلف مُنتشر واقعن اکھ ترتیب دِنچ کوٗشش کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ یِم گواہ چھہٕ ترتیب وار حاجرٕنی ویس فاطہٕ، شمبو ناتھ یُس احداللہ سُند کارٕ بوج چھُ، مُلزم ہنز سال ساجہ، حاجرٕنی ویس زینہ، سلام جوزٕ، مسمات جلہ عِش دیدتہٕ جمال یُس مُلزم ہندِ گرِ وارِیہن وٗرِین بحثیت مہنیوٗ کامہِ کران اوسمُت چھُ۔ یِمن سارِنے ہنز شہدتھ یِم حالات تہٕ واقعہ بیان کران چھِ تمو کِنی یوس ترتیب پُلاٹ لبان چھُ تمہِ کِنی چھُ لورکورٹن احمدُ ے پننہِ کور ہُند قاتِل قرار دِیتُمت۔ مگر یہِ ترتیب چھےٚ نہٕ صحیح۔ تمی کِنی چھُ یِمن سارِنے شہدتن ہندس شہدتس احمدن وٗکیل تہِ لیٚژ تہٕ ناقص مانان تِکیازِ یہِ چھےٚ نہٕ احمداللہ ہس بےٚ قصوٗر ثابت کرنہٕ باپتھ کافی تہِ۔ یاونو یہِ زِ یِم ساری گرِ رلاونہٕ پتہٕ تہِ چھےٚ نہٕ پُلاٹٕچ واقعاتی زنجیر پٔنُن اصل ربط پرٛاون یا یہِ ترتیب چھےٚ نہٕ پُلاٹک انگما حل کرنس اہل۔ پُلاٹچہِ زنجیرِ ہندین کرین ہُند مکمل تسلسل بحال کرنہٕ باپتھ چھےٚ سُلہ جوٗ ہنز سوٗ چِٹھی حاصل کرٕنی تہٕ پتہٕ عدالتس منز پیش کرٕنی اہم یوس حاجرن زہر کھینہ برونہہ بشیر احمدس لیچھمٕژ اٗس۔ یوہے چھُ رووُمُت کوٗریُس چھیکرس حاجرٕنی چِٹھی منظرِ عامس پیٹھ اَنتھ احداللہ ہس بے گونہہ ثابت کران چھےٚ۔ تہٕ یتھ پأٹھی چھُ حاجرنہ مرنگ انگماہ تہِ حل سپدان۔

چنانچہٕ "مُجرم ناولہِ ہندس پلاٹس منز چھےٚ ڈراماٗیت تہٕ امہِ کِنی چھےٚ امہ بِکس پُلاٹس منز بیاکھ خوٗبی ووتلیمٕژ تہٕ سو چھےٚ اکِچ محدوٗد زمان مکأنی وانگ۔ ڈراماٗیی ناولن ہنز نُمایاں خصوٗصیت چھےٚ یہِ زِ یِمن ہنز عملہِ ہُند دأیرٕ چھُ

محدۏد آسان۔ ییٚمہٕ کِنۍ یمن منز کم زمأنی کیو مکأنی خلل سپدان چھِ۔ امہٕ خصوٗصیژٕ کِنۍ چھُ پرٛژھن ناولن ہُند پلاٹ مربوٗط آسان تہٕ یتی چھُ ناول نگار ناولہِ منز باوِنہٕ آمتین واقعن سنیر سان پیش ہیکان کٔرِتھ۔ یہِ خوٗبی چھےٚ یتھ نالہ منز تہٕ ٹاکارٕ۔ ناول چھے ژۏژہن لوکٹین لوکٹین بابن منز بأگرتھ یمن منز گُنوہن بابن تامِچ عمل ہاے کورٹس منز تہٕ اٚخری پأژن بابن ہنز عمل سیشن کورٹس منز سپدان چھےٚ۔ زمأنی لحاظٕ ہے وُچھو حاجژن مرُن چھُ ستھ اگست گُنوہ شتھ اکہأٹھ واقع سپدُمت۔ ییٚمہِ پتہٕ لور کورٹ ڈٔسۍ اوہند مول اۍمۍ سُند قأتل قرار دِنہٕ آمُت چھُ۔ تہٕ امہٕ پتہٕ چھُ عدالتِ عالیہس منز امہِ کیسِچ کاروأیی دُبارٕ شروع سپدان۔ مگر لور کورٹچ کاروأی یتھ منز احمداللہ مُجرم قرار دِنہٕ آمُت چھُ، چھےٚ نہٕ ناولہِ ہندِ پلاٹُک حصہٕ۔ اتھ مُتلق چھِ اۍسۍ وکیلن ہندیو جرہو ڈٔسۍ بوزان۔ ناولہِ ہُند پلاٹُک بوٚڈ حصہٕ چھُ صرف عدالتِ عالیچ کاروأیی پیٹھ مُشتمل۔ گوڈٕ چھےٚ امہٕ مقدمٕچ کاروأیی ہاے کورٹس منز سپدان تہٕ ہاے کورٹ چھُ یہِ مقدمہٕ پتہٕ واپس سیشن کورٹس سوزان۔ یتھ منز مُلزم شتوہ اگست ۱۹۶۵ کہِ دوہ بٔری سپدان چھُ۔ یتھ پأٹھۍ چھےٚ ناولہِ ہندِ پلاٹچ عمل اٚکِس محدۏد زمانس پیٹھ پھہلِتھ۔ محدۏد زمأنی وانگ آسنہٕ علاوٕ چھُ نہٕ یتھ منز کانہہ نُمایاں مکأنی خلل تہٕ۔ الہ پلہٕ چھےٚ سأرۍ عمل دون عدالتن منزٕے سپدان۔ زنتہٕ عدالت اکھ سٹیج چھُ یتھ منز اٚکِس پتہٕ اکھ گواہ حأضر سپدِتھ وُکیلن ہندین سوالن جواب دِوان چھُ۔

امہِ ناولہِ ہندِ ٹیکنیکۍ ڈرامأیی خوٗبی چھےٚ ییٚمہِ تلہٕ تہٕ عیاں سپدان زِ ناولہِ ہنز عمل چھےٚ عدالتس منز وُکیلن ہندین جرہن ہندس صوٗرتس منز مکالموٗ ستی برونہہ پکان۔ چناچہ ڈرامہٕک رُح چھ مکالمے تہٕ یتھ ناولہِ منز تہٕ چھُ بیانس

مُقابلہ مکالمیٚن اہمیت۔ مگر یِم مکالمہ چھِ نہ بے گنڈٕ بلکہ چھُ یِمن منز عمل تہٕ ردِ عملُک اندازٕ۔ یِمہ سبہٕ یِم باترتیب مربوٗط پلاٹس زاےُن دِوان چھِ۔۔ مکالمس ژٕر اہمیت آسنہ سبہ چھُ یژھِ ناولہِ منز ردٲوی سُند رول تہِ کِمے پھن۔ "مُجرم" ناولہِ ہنٛز کامیأبی تہٕ قبوٗلہِ عامُک اہم وجہ چھُ امیُک پلاٹ۔ یِیٹھ چھُ ناول نگار عدالتی آدابن تہٕ طریقہ کارُک زأنی کار۔ یِمہ سبہ عدالتی منظرٕ کامیأبی سان شکلاوی متی چھِ۔ ووٚنی گوٚو عملہِ ہُند محور یژٕ پأٹھی عدالت آسنہ کنی چھےٚ۔ یتھ منز کینہہ کوتأہیہٕ تہٕ پأدٕ سپز مژٕ۔ مثلاً یتھے ناول نگار عدالتہٕ نیبر عملہِ ہنٛز ہناتہٕ مکانہ تبدیلی کران چھُ، یتھی منظر چھِ نہ ناولہِ ہندِس گُلہم توٗژرس کانہہ تہِ ہُریر کران تہٕ بعضے چھِ یِم پلاٹ باپتھ غار اہم باسان۔ نی تو باب پندہ یتھ منز لال چوک کِس اکِس ہوٹلس منز کینہہ نوجوان تہٕ بڈٕی افسر انصاف کِس نظامس تہٕ سماجس درپیش کینژن مسلن پیٹھ کتھ کران سمأجی کھوکھریس عیاں کران چھِ۔ اتھ سأری ہے چھُ نہ ناولہِ ہندس بُنیأدی پلاٹس یتی کانہہ تہِ واٹھ رودمُت۔ ہرگاہ یہِ باب امہ ناولہ منز حذف تہِ کرِوون، کانہہ فرق پیٚیہِ نہ۔ دیان لفظن ہنٛز زبأنی کھوتہٕ چھےٚ عملہٕ ہنٛز زبان زیادٕ پُر تأثیر تہٕ پُر اثر۔ یتھ بابس منز چھُ کتھن منزٕ ے سماجی زندگی ہندین کینژن پہلوٗہن ہندِ زوالُچ کتھ کرنہ آمٕژ مگر یِم کتھٕ چھےٚ گُنہ اثرٕ ورأے۔ ہرگاہ سمأجی زندگی ہندین یِمن پہلوٗہن ہُند کھوکھریار عملہِ ذٕریعہ ٹاکارٕ کرنہ آمتی آسہن یِم منظر بنہٕ ہن تیٚلہِ ناولہِ ہندِ گُلہم پلاٹ باپتھ ناقأبلہِ تنسیخ۔ نی تو ووٚنی امہ ناولہِ ہندِ پلاٹُچ تریم خوٗبی۔ سو چھےٚ یہِ زِ ہرگاہ اسہِ امہ ناولہِ ہندِ پلاٹُچ ژھوٹرن اکِس جملس منز پیش کرٕنی آسہِ سو ہیکو اسی اکِس سوالیہ جملس منز پیش کٔرتھ تہٕ سہٕ سوال چھُ یہِ زِ "احمداللہ چھا مُجرم کِنہ نہ"۔ ناولہِ ہُند بُنیأدی

پُلاٹ چھُ اَتھۍ سوالس پیٹھ ڈٔرِتھ۔ احمدس خلاف چھُ یہِ الزام زِ اَمۍ چھےٚ پننٕز کوٗر حاجرہ ستمہ اگست گُنوہ شتھ اکہاٹھ زہر دِتھ مارٕمژ۔ استغاثن چھِ مُلزمس خلاف پننہٕ دلیلہِ ہنٛدس ثبوٗتس منز اَٹھ گواہ تہٕ بیٚیہ کینہہ چیز کیو حالات واقعات پیش کٔری متی یمو کِنۍ مُلزم سیشن کورٹن مُجرم قرار دیُتمت چھُ تہٕ اَمس چھُ امہ کورٹہ ڈٔسۍ سزاےِ موتُک سزا دِنہ آمُت۔ گوٚو زِ سیشن کورٹن چھُ پُلاٹُک یہِ سوال زِ "احمد اللہ چھا مجرم کِنہ نہ" اَنکارس منز حل کوٚرمُت۔ مگر ووٚنۍ چھےٚ اتھ خلاف ہاے کورٹس منز اپیل دٲیر کرنہ آمٕژ۔ مطلب چھُ زِ سوال چھُ ڈُنہ تہٕ جوابُک طلب گار۔ ہاے کورٹس منز تہٕ چھےٚ پُلاٹٕچ ساٖرے عمل اَتھۍ سوالس جواب ژھارنچہ تگ دوِ پیٹھ مشتمل۔ اَمۍ سوالُک جواب ژھارنُک تجسُس چھُ قٲری لیس تہٕ آغازٕ پیٹھے آوراوان۔ مگر یوٚت یوٚت عمل بروٚنہہ گُن پکان چھےٚ یہِ موٗلہ سوال چھُ اکھِ نوِ سوالُک انہار رٹان۔ یعنی "حاجرن مرُن چھا خودکُشی کِنہ قتل" تہٕ بامے یُن یہِ قتل یا خوٚدکُشی چھےٚ، امیُک مُجرم چھا احمد اللہ کِنہ بشیر ہنٛدِ گرِکۍ۔ تِکیا زِ امی سولُک جواب ہیکہِ ناولہِ ہنٛدِ موٗلہٕ سوالُک جواب تہٕ فراہم کٔرتھ۔ مگر چھیکرس ییلہ بشیر تہٕ حاجرٕنہِ ناکام لولہ رِشتُک انکشاف سپدِتھ ثابت سپدان چھُ زِ حاجرن چھُ گگردوا کھیتھ خود کُشی کٔرمٕژ ناولہِ ہنٛدِ پُلاٹُک موٗلہ سوال چھُ اکھ نوٚو انہار پراوان۔ یعنی حاجرٕنہِ خودکُشی ہُنٛد ذمہ وار کُس چھُ۔ یوہے سوال ہیکو یمن لفظن منز تہٕ پھِرِتھ زِ حاجرٕنہِ خودکُشی باپتھ چھا مُجرم کانہہ فرد کِنہ سورُے سماج؟ ناول نگار ہنٛد ذیہن تہٕ چھُ مُلہ تلہ اَمۍ سوالن آوُرمُت۔ تہٕ ناول پٔرتھ چھُ قٲری لیس بروٚنہہ کنہ تہٕ یوہے سوال اَس مژ رِتھ یِوان یتھ سہ پننہٕ پننہٕ بتٕر مُطابق جواب دِوان چھُ۔

ناولہِ منز ووتلن والین یمن سوالن دوٗرٕژھ دِوان دِوان چھےٚ امہِ ناولہِ

ہندِ پُلاٹُچ بیاکھ خۆبی ٹاکارٕ سپدان۔ سہٕ گۆڈیہٕ زِ سطحچہٕ عملہٕ ہندِس ارتقہس دوران چھُ بیٚیہٕ اکہِ زیرِ سطح عملہ ہُند انکشاف سپدان۔ تہٕ یہٕ چھُ حاجرٕن تہٕ بشیرٕن لولہ قصہ۔ حاجرہ چھےٚ ماجہ ییتیم تہٕ غریب احمداللہ سنز کۆرٕ ییمِس امی محلہٕ کِس اُکِس اوسٕدٕ حال پیرٕ گرکِس چشم چراغ بشیراحمدس ستی عشق سپدان چھُ۔ مگر سماجی نابرابری کِنۍ چھِ نہ بشیرٕنی گرکی حاجرس پننۍ نوش بناونس آمادٕ۔ امہ لولہ رِشتک نتیر چھُ عدالتس منزٕ ے گوہن ہندیو بیانو تلہ سپدان ییمہِ ستی پُلاٹس منز انکشافی خصوٗصیت وۅتلیمٕژ چھےٚ۔

چناچہٕ یہٕ ہیکو وٕنتھ زِ گوہرن چھےٚ پُلاٹُچ تعمیر کاری سیٹھا مہارتہ سان کرمٕژ۔ یتھ منزٕ پرتھ کینہہ منصوٗبہ بند باسان چھُ۔ مگر یہِ تہٕ چھُ پزر زِ امہ قسمہ کین پُلاٹن منز ہیکنِ کینہہ کوتاہیہ تہٕ ووتلتھ۔ اول یہِ زِ یتھی پُلاٹ چھِ میکنیکی روزان۔ یتھ منز پُلاٹ کِس تعمیرس کُنے سورُے توجہ روزان چھُ۔ بعضے چھُ باسان زِ پُلا ٹکہ تضاد ک حل چھُ زورٕ پتھ پتھ رٹنہ آمُت۔ یتھ ناولہِ منزتہٕ چھُ ہاجرنہٕ اُخری ژٕچھِ مُتلق یی باسان۔ دوٗیم یہِ زِ یتھین پُلاٹن ہُند انجام چھُ حسب توقع آسان۔ اُسی ہیکو مجرِم ناولہِ ہندِس آغازس پیٹھے یہِ اندازٕ لگاوِتھ زِ احمداللہ سپدِ اُخرس بے قصوٗر ثابت۔ ووٚنی چھُ صرف یہِ وُچھن لایق روزان زِ یہِ کِتھ پأٹھی سپدِ۔ میکانیکی پُلاٹن ہنز بڈٕ دِقتھ چھےٚ یہِ زِ یتھین پُلاٹن منز چھِ کردارِ پُلاٹچہٕ عملہِ ہندِس چوکاٹھس منز بند سپدان ییمہ ستی تِہنز عملہٕ ہنز خودمختاری سلب سپدان چھےٚ تہٕ اتھ برعکس چھُ لکھأرِ تِس پننہٕ منشہِ مُطأبق عمل کرناوان۔ یتھی کردار چھِ محض شطرنجکۍ مہرٕ ییم پننہِ حیس حرکتھ باپتھ ناول نگارس تابع روزان چھِ۔ دراصل چھےٚ پُلاٹس منز حرکت تہٕ عمل کردارن ہنزِ عملہ ہُند نتیجہ۔ یُس دوے زن کردار ناول نگار

ہِندی تخلیق کرٕ آسان چھِ مگر یہِ تہِ گژھِ نہ باسُن زِ ناول نگار چھُ یِمن پننہِ منشہ مُطأبق عمل کرناوان۔ یِتھ پأٹھۍ زن یِتھ ناولہِ منز باس لگان چھُ۔

یہِ کتھ تہِ چھےٚ صیح زِ چھرا جان پلاٹے یوت ہیکہِ نہ جان ناول بنأوِتھ۔ امہ باپتھ چھِ کردار ماحول بیترِ عنصر وعلاوٕ زبان اظہار تہِ از حد ضرٗوری۔ زبان و اظہارٕ چونٛچ بیو ورأے ہیکہ زٕ دار تہٕ جان پلاٹ تہِ بے زٕو بٕنتھ۔ پزر چھُ یہِ زِ کانٛہہ تہِ ادبی فن پارٕ چھُ نہ جان خیالو سٟتۍ بلکہِ موزوٗن تہٕ مُنأسب لفظو یعنی زبأنۍ سٟتۍ بنان۔ یِتھ منز ناول صنف تہِ شأمِل چھےٚ۔

امہ حسابہ ہرگاہ گوہر ہِنزن ناولن ہِنزِ زبأنۍ سنو یِمن ہِنزِ زبأنۍ متعلق ہیکہِ سوال پأدٕ سپدِتھ۔ یٚمہ ناولہِ ہِندِ زبأنۍ ورتاوٕ تلہ تہِ چھُ ٹاکارٕ زِ ناول نگار چھُ جذبأتی سوٚتھرس پیٹھ کردارن ہِندس سوکھس دوکھس منز شأمِل سپدٕ مُت۔ یژھو مثالو رٕنگی ہیکو أسۍ تِم چٕھیو علاوٕ بچاو درِکس ڈکیلہ سندۍ کینٛہہ داواڈلیلہٕ تہِ دِتھ یِمن منز بعضے از حد النکأری زبأنۍ تہٕ طوالتہٕ سٟتۍ جذبأتی رنگ کھوٚتمُت چھُ۔ تہٕ سٟتی چھُ امہ سٟتۍ رأوی سُند نوقطہ نظر تہِ زیادٕ مُدبرانہ رنگ پراوان۔ افسانوی ادبس منز چھُ یِتھِ زبأنۍ ورتاوٕ تہٕ نوقطہ نظر پاناونہ سٟتۍ قأری تہِ تمہ آزادی نِش محروٗم سپدان یٚمہِ ڈٕسۍ سہٕ گُنہ واقعس یا کردار ہِندس صوٗرتحالس مُتلق پانہ فأصلہ کرِ ہے۔ بہر حال یِمو کوتأہیو باوجوٗد چھےٚ یہِ ناول کأشرس مقبوٗلہ عام فِکشنس منز اکھ رُت ہُریر۔

☆☆☆

# ڈرامہُک مُستقبِل

## (ازکال کہِ صوٗرتِ حالہٕ حوالہٕ)

یَتھ موخصرِ مقالس منٛز چھُنہٕ میون مقصد زِ بہٕ کرٕ کأشرِ ڈراماہکس آیندٕ کالس متعلق کانٛہہ پیشن گوئی۔ تِکیازِ بقولِ شاعرٕ "بہٕ چھُس نہٕ موٚت زِ دپے لامکان چھُ آپے آب"۔ وون گوو یِتہٕ چھےٚ کتھ زِ مستقبلٕچ عمارت چھےٚ یتھ کال تہٕ ازکال کِس کنٛس پیٹھے کھسان تہٕ کُن وُچھتھے ہیکہِ آیندٕ کالُک آکار أنکونہٕ یتھ۔ اَمہِ لحاظٕ ہکو أسۍ تہِ کأشرِ ڈراماچہِ پتھ کالٕکہِ روایژ تہٕ ازکالٕکہِ صورتحالس متعلق سونچتھ ژرِتھ تہٕ امہِ کہِ آیندٕ کالُک اندازٕ لگأوِتھ۔ مگر اندازٕ چھُ أندازے۔ بہرحال کأشرِ ڈرامہٕچ بنیاد چھےٚ دون روایتن ہنٛدٕ سرچشمن پیٹھ۔ اکھ لُکہٕ ڈرامہٕچ قدیم روایتھ تہٕ دۆیم وُہمہِ صدی ہنٛزِ سو یہہ روایتھ ییمیک آغاز پارسی

تھیٹرٕ تہٕ اِپٹا کہِ زیرِ اثر سپُد مُت چھُ۔

ژٕہمہِ صدی ہنٛزِ اتھ پہہ ربوٲیژ یوٚ دوَے سرسری سام ہیمو یہِ سپدِ عیاں زِ پننس ستتھن شیتن ؤرِین ہندِس سفرس دوران وہراوِ ٲمۍ موضوٗع، ٹیکنیک تہٕ پیش کٲرِی لحاظہِ مختلف لنگ لنجہِ۔ خاص پٲٹھۍ روٗدۍ ژٕہمہِ صدی ہنٛدۍ ژٕ ویمہِ نصفکۍ گوڈنکۍ زٕ ترٛےٚ دٕہلۍ سٹیج ڈراما باپتھ بہارٕکۍ تہٕ جہارٕکۍ دوہ، یَیچ ٹاکارٕ شہادت پروفیسر راہی سُنٛد یہِ بیان چھُ۔ تم چھِ وَنان:

''اَز بروٚنٛہہ صرف دَہ بہہ ؤری اوس کٔشیرِ منٛز ڈرامہ لیکھنس تہٕ گِندنس تیوٗت چلے جاو زِ باسان اوس اَتھ صِنفہِ سپُد احیاۓ نو۔ دوہ دہن چہٕ زندگی سٟتۍ وابستہٕ ڈرامہ، بشری حالژ سٟتۍ وابستہٕ ڈرامہ، دُنیاہ چَن بہلہِ پایہِ زبانن ہنٛدۍ بہلہِ پایہِ فن پارن کٲشرِ روٗپہ پیش کرن وٲلۍ ڈرامہ، ربوٲیتی پٲٹھرٕ تہٕ تازٕ تراشہِ کھیلہٕ، دٲنشور چالہِ ایک رنگہٕ تہٕ بے معنہِ ییٚتکۍ ڈرامہ، زانن وٲلۍ ڈرامہ نویس تہٕ سٹیج کرافٹس سٟتۍ وابستہٕ مختلف ہونرمند بزرگ تہٕ تجرُبہٕ کار اِداکارن لرِ لوٚر ووتھوٕنبن لڑکن کوربن ہنٛزٕ یمہٕ ہُمہٕ ٹولہِ۔'' سٹیج ڈرامہس لرِ لوٚر روٗز ریڈیو تہٕ کٲشر ڈرامہ نگٲری ہنٛز ربوایتھ دَربر بخشان۔ اتھ دورس منٛز لوٚگ ڈرامہ نگٲری یُتھ چلے جاو زِ نادِم، کامِل تہٕ راہی بیترِ شاعر تہٕ ژُتشی، لون تہٕ اختر محی الدین ہوۍ افسانہٕ نگار تام آیہِ بقولِ پژان کشور ریڈیوچ مقبولیت تہٕ سیمٕجک جوش پانہٕ ناوِتھ ڈرامہ نگٲری کُن۔

مگر ژٕہمہِ صدی ہنٛدِس اِٹھِمس دٔہلِس درواٚنے لوٚگ ڈرامہ نگٲری تہٕ تھیٹر تحریکہِ ہُنٛد زور وارٕ دارٕ ہمنہِ۔ شاید اوس اَتھ یہِ وجہ زِ تم تھیٹر گروپ یم اَمہِ بروٚنٛہہ خاص پٲٹھۍ شہرس منٛز سرگرم ٲسۍ، تمو منٛزٕ ٲسۍ بیشتر کانہِ کانہِ سپدۍ ہٟتۍ۔

[illegible] سنس منز سٹیج، سنیماہس تہٕ ٹیلی ویژنس مدِ مقابل پٔتن [illegible] جھان تہٕ تھیٹرس ستیٖ وابستہٕ مختلف فنکارن آس یمن زو [illegible] ججمز۔ یتھ ہیوٗ صورتحال اوس رسہٕ رسہٕ کٔشیرِ منز تہٕ کاڈ کڈان [illegible] تہٕ کَہ حالاتو سٹیجس سُہ دُلتہٕ زِ محدوٗد پیمانس پیٹھے یم کینٛہہ سرگرمیہ [illegible] آسہٕ تم تہٕ سپٕز معطل۔ ووٗنۍ چھُ پتیٖ مو کینٛژ ووٗرۍ یو پیٹھہٕ سٹیج ڈرامہ [illegible] پتھ اَتھ کھور وایان۔ کینٛہہ نِو تھیٹر جماژ چھےٚ بارسس یوان تہٕ کینٛژن [illegible] دُبارٕ زُو ژامُت۔ ووٚں گوو یِم تھیٹر جماژ نہ چھےٚ ماٗلی طور خود مختار تہٕ نہ [illegible] خود کفیل۔ یمن منز چھِ بیشتر ڈرامہ فنس ستیٖ وابستہٕ سرکاری اِدارن [illegible] امدادس پیٹھے زندٕ تہٕ اکثر چھِ یہنٛدۍ ناو ڈرامہ فیسٹولن پیٹھے کنن گژھان۔ سوال چھُ پیشہٕ ور سٹیج چہ عدمِ موجوٗدگی منز ہیکیاہ کاشُر ڈرامہ پرٛون ہیوٗ بہار تہٕ جہار پرٛاوِتھ، تِمہٕ دومید چھےٚ کمے پہن۔ سٹیج سرگرمیہٕ چھےٚ مختلف عنصرن پیٹھ دُرِتھ۔ اول سٹیج۔ سٹیج ڈٔنتھ چھُنہٕ میون مطلب تُرپاسے ڈٔلتھ کانٛہہ پینڈ یا چبوترٕ بلکہ تِم ساری وسیلہٕ یِم اَمہِ باپتھ درکار چھِ۔ دویم سٹیج تہٕ سماجس باہم قربت۔ ترٛییم ڈرامہ نگار تہٕ ژوٗرِم تماشہٕ بین۔ یِم ژُوشوے یٔژ دوٚے لاٗزِمِ ملزوٗم چھِ اما پوز یمن منز چھِ گوڈٕنکۍ زِ بنیاٗدی اہمیت تھاوان تہٕ یِمے ہیکن باقے دون ہنٛدِ باپتھ دٔژش ہٕنتھ۔ ہرگاہ وُچھو مختلف زبانن ہنٛدۍ پاٚٹھۍ چھُ کاشرِ زبٲنۍ منز تہٕ ڈرامہُک زنم سٹیج چہ کو چھِ منزٕ ہے سپدِ مُت، سٹیج تہٕ سماج کہِ قربتُک صحیح اندازٕ ہیکہِ لگہٕ تھیٹرٕ ستیٖ سپدِتھ یُس موٗلہٕ تلہٕ عوام گٔے، عوامہٕ دٔسۍ تہٕ عوامہٕ باپتھ آسان اوس تہٕ یُس وقتہٕ وقتہٕ عوام چہ یژھِ پژھِ تہٕ مختلف ثقافتی سرگرمین ستیٖ وابستہٕ روٗدمُت چھُ۔ یوہے وجہ چھُ زِ مختلف تواریخی دورن ہنٛد بو مخالف حالاتو دٔسۍ لتہٕ مونجہٕ

گرٛھنہٕ باوجوٗد چھُ یہِ دُبارٕ اِستادٕ سپدان روٗدمُت۔ لُکہٕ تھیٹرٕ اوٚک طرف ترٲوِتھ ہرگاہ تحریری ڈرامچ کتھ کرو، امیُک آغاز تہِ چھُ اکہ یا بیٚیہِ سمٲجی مقصدٕ بابتھ سپُدمُت۔ یہِ کتھ چھےٚ الگ زِ یہِ مقصد پراونس منٛز کوتاہ کامیاب سپُد یہِ مگر امہِ ستۍ اُس اَتھ نہ صرف تماشہِ بین سوٚمبرانٕچ سکتھ بلکہ ڈرامہ نگٲر پٲدٕ کرنٕچ توژھ تہِ۔

ووٚنۍ تو أزِ یُک صورتِ حال، اَز چھُ باسان زِ سٹیجکۍ یم ژوشوے عنصر چھِ اکھاَ کِس کُن تھر پھِرتھ۔ اَتھ نہ چھےٚ فی الحال تحریک دِنٕچ توژھ تہٕ نہ موجوٗدٕ حالاتن منٛز کاشرِ زندگی ہنٛز صحیح عکاسی یا نمایندگی کرنُک جُرتھ یا وار۔ تماشہِ بین ہےٚ تمبلہِ تہٕ کتھ پیٚٹھ تہٕ ڈرامہ نگار ہے لیکھہِ تہٕ کھنٛدِ بابتھ۔ ووٚنۍ ہرگاہ یہِ مانو زِ ڈرامہ یا سٹیج چھُ چھرادِل رنٛزناونہٕ بابتھ تیٚلہِ چھِ ازکل اَمہِ بابتھ فِلم تہٕ ٹی وی سِلہ وارن ہندِس صوٗرتس منٛز اَمہِ کھوتہٕ بہتر وسیلہٕ بدٕس۔

یِتہِ چھےٚ کتھ زِ شاعری یا افسانہٕ ہٕشن انفرادی تخلیقن برعکس چھُ ہاونس ستۍ واٹھ تھاونہٕ موجوٗب ڈرامہ جمانٕچ کٲم تہٕ یہِ کٲم چھےٚ پُر لاگھ تہٕ پُر مشقت۔ ژٕویم یِتہِ زِ سٹیج چھُ پننہِ تکنیکی تہٕ Flexibility ہنٛز و حد بنٛدۍ یوموجوٗب زیادٕ تجربُک تہٕ تربیتُک طلب گار تہٕ یم چیز یِن تیٚلی پرٛاونہٕ ییٚلہِ سٹیج چالوٗ رُوزِتھ پیشہِ ور بنہِ۔ اَمہِ سببہٕ چھُ نہٕ سٹیجُک موجوٗدٕ صوٗرت حال زیادٕ حوصلہ افزا باسان۔ دراصل چھُ صحت مند ڈرامہ ریوایژ بابتھ سٹیجُک صحت مند آسُن ضروٗری، حالانکہ سٹیجہِ ورٲے تہِ ہیکہِ ڈرامہ اَستھ مگر یہِ باسہِ تی یہِ غزلِ رٕوس شاعری باسہِ۔

ووٚنۍ تو ریڈیو ڈرامہ۔ تفصیلن منٛز گرٛھنہٕ ورٲیی ہیکہِ امیُک موجوٗدٕ صورتحال ییمہٕ کتھہِ تلہٕ عیاں سپدتھ زِ یُس تہِ اوس اکھ زمانہٕ ییٚلہِ ہفتہٕ وار کاشُر ڈرامہ بوزُن بیشتر کاشرٛن ہُنٛد معموٗل اوس مگر اَز چھےٚ امِچ پرٛٲنۍ مقبوٗلیت ناپید۔

ازکل چھُ چھُ سٹیجک مُبدل ٹیلی ویژن مانہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ گُنہِ حدس تام صحیح زِ مستقبل چھُ امہِ کُے۔ مگر اَزۍ کس کأشرس ٹی وی ڈرامہس متعلق گژھِ نہٕ یہِ وَنُن غلط زِ مختلف چینلن ہنٛدِس گُتجارس تہٕ گلیمرس بروٚنٛہہ کنہِ چھےٚ اَچھ حالت ثمہِ کرٚ ٹیمتہِ کلچ ہش یُس پھچل تہٕ تناورکٔلی گنزس تل ہیٚنہٕ آمُت آسہِ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یہِ ڈرامہ فنی لوازماتن بجایہِ پالیسی تہٕ پروجیکٹ کبن لوآزِماتن زیادٕ پہن پابند رُوزِتھ تجارتہٕ کِس زُمرس منٛز شأمل سپُدمُت۔ یہِ چھُ پزر زِ ہاون سوٚتھرِس پٹھ گژھِ ڈرامہ تجارت تہِ بنُن مگر اَمہِ باپتھ فن قربان کرُن چھُ فنِ ڈرامہس سٟتۍ زیادتی۔

یتہٕ چھےٚ اکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ پٔتمین اَکِس دون ڈٕہلین دوران ووتلیٚو و ستیٚج، ریڈیو یا ٹی وی ڈٕسی تیٚتھ کانٛہہ تہٕ نوٚو توجہ طلب ڈرامہ نگار یُس کأشرِ ڈرامہ کہِ خوش آیندٕ مستقبلچ ضمانت باسہِ ہے۔ ریڈیو یا ٹی وی وسیلو ڈٕسی چھِ اَزتہِ ڈرامہ پیش کرنہٕ یوان تہٕ بروٚنٛہہ گٔن تہِ یِن کرنہٕ بلکہ ہیکہِ اَتھ منٛز ہُربرتہِ سپدِتھ، تتھے پأٹھی یِن سٹیج شوہن ہنٛدی سالانہٕ رسم تہِ وقتاً فوقتاً پالنہٕ تہٕ مختلف اِدارٕ و پیٹھہٕ یِن سمن بل تہٕ ورکشاپ منعقد کرنہٕ باپتھ رقم حأصل کرنچہ سبیلہٕ تہِ کرنہٕ۔ مگر اَمہِ باوجوٗدتہِ سپدِ یا کأشرِ زبأنی ہنٛدِس معیأری ڈرامہ ادبس یا ادبی ڈرامہس بروٚنٛہہ گُن کانٛہہ ہُر برتھ متعلق کینٛہہ وَنُن چھُ مشکل۔ ڈرامہس متعلق چھےٚ یہِ کتھ تہِ صحیح زِ یہِ چھُ قأری ہنٛزِ دلچسپی ہُنٛد چیز کٔہے پہن تہٕ پرٛتھ گُنہِ ڈرامہک چھاپس کھسِتھ ادبی سرمایک حصہٕ بنُن چھُنہٕ ضرورٔی تہٕ تِکیازِ امیک منزلِ مقصود چھُ درشک نہ زِ قأری۔ کأشرِس منٛز تہِ آیہٕ نہٕ تم سأری ڈرامہ چھاپنہٕ یِم دُنس تام مختلف وسیلو گِنٛدنہٕ آیۍ چھِ۔ اَتھ زبأنی چھےٚ یہِ مشکل تہٕ زِ اَتہِ چھُنہٕ صرف ڈرامہ نگارس بلکہ

کأنسہِ تہٕ لکھأرِس نہ صرف لیکھُن بلکہ پتہٕ پانے چھاپُن تہٕ چھأپِتھ پانے کٔنُن تہٕ۔ مگر اَمہِ باوجوٗد چھُ ضروری زِ ترقی یافتہٕ ادبی زبأنٕ منز گژھِ پرٛتھ ادبی صِنفہِ ہُنٛد مناسب بوگ آسُن۔ ہرگاہ وُچھو کأشرِ زبأنٕ منز چھےٚ موٗل کأشرِ ڈرامہٕ وہرٛ ھے دوٛہ اَسمہٕ۔ تتھ دورس منز تہِ یُس أسی وُنِس تام کہِ کأشرِ ڈرامُک اوسوٗ حال دور مانان چھِ۔ تِمن دوٛہن تہِ ییلہِ ڈرامہ فیسٹولن تہٕ باقٕے موقعن پیٹھ سٹیج أس وہراوان اوس تہٕ امیک شکم برنہٕ باپتھ اوس بقولِ پروفیسر شانت تہِ کینٛژھا ورتاونہٕ یوان یہِ بروٚنٛٹھے موجوٗد آسہِ ہے۔ ڈرامہ نویس أسی اورٕ یورٕ تھپھ دِتھ بعضے افسانن سٹیج صورت دِوان تہٕ بعضے بدیٖشی ڈرامہ کأشراوان۔ مگر اَمہِ باوجود تہِ ہرگاہ أسی اَز تہِ کأشرِ ڈرامہٕ کتھ کرو، اَتھ منز چھِنہٕ صرف مقدارٕ لحاظہٕ بلکہ معیارٕ لحاظہٕ تہِ تمی دوٗرُک حصہٕ نمایاں۔ پٔتمین کینٛژن ؤرِین دوران تہِ آیہِ کینٛہہ ڈرامہ سوٚمبرنہٕ تہٕ انفرأدی ڈرامہ برٛونٛہہ کُن۔ مگر یمن منز چھےٚ بیشتر یاتہٕ تمی دورٕ کین ڈرامہن پیٹھ مشتمل نَتہٕ تِمس ڈرامہ نگارٕ سنٛز یُس تمی دوٗرُک پأداوار چھُ۔ مثالے موتی لال کیموٗ یا سجوٗد سیلأنی بیترِ۔ ییٚتین یژھٕ یہِ خاص پأٹھی کیموٗ ہس مُتلق یہِ وُنُن زِ سُہ روٗد وُہمہِ صدی ہنٛدِ شیٚیمہِ دٔہلِہِ پیٹھےٚ نہ صرف ڈرامہ لیکھان تہٕ تِمن سٹیجس کھالنہٕ علاوٕ اَتھ منز نٔوی نٔوی تجرُبہِ کران بلکہ روٗد کتأبی صوٗرتس منز برونٛہہ کُن أنتھ ڈرامہ ادبس تہِ برٛزٕر کران۔ کیموٗہس چھُ یہِ امتیاز حأصل زِ سُہ رُود گوڈٕ پیٹھےٚ أتھ صِنفہِ پٔنُن باوٕژ وسیلہٕ بناوان نَتہٕ چھُ بیشتر ڈرامہ نگارن ہُنٛد آدن عشق یاتہٕ شأعری نَتہٕ افسانہٕ بیترِ روٗدمُت۔

گُنہِ تہِ ادبی صِنفہِ باپتھ چھِ نٔوی تجرُبہٕ اَز حد ضروری۔ تجرٕبے چھُ تخلیق کارس زمأنی تقاضن سےٚتی پٔنُن باوٕژ اندازٕ ہم آہنگ کرنس منز اَتھٕ رٛوٹ کران۔

نوٚبن تجرُبن ہنٛز غأرموجوٗدگی منٛز ہیٚکہِ یہِ ادبی صنف منجمد سپدِتھ۔ اَمہِ لحاظہٕ ہےٚ
وُچھوٗ زِ کأشرِس ڈرامہس منٛز یِم کینٛہہ تجرُبہٕ مہمل تھیٹر تہٕ بریٚختی ین تھیٹرکہِ زیرِ اثر
سپدۍ تِم تہِ سپدۍ وُہمہِ صدی ہنٛدِ أٹھِمہِ دٔہلہِ برونٛہہ۔ مہمل تھیٹرُک رنگ
یوٗ دوَے پننہِ تھیمیأیی یکسوٗیی کنٛز برونٛہہ پوٗک نہٕ اماپوز بریٚختی ین تھیٹرُک رنگ
چھُ تنہٕ پتٲہٕ اَزتام اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ برونٛہہ گژھان۔ دراصل سپُد نہٕ اَمہِ قسمُک
تجربہٕ تمہِ وقتہٕ چھرا کأشرِس منٛز بلکہ سپدۍ تتھۍ ہوۍ تجربہٕ شمبھوٗ مترا، گریش کرناڈ تہٕ
حبیب تنوٗیر یاوِجے تندولکر بیترِ تھیٹر شخصیژن ہنٛدِ دٔسی کینٛژن ہندوستأنۍ زبانن منٛز
تہِ۔ اَمہِ تھیٹرُک بوٚڈ دیُت چھُ یہِ زِ اَمہِ سٟتۍ سپُد لُکہٕ پأتھر تہٕ تحریری ڈرامہ رِوایژ
ہُنٛد مصافحہٕ ممکن۔ مگر وُچھن چھُ یہِ زِ لُکہٕ تھیٹرُک دیہأتی وسیلہٕ کتھ حدس تام ہیٚکہِ
موجوٗدٕ تہٕ آیندٕ کال چہِ پیچیدگی تہٕ تہہ درتہہ شہری زندگی ہنٛدۍ أندرٕٛمۍ برونٛہہ کُن
اَننس منٛز کامیاب سپدِتھ۔ یتہِ چھُ وُچھن زِ لُکہٕ پأتھرن ہنٛدۍ عأمیانہٕ ظرافتی ولن
ہُنٛد ورتاو کتھ حدس تام ہیٚکہِ سنجیدٕ ادبی ڈرامہس پوٚچھر دِتھ۔ یتہِ چھُ پزر زِ کأشُر
ڈرامہ ادب کرِ تیٚلہِ ترقی ییٚلہِ کأشُر ادب ترقی کرِ۔ وُہمہِ صدی ہنٛدۍن یِمن
دٔہلین دورن کأشرِ ڈرامہ تحریک سرگرم أسنہٕ دوراوس دراصل کلہم کأشرِ ادبُک
ترقی ہُنٛد دور۔ کأشرِ ادبکِس اَتھ ذرخیز دورس دوران آیہِ کأشرِ زبأنۍ نہ صرف پایہٕ
بٔڈۍ تخلیق کار بلکہ باصلاحیت محقق تہٕ نقاد تہِ باگہِ۔ ہرگاہ وُچھو کأشرِ ادبہٕ چین
بیوٚن بیوٚن صِنفن منٛز چھُ اَز تہِ تمہٕنۍ لکھارٕن ہُنٛد دبدبہٕ قأیِم یِم وُہمہِ صدی
ہندِن ذٔیمہِ نصفہٕ کِمن أکِس دون دٔہلین دوران کأشرِ ادبکِس آسمانس پیٹھ
ووتلییہِ۔ بلکہ ہرگاہ وَنو زِ تِمے چھِ فی الحال سانہِ ادبُک ازکال تہِ تہٕ مستقبل تہِ غلط
گژھِ نہٕ۔ مےٚ چھنہٕ یہِ وَننس کانٛہہ تہِ دریغ زِ میانہِ پیٚیہِ ہُنٛد کانٛہہ تہِ افسانہٕ نگار

ہیوٚک نہٕ ازتام تہِ پنُن انفرأدی باوٕژ اندازٕ پرٛأوِتھ تہٕ نہ ہیوٚک ناول نگأری کأشرِس نمایاں برٛزر کٔرِتھ۔ ڈرامہُک صورتحال تہِ چھُنہٕ اَمہٕ نِشِ الگ۔ پزر چھُ یہِ زِ تمہِ دورٕ کیو لکھارو یِم معیار قأیِم کٔرِتھ ہیٚکی، تِم ہیٚکی نہ نوٚو لکھارو منٛزٕ کأشرِس تہِ سرٕ کٔرِتھ تہٕ نہ چھےٚ قریب مستقبلس منٛز یِم سرسپدنٕچ کانٛہہ وتھ لبنہٕ یِوان۔ اَمہِ باپتھ چھُ پزی اَمہِ دورٕ کٮ۪ن لکھارٮ۪ن بروٛنٛہہ کنہِ سرخم کرُن پیوان۔ شاید یُس خلوٗص تہٕ جذبہٕ تمہِ دورٕ کٮ۪ن لکھارٮ۪ن منٛز اوس سُہ چھُ نوٚوٮ۪ن لکھارٮ۪ن منٛز ندارد۔ پٮ۪ٹھہٕ یِمہِ حسابہ وُنی کیٚن کیٛنہہ زٕنٛی پننہِ تلگٔری ستۍ کأشرِ ادبٕکۍ ٹھیکہٕ در بنیمتی چھِ تہٕ ادبکہِ مُطالعہ روٛستے ادبی عألم آسنگ باس دِوان چھِ تمہِ ستۍ چھُ کأشرِ ادبٕکس مستقبلس پٮ۪ٹھ سوالیہ نشان لگان تہٕ تہِ تھس صورتحالس منٛز کأشرِس ڈرامہس متعلق پُر اُمید روزُن ہیٚکہِ شاید چھرا خوش فہمی آسِتھ۔ بہرحال تہِ چھےٚ کتھ زِ مستقبل چھُ بابایے وقتہٕ کِسن گربس منٛز پوٚشیدٕ تہٕ یہِ وثوقہٕ سان وَنُن چھُ مشکل زِ یہِ کم کم رنگ ہاوِ۔

☆☆☆

# کیٚموٚ ہٕنٛدی وِستھاپن دورٕکی ناٹک
# (اکھ جائزٕ)

کیٚموٚ چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد شایدٕ سُہ وأحد ڈراما نگار یُس اَلہٕ پلہٕ پٕنٛتم ژتجی وٕری ڈراما لیکھان، شایع کران تہٕ گنٛدان وأتی۔ وِستھاپن کالس دوران یِم کیٛنٛہہ ناٹک أمۍ ہٕنٛدِ ذٔسی تصنیف کرنہٕ آیہِ تِمن منٛز چھِ نگر وودأسی، ڈکھ ییٚلہِ ژلن، شاپھ، اکہٕ ننٛدُن تہٕ شاہ پأتھر بیتر شأمل۔ اسلوٗب تہٕ ٹیکنیک حسابہٕ چھِ یِم ناٹک مختلف قسمکۍ رنٛگن ہٕنٛدی۔ مثلاً نی تو ''نگر وودأسی'' یُس اکھ توأریخی ناٹک چھُ، اَمہِ ناٹک لیٚکھنٕچ پرمپرا چھےٚ دُنۍ تہٕ چیٚن ذٕویمن زبانن منٛز سیٚٹھاہ قدیم۔ اسکلیز ہٕنٛدِ ''پٔرشنز'' پیٚٹھےٚ شیکسپیرٕ ہٕنٛد بن رچارڈٕ ذٕویمہِ پیٚٹھہٕ ہنری ہشتم تام کٔی ناٹک تہٕ تِمہِ پتہٕ برابر اَزتام چھِ بے شمار ناٹک توأریخی واقن أندۍ أندۍ وونہٕ آمتۍ۔ خود کأشرِ

زبانۍ منٛز تہٕ چھِ شیٖمٕس سٕتۍ مِس ڈٲلِس دوران ''ژھاے'' تہٕ ''سُیا'' بیٛترٕ ناٹکن منٛز یہِ پرٛمپرا نظرِ گژھان۔ نگر ووداسۍ ناٹکٕک گوڈنیک انگ تہٕ چھُ اَمی دوٗرُک، ووٚنۍ گوو اَمکۍ باقۍ ترٛےٚ انگ وِستھاپن دورس منٛز مکمل سپدنہٕ سبب ہمکون یہِ وِستھاپن ساہتیس منٛزے شامل کٔرِتھ۔

شوٚدِ موضوعی اعتبارٕ ہرگاہ وُچھوٚ یہِ ڈراما چھُ تھامٕس کِڈ سُند (Spanish Tragedy) یا شیکسپیئرٕ سُند ''کنگ لیئر'' یاد پاوان۔ یہِ چھُس ییٚمہِ کتھِ نِش باخبر زِ شیکسپیئرٕ تہٕ کیموٗ ہنٛدِ ڈرامٲیی فنُک تقوبُل چھُنہٕ کُنہِ تہٕ پٲٹھۍ مناسب، یا پتہٕ زِ کیموٗ ہیکہِ نہٕ کُنہِ پٲٹھۍ شیکسپیر ہندِ ڈرامانٛچ ہمسری کٔرِتھ۔ اماپوز موضوعی ہِشر بیٚکہِ اُستھ۔ ''کنگ لیئر'' یُس اکھ ناکام ناٹک مگر عظیم ترین شاہکار مانُنہٕ آمُت چھُ، اَمہِ چِن وکھرٕ وکھرٕ تأبیرن تہٕ تشرٛیحن منٛز چھےٚ ولیم ہیزلٹ ہِنٛز یہِ وبرٛھنے تہٕ شامل زِ اَتھ منٛز چھُ تخٔتک مناسب وٲرِث درژارنک مسلہٕ تُلنہٕ آمُت۔ ہرگاہ سنجیدگی سان وُچھو، نگر ووداسۍ ناٹکُک موٗل منتر تہٕ چھُ یی۔ راز اَننت ہنٛدِ بن دوکھن، دولابن تہٕ غمن ہُنٛد کارن چھُ یوہے مسلہٕ۔ تَہنٛدِ ڈٕکہٕ تہٕ چھُ یوہے اَتُر سپُدمُت تہٕ ووٚنۍ چھُ راز دانہِ دوٗر زمانٕکۍ تہٕ جانٕکۍ ستم وبتراوان۔ سُر یہِ مُتی ہنٛدِس پریم موہکس غوبس تل یتھ رازٕ کلشس تخت حوالہٕ کرنُک خمیازٕ چھُنہٕ صرف سُہ تُلان بلکہ چھُ تس ستۍ ستۍ دُرٛس شہر تہٕ پرٛزاتہِ ووداسۍ۔ بقولہِ کیموٗ ییٚلہِ انتظامیس چھلیچھانگر گژھان چھےٚ لگھ چھِ دولابن منٛز ہینہٕ یوان، گرٕ گرٕ راج تہٕ بدانتظامی چھِ دوہدِش ہِنٛز رٲژِ بنان۔ موٗل، آدرش، اخلاق، نیاے تہٕ ورتاوس منٛز چھےٚ فرق یوان۔ نگر ووداسۍ کِس دُنۍ یہس منٛز یہِ کینٛژھا اَسہِ دیدمانہٕ سپدان چھُ تتھ منٛز چھُ یہِ سوُرے کینٛہہ سپُدمُت، تِکیازِ دیشُک شاسن چھُنہٕ صحیح اَتھن منٛز

لوٚگمُت۔ راج ترنگنی ہُنٛد مواد ورتاونس منٛز چھُنہٕ کیٚموٚ سُنٛد مقصد توٲرٟخُک دوہراویا اُتھ مخصوص دورس متعلق سانہِ زانکاری منٛز ہُر بر کرُن بنتہٕ اَمہِ دورٕکی حالات مزید گاشراوِتھ کلہن پنڈتس کٕتھ کڈٕنی۔ بلکہ چھُ تَسُنٛد مقصد ورگہٕ پأٹھی یہِ اِشارٕ دِیُن زِ ہرگاہ نہ توٲرٟخہٕ تلہٕ سبق حأصل کرنہٕ ییہِ تیلہِ چھُ یہِ انسأنی سماج چہٕ بدتری باپتھ دوہراونہٕ ینٛک اندیشہِ روزان۔ توَے چھُ سُہ پانہٕ تہٕ اعتراف کران:

''وَق چھُ پننہِ تجربک تہٕ پتھ کال کینٛن واقعاتن نِشہِ سبق رٕٹتھ وارِیاہ کینٛہہ ہیٚچھتھ نوبن تحریکن زَنم دِوان''۔ کیٚموٚ ہس ہیکہِ نہٕ یہِ سوچ خلاہس منٛز ووٚتلتھ۔ دراصل چھُ تس عصری حالاتو یُتھ ہیوٚ اندیشہِ پأدٕ کوٚرمُت تہٕ عدم تحفظُک یوٚہے احساس چھُ یِمہِ ڈرامہُک محرِک۔ اَمی سبہٕ چھِ کینٛہہ نقاد وَنان زِ یَتھ ناٹکس منٛز چھےٚ اکہِ توٲرٟخی واقعہٕ کِس پسِ منظرس منٛز عصری عکأسی۔ بقولہِ مجید مضمر، ''یَتھ ڈرامہس منٛز چھِ کردار پننی دورٕچ کتھ کران، اماپوز یِہنٛد بو مکالمو ذٔرٟ ہیکہِ موجوٗدٕ دورٕچن حقیقتٕن ہُنٛد اِدراک سپدِتھ''۔ پروفیسر ہری کرشن کول سُنٛد خیال تہٕ چھُ تِتھے ہیوٚ۔ انتظامٕچ چھلہٕ چھانگر تہٕ افراتفری چھُنہٕ چھرا اَنٛت دیو نِس دورس سٟتۍ وابستہٕ بلکہ ہیکہِ یُتھ ہیوٚ صورت حال کُنہِ تہٕ دورس منٛز پیش یِتھ۔ نَمتہٕ پتہٕ یوٚ دوَے کأشری تخلیقکارن یہِ دورٕ ٹاکارٕ پأٹھی دیدمانہٕ وُچھ، اماپوز عدم تحفظ تہٕ پٕز زٕنٛدٕ ہِنٛدی موٗلہٕ اَلگ احساس اوس تس اَمہِ بروٚنٛہہ ہمکال سیأسی تہٕ اقتصأدی حالاتو کٕنہٕ اَندرٕے اَندری گنیومُت۔ سأنِس افسانوی ادبس منٛز خاص پأٹھی ہری کرشن کول سٕنٛدی تاپھ، یَتھ راز دانے بیترٕ تہٕ رتن لال شانت سٕنٛدبن کرفیوٗ ہوبن افسانن منٛز تہٕ چھےٚ مختلف صوٗرتن منٛز اَمہِ صورت حالٕچ عکأسی

سپز مژ۔ عدم تحفظُک احساس تہٕ ثقافتی قدرٕ راونک ماتم چھُ نمتہٕ بروٗنہہ واریاہ ؤری لیکھی مِتِس یِیمہِ ناٹکہٕکس گوڈنِکس انکس منز تہٕ برہمنن ہٕندِس سمواد س منز تابانہٕ۔ سأرِے ناٹکس منز چھُ راز اَنِت اُکِس تِتھِس فردٕ سُند پیکر بروٗنہہ کُن اَنان یَس دعواتہٕ اِختیار رأوِتھ ستم ظریفی نال ؤلُمت چھُ۔ نہ صرف راز بلکہ چھِ تس سۭتی ہمدردی تھاون وألی باقٕے کردار تہٕ متأثر سپدان۔ یم سأری چھِ مُلہٕ تلہ تمہٕ کرٕکی تہٕ دوکھِ کہِ اِظہارٕکی وسیلہٕ یم تمہِ ماحوٕلکی نتیجہ چھِ یتھ منز ناٹکار لسان بسان چھُ۔ تِتھے پأٹھی چھُ رازٕ گلش تہٕ تِہٕندی حوأری تمن عنصرن ہٕنز عکأسی کران یم موجوٗدٕ بدحألی ہٕندی موجب چھِ۔ ناٹکس منز چھےٚ جلاوطنی ہٕندِس حُکمس خاص اہمیت تِکیازِ اَمہِ پتے چھُ رازٕ بےبسی تہٕ ژکھِ منز آتمہٕ ہتیا کران۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ناٹکار شاید یِیمہِ کتھہِ ہٕنز ژینہٕ وَن دِوان زِ جلاوطنی تہٕ موت چھےٚ ہشی کتھاہ۔ یعنی یِتھہٕ پأٹھی موت وجوٗد تہٕ پٔرزٔنٕ ہُند نِہونکار چھُ تِتھے پأٹھی چھُ نِشکاسن تہِ۔

بحیثیتِ ڈراما چھُ نگر ووداُسی یِیمہِ حسابہٕ کامیاب ڈراما زِ ناٹکارن چھےٚ ڈراماُیی عمل یَس دون ؤری ین پیٹھ محیط چھےٚ تہٕ یَتھ منز کردارن تہٕ واقعاتن ہٕنز ژٕبل ژٕبل چھےٚ، کامیأبی سان سٹیجس پیٹھ ڈیپراُوِتھ ہیکہٕ۔ اَتھ ڈرامہس چھُ ژھاے ڈرامہس سۭتی کیٚنژن کتھن منز ہشر یہ دوے سہ سٹیج لوأزمات گنہٕ حدس تام نظر انداز کرنہٕ سبہٕ (closset drama) ہس نِگہہ واتان چھُ۔ یمن دوشونٕی منز چھُ عملہٕ ہُند آگُر رازٕ تہٕ تِہُند فأصلہٕ تہٕ اَمی فأصلچ کوتأہی چھےٚ دوشونٕی ہٕندِ مرنک موجب بنان۔ اُکی سُند انجام چھُ ہتیا تہٕ بیٚیہ سُند آتم ہتیا۔ اُکِس منز چھُ بڑمُک تہٕ توہمُک قتل تہٕ بیٚیس منز لاچأری تہٕ بےبسی ہُند پان مارُن۔ اماپوز

دوشوٕنۍ چھِ کینٛہہ پھیرٕ تہِ یانہٕ وآنۍ۔ یمن درمیان چھُ اہم پھیرٕ تصوُدُمک یا ٹکراوُک۔ تصوُدُم یا ٹکراو ہیکن ترٛین ورگن ہندی آسِتھ۔ اوٚل فردس تہٕ بالافطری قوٗژن یا فطرتس مابین دوٚیم فردس تہٕ سماجس مابین تہٕ ترٛییم فردس پانٕنۍ پانس سٕتۍ۔ ژھاپہِ منٛز چھُ مختلف سوٚتھرٕن ہندی تصوُدُم۔ اَتھ منٛز چھِ کردار فطرتس سٕتۍ تہٕ برسرِ پیکار، بوٗیت تہٕ ژندرٕ ہندِس صوٗرتس منٛز پانہٕ وآنۍ تہِ تہٕ ژندر چھُ امہِ علاوٕ اَکِس اَندرٕ کشمکشس منٛز تہِ گیر۔ اَتھ مقابلہٕ چھِ نگروودآسی ناٹکٕکۍ سآری لوٗکٕٹۍ بٔڈۍ کردار دون درٛبن منٛز بآگرِتھ پانہٕ وآنۍ تصوُدُمس منٛز آوٕرۍ، یہِ زَن اکثر جذباتۍ طربین ہُنٛد خاصہٕ چھُ۔ ژھاپہِ منٛز یوٚ دوٚے فوکل کردار ژندرٕ چھُ، اماپوز للتادتیہ چھُ ڈرامأیی عملہٕ منٛز غآر موجوٗد آسِتھ تہِ پرٛتھ ساعتہٕ موجوٗد۔ اَتھ برعکس چھنہٕ اَنت یَس اَندۍ پکھۍ سآرۍ ڈرامأیی عمل چھےٚ اَتھ عملہِ پیٹھ پوٗرٕ پأٹھۍ حآوی تہٕ بعضے چھُ سُر یہِ مُتی ہُنٛد مرکزی کردار آسنگ تہِ بروٗنٛت سپدان۔ رازٕ کلشہِ سنٛزِ شخصیژ ہُنٛد کژ ہنیار جنم جات مانٛن تہِ چھُ دلچسپ ییمہِ سٕتۍ سٲطن طور یہِ توٚژ تہِ لگان چھُ زِ ناٹکار چھُ انسأنی شخصیتُک چھوٚت کرٕہُن نظرانداز کران۔ ووٗنۍ گوو یہِ چھےٚ کیموٗ سنٛزِ ناٹک کلایہِ ہنٛز مجبوٗری تہِ۔ تِکیازِ کانٛہہ تہِ ڈراما چھُ تماشہِ بٔین ورأے نامکمل تہٕ تماشہِ بٔین چھِ مختلف ذٔہنی سوٚتھرٕکۍ یمن منٛز عآمیانہٕ سوٚتھُر غآلب آسان چھُ۔ اَتھ عآمیانہٕ سوٚتھرِس اَمکی سونٛچہِ تہٕ معیارٕ حسابہٕ کتھ کرٕنۍ چھےٚ بعضے زیادٕ موزوٗن روزان۔ اَمہِ کتھِ نِش چھُ کیموٗ تہِ باخبر۔

امہِ سبہٕ ہیکو أسی یتہِ وٕنِتھ زِ اوَے چھِ تٔمۍ پننٛن ناٹکن منٛز ٹیکنیکٕکۍ تِتھۍ کینٛہہ تجربہٕ کٔرۍ مٕتۍ یِتھ زن موضوع کِس واتناوبرس سٕتۍ سٕتۍ وُچھن والین ہنٛدی دِل تہِ رٕنٛزٕ وَنہٕ یِن۔ اَمہِ ٹیکنیکہِ ہُنٛد ورتاو چھُ شاپھ، اکہٕ ننٛدُن تہٕ شاہ

پأتھرس منٛز ٹاکارٕ۔ دراصل سپُد اَمہِ قٕسمُک تھیٹر 1960ء پتٕھ دُرٕس ہندوستانس منٛز مروجہِ تہٕ اَتھ آسۍ پٕنٛنۍ کینٛہہ محرکات۔ یِمن منٛز اکھ یہِ چھُ زِ 1960ء لِس أندۍ پکھۍ دیُت کینٛژو تھیٹر شخصیژو، اداکارَو تہٕ ناٹکارَو لُکہٕ وِرٕتس مثلاً پأتھرتہٕ نٕژنس بیترِ کُن توجہ۔ بیٚیہِ پاسہٕ سپُد یِمنٕے دوہن ہندوستأنۍ تھیٹر یوٗرپی ناٹکارن ہٕنٛدِ ذٔسۍ متأثر یِمن منٛز برٛٹولٹ برٛیخت اہم چھُ۔ چنانچہ أمۍ سٕنٛدۍ مشہوٗر زمان ناٹک تھری پینی اوپیرا، کاکیشس چاک سٔرکل تہٕ مدر کریج آیہِ مختلف جاین روٗپانتر کٔرِتھ پأتھراونہٕ تہٕ۔ برٛیختی تھیٹرٕچ پھیرٕ ہاوخوٗبی أس اے افسکٹ، تٔسنٛد وَنُن اوس زِ لوٗکھ یٖیلہِ ڈراما وُچھان چھِ تِم چھِ ڈرامٕچ عمل حقیقی زأنِتھ اَتھ ستۍ جذبأتی طور وابستہٕ سپدان۔ چنانچہ ترقی پسند سونٛچُک قأیِل آسنہٕ سبہٕ اوس سُہ تھیٹرس سمأجی بیدأری ہُنٛد وسیلہٕ زانان۔ مگر یہِ اوس تیٚلی ممکن یٖیلہِ تماشہِ بین جذبہٕ بدلہٕ ذہن کامہِ لأگِتھ ڈرامأیی زندگی ہُنٛد صحیح غلط زأنِتھ پٔنُن اۆند پۆکھ پرکھاوٕہن۔ تٔسنٛدۍ کنہٕ اوس نہٕ ڈامہُک چھیکرٕسۍ مقصد تماشہِ بین جذبأتی گٔتہِ ستۍ ڈٔہِتھ ترٛ۔ بٔلکہِ تِمن زندگی ہٕنٛدِ صیح غلطُک احساس پأدٕ کرُن۔ تہٕ وُچھن والین یہِ حِس دِنہٕ باپتھ گرۍ تِمۍ ناٹکچہِ پیش کأری ہٕنٛدِس طریقس منٛز تِم کینٛہہ تجربہٕ یِتھ وُچھن والین جذبأتی ژھِن لگہِ ہے۔ اُہو ندیہِ طریقہٕ ورتو مختلف ہندوستأنۍ ناٹکارَو پننہٕ مقأمی روٲیژ ذٔسۍ۔ یِتھہٕ پأٹھۍ آیہِ ڈرامہن ہنٛزِ پیش کأری منٛز اکھ نٔو نہج بارسس یِتھ منٛز روأیتی تھیٹرس تہٕ تھیٹر آف آئیڈیاز س مِلہِ مِش سپٕز۔ یِم ناٹکار برونٛہہ حقیقت پسند تھیٹرس تحت کأم کران أسۍ تِمو ہیٚژ جدید حِسبا گٔہی ووٚنۍ قدیم روٲیژ ہٕنٛدِ وسیلہٕ پأتھراوٕنۍ۔ یہِ نہج بارسس اَنٕنس تہٕ مقبوٗل بناونس منٛز یِمن تھیٹر شخصیژن تہٕ ناٹکارن ہُنٛد رول چھُ تِمن منٛز چھِ بنگالکۍ ٹیگور سٕنٛدۍ شعرٕ ڈراما گِندن وول شمبھوٗ متراتہٕ جاترا اورتاون

وول مارکسی ناٹکار اُتپل دت، مہراشٹرس منز تماشہِ ، دِش اوتار تہٕ لاونیہ نژن ورتاون وول اداکار لکشمن نارائن پانڈے تہٕ لگہٕ رنٛگچ سٔرٕنی زانکأری تھاون وول حبیب تنویر۔ وِجے تنڈولکر تہٕ یکھشن گان ورتاون وول کرناٹکُک گریش کرناڈ بیتر شأمل۔ کأشرِس منز چھُ کیموٗ تہٕ تمن اہم ناٹکارن منز شأمل یمو بریختی ین تھیٹر تہٕ لگہٕ تھیٹرس مِلٲوِتھ کٔرِتھ ناٹک ادبس تہٕ تھیٹرس منز نٔوی تجربہٕ کٔری۔

بریختین تھیٹرس چھِ ایپک تھیٹر تہِ وَنان تِکیازِ حقیقت پسندانہٕ تھیٹرس برعکس چھُ اَتھ منز واقعہٕ عملاونہٕ بدلہٕ واقعہٕ کِس بیانس پیٹھ زور۔ تِتھن ڈرامہن منز چھنہٕ پلاٹس منز واقعن ہندِس وجوہی رِشتس کانہہ تہِ اہمیت تہٕ اکثر چھِ تِتھی ڈراما وۄہن بہن ایکٹن پیٹھ تہِ مشتمل تہٕ پرٛتھ ایکٹ چھُ وکھرٕ پٲٹھی اکھ مکمل اِکأیی یعنے یہٕ ہیکون الگ پٲٹھی تہِ پٲٹھرأوِتھ۔ بریختن ورتووِ پننین ناٹکن منز توأریخی مواد (مثلاً مدر کریج) تہٕ لگہٕ کتھہٕ تہِ (مثلاً چاک سرکل) تہٕ یِہندِ پسِ منظرس منز کٔرن معاشرٕ کہِ وکھرٕ اِرچ پردٕ کشأیی۔ یۄٗ دوٚے اُسی کیموٗ سٕندی یِم ناٹک وُچھو، یِمن منز تہِ چھےٚ تِتھی ہِو طریقہٕ کارٕچ کارفرمأیی۔ اُہندِس شاہ پٲٹھر، اکہٕ نندُن یا شاپھ ناٹکس منز تہِ چھِ توأریخ تہٕ آرکٹاییپن ہندِس تنوظرس منز بقولہِ پروفیسر شانت ہم کال حالاتن ہنٛز تشریح ژھارنہٕ آمٕژ۔ شاپھ ناٹکُک غألب موضوع چھُ اکہٕ پلہٕ تی یہِ ژھاے ناٹکس منز چھُ۔ تہٕ یۄٗ دوٚے اَتھ اَمہِ ناٹکُک توضیح تہِ وَنو غلط گژھِ نہٕ۔ اَمہِ ناٹکُک اہم کردار تہِ چھُ پننہِ دیشُک تہٕ پرٛزایہِ ہُند مفاد مُشرِتھ مہم جویی ہندِس جنوٗنس چھیٚپہٕ لگان۔ راز گونند چھُ لوٗکہٕ نایک کرٛشن تہٕ بلرامس مُشرِتھ عوام دُشمن جراسندس ساتھ دِنہٕ سبہٕ عبرت ناک انجام پرٛاوان تہٕ رازٕ دومۄدر چھُ پننِس مألی سُنٛد بدلہٕ ہیٚنہٕ کِس جنوٗنس منز پنٛن تہٕ پننین

لُوکن ہُند رِژَر نظر انداز کٔرِتھ مارِ سپدان۔ بقولہِ کیموٗ پٔز زایہِ چھُنہٕ راژٕ سُند ذاتی ہوس بامِل اَنٛنس منٛز دِلچسپی۔ یوٚ دوَے قدیم کاٗلی قصہٕ ورتاونہٕ آمٕت چھُ اما پوز اَتھ چھےٚ عصری دورچہِ حقیقژ ہِتی تہِ مماثلت۔ یتھٕ پاٚٹھی راژٕ گوٚنٛد یادوٗ تہٕ جراسندنہِ باہم رسہٕ کشی ہنٛزِ چھیپہٕ لوٚگ تِتھے صورتحال چھُ موجوٗدٕ دورس منٛز ڈراما نگار ہنٛزِ ماتژٕ بھوٗمی درپیش یوس دوٚن مُلکن ہنٛزِ باہم رسہٕ کشی منٛز ہینہٕ آمٕژ چھےٚ۔ اَمہِ کتھہِ ہُند اِشارٕ چھُ کیموٗ گوڈٕ کتھہِ منٛز پانہٕ تہٕ یہٕ وٗنِتھ دِوان زِ ''ہند پاک ایٹمی تجرٕبہٕ پتہٕ لیوٚکھ مےٚ یہِ نوٚ انمانہٕ''۔ اَتھ ناٹکس منٛز یُس کربٕ ہمسوسہٕ ناٹکارلہٕ وان چھُ تِیُتھ باوَتھ چھےٚ تَمی شری کرٛشنس اَتھِ یتھٕ پاٚٹھی کرناٗوِمژ۔ ''پرتھوی پٹھ روزِ ہے منش سوکھہِ سان تہٕ بَیہِ ژوس زَنتہٕ اکھ کوٗمب۔ منوش گرِہے نہٕ پانہٕ پننہِ وِہنا شکی سامانہٕ تہٕ یوٚدوَن منٛز گژھِہے نہٕ گیر، مگر اَتھ کیاہ کرو زِ گوٚنٛدنہِ وتک شاپھ چھُ کشمیر منڈلس اَز تہِ تہِ اَز تہِ چھُنہٕ ساۄن میرٕ کاروانن مبترٕ شتھر پٔزناوُن ترگان۔'' اَمہِ ناٹکہٕ ذٔرِ چھُ کیموٗ یہِ پاٚغام دِیُن یژھان زِ یوٚ دوَے گاٹٕلی کاٗشرِ دٕیمن ہنٛدِس تُلنس نظر انداز کٔرِتھ تِتھے پاٚٹھی ماجہِ کٔشیرِ ہُند رِژر کانچھن تہٕ اَتھ لول برن یتھٕ پاٚٹھی شری کرٛشنہٕ ہنٛدِس وَننس پٹھ کاٗشر بٕ برہموٗ رانی یشومتی ہنٛز اِطاعت قبوٗل کٔر یہِ شاپھ موکلہِ تیٚلی۔ تیٚلی سپد امن وچین قاٗیم۔ یشومتی چھےٚ کٔشیرِ ہنٛز علامت۔ بقولہِ کرٛشن چھےٚ سو ماجہِ کٔشیرِ ہُند روٗپ۔ یتھٕ پاٚٹھی تَسنٛدِس گربس منٛز کٔشیرِ ہنٛدِ تخٕتک وٲرِث درپژھان پوٚٹھان چھُ، تِتھے پاٚٹھی چھُ کاٗشرٕ بن ہُند روشن مستقبل کٔشیرِ پٔژے برنس منٛز پوٗشیدٕ۔

یَتھ ڈرامہس منٛز چھُ کیموٗ ہن ڈراما اَندازٕ ورتاٗوِتھ مُلہٕ تلہٕ اے افسکبٹ ووتلاوِنچ کوشش کٔرمژ۔ سہٕ چھُ سوٗتر دار، نٹی تہِ وِدوٗشکس اَتھِ وُچھن والین یہِ

باور کرناوان زِ تمہ چھِ محض اکھ ڈراماوُ چھان نہ زِ حقیقی زندگی۔ یوٚہے اندازٕ چھُ ''شاہ پأتھرس'' منٛز تہِ۔ دوشونی گوو شاپھ تہٕ شاہ پأتھر دوشوٚنی ڈرامہن چھُ پانٕہٕ وأنی یہٕ پھیرٕ زِ یتہٕ شاپھ ناٹکس توٲریخہٕ منٛز مواد وَرتأوِتھ ورگہٕ پأٹھی ہم کال دورٕچ وٕہٕ ھنے سپز منٛز پھِےٚ تتہٕ چھُ شاہ پأتھرس منٛز براہِ راست اندازٕ ورتاونہٕ آمُت۔ ناٹکس منٛز چھُ لوکہٕ فنکارن ہٕندِ ذٕسی ہم عصر دورُک منظرنامہٕ بروٚنہہ کُن أنِتھ بڈشاہی دورُک سُہ واقعہٕ پأتھراونہٕ آمُت ییمہِ مطأبق حکیم شری بٹن بڈشاہ سٕنزِ بیمارِ یلاج کٔرِتھ پننہٕ برادری باپتھ مذہبی آزأدی، راحت تہٕ سکوٗن نیامہٕ پژھ حأصل کوٗر۔ تہٕ یتھہٕ پأٹھی یم لُوکھ کٔشیرِ ترأوِتھ ژٕلۍمتۍ اُسی تم آیہ ییٚنہٕ اکہِ لٹہِ یِزتہٕ سان واپس أناونہٕ۔ پأتھر کٕہِن اداکارن ہٕنز مکالمہٕ آرأیی ذٕسی باونہٕ آمتۍ حالات چھےٚ وٕقتٕچ حقیقت اماپوز یمن کردارن ہٕندِ وسیلہٕ چھُ مُلہٕ تلہٕ ناٹکارن پننین محسوٗساتن زبوٗ دِژمژ۔ سُہ چھُ جذبأتی طور تمن سٟتۍ سٟتۍ۔ موجوٗدٕ حالاتن ہٕند کرٕچھر مُنٛشراونہٕ باپتھ یا اَمہِ مویوٗس ماحولہٕ منٛز فرار پژاونہٕ باپتھ یُس پأتھر یم گٕندان چھِ سُہ چھُ مُلہٕ تلہٕ سُہ سوٚپن یُس ناٹکار ہٕندِس لاشعوٗرس منٛز ییران چھُ تہٕ اَتھ سوپٕنس ساکار سپدنہٕ باپتھ کرٕیشان چھُ۔ یہٕ ناٹک چھُ کیموٗ ہٕنزِ وومید پرستی ہُند عکاس، زِ یگاہ نہٕ کأنٛہ دوتھِ کانٛہہ شری بٹ ہیوٚ بُد مان تہٕ وِدوان نفر یُس وقتہٕ کِہن ارباب اقتدارن اقلیتی فرقہٕ ورأے کٔشیرِ ہٕنزِ نامکملی ہُند احساس ووتلاوِ۔ نگروود اُسی ناٹکس منٛز ییتہِ بدتری باپتھ توٲریخ دوہراونہٕ یِنگ خوف چھُ یتھ ناٹکس منٛز چھُ اَتھ برعکس رٕژرٕ باپتھ اَمہِ کہِ دوہراونہٕ تِہٕنٛج منہِ کامن۔ اَتھ منٛز چھُ موجوٗدٕ حالاتن ہُند واوبلا تہٕ گرٕ رادٕنگ غم تہِ تہٕ پژاونگ ہمٕوسہٕ تہِ۔ اَمہِ کِس گوڈٕنکس حِسس منٛز چھُ مُلہٕ تلہٕ اکھ فضا تیار کرنہٕ آمُت ییمہِ سٟتۍ ناٹکار پتھ

کالس زوال دِتھ پیش کال وُچھان چھُ۔ بحیثیتِ ناٹکار چھُ کیموٗ ہس أنذٕ پکھس ستۍ سرٕ ون واتھ۔ گوپأنۍ تہٕ مسخرٕ ہشرٕ زنہٕ چھُ نہٕ پننس یتھ عقیدس باوتھ کران زِ پأتھر گوو نہٕ گِندن یُس پننہِ وچھ عکأسی کرِ یُس وتھ ہاوِ تہٕ منزل کڈِ۔ یعنی بقولِ ڈرائیڈن (instruction through delight) تہٕ یِیمہ ناٹکہ ڈٕسۍ چھُ یوہے صلاح دِنہٕ آمٕژ زِ فرقہٕ وأریت ترأوِتھ رواداری پاناونس منزٕ ہے چھے بجأیی تہٕ پاپرجأیی پنہا۔ یہ کتھ لوٗکہٕ فنکارن ہنٛدِ ڈٕسۍ وُچھن والین تام واتناونۍ چھے یِیمہِ حسابہٕ۔ تہٕ مناسب تلیازِ لوٗکہٕ فنکار یتھہٕ پأٹھۍ آغازس منزٕ تُمبکھ نارِ ٹھٕنُس پیٹھ کھڑا رِس منز اَژان چھُ وُچھن وألۍ چھِ یکدم پننہِ پننہِ دُنیاہ منزٕ نبر نیرتھ ناٹکہٕ کِس دُنیاہس منزٕ وأرِدسپدنس آمادٕ سپدان۔ تم چھِ پننہِ سنجیدگی یک طرف ترأوِتھ پأتھرٕ کہِ ہزلک تہٕ مزحک حظ تہٕ ٹلان تہٕ ناٹکار ہندٕہن خیالن تہٕ داد دِوان۔ لوٗکہٕ فنکار باوٕژوٗسیلہٕ بناوُن چھُ یِیمہٕ لحاظہٕ تہٕ برمحل زِ نہٕ چھُ عام زندگی تہٕ خاص کردیہأتی زندگی ستۍ نزدیکی سان وابستگی تھاوان۔ عام لوٗکن ہُنٛد دوکھ تہٕ دودہیکہِ نہٕ جان پأٹھۍ ژینتھ تہٕ ژرژِتھ۔

لوٗکہٕ فنکارن ہُنٛد ورتاو چھُ ''ڈکھ ییلہِ ژلن'' ناٹکس منزٕ تہٕ۔ یہ ناٹک چھُنہٕ صرف کشیرِ ہنٛدِ موجوٗدٕ پُرآشوب دورُک أنہٕ بلکہ أتھ خلاف بلند بانگ احتجاج تہٕ۔ یہ ناٹک چھُ یہ کتھ بروٗنہہ کُن أنان زِ مُژکری تہٕ خوف ییلہِ کُنہِ قوم چہٕ تہذیبی تہٕ ثقافتہٕ مندوٗرِ سوٗسُر ژانان چھِ، دأنشور تہٕ فنکارن ہُنٛد ہٹۍ گنڈ چھُ امیک لأزِمی نتیجہٕ۔ تلیازِ بقولہٕ کیموٗ قوم یُس قوم سونچان چھُ نہٕ چھُ دأنشور پأدٕ کران۔ یُس قوم دأنشور پأدٕ کران چھُ نہٕ چھُ ترقی لبان۔ اماپوز ترقی تہٕ خوف چھِ زٕ متضاد چیز۔ اَمہِ سبہٕ چھُ خوفُک ماحول جأری تھاونہٕ ستۍ ترقی ہندۍ اِمکان

ختم کرنہٕ یوان۔ ڈکھ ییٚلہِ ژلن ناٹکس منز چھُ کٲشرِ ہُند یوٚہے منظر۔ اَتھ ناٹکس منز چھِ زٕ متوازی صورتِ حال بروٗنٛہہ کُن اَننہٕ آمٕتۍ۔ اول تمثیلی اکہٕ نندنہٕ ہنز قوربٲنی تہٕ ذویم ماگن ہندِس نچوٗی سُندین قتل۔ اکھ چھُ مماتس پتھ حیاتچ فتح تہٕ بیاکھ حیاتس پتھ مماتچ۔ اما پوز گوڈنیک چھُ محض بزم یاپاٹھر۔ جوٗگی ہیکہِ اکہٕ نندنس زِندٕ کٔرِتھ مگر جوٗگی سُند رول کرن وول ماگن ہیٚکہِ نہٕ پننہِ فنہٕ کِس وارِث در پننس نچوٗس زِندٕ کٔرِتھ۔ یہِ چھُ اکھ تلخ پزر۔ یہِ ڈرامٲئی بزم چھُ تتھے پاٹھۍ تتھہٕ پاٹھۍ سیاسی بازی گر وقتہٕ وقتہٕ لوٗکن نوٚی شالی تارکھ ہاوِتھ وَتہِ ڈالان چھِ۔ کیمو ہندی کنی چھُ تتھے صورتِ حال کٲشرِ باگہِ آمُت۔

کیموٗ سُند بیاکھ ناٹک چھُ اکہٕ نندُن۔ یتھ منز اوپیرا تہٕ لکہٕ پاتھرٕچ اُڈرن چھےٚ۔ یہِ چھُ دراصل تمثیلی ڈرامایس منز کال کینہہ انگریزی ناٹکن (morality plays) ہنز یاد پاوان چھُ۔ ناٹکٕچ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَتھ منز چھُ یاگی نفسانی خاہشات منہٕ چھِ حکمرانی تحت کٔرِتھ رٹنگ درس زِندٕ زوٗ کردارن ہندِ ذٔریعہ بادنہٕ آمُت۔

بہرحال کیموٗ ہن کٔری بروٗنٛہہ پتھے تھیٹر سازی تہٕ ڈراما نگٲری ہنز وَتہِ منز کینٛہہ مولٕلی تجربہٕ۔ اما پوز اَتھ وَتہِ منز تہِ ہیکن اَسہِ کینٛہہ ٹھٔری نظرِ گژھتھ۔ اول یہِ زِ لکہٕ پاتھرٕک طریقہٕ کاروَرتاونس منز یوٚ دوٚے ظرافت ووتلاوٕنکۍ موقعہٕ دافر چھِ اما پوز یہِ ظرافت چھےٚ زیادٕ پہن مضحکہٕ خیز حرکژن تہٕ لفظن ہنز ظرافت یَس عامیانہٕ سوٗتھرِچ مانٛنتھ ہیکو۔ ہرگاہ اَتھ لفظٕ ورتاوس منز ڈرامٲئی آیرنی ووتلاونک بتٕر آسہِ ہے، شاید بنِہٕ ہے یہِ پُر اَثر۔ ذویم یہِ زِ ڈرامہس منز چھُ تھیٹری عنصرن تہٕ ڈراما کینہہ ادبی یا تخلیقی عنصرن ہُند توازن ضروری ہرگاہ دوٚیو

منٛزٕ کُنہِ أکِس کُن زیادٕ پہن توجہ دِنہٕ پیٚہِ گُٹھم ڈراما فن ہیکہِ متأثر سپدِتھ تہٕ جدت پسندی یا تجرُباتی تژٲیہِ منٛز چھُ امیک اہتمال اکثر روزان۔ تژٚیم ٹھوٚر چھُ یہِ زِ لُکہٕ پأتھر چھُ بہرحال سانہِ روأیتی دیہأتی زندگی ستیٚ وابستہٕ تہٕ أزی چہٕ شہری زندگی ہنٛز باوتھ اَمہِ وسیلہٕ کرنٕس منٛز ہیکہِ وۄپرٲزی ہُنٛد باس لگِتھ۔ وونۍ گوو یم چھِ ٹھٕری یم کأنٛسہِ نقادس برعکس خود کیٚموٗتہٕ باقۍ ناٹکار دوٗر گٔرِتھ ہیکن تِکیازِ کأشرِ ناٹکہٕ کِس یتھ عبوٗری دورس منٛز چھِ تہنٛدی تجرُبہٕ جأری۔[1]

☆☆☆

---

[1] یہ مضمون یٚمہِ ساتہٕ تحریر سپُد کیمواوس تمہ ساتہٕ حالئے حیات۔

# پگاہ شولہِ دُنیا: اکھ موٗلانٛکوٗن

نثار نسیم سپدی کأشرِ تھیٹرٕ تہٕ ڈراما کِس دُنیہس منز ۱۹۷۵ عیسوی منز وأرد۔ یو ہے اوس سُہ دور ییٚلہِ مہمل تھیٹرٕ تہٕ بریخٹی تھیٹر چھن مغربی ڈراما نٕچن ہندِ زیرِ اثر کأشُر ڈراماتہٕ اکھ سأدر دار کرٕ ژھ تراوُن ہیوان اوس۔ خاص پأٹھۍ اوس بریخٹی تھیٹر کہِ زیرِ اثر مُروجہ کأشرِ ڈراما روایژ تہٕ کأشرِس لُکہ پأتھرس باہم مُصافہ سپدِتھ کأشُر ڈراما اکھ نوٚو رنگ رٹُن ہیوان۔ امہ دور چہ تھیٹرٕ تہٕ ڈراما سرگرمیہ نظرِ تل تھأوِتھ ہرگاہ اتھ کأشرِ ڈرامہٕک سونہرُ دور ونو غلط گژھِ نہ۔ کأشرِ ڈراما نگأری منز چھُ نثار نسیم امی سونہرِ دوٗرُک پأداوار۔ ووٚنۍ گوٚو گوڈٕ گوڈٕ روٗزِ سہٕ آزموٗدٕ وتھنے پکان تہٕ وارٕ وارٕ لٔجِن نوین وتن ہنز تلاش کرٕنۍ۔ پتہٕ ییٚلہِ ۱۹۸۱ اَتس منز یمو "سُرٕ پیٹھۍ" ناوُک ڈراما تحریر کوٚر، أتی پیٹھٕ آو نثار نسیم کأشرِ ڈراما نگأری منزٕ أکِس توجہ طلب تہٕ تجرُبہ پسند ووتھوٕنِس ڈراما نگار ہندِ کُنۍ ییتہٕ زاننہٕ تہٕ ماننہٕ۔ أمِہندۍ أکۍ

ڈراماہن گرٕ امہ زمانٕکۍ تھیٹر ساز تہٕ ڈراما نقاد پانس کُن متوجہ۔ یتھ پأٹھۍ بنأو نثار نسیمن کأشرِ ڈراما نگأری منز پننۍ پہچان۔

نثار نسیمن چھِ پننِس تخلیقی سفرس دوران وُنِس تام لوٕکٕٹۍ بڈۍ مختلف ڈراما تحریر کرٕ متۍ۔ یمو منز ژورن ڈرامہن ہُند ناو اکثر پھرنہ یوان چھُ۔ یم چھِ ''شرۍ پیٹھۍ''، ''رازِ ریش وٕنک''، ''سرپھ یکیہ'' تہٕ ''پگاہ شولہِ دُنیا''۔ پگاہ شولہِ دُنیا ناوٕ چھےٚ أہنز اکھ ڈراماسۆمبرن تہِ شایع سپز مژ۔ تہٕ یہ ناو چھُ دینا ناتھ نأدِم سٕنز انسأنی رِشتن ہندس لولس تہٕ عالمی امنس آے کانچھن واجنہِ ''مےٚ چھم آش پگہچ'' نظمہِ منز اخذ کرنہٕ آمت۔ امہ ناوُک انتخاب چھُ ڈراما نگار سٕنز امید پرستی ہٕنز تراے نیشناوان تہٕ ڈراما نگأری ہٕنزِ افأدیژ متلق اوہُند سوچ تہٕ۔ نثار نسیم ہندین یمن نُمایندِ ڈرامہن ہندِ پیٹھۍ مُطالعہ تلے چھُ ٹاکارٕ سپدان زِ ڈراما نگار چھُ برٹولٹ بریخت سٕنز یمہِ رایہِ ہُند قأیِل زِ ڈراما نگار گژھِ نہ محض تماشہٕ بینن ہندین جذبن طلوطُم تُلِتھ تہندس فہمس تہٕ سوچن بِترس نالگھار بناوُن بلکہِ گژھِ تہندِ ذہنچہِ دارِ تہِ مژرن یتھ تم زندگی ہُند سنیر وۄگنیر تہٕ چھۆت کرہُن پانہٕ پرزنانس لگھار بنن۔ وونۍ گۆو امیک مطلب چھُ نہ زِ نثار نسیم کیا چھُ یہ مقصد پراونہٕ باپتھ ڈرامأیی فنس کُن أچھِ ڈٕتھ رۆدمت۔ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ أکِس غأر مُقأمی ڈراما نبچہِ زیرِ اثر تحریر کرنہٕ یِنہٕ باوجۆد چھےٚ یمن ڈرامہن منز عکساونہ آمژ زندگی تہٕ ماحول نہ صرف سانہ باپتھ ویۆد بلکہِ چھِنہ تم کردار تہِ وۄپر باسان یم یمن ڈرامہن ہندس دُنیہس منز پھیران تھوران چھِ۔ یم ڈراما چھِ یہ کتھ ٹاکارٕ کران زِ نثار نسیم چھُ نہ مبلغ بلکہِ چھُ اکھ تردست فنکار تہٕ سہٕ چھُ پننہٕ أندۍ پکھۍ چہِ زندگی ہندین تضادن تہٕ دیکھژارن جان پأٹھۍ یمن ڈرامہن منز

پاُٹھراُوِتھ ہیوٚ کمُت۔

مثلاًنی تون تسُند "پگاہ شولہِ دُنیا" ڈراما۔ دیہاتی پسہِ منظرس منز تحریر کرنہ آمُت یہِ ڈراما چھُ تمن استحصاٗلی عُنصرن تہٕ پٔتھ درن عیاں کران یِم پننہِ تارن گری ہٕتی ساد لوح دیہاتی لۄکن عقیدٕ تہٕ پژھِ ہُند اٗنی تھوٚپ دِتھ مُلہ تلہٕ پننین مفادن ہنز آبیاٗری کران چھِ۔ ڈرامہس منز چھُ عزیز خان سُند کردار تتھی نٕے مفاد پرستن ہنز نُمائندگی کران۔ یُس پننہِ چالاٗکی ہٕتی پانس خلاف گامہ والین ہندِ مُتحدٕ سپدنٕچ پرتھ کانہہ کوٚشش ناکام کرنہٕ باپتھ تمن ہنزِ ذیہنی پسماندگی ہُند فاٗیدٕ تُلنٕچ کوٚشش کران چھُ۔ مگر اُخرس چھےٚ دون انقلاب پسند سوچ تھاون والین نوجوانن ہنز پیٚہم تگ دوِ بروٚنہہ کنہِ عزیز خان ہندِ رسوٗخ تہٕ روعب داٗبچ پرتھ کانہہ ڈکھِ لۄرتلہ کتُر ثابت سپدان۔

"رازٕ ریلش ونگ" ڈراما چھُ ۱۹۸۸ اِتس لیکھنہ آمُت۔ یتھ منز "فیبل" تہٕ ڈرامٕہک میُل چھُ۔ یہِ ڈراما چھُ انگریزی ناول نگار جارج اروِل سنز "اینمل فارم" ناول یاد پاوان۔ یتھ منز تمثیلی اندازس منز جیواٗنی کرداروٚسی مفاد پرستی، جوڑ توڑ، جماٗژن ہنز درٕ بندی تہٕ رسہ کشی درشاونہ آمٕژ چھےٚ۔ ڈرامہس منز چھےٚ ریلش ونس پیٹھ سیاٗسی غولبہ پراونہ باپتھ "سہہٕ" تہٕ "ہُسی تِس" باہم ٹکراو۔ یتھ منز چھیکرس رامہ ہوٗن ہوی موقعہ پرست کردار ہُسی تِس دغا کٔرِتھ سہہ سُند ساتھ ہُسی تِس بۄتھ کھسنس پیٹھ مجبوٗر کران چھِ۔

"سرپھ یکیہ" چھُ نثار نسیم سُند اکھ دِلچسپ ڈراما۔ یتھ منز ہندوٗ دیومالاٗیی کردارن تہٕ واقعن ہندِ ذٕسیلہٕ امنس خلل تراون والین تمن عُنصرن ہنز نقاب کُشاٗیی کرنہ آمٕژ چھےٚ یِم اقتدار حاٗصل کرنکہِ مارمتہٕ پانس مخاٗلف حالات پانس

موأفق بناونہٕ باپتھ پرتھ جائیز ناجائیز حربہٕ ورتاونس وایہٕ بران چھِ نہ۔ڈرامہس منز چھِ جنماجے،تکھشک ،اندر تہٕ واسکی ہوٚی اساطیری کردار۔

اسطوٗرو مُطابِق چھُ جنماجے مہابھارتکس ارزُن سُند زُریٖمی سُند مول سرپھِ ٹوپہٕ ستۍ مران چھُ۔سرپھن انتقام ہینہٕ پزٕ چھُ پتہٕ جنماجے سرپھٕ یگیہ کران یُتھ سرپھ نیست نابوٗد سپدن۔تکھشک تہٕ واسکی چھِ زٕ سرپھ راز۔تکھشک سرٕ پھ چھُ جنماجے سندِ خوفہ دیوتا اندر تہٕ واسکی لیس پانس گُن پھرتھ جنماجے سُند یہٕ قدم بے سوٗد بناونچ کوٗشش کران یتھ منز سہٕ چھیکرس کامیاب تہٕ سپدان چھُ۔ڈرامہس منز چھُ تکھشک شرپسندی تہٕ بدی ہُند نمایندٕ لیس بروٗنہہ کنہٕ امنٕگ علمبردار جنماجے تہٕ آخرس بے بس سپدان چھُ۔ڈرامہس منز چھےٚ نہ ڈراما نگارن زأنتھ مأنتھ تہٕ جبرن سہٕ اساطیری دُنیاہ دُبارٕ زندکرنٕچ یا اساطیرو ذٔریٚ کانہہ ڈرامائی التباس وو پداونچ کانہہ شعوری کوٗشش کٔرمٕژ۔اساطیر چھُ محض ڈرامہکہِ مواُدُک اکھ سمبل تہٕ بس۔اساطیرن ہندِ ذٔریعہ چھےٚ دراصل ڈراما نگارن أزٕکہِ زمانٕچ کتھ کٔرمٕژ۔ییٚمہ باپتھ تس بعضے اسطوٗرک تسلسل تہٕ تبدیل کرُن تہٕ بدلاوُن پیوٚمت چھُ۔

یتھ پأٹھۍ بروٗنہہ تہِ وننہٕ آدٕ زِ ڈراما نگاری ہنز اصل پچھان میٖج نثار نسیمس پننہٕ "سُری پیٹھی" ڈراماہ ستۍ۔موضوعی طور ہے وُچھو جدید دورس منز تحریر کرنہ آمُت یہٕ ڈراما چھُ أکِس فردٕ سندین تمن مسلن تہٕ کھٔرین عیاں کران یِم تس زندگی ہندس پرتھ مرحلس پیٹھ پننس أندیٚ پکھس ستۍ غار ہم آہنگ بناوان چھِ۔تہذیبی ترقی ستۍ یوٚدوے انسانس کینہہ فأیدٕ تہٕ وأتۍ اما پوٚز اتھ ستۍ ستۍ دیٚتنس ریاکأری،خود غرضی تہٕ مأدیتچہ مالیہٕ ہُند گلہٕ میوٗٹھ تہٕ۔ییٚمہٕ ستۍ عصری زندگی نیبرٕ

نُندٕ بانٛنۍ تہٕ أندرِ ژھوٚژٕ کانٛہہ محسوٗس سپدان چھےٚ۔زندگی ہندِ لہلاوٗک یہ سطحی مأرٕ منزر چھُ مُلہ تلہ محروٗمی ین تہٕ مجبوٗری ین ہُند اکھ گٲشاشت۔یتھ منزأزی کُس انسانس گژھ گہنک دُژ یوّت سپدان چھُ۔باے انسانٛنی سماجچِہ لوکچہِ کھوتہٕ لوکچہِ اکأیی ہندِ حوالہ وُچھو یا پوٚرٕ سماج،قوم یا مُلک ہشہِ بجہِ اُکأیی ہندِ حوالہِ۔فردس چھےٚ پرتھ پڑاوس پیٹھ پننِس سفرِ حیاتس منز یمن مسلن سٟتی تھی لاگے کرٕنی پیوان۔امی تلخ حقیقژ باوتھ چھےٚ یمہِ ڈراما کِس اہم کردار بشیر سِند صورتِ حالہٕ ڈٟسی کرنہٕ آمژ چھےٚ۔تیمِس فِکرِ پینہ پیٹھے پرتھ مرحلس پیٹھ زندگی سٟتی جنگُن پیوان چھُ۔

نثار نسیم سِندین "نِگاہ شولہِ دُنیا"، "رازٕ ریش وٚنک" تہٕ "سرپھ یکیہ" ڈرامہن ہنز اکھ مُشترکہ خصوٗصیت چھےٚ یہ زِ یمن ڈرامہن منز چھُ نہٕ کردار نگأری یا کردار سِندس نفسیاتس پیٹھ زور بلکہِ چھِ یمو چیزو برعکس ییتہٕ تمہ افعال تہٕ اعمال اہم یمو ڈٟسی یمن کردارن ہندی سمأجی رِشتہ تہٕ حثیت تشکیل لبان چھےٚ۔ یتھین ڈرامہن منز چھُ دراصل کردارن ہُند اوٚندروٗن گاشراونہٕ بدلہٕ سمأجی وانکس منز تمن ہنزٕ عملہِ ہندِ تأثیرُک واتنا ویرا اہم آسان۔یوہے وجہ چھُ زِ یتھین ڈرامہن ہندین کردارن منز چھےٚ نہٕ تخصیژ انفرأدیت اہم روزان بلکہِ چھِ اتھ برعکس یم گُنہ نتہٕ گُنہ خیالچ نُمایندگی کران۔امہِ علاوٕ چھُ زبأنی ہنز رمزیت تہٕ اشأریت تہٕ یتھین ڈرامہن ہُند خاصہ۔أسی ہیکو زبأنی ہنز یہ رمزیت تہٕ اشأریت نثار نسیم سِندین یمن ڈرامہن منز تہٕ وُچھتھ بلکہِ چھےٚ یمن منز گُنہِ منظر نگأری تہٕ فطری ماحول بندی تہٕ علامتی مُل مایہِ ہیتھ۔

وونی گوٚو بعضے ہیکہِ یژھ ہش رمزیت تہٕ اشأریت یا علامتی رنگ اکاڈمِک تہِ بأسِتھ۔بہرحال ییتھ پأٹھی بروٚنہہ تہِ وننہٕ آو زِ نثار نسیم چھُ کأشرِ ڈراما

نگأری منز تمہٕ دورُک پأداوار۔یتھ دورس منز کأشرِین ڈرامہس منز مختلف نٔوی تجرُبہ کرنہٕ آیہٕ۔تہٕ ٹیکنیکی تجرُبن ہنز ترائے چھےٚ نثار نسیمس منز تہٕ۔تِہنزی یِم ڈراما چھِ نثار ہنزِ تجرُبہ پسندی ہندی عکاس تہٕ تِکیازِ ٹیکنیکگ نویر گژھِ توہہ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ یِمن تریشوٕنی وڑامہن منز نظرِ۔ڈرامہن منز عصری مسلن باپتھ تمثیلی اظہار اختیار کرنکہِ غرضہ چھُ اُہندِ ذِٕسی بریختی تھیٹرِکی پأٹھی لۆکہ فن تہٕ لۆکہ پأٹھرکین مختلف عنصرن ہُند رل کرنہٕ آمُت۔مثلاً ’’ڈراما ہس اندر ڈراما‘‘ ٹیکنیکس منز لیکھنہٕ آمُتس ’’سرپھ یکیہٕ‘‘ ڈرامہس منز لۆکہ پأٹھرُک ورتاو۔پیش کأری ہندِ ٹیکنیکی نویرِ لحاظٕ چھُ ’’ئُری پیٹھی‘‘ ڈراما زیادٕ اہم۔یتھ منز ماحول ووتلاونہ باپتھ لۆکہ فنس ستۍ وابستہ کرتب بأزی ہُند استمال نُمایان پأٹھی کرنہ آمُت چھُ۔یتھ پأٹھی چھےٚ اتھ پیٹھ ’’باڈی تھیٹرِچ‘‘ چھاپ تہِ تہٕ اتھ ستۍ ستۍ چھُ اتھ منز ’’منٗز پأٹھرٕ‘‘ تہِ ورتاونہ آمُت تہٕ اکےٚ اداکار مختلف کردار پیش کرنہٕ باپتھ ورتاونُک طریقہ کار تہِ گژھِ اتھ منز نظرِ۔یِم کینہہ طریقہ کار چھِ نثار ہندین بیٚیہِ تہِ کینژن ڈرامہن منز نظرِ گژھان۔

ٹیکنٔی تجرُبو سٟتۍ چھےٚ یِمن ڈرامہن منز بیاکھ خصوٗصیت تہِ نُمایان۔تہِ زن گوٚو عام پأٹھی چھےٚ ڈرامہٕ چ خوٗبی گہرأیی مانہٕ آمژ۔مگر نثار نسیم ہندین ڈرامہن منز چھےٚ پیش کأری ہند یونوینہ تجربو ستۍ گیرأیی ہنز خوٗبی ووتلیمژ۔مثلاً ’’نگاہ شولہِ دُنیا‘‘ ڈرامہس منز چھِ اُسی درُس گام حرکتس منز ڈ چھان۔’’ئُری پیٹھی‘‘ ڈرامہس منز تہِ بےٚ ہنگم زندگی ہندی مختلف رنگ ویپراونہ آمتۍ۔یتھےٚ پأٹھی چھُ ’’رازٕ ریش وٕنک‘‘ ڈرامہس منز زنتہٕ سورُے ریش ون اسہِ دید مانہ۔یہِ وسعت ہیکہِ ’’ئُری پیٹھی‘‘ ڈرامہس منز محسوٗس سپدِتھ۔

چناچہِ ڈراما چھُ نہ باوٕنک بٲلکہِ ہاوٕنک فن تہٕ پرتھ ڈرامہُک اصل پڑاو تہٕ پرکھ چھُ سٹیج۔ امہ لحاظٕ ہرگاہ وُچھو نشار نسیم ہٕندی یِم ڈراما چھِ وقتہ وقتہٕ مختلف جاین مختلف ڈراما جمأژن ہٕندِ ذٔرٕ وادی اندر تہٕ وادی نیبر ٕگندنہ آمتۍ۔ یِیتہٕ یمو تماشہٕ بین کامیأبی سان مخظوٗض کٔرۍ مٕتۍ چھِ۔ امہ سبہ ہیکوکھ یِم کامیاب ڈراما مأنتھ۔ دوٚں گوٚو یِہ وُنٕن زِ نشار نٔسیمن چھِ ڈراما فنکی تھوٚنگی سر کٔرۍ مٕتۍ تہٕ وُنٕن گژھہِ وُنہ قبل از وقت۔



# ہری کرشن کول سُند افسانہٕ فن:
# ''تاپھ'' افسانہٕ کہِ حوالہٕ

ہری کرشن کول سُند افسانہ '' تاپھ'' چھُ تہٕندین نمایندٕ افسانن منز شامِل۔ یہِ افسانہ چھُ کول ہٕندیو ابتدأیی دورکیو افسانو منزٕ۔ بٔلکہِ چھُ یہِ تٕہُند کأشرس منز گوڈنیک افسانہ۔ اوٚ تام اوس کول صرف ہیندی زبأنؠ منز لیکھان۔ وننہ چھُ یِوان زِ گُنوہ شتھ شیٹھ ہِکس ڈٔہلس منز اوس جموں کشمیر کلچرل اکاڈمی اکھ افسانہ مجموعہ شایع کرُن۔ چناچہ ہری کرشن کولس سمٕکھ امین کأمِل تہٕ وٕننس امہ باپتھ کأشرِ پأٹھؠ افسانہ لیکھنہ باپتھ۔ تتھۍ پأٹھؠ کوٚر ہری کرشن کولن '' تاپھ'' افسانہ تحریر تہٕ کأشرس منز امہ پتہٕ گوڈنِکی افسانہٕ ستؠ کوٚرکھ تمہٕ کأشر ادبی حلقہ پانس کُن متوجہ۔ یہ افسانہ چھُ تہٕنزِ پیٹھے بانچہِ افسانہ سوٚمبرنہٕ '' پتہ لاران پرِتبس'' منز

گوڈنیُک افسانہ۔ یہِ افسانہ مجموعہ چھُ ۱۹۷۲ ہس منز شایع سپُد مُت۔ ''تاپھ'' افسانہ چھُ یِیمہ لحاظہٕ تہٕ اکھ اہم افسانہ تِکیازِ اتھ منز چھِ تِہندِ افسانہ فنچہ تم کینہہ خصوٗصیژ درینٹھمان سپدان یِم برونہہ کُن تہٕ تِہندین مختلف افسانن منز پوٗر بہارٕ تہٕ جہارٕ سان پھولتھ آمتۍ چھِ۔ مثالے نی تو ''یتھ رازدانے'' افسانہ یُس وُہمہ صدی ہِندِ اُتھمہِ ڈہلیک افسانہ چھُ۔ امہ وقتہ اوس ہری کرشن کول کاشرِ زبأنی ہُند اکھ صاحب اسلوب تہٕ نُمایندٕ افسانہ نگار تسلیم کرنہ آمُت۔ امی افسانہ ناوٕ سپز پتہ أہنز بیاکھ افسانہ سوٚمبرن تہٕ شایع۔ یِمہ دوے یِم دوشوے افسانہ تھیمأیی لحاظہٕ اکھ أکِس نِش مختلف چھِ مگر تمہ باوجوٗد چھِ یِمن دوشوٗنی منز افسانہ فنکی تم کینہہ مشترکہ خوٗبیہ موجوٗد یِم ہری کرشن کول ہنز پھیرِ ہاو خصوٗصیتھ مانہ آمژ چھےٚ۔ یِمن مشترکہ خصوٗصیژن ہُند تعلق چھُ یِمن افسانن ہِندس بیانیہ ساختس سۭتۍ تہٕ تہٕ کردارن ہِندس باقس سۭتۍ تہٕ۔ یِمن مُشترکہ عنصرن ہنز وضاحت یِہ دوے پانے برونہہ کُن سپدِ مگر یِتھین یِہ دوے دوشوٗنی افسانن سرسری نظر تراوو، گوڈنچی نظرِ سپدِ یہ عیاں زِ یِمن دوشوٗنی افسانن ہُند واقعأتی تنوظر چھُ کشیرِ نیبر بڈٕ مُلکچ بڈٕ رازدأنی یعنی دہلی۔ یُتھُ ہیوٗ واقعأتی تنوظر یاپاحول چھُ کول ہِندین بیٚیہِ تہٕ کینژن افسانن منز۔ خاص پأٹھۍ تِمن افسانن منز یِم تِمۍ کُنوہ شتھ نمتھ پتہٕ لیکھی یا یِم تِمۍ ہِنزن امہ پتہ شایع سپز ہژن افسانہ سوٚمبرنین منز شأمِل چھِ۔ ہری کرشن کول ہِندین افسانن منز چھِ امہ رنگکی افسانہ جان تعداد س منز مگر تِتھین افسانن ہُند ڈسلابہ چھُ ''تاپھ'' افسانہ سۭتۍ سپُد مُت۔ امہ سبہ چھُ تِہندین افسانن ہنز بیانیہ ساخت زاننہ موکھہٕ اتھ افسانس اہمیت۔

کأشرِ افسانہ نگأری منز چھُ ہری کرشن کولس یہِ امتیاز حاصل زِ پتھین

افسانن منٛز مُشرووٕنہٕ تِمَو بیانہ عنصرزانہہ تہِ۔ تتھ دورس منٛز تہِ ییٚلہِ کینہہ کأشرۍ افسانہ نگار (یِمن منٛز سانہ زبأنۍ ہندۍ کینہہ صف اوٚلکۍ افسانہ نگار تہِ شأمِل أسۍ) افسانہ صنفِہ ہندۍ بُنیأدی واقعأتی تسلُسل اڑٕ کٕطرف ترأوِتھ جدیدیتکہ زیرِ اثر یا جدید باسنہ کہِ مارِ متہِ کأشر افسانہ جدید کأشرِ موخصر نظمہ نکھہٕ واتناونٕکس جۆنس منٛز ہینہٕ آیہ۔ تہٕ روایتی پلاٹ سأزی تہٕ ڈٕلیلی عنصرِ بدلہِ پانٕنأوکھ نوِ بیانیہ ٹیکنیکہٕ۔ ہری کرشن کولن ییٚمہ ساتہٕ ''تاپھ'' افسانہ تخلیق کوٚر تمہ ساتہٕ أس جدیدیت کأشرس ادبس منٛز وأرِد سپٕز ہٕژ۔ مگر تِمَو تھوو ''تاپھ'' افسانہ پیٹھے پٔتِنین افسانن منٛز ڈٕلیلی عنصر قأیم۔ شعوری کوٚلہِ تہٕ دأخلی خودکلأمی ہندِ طرزِ اظہار چہٕ رٕوشہ ہند بہاوس ستۍ ییرِ وسنہ بجایہِ کٔرۍ تِمَو زیادٕ پہن تِم افسانہ تخلیق یِمن أسۍ عام زبأنۍ منٛزِ پلاٹ بند افسانہ ونو۔ حالانکہِ ''پتہٕ لاران پربت'' ہیوٗ افسانہ لیکھتھ کریایہِ تِمَو تہِ دأخلی خودکلأمی ہنٛز ٹیکنیک ورتاوٕنٕچ کوٗشش۔ مگر تِہُندِ یہِ طرزِ اظہار چھُ گوڈٕنچی نظرِ یہِ باس دِوان زِ یہِ چھُ نہٕ تِہُندس ویہِ وُن تہٕ پرٕیہِ وُن۔ تِمی چھُ اتھ افسانس مُتلق کتھ کران کینٛژ نقادو اتھ محض تلنگری ناو دیتُمت۔ یہِ طرزِ اظہار ورتاوٕنٕچ کوٗشش چھےٚ امہ پتہٕ ''سرٕنۍ کھیل'' افسانس منٛز تہِ کرنہ آمٕژ۔ یتھ منٛز موجوٗدٕ زندگی ہنٛزن تلخ حقیقژن تہٕ سماجکہ اکہِ خاص طبقہ ڈٕسۍ عوامچن دومیزن ستۍ گندنہ ینہِ واجنہ أنٕی ژھیپہِ ہنٛز بِلواسطِ طور باوتھ کرنٕچ کوٗشش کرنہ آمٕژ چھےٚ۔ مگر داخلی خودکلأمی بننہٕ بجایہِ چھُ تیکنیکی طور یہِ افسانہ رواں تبصرٕ تہٕ مکالمٕک رل گڈ بنِتھ اکھ کمزور ہاے برڈ افسانہ بنیوٗمُت۔ یہِ ہیکو ''پتہٕ لاران پربت'' افسانس مُتلق تہِ ؤنِتھ۔

یتھ پأٹھۍ بروٗنہہ تہِ وننہ آو زِ ہری کرشن کول ہندۍ نمایندٕ افسانہ ہیکو کھ

اُسی آسأنی سان پلاٹ بند افسانہ رنگن منز شأمِل کرِتھ۔ مگر تمہ باوجوٗد چھےٚ یِمن ہنز ساخت تہٕ پلاٹ سأزی ہندین روایتی طرزٕ کین پلاٹ غألِب افسانن نِش ہنا مختلف۔ یِمن منز چھُ ''تاپھ'' افسانہ تہٕ شأمِل۔ روأیتی طرزٕ کین پلاٹ غألِب افسانن منز ہیکو اُسی پلاٹچہ ترٕ ے خصوٗصیژ بدِ کڈِتھ۔ اول اکثر چھُ یِمن ہُند تعمیر خأرجی تضادس پیٹھ مبنی پلاٹس پیٹھ کھارنہ آمت آسان۔ تہٕ یِمن منز چھُ یو ہے تضاد افسانوی عملہ تہٕ پلاٹچہ حرکژ ہُند موجب آسان۔ دوٗیم یہِ زِ یِمن ہنز عمل چھےٚ زمأنی لحاظٕ مستقیمی آیہِ، باترتیب تہٕ بعضے سِلسلہ وار آسان تہٕ ییٚتی پتہٕ زِ افسانکین سارِنے لوکٹین بڈین واقعن ہُند آے چھُ تضادس نیسبت منفرجانہ برعکس مأیِل بہ تضاد آسان۔ تریم یہِ زِ تضاد اُنزراونہ پتھ چھُ افسانہ کُنہ مصدیق نتیجس پیٹھ انداواتان، یتھین افسانن ہنز خأصیتھ چھےٚ پریژ ہنز ہش تہٕ قأری لیس چھُ افسانہ انداواتنس پیٹھ تیتھے تشفی میلان یُتھ پریژ حل سپدِتھ میلان چھُ۔ یہِ خصوٗصیت چھےٚ کأشرین افسانہ نگارن منز امین کأمل ہندین کینژن افسانن منز مثلاً ''پھاٹک''، ''کفن ژوٗر'' بیترِ۔ ڈرامأیت چھےٚ یتھین افسانن ہُند خاصہ۔ قأری تہٕ چھُ یتھین افسانن منز تضاد کہِ آغازٕ پیٹھے سُلجاوس تام امی تضادُک ہم سفر بنان۔ تِکیازِ تِمند باپتھ چھےٚ افسانہ نگارن یہے وتھ پننہٕ واقعأتی ترتیبہ ستی مقرر کرِمژ آسان۔ مگر ''تاپھ'' افسانہ کِس بیانہ ساختس منز چھےٚ یژھ ہش خصوٗصیتھ کُنہ حدس تام غأر موجوٗد۔ یا ونو یہِ زِ پلاٹ سأزی منز چھےٚ نہ ہری کرشن کولن روأیتی پلاٹ سأزی ہندین شتھٕ اصوٗلن ہنز پابندی کرِمژ۔ تمی چھُ نہ بشموٗل ''تاپھ'' تِمندین نُمایندٕ افسانن منز پلاٹکِس ساختس منز شعوری تعمیر کأری ہُند باس میلان۔ تِمندین افسانن منز چھےٚ پلاٹس یہِ اہمیت زِ یہِ چھُ کردارس عملہٕ

باپتھ وُتِش فراہم کران۔ بامے سو ''شمشان وأراگ'' افسانٕچ کرکٹ کومینٹری چھےٚ یوس امکین کردارن ارتھی ٹھہرٲوِتھ کومینٹری بوزنٕچ کل کڈان چھےٚ یاہنا الگ اندازکہ '' حالس چھُ روٗتُل'' افسانک ترِ گٹکار آسہِ یُس افسانکین ترینشوٕنی کردارن بدس صوٗرت حالس متعلق تمن ہُند الگ الگ سوچ بروٗنہہ کُن انان چھُ۔ یہ چھُ''تاپھ'' افسانس مُتلق تہٕ صیح۔

''تاپھ'' افسانہ پرنہ وِزِ چھےٚ نہ سأنی ترجیع افسانٕچ ذٔلیل روزان بلکہِ چھُ سانہ توجہک مرکز پوشہ گُجہ ہُند سہ وُطیرٕ تہٕ ردِعمل روزان یُس سو بدس صوٗرت حالکہِ زیرِ اثر ہاوان چھےٚ۔ دوٗیم توجہ طلب کتھ چھےٚ یہ تہٕ زِ افسانچہ عملہِ کانہہ مخصوٗص سمت بخشنس منز چھُ نہ أمِس مرکزی کردارسُند زیادٕ دخل بلکہِ چھُ امیک رموٹ کنٹرول ''حالس چھُ روتُل'' افسانکی پأٹھی تتھ ماحولس اتھِ یتھ منز یہ کردار تراونہ آمُت چھُ۔ امہ لحاظٕ چھےٚ پوشہ گُجہ ہندس کردارس منز کینژھا مجہوٗلی کردارٕہنز خصوٗصیتھ دوٗتلیمژ۔ مجہوٗل کردار چھُ نہ عملہ ہُند آگُر آسان بلکہِ چھُ سہ امہ باپتھ حالاتن آویزٕ۔ یُس تس امہ باپتھ وُتِش فراہم کران چھُ۔ مثلاً وچھتو یہ واقعہ زِ دوٗیمہ پورچہِ ڈبہ پیٹھ چھِ پوشہ گُجہِ ہنزٕ نوشہِ چھوٹی کینہہ پلو تاپس ترأوِ متی۔ پوشہِ گُج چھےٚ نبس کُن نظر دِوان مگراتھ دوران چھےٚ تسنزٕ نظر یمن پلون کُن پیوان تہٕ خاص پأٹھی اتھین وہراونہ آمتِس چھوٹی ہندس أکِس خاص پلوس پیٹھ۔ یہ وُچھِتھ چھےٚ سو شرمہ داوِ دوشلان تہٕ تہٕ توبہ توبہ کرنہِ لگان۔ سو چھےٚ یہ سوچان زِ ہرگاہ ہمساین تہٕ اتھ کُن نظر پیمژ آسہِ تمو کیا آسہِ سوچمت۔ أتھی وسواسس منز پیتھ چھےٚ سو تھوٚ د دوتھان تہٕ پوٗش ژٹنگ خیال چھُس یِوان۔ ہرگاہ وُچھواتھ افسانس منز چھےٚ مِسزٕ کپوٗر، صأبہ تہٕ چھوٹی حیس حرکت کروٕنی کردار تہٕ

پوشہ کُجہ ہُند وٕطیرٕ تہٕ ردِعمل برونٛہہ کُن اننہ باپتھ چھِ تمے وُتلش تہٕ فراہم کران۔ماحولک یُتھ ہیوٗ وُتشاو چھُ کول ہٕندس ''زوٗل اپٲرِم'' افسانس منز تہٕ نُمایاں۔

پوشہِ کُجہِ ہندِ کردارٕ چ خصوٗصیت چھےٚ بدس ماحولس نیسبت تسنٕز غٲرہم آہنگی۔مگر یہِ غٲرہم آہنگی نہ چھے افسانس منز اندوند غٲلب تہٕ نہ چھےٚ آخرس یِکدم ظٲہر سپدان۔بلکہِ ہم آہنگی تہٕ عدم ہم آہنگی ہنٛزن دون حالژن باہم رسہ کشی چھےٚ افسانس منز تۄ تام اند وندیۄ تام غارہم آہنگی ہُند ے پوٗتُر گوٚب گژھان چھُ۔پوشہِ کُجہِ ہندِ شخصیتُک منزٕل زنتہ گوٚرٕ گوٚرٕ کران یمہٕ دون ہمتن کُن لاینہ یِوان چھُ۔أتی چھس دِلہ وأتتھ فراغتھ ہِش سپز مژ زِ حالس موکلاو بھگوانن زِچھِ نوشہِ ہند ترٕنہِ ترٕنہِ نش تہٕ أتی چھےٚ دِلہ ہُند تاپھ چھأوِتھ فرحتس منزونان زِ سوترِ نہ ووٗنی زانہہ تہِ گشیرِ۔مگر أتی چھس پوش ژٹنس پیٹھ چھوٹی ہنٛز نس تالہِ پیٹھ کھارٕنی موتہٕ کھوتہٕ سخ گژھان۔أتی چھس باسان زِ دِلہ ہُند تاپھ چھأوِتھ ژوٗلس زرین زنگن دودمگر أتی یِیلہِ تاپس تراونہ آمتین چھوٹی ہندین پلون کُن نظر پیوان چھس، تیتھےٚ چھس اندیشہ سپدان زِ دِلہ ہندس نوٗس ماحولس منز زنتہ زندگی ہنٛز قدرٕ پھٚنٛج أتھرِ بُزی سپدِتھ ہیکہِ۔مُنزی مُنزی چھےٚ خوٗش گژھان زِ ہرگاہ سو دِلہ منٛزے روزِ یِیتہِ کرناویس صأبہ عأش مگر یِیلہِ مسز کپوٚرتہٕ چھوٹی ہُند رٕدِیہ کھران چھس، سوچان چھےٚ زِ دِلہ منز زیادٕ کالس روزن چھُ غلط۔ماحولس ستی کردار سنٛزِ ہم آہنگی تہٕ غٲرہم آہنگی ہنٛز امہ دملہ ہملہِ ہندِ وٗسیلہ چھُ کردار ہندِ اوٗندروٗنک ووتلُن بوٗڈُن کامیأبی سان برونٛہہ کُن اننہٕ آمت۔ووٗنی گوٚو پوشہ کُجہِ ہُند یہِ ووتلُنہ بوٗڈُنہٕ ستی یُس توژُر تہٕ تأثیر قأری پراوان چھُ سہُ چھُ تمن ہیجأنی

افسانن ہٕندِ توثرٕ تہٕ تأثیر نِش وکھرٕ یِمن ہٕندِ ساخچ بُنیاد خارجی تضادس پیٹھ آسان چھےٚ تہٕ یِمن ہٕندِس مرکزی کردار سٕنزِ کامیأبی تہٕ ناکأمی مُتلق قأری تٕذبذبس منز روزان چھُ۔

ہری کرشن کول سٕندِ بیانیہ ساختُک اکھ منہ کونچھ ول چھُ یہ زِ سُہ چھُ اکثر بیک وقت زٕ منظر لرِ لوٚر تھاوان یا کردارس دوٚیو مُتوأزی صوٗرتحالو منزِ پکناوان۔ بیانیہٕ فنس منز ہیکوا تھ Juxtaposition وٚنتھ۔ یہ طریقہ کار چھُ نہ فقط کول سُند امتیاز بَلکہِ ہیکو أسی یہ ترائے مختلف افسانہ نگارن منز تہٕ وُچھِتھ۔ مگر تس نِش چھےٚ یہ ترائے پنٕنہِ افسانہ نگأری ہٕندِ ابتدأیی دورٕ پیٹھے أسمٕژ۔ تیٚچ ٹاکارٕ مثال ''پتہ لاران پرٚبت'' سوٚمبرنہِ منز شأمل ''أنی'' افسانہ چھُ۔ یٚتہِ افسانک پُلاٹ رأوی سٕندی ڈٔسی أکِس دوشیزایہِ سٕتی گذٕرٕدٕ متی ازکألی تہٕ پتھ کألی منظرن پیٹھ مُشتمل چھُ۔ یہ ول ورتاوٕنچ کوٗشش چھےٚ تمی ''سرٕنی کھیل'' یا 'پتہ لاران پرٚبت'' ہوٚین پُلاٹ روٗس افسانن منز تہِ کٔرمٕژ۔ تہٕ ''یِتھ رازدانے'' تہٕ ''زوٗل پأرِم'' ہوٚین افسانن منز تہِ۔ ہرگاہ ونو زِ کول چھُ یہِ طریقہٕ کار ورتاونس منز ووستاد، غلط گژھِ نہ۔ امہِ طریقہ کارُک ورتاو چھُ دراصل تمی مختلف فنی مقصدو موکھ کوٚرمُت۔ اول یہِ زِ سُہ چھُ زانان زِ بیانس منز دوٚن منظرن یا دوٚن صوٗرت حالن ہُند رل گڈ کرنہ سٕتی چھےٚ افسانہ کِس بیانیہ ساختس منز زمانہٕ یا جایہٕ تبدیلی گٔرِتھ عملہِ ہٕندِس تسلسُلس منز خلل تراونہ یِوان یِمہٕ سٕتی پلاٹٕچ مستقیمی خأصیتھ تہٕ سِلسلہ وأریت ترائے گٹان چھےٚ۔ ''تاپھ'' افسانہ چھُ اتھ رٕژ مثال۔ یِتھ منز افسانٕچ بیشتر عمل دِلہ منز سپدان چھےٚ مگر اتھ سٕتی سٕتی چھےٚ کٔشیرِ منز مُقیم پوٗشہ گجہ ہٕندِس زُٹھِس نیچِوِ سٕنز زندگی ہٕندی مختلف منظر تہٕندِس ذہنکِس پردس پیٹھ تہٕ

قٲری ین تہٕ دید مانہ سپدان۔ یتھ پأٹھی چھُ کول دون منظرن منز متوٲزیت یا رل کرنہ ستی رواأیتی پلاٹچہ تعمیر کأری نش مچھِ رۄزنس منز کامیاب سپدتھ ہیوٚ کمُت۔ امہ طریقہ کارُک چھُ یہِ فأیدٕ تہٕ زِ امہ ستی چھُ کردار ہندِ عملہٕ تہٕ ؤطیرُک تجزیہ یا تجزیہٕ کرنس منز رأوی سُند رول تہٕ محدۄد سپدِتھ ہیکان۔ تہٕ ستی چھےٚ باونہ بدلہ ہاونچ خصۄصیت پأدٕ سپدِتھ افسانس منز ڈرامأیی عنصر تہٕ وۄتلتھ ہیکان۔ کردارن ہُند اندرۄن بیرۄن عیاں کرنہ باپتھ چھُ یہِ اکھ موثر ول تِکیازِ دون صۄرت حالن ستی بتھی لاگے سپدنہ ستی چھ، کردار ہنزِ شخصیتکی زیادٕ پاس ٹاکارٕ سپدان تہٕ تم چھِ پنُن نہاں پنہاں ہأوِتھ دِوان۔ امی طریقہ کارٕ کنی چھِ کول ہندین افسانن ہندی کردار پأنی پانے پننہِ بُتھِ پیٹھکی مکھوٹہٕ تھوٚ وتُلِتھ پنٕنی شخصیت نُمایاں کران۔ یہِ ول ہیکو أسی کول ہندین مختلف افسانن منز وُچھِتھ مثلاً ''یتھ رازداے نٕ'' افسانس منز موہن جی ہنزِ زندگی لرِ لوٚر چھےٚ بوبہ ٹاکنی زندگی تھاونہ آمٕژ۔ ''نہ وننہِ لایق کتھ'' افسانس منز منز چھِ مگس تہٕ مقبۄل صابس ستی وابستہٕ واقعہ تہٕ ''زۄل ایأرِم'' افسانس منز چھِ میرین ڈرایو تہٕ ڈلہ ایأرِم منظر۔ امہ علاوٕ تہٕ چھِ بیٚیہ تہِ کینژن افسانن منز منظرن ہندس اتھ رلادس کأم ہینہ آمٕژ۔ بعضے نُمایاں پأٹھی تہٕ بعضے کم نُمایاں پأٹھی۔

امہ ستی چھےٚ ہری کرشن کول سنزِ کردار نگأری منز تہِ اکھ قأبلہِ توجہ خۄبی وۄتلیمٕژ۔ سو گیہ یہِ زِ کردارس دون صۄرت حالن ستی بتھی لاگے کرنأوِتھ زنتہٕ سہٕ پانہ کُنہ تھزرِ پیٹھ پننہِ تیز مُشاأہدٕ ستی یہندین رۄِین تہٕ ردِعملن نہ صرف پانہ ژینان ژرژان تہٕ تماشہِ وُچھان چھُ بلکہِ چھُ قأری ین تہِ تماشہِ بین بناوان۔ قأری تہِ چھُ یہِ تماشہِ وُچھِتھ کردار ہندِ شخصیتکی مختلف پن سوٚمبرتھ

کردارٕسند تصویر پأنٕۍ پانے گران۔ یہِ چھُ پوشہ گُجہِ ہندس کردارس مُتلق تہٕ صیح۔

امہ طریقہ کار کہِ ورتاوٕ سٟتۍ چھُ چھُ صوٗرت حالن منز تقوبُل تہٕ پأدٕ سپُد مُت۔ تخلیقی ادبس منز چھُ یتھ ہیوٗ تقوبُل تھیم کہِ واتناویرٕ باپتھ اکھ کارگر ؤسیلہ۔ ''تاپھ'' افسانس منز چھےٚ امہِ تقوبُلچہٕ خوٗبی کٕنۍ زندگی ہندین تضادن تہٕ تفاوُژن ہندۍ مختلف رنگ بروٗنہہ کُن آمٕتۍ۔ اتھ افسانس منز چھُ یہِ تقوبُل مختلف سوٗتھرین پیٹھ لبنہٕ یِوان۔ اکھ طرفہ دِلہ ہُند تاپھ تہٕ دۆیمہ طرفہٕ کٔشیرِ ہنز ٹٕرتھ گرٕھوٕنۍ ٹٕر۔ یا اکھ طرفہٕ کٔشیرِ ہُند پرتھ طرفہ بالوٕ سٟتۍ ؤلتھ محدوٗد داوٗند پوٗکھ تہٕ دۆیمہ طرفہ دِلہ ہُند کھلہ ڈُلہ آسمان۔ یتھے پأٹھۍ اکھ طرفہ چھوٚٹی تہٕ صافٕۍ پُرسکوٗن تہٕ پُر آسایش زندگی تہٕ اتھ مُقابلہ کٔشیرِ منز گاشٕنۍ اتھ تنگی منز ہینہ آمٕژ زندگی۔ غرض یہِ تقوبُل چھُ نہ صرف ماحولس منز بلکہِ چھُ کردارن تہٕ تِہندین زٔدِین تہٕ سوچن ترایہِ منز تہٕ ووتلاونہ آمُت۔ بیانیہ ساختس منز چھُ امہ تقوبُلہ سٟتۍ افسانٕکس توٗژرس منز کُشادگی آمٕژ۔

بیانیہ ساختس منز امہ تقوبُلہ علاوٕ ہرگاہ کردار نگأری ہندِ نوقطہ نظرٕ وُچھو یہِ سپد عیاں زِ تقوبُلچ یہِ عمل چھےٚ پوشہ گجہ ہندس ذیہنس منز چلہ وٕنۍ۔ تہٕ یہِ چھُ افسانٕکس ساختس منز تہٕ۔ تہِ زن گوٚو ابتداہس منز چھُ پوشہ گُجہ ہُند صوٗرت حال یُتھ زِ سو چھےٚ ونان زِ وونۍ ترِ نہ سو ریتہٕ کالہِ تہٕ کٔشیرِ واپس۔ مگر وارٕ وارٕ چھُ تس امہ صوٗرت حال کہِ اصلیتک اندازٕ سپدان تہٕ چھیکرس چھےٚ ونان زِ ''اگر سٟتۍ وول بنہِ ہیس سو ترِ ہے دون ژوٗن دوٚہن تامے کٔشیرِ۔'' چنانچہ افسانٕکس بڈس حصس منز پوٗشہ گُجہ ہنز دِلہ منز تس بُتھہِ صوٗرت حالس مُتلق تہنز انزأنی تہٕ چھیکرس امہ ماحولکہِ ویکھواٮ۪رچ خبر دأری چھےٚ هاوان زِ کردار چھُ اکھ تبدیلی ہنزِ عملہِ مُنزٕ

گُذریومُت۔ افسانس منز چھُ پُلاٹ افسانوی کردارٕ سنزِ تبدیلی ہُند ہوا نوا فراہم کران۔ کردار سنز یہِ تبدیلی ہیکہِ کُلی تہِ آستھ تہٕ جُزوی تہِ۔ حسبِ توقع تہِ آستھ تہٕ غاَرمُتوقع تہِ۔ یا واضح تہِ تہٕ اشاراَتی تہِ۔ رواَیتی افسانن منز چھےٚ یہِ تبدیلی کُلی یا واضح آسان۔ تکیازِ یمن افسانن ہندِ پُلاٹُک اختتام چھُ مصدیقہ تیجس پیٹھ سپدان۔ کینہہ افسانہ چھِ تتھی تہِ یمن منز یہِ کردار تبدیلی غاَرمُتوقع یا یا اچانک پاَٹھی سپدان چھےٚ۔ تھین افسانن ہُند پُلاٹ چھُ ہےَ بنگہ کرٕنس اندس پیٹھ اختتام پذیر سپدان۔ مگر افسانس منز چھےٚ یژھ ہشہِ کردارٕ تبدیلی یہِ فنی نوقطہِ نظرِ کمزور مانہ آمژ۔ وونی گوٚو یتہِ چھُ یزٕ زِ کردارٕ سنز کمہ آتِچ تبدیلی چھےٚ موزوٗن تہٕ کمہ آتِچ چھےٚ نہ۔ امیک دارمدار چھُ افسانکس ساختس تہٕ تھیمہ کِس ترسیلس پیٹھ۔ افسانہ نگار سُند فن چھُ تتھی نےٚ موقعن پیٹھ درینٹھمان سپدان زِ یہٕ کمہ آتِچ تہٕ کاَژاہ تبدیلی ہاوِ کردارس منز تہِ افسانُک اختتام کمہ اندازٕ تہٕ کتھ نوقطس پیٹھ کرِ۔ مثلاً کول سُند ''شمشان واَراگ'' تہِ ''اکھ صاَب تہٕ بیاکھ صاب'' چھُ غاَر مُتوقع کردار تبدیلی پیٹھ اند واتان۔ گوڈنکس منز چھےٚ ٹارزن تہٕ پیڈروہس منز اُخرس پیٹھ ترٛژھ تبدیلی رونما سپدان ییٚمیک باس امہ برونہہ کُنہ تہِ جایہِ بیانس منز میلان چھُ نہ۔ مگر امہ باوجوٗد تہِ چھےٚ نہ یہِ کردار تبدیلی کھرٕونی یا ہے بنگہ کرٕونی۔ یوٚ دوے یہِ تبدیلی واضح تہِ چھےٚ۔ دوٚیمہ افسانٕچ کردار تبدیلی تہِ چھےٚ غاَر مُتوقع تہٕ واضح تہِ۔ مگر یہِ تبدیلی چھےٚ افسانکس واقعاَتی تسلسلکس ژھیے دِنٕچ کوٗشش باسان۔ ''یتھ رازوانے'' افسانس منز چھےٚ کردار تبدیلی ہنز وضاحت کرنہ آمژ۔ مےٚ چھُ باسان زِ ہرگاہ یہِ افسانہ موہن جی سٕندِ ڈسٕکٹکہ فارم ژٹنہ کِس واقعس ستیٚ اند واتناونہ آمُت آسہِ ہے یہِ روزِ ہے زیادٕ پُر اثر تہٕ کتھن تہِ

لگہٕ ہے نہ طۄل۔ تسٕندِ ذٔسی پتہٕ شُرین آڈٕ زاڈٕ کرٕنۍ تہٕ فاقے شونٛگن چھُ محض کردار تبدیلی ہنز وضاحت۔ یوٗس نہ افسانٕکس کُلہم توٗرُس کانہہ تہٕ ہُریر کران چھےٚ۔ ووٚنۍ تو ''تاپھ'' افسانٕچ کردار تبدیلی۔ اکھ خوٗبی چھےٚ یہ زِ یہ تبدیلی چھےٚ نہ ہنگہ منگہ باسان۔ تِکیازِ امہ تبدیلی ہُند ہوا نوا چھُ بیانٕس منز برونٛہہ قائیم کرنہ آمُت۔ تہٕ امِچ آلاۓشہ چھےٚ وقتہ وقتہ برونٛہہ کُن تہٕ یوان۔ یہ تبدیلی چھےٚ نہ کلی تہٕ بلکہٕ اشارٕ اُتی تِکیازِ امیک اظہار چھُ شرطیہ اندازس منز کرنہ آمُت۔

امہِ افسانٕک اختتام چھُ دِلکش تہٕ اختتأمی جُملہ چھُ توٗرُس کُشادگی بخشان۔ تاپھ چھُ دِلہ منز پوشہ کُجہ باپتھ سوکھک ؤسیلہ۔ مأدی تہٕ ازدواجی زندگی ہندس سۆتھرس پیٹھ چھُ یہ سوکھ صأبنہِ زندگی منز تہٕ مگر گاشنہٕ زندگی منز چھُ ہٕرنیار۔ ووٚنۍ گۆو دِلہ ہُند یہ وُشن ہوا نوا چھُ نہ تہٕ گرٕتھ تہٕ پوشہ کُجہ ہنزٕ زندگی ہنزن قدرن راس یوان تِکیازِ یمن ہندۍ مۄل چھِ گُشیرِ منزٕے۔ تمی چھےٚ سو جسمأنی طور دِلہ آسنہ باوجوٗد تسٕند رُح پھِری پھِری گُشیرِ کُن یوان۔ مگر اکٕے آرزوے چھُس زِ یہ تاپھ انہِ ہے سو پھوتیو پھوتیو گُشیر تہٕ۔ یہ تاپھ ہیکہِ موأفق موسمی حالاتن ہنز مِن کامن تہٕ اُستھ تہٕ مأدی خوشحألی تہٕ۔ تِکیازِ تس چھُ بار بار یہ احساس أندری کۆران زِگاشنہِ زنگی منز چھُ مأدی ہٕرنیرتہٕ سو چھےٚ یہ ہمسوسہ ویتراوان زِگاشہِ نہِ زندگی تہِ گۆژھ تھےٚ پأٹھی مأدی وُشنیر پھیرٕن یتھ پأٹھی دِلہ منز صأبنہِ زنگی منز چھُ۔



# اخترٕسٕنز پُلاٹ سأزی : کیٚنٛہہ خصوٗصیژ

اخترمحی الدین ٕسنز افسانہ نگأری چھےٚ کأشرِس افسانہ تنقیدس منز بیشتر افسانہ نقادوٕ ژٕسی چھُکاونہ آمٕژ ۔یتھ منز تٕسندین افسانن ہُند فِکری پسہ منظر، موضوع تہٕ کردار نگأری ہتۍ ہتۍ تٕہنز پُلاٹ سأزی تہٕ زیرِ بحث اننہٕ آمٕژ چھےٚ ۔یتھ موخصر مضموٗنس منز یِمن بروٕنہہ ونہٕ آمژن کتھن پھیُر دِنہ ورأے یژھ بہ تٕہُند توجہ اختر ٕسنزِ پُلاٹ سأزی ہنزن کینٛژن خصوٗصیژن کُن پھِرُن ۔یُتھ تٕسُند افسانہ فن مزید گاشراونہ یِیہ ۔ـمےٚ چھُ یٖمہٕ کتھِ ہُند احساس تہٕ زِ رنگارنگ افسانن ہُند تخلیق کار اخترٕسندین رنگارنگ پُلاٹن تہٕ ساختن کینٛژن ژھلن تہٕ وِلن تام محدوٗد کرُن چھُ محال ۔ٕ تِکیازِ کأشر افسانُک فنی ارتقا چھُ مؤلہ تلہ اخترٕسنٛدِ افسانہ فنُکٕ ارتقا۔یتھ دوران تٔمۍ پُلاٹ سأزی ہٕندۍ روایتی اصوٗل تہٕ ورتأوۍ تہٕ یِمو نِش انحراف کران کرِن ساختکۍ نۆوۍ تجرُبہ تہِ ۔ تٕہندۍ افسانہ چھِ رنگارنگ تھیمن ہنز باوتھ کران

۔چناچہٕ افسانٕچ ساخت یا امیک پلاٹ چھُ مُلہ تلہٕ تہٕچ مکأنی صوٗرت۔امہٕ سبہ ہیکو وٕنتھ زِ ییٚتہٕ اخترٕنی افسانہ چھِ تیتہٕ چھِ تہٕندی پلاٹ یا ساختچہ صوٗرژتہٕ۔ تہ یتھ پأٹھی چھِ تٔہند پلاٹ سأزی ہُندفن واضح کرنہ باپتھ یم سأری افسانہ زیرِمُطالعہ انُن ضروری۔اماپوٚز اَکِس موختصر مضموٗنس منز یمن سارِنے افسانن وحاطہٕ کرُن چھُ نہ ممکن۔مگر امہ باوجوٗد ہیکو اَسی وٕتھی پوٗٹھی پأٹھی تہٕنزِ پلاٹ سأزی ہنز کینہہ خصوٗصیژ ٹاکارٕ کرنٕچ کوٗشش کٔرِتھ۔ یم خصوٗصیژ گژھن تو ہہ تہٕندین مختلف افسانن منز پھِری پھِری نظرِ۔

اخترٕندی ''ستھ سنگر'' دورِ کِ ''مےٚ تہٕ توٚگ نہ کینہہ'' ''احمدٕ ولد لسوٗ'' ''دندوزُن'' تہٕ ''ژٕرِ یایہٕ ہُند بیزار'' بیترِ افسانہ نی تو۔یم سأری افسانہ چھِ پلاٹ بند افسانہ یمن منز ٹکراو یا تضاد خأرجی نوعیتُک چھُ۔تتھین پلاٹ بند افسانن منز چھُ ''ژٕرِ یایہ ہُند بیزار'' تہٕ دندوزُن'' تہٕندی زٕ نُمایندٕ افسانہ۔ اَکِس منز ییٚتہٕ بجرس منز جوٚأنی ہُند رومان انگیز دق کینژن برنزین ہندِ باپتھ زندٕ کرنہ آمُت چھ تہٕ چھےٚ دوٚیمس منز لوکچن لوکچن خوشی ین تہٕ مسرتن ہُند گریلو دندوزنہٕ بزِٕ سپدنٕچ باوتھ۔تتھین پلاٹ بند افسانن ہندِ باپتھ چھُ افسانوی عملہِ ہُند آغاز تہٕ اختتام از حد ضروٗری۔ اختر چھُ پانہٕ تہٕ ۱۹۷۴ اتس تحریر کرنہ آمتِس اَکِس مضموٗنس منز ونان زِ افسانٕک ابتدا چھُ سیٹھا سوٚچِتھ پیٚوان کرُن۔یمن دوشوٕنی افسانن ہُند آغاز ہے وُچھو یم چھِ الگ الگ اندازٕ کی۔''ژٕرِ یایہٕ ہُند بیزارٕ'' افسانہ چھُ کردارن ہنز کُنہ عملہِ برعکس ئبر شالہ تہٕ خوتن دیدٕ ہندِ زیٹھِ تعارفہُ سٕتی شروٗع سپدُمُت یتھ منز خاکہ نگأری ہُند اندازٕ ورتأوِتھ افسانکین دوشوٕنی مرکزی کردارن ہنز تصویر تہٕ تہٕنز حالتھ دید مانہ کرنہ آمژٕ چھےٚ۔ یہٕ تفصیل چھُ افسانکہِ

متنگ الہٕ پلہٕ تیترٕ نی صد پیٹھی۔ چناچہ افسانہ ہشہٕ موخصر ادبی صنفہ منز ہیکن یتھ
ہوٚی طویل تعارُف افسانکس اختصارس دوارٕ واتنأوِتھ۔ پیٹھہٕ یِیلہٕ نہ پلاٹچہٕ عملہٕ
منز تتھ کانہہ تہٕ اہمیت آسہِ۔ مگر امہ افسانک یہٕ تعارُف چھُ طوالتہٕ باوجوٗ دافسانکس
مجموعی تو ٔثرس برٔزر کرانُ۔ اول یتھ پأٹھی زِ یہٕ آغاز چھِ امہِ افسانہٕ کس دُنیہس
منز وأرِد سپدنہ باپتھ قأری لیس تیار کران تہٕ دوٚیم چھُ یہٕ افسانکین دوشونی
کردارن ہنزِ عملہ باپتھ سٹیج تیار کران۔ اتھ آغازس چھےٚ افسانس منز سوے اہمیت
یوس گُنہ ڈرامہ باپتھ سٹیج سیٹنگ آسان چھےٚ۔۔ افسانکس اصل پلاٹس منز چھِ کُنہ
تام واقعے یِم پلاٹچہٕ حرکژ باپتھ باعث تحریک بنان چھِ۔ پلاٹچہٕ عملہ منز چھےٚ مکأنی
ہموأریت یُس امہ افسانکس پلاٹس اکھ سیوٚد ساد لکیری پلاٹ بناوان چھےٚ
۔ یژھے ہموأری چھےٚ ''دند وزن'' افسانکس پلاٹس منز تہٕ۔ مگر تمیک آغاز چھُ
یِیمہٕ نِش وکھرٕ۔ امہ افسانک آغاز چھُ دماکہ خیز یُس سیٚدسیوٚد عملہٕ ستی سپدان
چھُ۔ تہٕ عمل تہِ چھےٚ تژھ یوس قأری ہندِس توجہس یکدم گرفتار کران چھےٚ۔ امہ
کِس آغازس منز چھےٚ تیز رفتأری۔ یتھ منز بریسی ہندِ ڈٔسی اشمہ شلکھ کرنہ پتہٕ
محلہٕ وأٹی تہندِس گرس منز سمان چھِ مگر امہ پتہٕ چھےٚ عملہٕ ہنز رفتار سوتان۔ تہٕ
بروٚنہہ کُن چھُ افسانک پلاٹ أکِس بڈِس ھسس منز سوصوٗرت رٹان یتھ ''منی
بر گفتگوٗ'' یا کتھ باتھ پلاٹ'' تہِ ؤنتھ ہیکو۔ یتھ ھسس منز بریسی وأتِل پننہٕ تنخک
حساب اتین سیمیتین ہمسایہٕ نفرن دِوان چھُ۔ منی بر گفتگوٗ پلاٹچ خصوٗصیت ہیکو أسی
اختر ہندِ ین بیٚیہٕ تہِ کینژن افسانن منز وُچھتھ۔ اتھ مُتلق کرو پتہٕ کتھ مگر فلحال دنو
یِ زِ دندوزن افسانک پلاٹ تہٕ چھُ واقعو لحاظٕ ''ڈرکی یایہٕ ہندِ بیز ار افسانکی پأٹھی
لکیری ، یتھ منز بریسی سُند خاندارنہِ لاینہٕ پتہٕ ، ژرنگ ڈٔسی پیوٚن تہٕ گلہ بدماشنٕ

پاچہ لیچ نزٕ اہم واقعہ چھِ تہٕ یم افسانکین باقےٚ واقعن ہنٛدِ باپتھ تِتھے پأٹھۍ بأعث تحریک بنان چھِ۔ یتھ پأٹھۍ ''ڈٕرۍ یایہٕ ہُند بیزار'' افسانس منز قنچی درکار پیٚنٛز یا مہرِ۔ نہٕ بیزارس پیٹھ نُبر شالس نظر پیٚنٛز امہ پتٕۍ مین واقعاتن تحریک دِوان چھِ۔

یمن دوشوٕنی افسانن ہُند اختتامِ چھُ توجہ طلب یتھ منز اختر سنزٕ پُلاٹ سأزی ہُند فن ٹاکارٕ سپدان چھُ۔ یہِ کتھ واضح کرنہ برونہہ چھُ یہِ وَنُن ضرورٕی زِ یتھ پأٹھۍ شأعری منز لفظ اہم چھُ تِتھے پأٹھۍ چھُ بیانیہ نثرس منز واقعہ اہم۔ مگر واقعہ چھُ طبعی صوٗرتس منز جُملو ڈٕسۍ یِوان۔ یتھ پأٹھۍ ہیکو أسۍ وٕنتھ زِ شأعری منز یُتھ لفظ اہم چھُ یُتھے چھُ افسانوی نثرس منز جُملہ اہم۔ بیانیہِ گرامرکین مأہرن ہنٛدِ مُطأبق چھُ بیانیہ نثرس منز جُملک اختتام مختلف اوپشنن زایُن دِوان تہٕ افسانہ نگار سُند فن چھُ اکہِ لحاظٕ بِدوٗنہ کأری ہنٛدِ عملہِ ڈٕسۍ باقےٚ سأری اوپشن ترک کٕرِتھ تیُتھ اوپشن ژارُن یتھ نہ کانٛہہ مُبدل أسِتھ ہیکہِ۔ یہے اوپشن ژأر چھےٚ نہ صرف جان پُلاٹس تہٕ بیانیہ ساختس وجوٗد انان بلکہِ چھےٚ بیانس تہٕ تیُتھ اختتام بخشان یُس درُس افسانچن توثرٕ أتی جھوٗن تہٕ سأراب کران چھُ۔ ہرگاہ وِنو زِ اختر چھُ اتھ منز ووستاد غلط گژھِ نہ۔ یہِ کتھ سپدِ ''ڈٕرۍ یایہِ ہُند بیزار'' تہٕ'' دند وزن'' افسانن ہُندِ ین أخری جملن سنٛنہ پتٕۍ ٹاکارٕ۔ مثلاً دوشوٕنی افسانن ہنٛدی أخری جُملہ وُچھِو یمن منز پُلاٹ کین أخری واقعن غیبت کردارن ہُند ردِعمل ظأہر سپدان چھُ۔ امہ ردِعملکی ہیکہ ہن مختلف اوپشن أسِتھ مگر افسانہ نگارن یتھ پأٹھۍ تم نظر انداز کٕرِتھ یمو منز نیرل اوپشن ژأرٕ تی چھِ سہٕ تسنز ہونر مندی ہاوان۔ زامتری ہنٛدِ پوٚت کھوری نیرنہ پتہٕ ہیکہِ ہے نُبر شالہ مختلف رنگو پٹٕن ردِعمل ظأہر کٕرِتھ۔ مگر اخترن یُس ردِعمل بیانہس منز ورتومُت چھُ سہٕ ہیکہِ اکھ پوختہ

فنکارِ بے کرِتھ۔ یِی چھُ دند وزن افسانس مُتلق تہٕ صیح یٖمیک اختتأمی واقعہ یا ونو جُملہ پتٕی مِس سأرٕی ہے پرٕ ختم صوٗرتحالس لول تہٕ پانٕنیارس منز تبدیل کران چھُ۔ دند وزن افسانٕکس پلاٹس منز گوڈہِ اسہِ یہٕ کتھ تہٕ نظرِ ز اخترچھُ سہٕ تأثیر برونہہ گُند کران یُس اتھ افسانس حأران کرِتھ نٕس اندس کُن پکناوِ ہے۔ مثلاً ''دند وزن'' افسانچہ عملہِ چھُ تمہ ساتہٕ اکھ الگ موڈ لگان ییٚلہِ پاچہِ لیچ غأب سپدان چھےٚ۔ یعنی پاچہِ لیچ چھے افسانہٕ کِس بأفتس منز اہم تہٕ یہٕ اہمیت چھےٚ نہ پاچہِ لیچہ عملہِ ہندس اتھ پڑاوس پیٹھ اچانک پأٹھی پٕشرنہ آمٕژ۔ بٔلکہِ چھُ افسانہ نگارن پلاٹس منز امچہِ اہمیژ کُن برونہہ اشارٕ دِتمٕت۔ مثلاً افسانٕکس آغازس پیٹھے ییٚلہِ اشم برِیسس ونان چھےٚ زِ تہٕندی مأنٛز چھاتس دانس کنہ ژھُنہٕ یِوان۔ دانٛگ ناو بوٗزی تھے چھُ بریسی تِس کن کھڑا گژھان تہٕ توجہ پاچن کُن گژھان۔ تمہ پتہٕ تہٕ چھُ گُلہ بدماشُن ہنگتہٕ منگہٕ اتہٕ نیرُن تہٕ ییٚنہٕ وأرِس صوٗرت حالس کُن اکھ اشارٕ۔ تہٕ چھکرس چھےٚ ییے پاچہِ لیچ گُلہ بدماش ہندی ڈٔسی ہٕنٛگ واقعہ بأژن دون باہم کرِتھ دوٗر کران۔ امہٕ سٟتی چھُ افسانہ تہٕ ہنگتہٕ منگہ یاغأر متوقعہ پأٹھی اندواتنہٕ نِش بچومُت۔

نی تو اختر محی الدین ہنٛز پلاٹ سأزی ہُند بیاکھ ول یُس اٟسی تہٕندین مختلف افسانن منز وُچھتھ ہیکو۔ یہٕ ول چھُ کتھ باتھِ ہُند۔ تھ برونہہ پکِن مٕنی بر گُفتگوٗ پلاٹ ونہٕ آو۔ اتھ گُفتگوٗہس منز چھےٚ نہ پٔتن نوقط نظر صیح ثابت کرنٕچ جتنہ خأزی تہٕ نہ کانہہ مجادلہ بأزی۔ بٔلکہِ چھُ اتھ منز عام کتھ باتھ ہُند ہیوٗ رنگ۔ اخترن چھُ امیک ورتاو کینٛژن افسانن منز جُزوی طور تہٕ کینٛژن منز پوٗرٕ پأٹھی کوٚرمُت۔ ''دند وزن'' افسانس منز ہیکو اٟسی امیک ورتاو جُزوی طور وُچھتھ

۔مگر ''وأنجہ منزٕ پٕچ''، ''مے کیالاریوٚ''، ''اکھ مۆد کتھ روٗز'' تہٕ خاص پأٹھؠ ''ژس'' چھِ امہ رنٛگکی کینہہ افسانہ یمن ہندؠ واقعأتی تسلسُل دون یا دوین کھوتہٕ زیادٕ کردارن ہندس گُفتگوٗہس پیٹھے ڈٔرِتھ چھُ۔ دِلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ اتھ کتھ باتھِ منز چھُ رأوی تہٕ تس روٗبروٗ اکھ کردار تہٕ رأوی چھُ یتھین افسانن منز پانہ تہٕ اکھ کردار۔ بعضے چھِ رأوی لیس روٗبروٗ رِس منز اکہِ کھوتہٕ زیادٕ کردار تہٕ نظرِ گژھان مثلاً '' اکھ مۆد تہٕ کتھ روٗز'' ہیوٚ افسانہ۔ امہ نوٗعیت کین افسانن منز چھُ ''ژس'' اہم یتھ اخترن نِس افسانہ سفرس منز سنگِ میلچ حیثیت چھےٚ۔ امہِ افسانکہِ ساختچ پھیرِ ہاو خوٗبی چھےٚ یہِ زِ افسانہ چھُ تتین شروع گژھان یتھ أسؠ روایتی پُلاٹ سأزی ہندِس مخروٗطی خطس منز عروٗجُک نوقط ؤنِتھ ہیکو۔ یعنی افسانہٕ چھ واقعہ کہِ اختتأمی صوٗرت حالہِ پیٹھِ آغاز سپدان تہٕ پتہ چھُ سوٗرے افسانہ سہٕ گُذرن حال بروٗنہہ کُن انان یُس کوکرس أخرس مرگس ستی بغل گیر کران چھُ۔ یتھ پأٹھؠ چھُ زمأنی پھیرِ ستی امیُک پُلاٹ لکیری برعکس انکشأفی بنیوٚمُت۔ پُلاٹس منز چھُ تضاد دون سوٚتھرین پیٹھ۔ اول کوکرس تہٕ گردنوٚہس باہم تہٕ دوٚیم رأوی تہٕ تس مخأطب کردار سندس رُوِ لیس باہم۔ یتھ افسانس منز چھُ اختر سندِ بیانیہِ ولُک دوٚیم امتیاز تہٕ درینٛٹھؠ گژھان۔ تہٕ زن گوٚو افسانس منز چھُ نہٕ افسانُک واتناویر رأوی سندِ وساطتہ بروٚنہہ کُن آمُت بلکہِ چھُ افسانہ نگار سندِ ین محسوٗساتن ہُند نُمایندٕ رأوی لیس بجایہِ تس روٗبروٗ کردارٕ بنیوٚمُت۔ بیانہ ساختہٕ لحاظٕ چھُ اختر سندین افسانن ہُند یہ اکھ دلچسپ پہلوٗ۔ یُس أسؠ ''کار مُشکل بارگوٚب گوم'' تہٕ ''بوزِ نادے میون'' بیترِ افسانن منز تہٕ وُچھِتھ ہیکو۔ ووٚنؠ گوٚو یتھین افسانن منز چھُ پُلاٹُک ٹکراو یا تضاد پأدٕ کرنس منز چھُ رأوی سُندے رول

نُمایاں روزان۔

''ژس''افسانکی پأٹھی چھُ ''وأنجہ منز پُج'' تہٕ خوف مرگ کِس تھیمس أندیٚ پٔکھی نژان۔ تہٕ یمن افسانن ہِندِ پلاٹُک طرح تہٕ چھُ اکی آنہ۔ فرق چھےٚ یہِ زِ ''ژس'' افسانس منز چھُ کوکر پوٗتی سُند گُدرن حال دون کردارن ہنزِ کتھِ باتھ ذٕسی بلواسط پأٹھی بروٗنہہ کُن آمُت یِیلہِ زن ''وأنجہ منز پُج'' افسانس منز براہ راست کتھ تہٕ رأوی سُند گُفتگوٗ ذٕسی کتھٕ سُند مرن بیہِ بٕاونہ آمُت چھُ۔ اتھ افسانس منز چھُ پلاٹکہِ تضادُک بناہ موتس نیسبت کتس تہٕ پہلی سندِس سوچس منز بێن۔ کتس چھُ موتُک مُستقل زوٗن تہٕ توے چھُ سہٕ پہلس نچوٗ زینس پیٹھ تر ہریومُت زِ پُج زاو۔ مگر رأوی یعنی پہٕلس چھُ کتھٕ سُند کھوژُن فضوٗل بٕاسان۔ تُسند سوچ چھُ بوٗزی زلیس یِیلہِ پہلی سُند نچوٗ بوٗڈ گرٕھِ تہٕ اِدٕ بنہٕ پُج۔ تو تام کیا چھُ کھوژُنے۔ مگر کتھ چھُ نہ اتھ پِنہ وأنِس خطرس زمانہ لحاظٕ وُچھان۔ تس نِش چھےٚ اچ ناگُذیریت باعث خوف تِکیازِ پنٕنہِ لاچأری کِنی چھُ نہ سہٕ پانس بچاونس اہل۔

اختر سُند اکھ اہم افسانہ چھُ ''آدم چھُ عجب ذاتھ'' یمی پننہِ وقتہ مختلف نقادن ہُند توجہ پانس کُن پھِرتھ أکِس بحثس زایُن دیُت۔ امہ افسانُک پلاٹ چھُ دون کردارن مُتلق دون قصن پیٹھ مُشتمل۔ رمضان تہٕ میم۔ أکِس کردار سُند قِصہ چھُ سوال تُلان تہٕ امہِ سوالُک جواب چھُ دوٗیم قصہ فراہم کران۔ رمضان سُند قصہ چھُ یہِ سوال تُلان زِ ''رمضان کیازِ موٗد یا تمی کیازِ مور پان''۔ یوہے سوال چھُ ملہ سُبحانٕس وِدرٕ رٕوٗگ تُلان۔ یوہے چھُ امہ افسانکہِ پلاٹُک موٗلہ سوال۔ تہٕ میمہ ہندِ قِصچ عمارت چھےٚ أتھی سوالس جواب ژھارنہ باپتھ استادٕ کرنہ آمٕژ۔ امی سٕتی دراو محمد سُلطانس کتھِ شل۔ افسانہ چھُ عدالتس منز

ملہٕ سُجانس سزا میلنہٕ ہِتۍ شروع کرنہ آمُت ۔ اماپوٚ زملہ سجانُن مُجرِم یا بے گونہہ آسُن چھُنہٕ نہ اہم ، اہم چھُ ملہ سجان نِس ذیہنی کھُرِس جواب میلُن ۔ امہ سبہ یوٚ دوے عدالتی منظرس افسانٕکس پُلاٹس منز کانہہ اہمیت چھےٚ سو چھےٚ صرف افسانٕک نوقط نظر قایٔم کرنہٕ موکھ ۔

''ژٕ ے چھُکھ ژٕ ے چھُکھ'' افسانہ چھُ ٹیکنیکہ لحاظٕ الگ ۔ امہِ مزاژٕ کۍ افسانہ چھِ اِخترٕن امہ برونہہ تہِ لیکھی مِتۍ ۔ مثلاً ''گہے تاپھ گہے شُہُل'' ''روتُل'' ''چھُمنہ روے سمان'' بیترِ ۔ مُتکلم رأوی والین یمن افسانن چھِ کینہہ نقاد پُلاٹ رٕوٚسۍ افسانہ تہِ ونان ۔ مگر یہِ چھُ نہ شاید صیح ۔ معاصرہ زندگی ہندس انسأنی صوٗرت حالس تہٕ امہ کین کھُرین باوتھ کرن وألی یم افسانہ ہیکن نہ ٹکراوٕ یا تضاد رٕوٚسۍ آسِتھ ۔ ٹکراو تہٕ تضاد چھُ زندگی ہُند خاصہ تہ ٹکراو چھُ پُلاٹ یا بیانیہ ساختُک تہِ رُح ۔ یِتھین افسانن منز چھُ پُلاٹُک مُتبأدل کردار ہنز حالت تبدیلی ۔ مگر یہِ حالژٕ تبدیلی چھےٚ نہ پُلاٹ غألب افسانن ہندۍ پأٹھۍ منظرس ہِتھرِس پیٹھ عیاں بلکہِ چھےٚ اتہِ یہ تبدیلی کردارن ہنز أندرٕ کۍ کیفیژٕ سوچ یا احساس کِس سوٚتھرس پیٹھ ٹاکار سپدان ۔ مثلاً ''ژٕ ے چھُکھ ژٕ ے چھُکھ'' افسانس منز یُس رنگ افسانہ کِس مُتکلم رأوی لیس ابتدأہس منز خوفناک باسان چھُ ، سُے چھُ تس اُخرس رنگن ہُند سرتاج باسان ۔ یوہے چھُ عیاں کران زِ افسانٕک کردار چھُ قلبی وأرداتن ہندِ زیرِ اثر اکہِ ذیہنی تبدیلی منزٕ گُذریومُت ۔

بونارو اُور سِٹریٹ ہندِ مُطأبق اوس گنوٚہمہ صدی ہُند افسانہ نگار پُلاٹ سأزی ہُند ووستاد مگر وُہمہِ صدی ہندس افسانہ نگارس سپُد احساس زِ زندگی چھےٚ نہ واقعاتن ہنز شیرِتھ سمبألِتھ تگ ، ییمہ سبہ تمۍ اتھ ہِتۍ (پُلاٹ سأزی ہِتۍ)

بغاوت کٔر۔ اختر اوس مغربی افسانہ نگأری ہندین روحجانن نِش زأنی یاب تہٕ مغربی افسانس منز ییم تبدیلیہ وقتہ وقتہ رونما سپز، سہٕ تہٕ رُوٗ دنہ یمو تبدیلیو نِش مُچھ۔ توے ہیکو أسی تہٕ سندین روایتی تہٕ نوِ ترایہٕ ہندین افسانن ہنزِ پلاٹ سأزی باہم کینہہ پھیرِ بدِ کڈتھ۔ اکھ اہم پھیر چھُ زِ تہٕ سندین نوِ ترایہٕ ہندین افسانن ہندِ پلاٹچہٕ عملہِ چھُ زمانہ مکانک وانگ محدوٗد۔ دوٗیم یہِ زِ ''ستھ سنگر'' دورِ کین افسانن منز اوس افسانہ نگار قأری لیس تضادس ستی ستی برابر توٗ تام پٔتھن ہم سفر بناوان یوٗ تام افسانچہٕ عملہِ ہُند سفر اند واتان اوس۔ یہِ چھےٚ نہ صرف اختر سنز کتھ۔ بلکہِ تہٕ تھین بیشتر روایتی پلاٹ غألب افسانن منز اُس افسانہ نگارن قأری ہندِ باپتھ برونہہ اکھ وتھ مقرر کرمٕژ آسان، یتھ تہٕ سندِ باپتھ اور یور ڈُلن ناممکن اوس۔ مثلاً ''آدم چھُ عجب ذاتھ'' افسانہ چھُ توٗ تام جأری روزان یوٗ تام نہِ ملہ سجان سنز کتھ شُل نیران چھُ تہٕ توٗ تام چھُ قأری تہٕ رأوی لیس ہم پلہ پکان۔ یہِ ترائے ہیکو أسی اختر سندین تہٕ تھین بیٚیہ تہٕ کینژن افسانن منز وُچھتھ مگر ییمن افسانن منز اخترن ساختچہٕ نوِ ٹیکنیکہ ورتاوِ مژ چھےٚ۔ تمن منز ہیکو أسی عملہِ ہنزِ بے ترتیبی علاوٕ پلاٹچہٕ عملہِ منزِ کُنہ کُنہ ژھین محسوٗس کٔرِتھ۔ افسانہ پران پران چھِ ییم ژھین قأری پسں پانۓ پننہِ سوچہ ستی پُرٕ نی پیٚوان۔ یعنی پلاٹ غألب افسانن منز اوس پلاٹُک تعمیر کٔرِتھ مگر ییمن منز چھُ قأری لیس تہٕ امہ کِس تعمیرس منز حصہ نیٚن پیٚوان۔ نوِ ترایہٕ ہندین افسانن منز چھُ بعضے چھُ قأری لیس کردار سندس کلامس تہٕ حرکژن منزٕ موجوٗد اشارن ہنزِ زبأنی پأنے ویژھنے کٔرِنی پیوان تہٕ یتھ پأٹھی چھُس تہٕ سوٗرے سمجھن تہٕ ژیٚن پیٚوان یہِ زن افسانہ نگارن ونُنے تھوومُت آسان چھُ۔ یتھ پأٹھی چھےٚ تہٕ تھین افسانن ہندِ پلاٹچ تعمیر کأری افسانہ نگارس تہٕ قأری

لیس باہم اکھ دُطرفانہ عمل۔ یہِ چھُ اختر ہٕندین تِھین افسانن مُتلق تہِ صیح۔ خاص پأٹھۍ تِمن افسانن منٛز یِمن ہُندِس پلاٹس منٛز حقیقی تہٕ غأر حقیقی موادکہِ رل گڈہٕ ستۍ تمثیلی یا حیکایتی رنگ کھارنہ آمُت چھُ۔ یہِ رل گڈ چھُ کردأرۍ سۆتھرس پیٹھ تہِ نُمایاں۔ مثلاً تِھین افسانن منٛز چھےٚ بعضے نیم توأریخی یا غأر انسأنی دُنیہکین کردارن تہٕ انسأنی کردارن ہٕنزِ عملہ ہٕندِ رلہ گڈہٕ ستۍ پلاٹچ عمارت کھارنہٕ آمٕژ۔ ”ژٕرے چھُکھ ژٕرے چھُکھ“ تہٕ ”“توٗتن خامون“ ”ارتقا“ ”ژٕس“ ”فکسچر“ ”تھدن پاے“ یا ”وأنجہ منٛز پچ“ چھےٚ تِھین افسانن ہٕنز کینہہ مثالہٕ۔ یِمن افسانن ہُند ماحول تہٕ منظریٚ دوے خأرجی چھُ مگر یِہُند اصل مأدانہِ عمل چھُ افسانہ نگار سُند دأخلی دُنیا۔

أخرس پیٹھ چھُ یہِ وَنُن ضروٗری زِ اخترٕ ہوس بسیار جہٕژل افسانہ نگار ہٕنز پلاٹ سأزی ہیکو نہ أسۍ کینٛہہ ن محدوٗد ژھلن تہٕ ولن تام محدوٗد کٔرِتھ۔ تہٕ نہ ہیکو تٕہندِ افسانہ فنٕچ صیح موأنکون چھراتھ ہٕنزِ پلاٹ نگأری ہٕندی یوت حوالہ کٔرِتھ۔ مگر تمہ باوجوٗد ہیکہِ یہِ اتھ منٛز امدأدی ثأبت سپدِتھ تِکیازِ افسانک پلاٹ یا ساخت چھُ سہٕ درواز یُس پأرۍ أسۍ افسانکِس دُنیہس منٛز دأخل سپدِتھ امہِ کِس توٗژرس تہٕ تأثیرس ژٕینِتھ ہیکان چھِ۔

☆☆☆

# ''ژھین''
# افسانہٕ فنٔگ اکھ سأدر وار رنٔگ

افسانہٕ چھُ کأشرِ تخلیقی نثرٕچ اکھ مقبول تہٕ باوقار ادبی صنف تہٕ امی نثرٕ
ذأژ ہِندی معتبر تہٕ کامیاب افسانہٕ نگار پروفیسر رتن لال شانت چھِ سُند ژوٗرِم
افسانہٕ مجموٗعہٕ چھُ ''ژھین'' ہیتھ ۔ شانت صأبن وُچھ کأشرِ افسانکی مختلف پڑاو تہٕ
یم چھِ وُہمہِ صدی ہِندِ شیٚمہِ دٔہلہِ پتھٕ مسلسل پأٹھی افسانہٕ لیکھان۔ یِہنز گوڈنیچ
سوٚمبرن ''اچھروالن پیٹھ کوہ'' سپز 1972ء منز شایع۔ کأشرِ افسانہٕ ادبکی سأری
زانکار چھِ زانان زِ یہ اوس سُہ دور ییٚلہِ کأشرِس افسانہٕ ادبس مختلف کوہنہٕ مشق
افسانہٕ نگارن ہِندِ دٔسی کالہٕ پگاہ اکہِ کھوتہٕ اکہِ موللہِ افسانک بُرژر رسپدان اوس۔
مگر وُہم صدی أند واتنس تام سپز کأشرِ افسانچہِ اَمہِ دور چہٕ بیشتر نمائندٕ آواز

خاموش۔ کینٛہہ افسانہٕ نگار گٔیہِ اَسہِ نِش ہمیشہِ باپتھ ژھینہٕ تہٕ کینٛژ وہیوٗت پاٗنٛ پانے لوٗب۔ یوٗ دوَے اِٹھی مِس نٔوی مِس دٔہلِس دوران اَتھ صِنفہِ کُن نٔوی نٔوی لکھاٗری تہِ یوان روٗدی مگر تمو منٛز ہیچ نہٕ بیشتر واوٗل یہِ صنف پزٕ ہٕ پاٹھی پانناٗوِتھ تہٕ دٔ ویم مقدارٕ لحاظہٕ برٛزر کرنہٕ باوجوٗد سپدی یمو منٛز اکثر پننہٕ فنہٕ تہٕ انفراٗدی باوٕژ اندازٕ ستۍ معیاٗری کاشرِس افسانس کانٛہہ تہِ توجہ طلب ہُر بر کرنس منٛز ناکام۔ بلکہ اوس بعضے یہِ خدشہِ تہِ سپدان زِ مستند آواز و نِش محروٗم گژھنہٕ سبہٕ ما گژھِ کاشرِ افسانوی ادبک ماٗدان خاٗلی۔ مگر پتۍمبن کینٛژن وٕرِین دوران ییمہِ آیہِ شانت صاٗنٛز افسانہٕ مجموٗعہٕ پوٗتس پتھ آیہِ تمہِ ستۍ لوٗگ اَتھ خدشس پھیش۔ یم افسانہٕ مجموٗعہٕ چھِ یہِ کتھ عیاں کران زِ کاشرِ افسانک سفر چھُ ژھینہٕ روٗس برونٛہہ کُن جاٗری۔ سانہِ افسانک تخلیقی ماٗدان کینٛژ و کوہنہٕ مشق لکھاروٕ نِش محروم سپدنہٕ باوجوٗد چھِ اَتھ ماٗدانس منٛز شانت صاٗبنِس صوٗرتس منٛز اکھ ماٗہر قلم کاریُس نہ صرف پیٛہم پاٹھی افسانہٕ لیکھان چھُ بلکہ چھُ زبان تہٕ باوٕژ ہٕندی نٔوی نٔوی تجربہٕ کٔرِتھ تخلیقی تجربک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِدراک تہٕ ترسیل سپدنہٕ کہن اِمکاناتن تہِ سام ہوان۔ اَمہِ لحاظہٕ چھُ شانت موجوٗدٕ وَقتس منٛز سُہ واٗحد افسانہٕ نگاریُس کاشرِس افسانس نوہن تھزرن کُن واتناوُنس درپے چھُ۔ اَمہِ حسابہٕ یوٗ دوَے وَنو زِ کاشرِس افسانہٕ ادبس چھُ فی الحال شانت صاٗبُن راجُت، غلط گژھِ نہٕ کینٛہہ تہِ۔ یمٕژ افسانہٕ سوٗمبرنہٕ "راٗوی ہتۍ معنے" تہٕ یہِ سوٗمبرن "ژھین" چھِ اَتھ خیالس دربرٛ بخشنہٕ باپتھ کاٗفی۔

ژھین افسانہٕ مجموعہٕ چھُ بہن ۱۲ افسانن پیٹھ مشتمل یمو منٛز بیشتر افسانہٕ پتۍمبن دَہن ہندہن وٕرِین دوران لیکھنہٕ آمتۍ چھِ۔ ٹاکارٕ چھُ زِ یہِ چھُ سُہ دور

ییٚلہِ نمتہٕ کنہٕ حالاتن ہٕندِ نتیجہِ واریاہن کأشرٕ پنٕنہ وطن تہٕ میٖژ ترأوِتھ کٔشیٖرٕ نبر وو پر ماحولس منٛز دپن گُذأری کرٕنی پییہٕ۔ مجموعس منٛز شأمل افسانہٕ چھِ اَمی ماحولکی پأداوار۔ پسِ منظرِ تہٕ موقہٕ محل یکسان آسنہٕ سبہٕ گژھن یمن افسانن منٛز اکی صورتحالکی مختلف پاس نظرِ۔ سانہٕ زبأنی منٛز چھِ اَمہٕ ترٲیہِ ہٕندی کینٛہہ افسانہٕ بروٚنہہ تہِ لیکھنہٕ آمٕتی۔ مثالے ہری کرشن کول ہٕندی "یتھ رازدانے" یا شانت صأبنہٕ رأوی مٕتی معنے سوٚمبرنہٕ ہٕندی کینٛہہ افسانہٕ بیترٕ۔ مگر تمن منٛز چھُ داد معاملہٕ مختلف۔ تَتہِ چھُ وو پر ماحول کُس ہے بنگہٕ کرُنس وبِھوٚ ارس منٛز شناخت راونک احساس اکھ قبول کرنہٕ آمُت پزر۔ ییٚمہِ سبہٕ تتہِ راون تیٚلیک احساس ندارد چھُ۔ چنانچہٕ ژھٔنن مجموع کنہٕ افسانن ہُند حوالجأتی مواد چھُ بیشتر پأٹھی پنٕنہٕ ہوا نوا نش ژھینہٕ گامتہِ ماحولُک۔ اَمہِ سبہٕ چھُ یمن زیرین لہر پرٕژھنہٕ چ مویوٗسی تہٕ راون تیٚلیک احساس تہٕ تہٕ اَتھ احساس تحت پنٕنہٕ شناختی مول ژھانڈنٕچ ترغأب تہٕ غریب الوطنی ہٕنٛز واوٕ بالہِ منٛز یم موٗل رٕژھراونٕچ دوتھ ژھانٛٹھ تہٕ۔ یتھہِ پأٹھی چھنہٕ یمن محض راون تیٚلکہِ احساسُک اظہار وَنُن کأفی تہٕ نہ ہکو یمن افسانن افسانہٕ نگار ہٕندِ کٔشیٖرٕ راونکہِ غمک بوس لوٗژاونک وسیلہٕ مأنتھ۔ یم افسانہٕ چھِ یتھ دورس دوران لیکھنہٕ آمتٕن "یم کم دھریودھن" یا "تسُند سوٚپن" ہوٕبن تمن افسانن نش تہٕ مختلف یم محض پنٕنہٕ واقعأتی پسِ منظرُک فوری ردِعمل باسان چھِ۔ یمن افسانن منٛز چھُ اَتھ برعکس افسانہٕ نگار غأر جذبأتی تہٕ غأر جانبدار آسہٕ مخصوص صورتحالس منٛز اِنسانہٕ ہٕندِس مخصوص رٕوِیچ عکأسی فنی زُو زبہٕ تہٕ سان کران۔ یمن افسانن ہٕندِس دُنیاہس منٛز گژھن اَسہِ تِم فرد نظرِ یم وو پر ماحولس پُشراونہٕ بتھ اَکی آنہٕ اَتھ ماحولس ستی ہم آہنگی پراونٕچ جستہٕ خأزی تہٕ

کران چھِ تہٕ اَمہِ صورتحالہٕ نِش موکجار پرٛاوُنک آرِزوے تہِ۔ اَتھ دُنیاہس منٛز چھُ ژکھِ ہُنٛد تہٕ جہلُک نار تہٕ اِنسأنی قدرٕ زِنٛدٕ تھاوُنک جذبہٕ تہِ۔ ووٚمید تہِ چھےٚ تہٕ ناووٚمیدی تہِ۔ ووٚمید چھےٚ پننِس آگرس تام واتنٕچ کل وُزناوان تہٕ ناووٚمیدی چھےٚ پانٛنیارس منٛز ووپرأزی ہُنٛد احساس کرناوان۔

افسانہٕ نگأری منٛز چھُ شانت صأبس پنُن اکھ اندازٕ تہٕ مزازٕ یُس یِمہِ افسانہٕ مجموٗعہٕ سان یِہنٛدِس پرٛتھ مجموعس منٛز محسوس کرنہٕ یِیہِ۔ یِہنٛدی بیشتر افسانہٕ چھِ انسأنی رِشتن ہُنٛد تٕچھر تہِ، تِہنٛز مسرٛژ تہٕ شادمأنیہِ تہٕ محروٗمیہِ کۄ مجبوٗریہِ بروٚنٛہہ کُن اَنان۔ باے یِم رِشتہٕ پرٕدارچہِ بُنیأدٕ رٕنٛگی پیش کرنہٕ آمٕتۍ چھِ یا سماجکہِ پینٛز دوننہٕ رٕنٛگی۔ ووٚں گوو مختلف افسانہٕ مجموعن منٛز چھُ یِمن رِشتن مختلف زأوِیَو وُچھنہٕ آمُت۔ شانت صأب چھِ پانہٕ وَنان زِ "ترٕٛکونجل" مجموٗعکۍ افسانہٕ چھِ واضح انسأنی رِشتن متعلق تہٕ "رأوی ٕتۍ معنے" افسانہٕ مجموعس منٛز چھُ یِمن انسأنی رِشتن زیادٕ یِہن تنقیدی نظرِ وُچھنہٕ آمُت۔ "ژھٕبن" مجموعہٕ تہِ چھُ موٗلہٕ تلہٕ رِشتن ہُنٛدے حسبِ حال، ووٚں گوو یِیٚتہِ چھُ رِشتن ہُنٛد وانگ وسیع تہٕ یتی چھُ رِشتن مختلف سوٚتھرٕ ژررٕژنہٕ آمُت۔ فردن ہٕنٛدِس سوٚتھرِس پیٹھ تہٕ تہِ جمأعتی سوٚتھرِس پیٹھ تہِ۔ یِیٚتہِ چھنہٕ فردس تہٕ فردس باہم پرٕوأری رِشتن منٛز فِہہ پینٛکۍ مسلہٕ تہٕ سمأجی ضأبطن ہٕنٛز رِکھ مانڈنٕچ کتھ تہٕ نہ چھِ یِم رِشتہٕ "ترکونجل" افسانکۍ پأٹھۍ دون فردن ہٕندِس رِشتس منٛز ییمتین گنڈُن پِشُن۔ بلکہٕ چھُ یِیٚتہِ سماجس منٛز شگاف گرٕژھنہٕ بِکس تہٕ ثقافتی قلاے چھلہِ چھلہِ سپدٕنکس طلوطمس منٛز رِشتہٕ راونٕچ دَگ تہٕ رِشتہٕ رٕژھراوُنک ہمسوسہٕ۔ عیاں چھُ زِ یِم افسانہٕ تہِ چھِ "رِشتن ہُنٛدے ژھٕبن" بروٚنٛہہ کُن اَنان مگر یہِ ژھٕبن چھُ مختلف سطحن پیٹھ۔ یہِ ژھٕبن چھُ اُکرۍ ہے فردٕ

ہِندِس آسنہٕ تہٕ باسنہٕ کِس تصورس مابین تہِ تہٕ ماضی یُک تہٕ حالُک تہِ۔ ڈوِیمِس سطحِس پیٹھ چھُ فردٕ ہِندِ ذٲتی جماژ نمائندگی سپدان تہٕ اکہِ تہذیبی جمائژ لوگمت ژھین ییمہِ کِنہِ محرکاتن ہُند موجب نہ فرد چھُ تہٕ نہ چھُ تس یہ پُرنہٕ باپتھ کانٛہہ چلن پاے۔ اتھ ژھینس منز یِنہٕ دوٚیے دۄرٕ رچ بے بسی چھےٚ مگر اتھ ہتی چھُ قُربتُک دُگوش تہِ۔ بعضے چھِ دۄر برٕ تہٕ قربت تمہِ آیہِ اکھا کِس منز مدغم باسان زِ وُچھنس منز تِتھُے سوٚتُر تہٕ ہموار۔ یُتھ سطحس پیٹھ پوٚنی چھُ مگر سطح آبہٕ بۄن غاٚر یقینی تہٕ اِنتشارُک کو ہرام۔ مگر اَمہِ ژھینُک بیا کھ پہلو چھُ یہ زِ یِہے چھُ رِشتن ہُند شیٖجار ژھارنُک وُتش تہِ۔ اَتھی منز چھےٚ کانہِ کانہِ سپدی یِتس ساجس یکہِ وٹہٕ کرنچ ترغاٚب تہِ تہٕ ساجس تہٕ فردس باہم منقطع سپدِمُت رِشتہِ بحال کرنس منز تہِ چھُ اَمہِکُے دخل۔ یعنے یہ چھُ چھو کھ تہٕ تہٕ اَتھی منز چھُ بُلغار تہِ۔

شانت صاٚب چھِ انسانٛی فطرٕکی نباض تہٕ پارکھی۔ امیُک اندازٕ ہیکہِ اَہندو کرفیو ہوبو بڑٕنہمو افسانو تلہٕ تہِ لگِتھ۔ 'ژھین' مجموعس منز چھےٚ اَہنز باریک بینی برجستہٕ پاٚٹھی بروٚنہہ کُن آمٕژ۔ کیٚژن نقادن ہُند وَنُن چھُ زِ شانت صاٚب چھِ افسانس منز واتناوِرٕ باپتھ واقہٕ کِس ٹھوس آسنُک قاٚیِل۔ مگر نہ صرف افسانہٕ بلکہ کلہم جان ادبُک سروکار چھُ دراصل انسان تہٕ انسانٛی شخصیتس ہتی۔ تہٕ کُنہِ معروضہٕ تہٕ تنوظرٕ ورأے انسانٛی شخصیتُک تصور تہٕ تِچ عکاسی چھُ اکھ عبث خیال۔ تکیازِ یِم چھِ تِم سیاق سباق یِم کردارن اکھ ماٚدان عمل فراہم کران چھِ۔ شانت صاٚبُن نِش چھنہٕ افسانہٕ نگاٚری فقط واقہٕ ساٚزی، بلکہ چھِ یِمن نِش یِم باحرکت معروٗض کردارن ہِنز مخصوص ذہنی حالت تہٕ نفسیاٚتی کیفیت بروٚنہہ کُن اَنٕنُک اکھ وسیلہٕ۔ یِم منظر چھِ یِمن نِش بیٚون بیٚون فریم یِمو ذٔرِ یِم انسانٛی فطرت کِنہ

وِہِن تہٕ وطیرن ہُند زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ترسیل کران چھُ۔ یتھہٕ پأٹھۍ ہرگاہ شانت صأبس نِش اہمیت چھےٚ سو چھےٚ کردارس۔ ژھسِن مجموعس منز شأمِل اِفسانن منز تہٕ چھِ کردار مختلف صورتحالن منز تراوِنہٕ آمٕتۍ یِیتہٕ تِم پأنی پانے بُتھہِ پیٹھکۍ بتھی تھوٚد ژٕلِتھ تہٕ پننِس اصل صورتس منز بروٚنہہ کُن یِتھ پننہٕ منشہِ، مصلحژ تہٕ اندرِکۍ رٕژۍ عیاں کران چھِ۔

یَتھ کتھہِ کُن آو بروٚنہے اِشارٕ کرنہٕ زِ یِمن افسانن منز چھُ افسانہٕ نگار تِمن حالاتن سٕتۍ متصأدِم سپدمُت یِم 1990ء یور کُن یِیتہٕ پأدٕ سپدۍ۔ مگر افسانہٕ نگارن چھِ اَمہِ واقہٕ ژٕسۍ رونما سپدیمتِن سمأجی حالاتن ہِنٛدِس پیٹھۍ ووٚلتِس پننہِ فنی لیٚترِ سٕتۍ ژھسِن دِتھ کأشرِ بٹن کیٚو مسلمانن ہُند عیاں تہٕ نہاں گُنہِ روے رعایتی ورأے نوٚن کوٚڈمُت۔

چنانچہ مخصوص عصری تنوٚژر آسنہٕ کِنۍ چھےٚ یِمن افسانن تیٚمی میژٕ ہنٛز خوشبوے تہٕ یوہے وجہ چھُ زِ یِمن منز باوِنہٕ آمژ دَگ چھےٚ دوشوٚنی درین ہنٛز دگ۔ ووں گو و مخصوص عصری چوکاٹھ یوسہٕ افسانچ صنفی مجبوٗری چھےٚ، آسنہٕ باوجوٗد تہِ چھِنہٕ یِمن افسانن ہُند پزر محدوٗد۔ یہِ کتھ چھےٚ دِلچسپ زِ مجموعس منز شأمل کینژن افسانن ہنٛدی ناو چھِ اجزاے عنأصرن پیٹھ۔ مثلاً، نار، ہوا، پونی تہٕ میژٕ۔ یہِ چھُ تیٚمہِ کتھہِ ہنٛز نشاندہی کران زِ شانت صأبُن ہدف چھُ انسأنی تشخیص کیمسٹری یَتھ سٕہ پننِس تخلیقی مشأہدگاہس منز سیاہ تہٕ سفید عنصرن منز پننہٕ پننہٕ کرِتھ ارچ فطرت پزر زناوُن یژھان چھُ۔ اما پوز یہنٛز یہِ عمل چھےٚ تخلیق کارانہٕ نہ زِ طبیبانہٕ۔

کأنسہِ تہِ بڈِس تخلیق کارسنز خوٗبی چھےٚ یہِ زِ سٕہ چھِنہٕ گُنہِ صِنفہِ ہنٛز آزموٗدٕ

وَتن پیٹھے اکتفا کران بلکہ چھُ تجربکہِ کارگر باوٕژ باپتھ زبانٕۍ تہٕ اِظہارچہٕ نۆو نۆو وَتہٕ ژھنڈان۔ یہِ خوٗبی گژھہِ شانت صانٕبس نِش تہِ نظرِ تہٕ 'ژھین' سوٗمبرن چھنہٕ اَمہِ نِش مُچھِ۔ چنانچہٕ شانت صانٕب چھِ نہ صرف سانہِ زبانٕۍ ہِنٛدی بُرگزیدٕ افسانہٕ نگار بلکہ چھِ صفِ اولکی فکشن نقاد تہِ۔ تِم چھِ یِمہٕ کتھہِ نِش باخبر زِ بدلوٕنہِ زِندگی ہِنٛد بن بدلوٕنین انہارن ہِنٛزِ باوٕژ باپتھ چھُ زبانٕۍ تہٕ اظہارس وقتہٕ وقتہٕ نٔوی پین دِنٕۍ ضروری۔ زبانٕۍ تہٕ اِظہارٕکی یِم تجربہٕ چھِ یہِ پزرٕنیشہِ ناوان۔

بہرحال ''ژھین'' افسانہٕ مجموعہٕ چھُ اَسہِ بروٗنٛہہ کنہِ۔ یُس پرٕتھ قسمہٕ کِہن قارٕیین ہِنٛدِ توجُہک مرکز ہیٚکہِ بٔنِتھ۔ عام قارٕی، بالہٕ اپارِم اَسی تن یا یپارِم، ہیٚکہِ یِمن افسانن ہِنٛدِس اَنٛس منٛز پننہِ تہذیبی تشخُصک عکس تہٕ انہار تہِ وُچھِتھ تہٕ پننہِ وطیرٕکی جلوٕ تہِ۔ کاشرِ افسانٕکی نقاد ہرگاہ کاشرِ افسانہٕ کِس سفرس پیٹھ یِمہٕ سوٗمبرنہِ ہِنٛدِ پڑاوٕ پیٹھ پتھ کُن نظر تراون تِمن تہِ باسہِ زِ کاشری افسانن چھےٚ کتہِ کورژھال نِمٕژ، تہٕ کاشرِس افسانس منٛز نوٚ وارِد تخلیق کارن ہِنٛدِ باپتھ ہیٚکہِ یِمن افسانن ہُنٛد مطالعہٕ اکھ سوٗدمند ورکشاپ ہیوٗ ثابت سپدِتھ۔



# کتھ مورٕضن ہٕنز تہٕ
# باوتھ احساسن ہٕنز

کأشرس افسانس منز سپز پٔتمین أکس دون دٔہلین دوران کینہہ اہم آواز خاموش تہٕ کینہہ نِو آوازٕ آیہِ بارسس۔ تہٕ اتھ مُدتس دوران سپُد واریاہ افسانہ ادب تخلیق، وادی منز تہِ تہٕ وادی نیبر تہِ۔ یتھ منز بیشتر پأٹھی تمی صوٗرتحالہٕ دٕسی وٕتلیمتہِ کربِک اظہار سپُد مُت چھُ یُس صوٗرتحال دُہمہِ صدی ہٕندِس أخری دٔہلس دوران کٔشیرِ باگہِ آو۔ یتھ پأٹھی چھُ اتھ افسانہ ادبس منز زیادٕ پہن گرٕ راونک یا تہذیبی قلاے چھلہِ چھلہِ گرٕھنگ کرب باوتھ لبان۔ مگر پٔتمین کینژن وٕرِین دوران آو کأشرِ افسانہ ادبکس مأدانس منز اکھ نۆو قلم کار یُس یتھ پأٹھی اندازٕ لحاظٕ تازٕ دم چھُ اما پوٗز زأنی ہندی یِم افسانہ چھِ موضوع تہٕ تھیمیأیی سوٗتھرِس پیٹھ کأشرِ

افسانچہِ امہِ غاۓلِب رٕ وشہِ نِش ہناہِدٕ ونہ۔ کاۓشرِس افسانس منز یہِ سرتاز تہٕ ساۓدروار آواز چھےٚ راجیش کول ہِنز آواز یم پٔنٛز پیٚٹھے باہٕ نٛچ افسانہٕ سوٚمبرن ’’مُرٕ ژٕ گوٚر‘‘ 1917 ہس برونٛہہ کُن آیہِ۔ یِمہِ سوٚمبرنہِ ہٕنز اہمیت چھےٚ یِمہِ کتھہِ تلہ واضح سپدان زِ اتھ منز شاۓمِل افسانو چھِ کاۓشرِ تجریدی افسانٕکی ووستاد ہردے کول بھارتی تہٕ موجوٗدٕ دورٕ رکی صفِ اوٕلکی افسانہ نگار تہٕ افسانہ نقاد پروفیسر رتن لال شانت پانس کُن مُتوجہ کٔرِی مٔتۍ تہٕ دوشوے چھِ راجیش ہٕندِ فنٕکی قاۓیل تہٕ سپدی مٔتۍ۔ یِمن دون کوہنہ مشقن ہٕنز پذیراۓیی پراونہٕ پتہٕ چھُ پزی اتھ سوٚمبرنہِ مُتلق میون یہِ تحریر محض اکھ رسم۔ ووٚنۍ گوٚو امہ باوجوٗد یِژھ بہ امہِ افسانہٕ سوٚمبرنہِ ہُند اکھ سرسری جاۓزٕ پیش کرُن یُس شاید توٚہہِ اچھ ورق گرداۓنۍ کرنس منز مددگار ثابت سپدِتھ ہیکہِ۔

یہِ افسانہٕ سوٚمبرن تِھےٚ ٹاکارٕ کران زِ یہِ چھےٚ نہ تِتھس کاۓنسہِ کوہنہ مشق افسانہ نگار ہِنز تیمہِ سُند افسانہ فن افسانہ نگاۓری کٔرِی کٔرِی لگاتار پاۓٹھۍ پوٚختہٕ گاۓری کُن پکان آسہ ہے۔ یا تیمہِ ہِندۍ افسانہ فنن مختلف نٔجن ہٕندِ زیرِ اثر نٔوۍ انہار رٕٹِمٕتۍ آسہِ ہن۔ بٔلکہِ چھِ یم افسانہ مہارتہٕ کہِ سوٚتریر برعکس اور جٔلتی درشاوان یتھ منز کینہہ پھہریر تہٕ چھُ۔ مگر یہِ پھہریر چھُ اورِ جٔلتی سبہٕ درگُذر سپدان۔ نون موخصر افسانن پیٹھ مُشتمل یہِ سوٚمبرن چھےٚ پننہِ باوٕ ژٕ اندازٕ تہٕ موادٕ لحاظٕ دِلچسپ۔ بیشتر افسانن ہُند پرٕ ویش تہٕ پسہِ منظر چھُ سُے یُس بیشتر مہاجر افسانہٕ نگارن ہٕندین افسانن منز چھُ تہٕ کینٛژن افسانن مثلاً ’’لوٕ چ بُنیاد‘‘ یا ’’شراد‘‘ افسانٕکِس واقعاۓتی تنوظُرس منز چھِ یِیے واقعہ مگر افسانن ہٕندس باقس منز چھےٚ یِمن ہٕنز حٔثیت امداۓدی۔ افسانن ہٕندِس مرکزس منز تہٕ چھُ سُے فرد یُس عصری

افسانہٕ ادبس منز درینٹھی گرٕھان چھُ۔ مگر کینژہا ٹیکنیکگ نوریہ تہٕ کینژہا وُچھن ترایہِ ہُند الگ اندازٕ چھُ یتھ افسانہٕ سوٗمبرنہِ توجہ طلب بناوان۔شاید چھُ امی شانت صابن تہِ راجیش کول ہٕنز یہِ سوٗمبرن ''اکھ ئو تہٕ خوش پیوٕنی آوازٕماٗنی ہژ۔یہِ سوٗمبرن چھے اکہِ حسابہٕ کاٗشرین مہاجرافسانن ہند فقطپہ یکسوٗیی منز سونتہٕ ہوٕبچ سرتازٕگی ہُند باس دِوان۔سوٕمبرنہِ ہُند ناوچھُ یتھ پاٗٹھی اتھ منز شاٗمِل امی ناوکس أکس افسانس پیٹھ تھاونہ آمُت۔مگر یہِ ناوچھُ بلواسطہٕ پاٗٹھی راجیش ہٕندِ افسانہٕ فن تہِ نیشناوان۔عام پاٗٹھی چھِ أکس کامیاب افسانس منزدون فنی عنصرن ہنزاُڈرن ضرٗری تہٕ یم چھِ اول بیان دوٗیم مکالمہ کس صوٗرتس منز ڈراماٗیی عُنصر۔مگرراجیش ہٕندین بیشترافسانن منز چھےٚ کُنہِ کُنہِ اکہ تریمہ فنکین عنصرن ہنزاُڈرن تہِ تہٕ یہِ چھےٚ مُصوری یامُرٕژ گری۔اتھ کتھِ مُتلق چھُ''پاتوٗبہٕ'' افسانس منزٹھنڈٕ کھوڈس منز پتھرِس ستیٚ کھونکھُن دِتھ ہوٗنی ہٕندس صوٗرتحالس پیٹھ کتھ کران پروفیسر شانت صاٗبن تہِ اشارٕ کوٗرمُت۔تتھی منظرگرٕھن توہہِ ''بےٚ سوٗم ژھاے'' یا ''شراد'' بیترٕ افسانن منز تہِ نظرٕ۔

سوٗمبرنہِ منز شاٗمِل ''مُرٕژگوٗر'' تہٕ ''پننہِ وارِ پیٹھ'' افسانہٕ دراٗے چھُ پرتھ کانہہ افسانہٕ مُتکلِم داٗحِد صیغس منز لیکھنہٕ آمُت۔ تتھس صیغس منز لیکھنہ پننہٕ والین افسانن منز چھےٚ راٗوی لیس کردارٕ ہٕنزِ حیثیت یمہِ ستیٚ افسانن منز زٕ خصوٗصیژ پاٗدٕ سپدان چھےٚ۔اول راٗوی چھ ہرجاٗیی بنتھ افسانچہ عملہِ ہُند چشم دید بنتھ اتھ مصدیقہٕ بناوان تہٕ دوٗیم راٗوی تہٕ کردار چھِ اکھ أکس ستیٚ زم سپدِتھ افسانس منز اختصارٕک باٗعث بنان۔ راجیش ہٕندین افسانن منز چھےٚ امہِ علاوٕ راٗوی ہٕنزِ ہرجاٗیی خوٗصوٗصیژ ستیٚ غاٗراغلب تہٕ ناممکن واقعن منز قاٗری ہٕنز بے

پڑھی ہنز معطلی مُمکن بنیمژ۔

چُناچہِ سوٚمبرن چھےٚ صرف نون افسانن پیٹھ مُشتمِل مگر تھیم تہٕ اندازِ بیان لحاظٕ چھِ یمن منز وکھرٕ وکھرٕ انگ۔ سوٚمبرنہِ منز شأمِل ''پالتوٗ بہٕ'' تہٕ ''بےٚ سوٚم ژھاے'' افسانن منز چھُ ساختہٕ لحاظٕ الگ رنگ یمن منز ''تجریدٕک تہٕ بیانٕک مأرٕ موٚند سنگم کرنہٕ آمُت چھُ۔'' پالتوٗ بہٕ ''افسانس منز چھ ترٕے مُتوأزی صوٗرتحال۔ اکھ دوبس منز زِ پہ کرٕون ہوٗن، دوٚیم داند یُس داندٕ گاڈِ لمہٕانِ چھُ تہٕ تریم افسانوی کردار۔ لرِ لوٚرتھأوِنہٕ آمٕتی یم ترێشوے صوٗرتحال چھِ موٗلہ تلہ أکی ہے کردارٕ ہنز منودشایہِ ہندی ہندی الگ الگ تصویر بروٗنہہ کُن انان۔ ثقافتی نظام چھُ فردِس تمہِ آیہِ ہوی کران زِ تس چھُ باسان یہِ لوٗہ لنگر چھُ تِہندی ہتی پکان یُس اکھ عبث خیال چھُ۔ افسانس منز چھےٚ أتھی احساس زیوٗ دِنہٕ آمژ۔ افسانس منز دِنہٕ آمٕتی ترٕے صوٗرت حال ہیکن أکِس فردٕ سنٕز زندگی ہندی ترێن زمانن ہندی عکاس تہِ أستھ۔ یتھ منز داند پتھ کال تہٕ ہوٗن پێش کالٕچ ترجمأنی کران چھِ۔ ''بےٚ سوٚم ژھاے'' افسانس منز چھُ زندگی ہُند ویکھٕرٕ ارتہٕ زندگی ہنز کنیو تہٕ کنڈیوٗرٕ ژٕ وتہٕ ہتی فردٕ سنز غأرہم آہنگی ہُند احساس زندگی تہٕ مرگ کین دون صوٗرتحالن ہندرل گڈ گرتھ درشاونہٕ آمُت۔ ''لوٗچ بُنیادٕ'' تہِ چھُ اکھ دِلچسپ افسانہٕ یتھ منز افسانہٕ نگارن اکھ معموٗلی واقعہٕ دٔنتھ افسانہٕ تخلیق کوٚرمُت چھُ۔ امہِ افسانہٕ کِس بیانیہِ فنس منز چھُ گُنسہ گوڈٕ جایہِ آزاد مارتھ بُستی ہنٕزی تہٕ تُلرِکیو پنہ پوٚپرٕ سُند واقعہٕ ہتی داستأنی رنگ تہِ کھوٚتمُت یمہِ ہتی افسانس تہِ اکھ تمثیلی ترٕاے پأدٕ سپزمژ چھےٚ۔ اما پوٚز یہِ تمثیل چھےٚ نہ اوٚک سمتی بلکہِ چھ امہِ ڈٕسی بدس حالاتن ہتی انسأنی زاترٕاین ہنز فطرتُک تجزیہِ تہٕ سپدٕمُت۔

"پاس بُک" "پننہٕ وارِ پیٹھ" یا "مُرٕ ژ گوٗر" ہِوی خارجی واقعن پیٹھ وونہٕ آمتی افسانہٕ پُرتھ چھُ گوڈنچہ نظرِ روایتی پلاٹ بند افسانن ہُند برونٹھ سپدان، یِمن ہندس ساختس منز زمانہ لحاظٕ افسانوی عملہِ ہُند دہراو تہٕ چھُ۔ مگرامہِ باوجوٗد چھُ یِم افسانہٕ اکھ ساآدروار توٗژر ووتلاوان۔ وجہ چھُ زِ یِم افسانہٕ چھِ نہٕ سطحی انسانی رِشتن مُتلق بَلکہِ چھِ یِم انسانی حالژٕ ہندی تم ژھایہٕ ٹُلی گاشراوان یِم قاری لیس اکھ نوینہٕ احساس ووتلاوان چھِ۔ افسانہ "پننہٕ وارِ پیٹھ" چھےٚ اَمچ رٕژ مثال۔ یتھ منز اُکس نِسوٲنی کردارٕ سٕنزِ زندگی ہندی مختلف پڑاون ستی وابستہٕ واقعن ہِندِ ذٕکرٕ یتھ مردِ غالب سماجس منز تِمن ٹھرین تہٕ ٹھاکن ہنز نقاب کُشائی کرنہٕ آمژٕ چھےٚ یِموٚ کِنی زنانن ہنز صلاحیت اڈ کھیشہِ سپدان چھےٚ۔ افسانہٕ کِس نِسوٲنی کِردارٕ سٕنز آزادی چھےٚ گوڈے اکھلیشس ستی محبتُک رِشتہٕ پروارچہِ مان مُریادایہِ موجب لتہٕ مونجہ گژھان۔ تہٕ اُخرس چھُس نِچوی سٕندِ پیش کلہٕ باپتھ پننہِ زندگی ہنز دارِ بر بند کرنہِ پیوان۔ یتھے پٲٹھی چھُ "دگہِ رُوٗس دوٗد" افسانہٕ انسانی رِشتن ہُند ژھریر بروٚنہہ کُن اَنتھ اَندرٕ ووپرٲزی ہُند احساس ٹاکارٕ کران۔ افسانس منز چھُ بُڈٕ سٕندِ کردارٕ چ "اناجی ہُند ولہٕ ورتاوٕ ستی موجوٗد پیہِ درمیان رِشتن ہندِ تر نیارٕ چ کتھ کرِتھ یہِ ٹاکارٕ کرنہٕ آمُت زِ موجوٗدٕ تہذیبن کتھ پٲٹھی چھُ رِشتن درمیان رٕہہ پادٕ گرِتھ پرتھ فردٕ سُند انفرادِ اکھ تیُتھ جزیرٕ بنومُت یتھ نہ کانہہ قریبی رِشتہٕ دٕریافت گرِتھ ہیکان چھُ۔

راجیش کولس چھُ دٕلیل وونُک فن تہٕ بقولہِ پروفیسر شانت کتھ گژھِ حقیقت تہٕ تخیُل رل گرِتھ ونہٕ ستی، اتھ فنس چھُ سہٕ تسلی بخش طور واقف باسان۔ بَلکہِ چھُ گنہ گنہ یہِ فن پھولتھ تہٕ آمُت تہٕ پرٕژھن جاین چھِ تہٕ اُہندی یِم

افسانہ محض اکھ تٔرتھہ ڈٔلیل روزان یتھ منز واقعات ترتیب وار دِلچسپ اندازس منز برونہہ کُن یِوان چھِ۔ بٔلکہِ چھِ یِم واقعات پننہِ ظأہری معنوی سوٗتھرِ نیبر نیرِتھ بٔیہ تہِ کینہہ ونان۔ خاص پأٹھۍ تمن افسانن منز یِمن منز اشارو تہٕ علامتو ستۍ پننِن محسوٗساتن تہٕ تجرٕبن زیوٚ بخشنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ پزر چھُ یہِ زِ راجیش کولس نِش چھےٚ نہٕ افسانہ نگأری محض واقعہ نگأری۔ بٔلکہِ چھُ سہ افسانوی واقعن متحرک موروٗضن تہٕ منظرن ہنز کأم ہیتھ کردارن ہنز ذہنی حالتھ تہٕ نفسیأتی کٔفیتھ برونہہ اننٕک اکھ ؤسیلہٕ بناوان۔ یِم مُتحرِک منظر چھِ کردارس عملہِ باپتھ متحرِک کران یوس افسانہ نگارس نِش انسأنی فطرت کین وِہین تہٕ ؤطیرن ہُند ٹھیک ٹھاک پأٹھۍ ترسیل کرنٕک ؤسیلہ بنان چھےٚ۔ باسان چھُ زِ افسانہ نگار چھُ افسانہ باپتھ کردارٕ ہنزِ اہمیژ نِش حیسہ ہُشیار۔

حالانکہِ افسانہ صنفہ باپتھ چھُ زمانہ مکانٕک وہراو امہِ بٔکس وحدت عملس مُتأثر کران۔ راجیش ہندین کینژن افسانن منز تہٕ گژھِ اسہِ یہِ وہراو نظرِ۔ مثلاً افسانہ ''پننہِ وارِ پیٹھ'' ۔ مگر تمہ باوجوٗد چھُ امہ افسانٕک وحدت توٗثرٕ ڈنجہِ روٗزمُت۔ امہ افسانٕچ عمل یوٚ دوے دون پُتین پیٹھ محیط چھےٚ مگر امہ آیک زمأنی ؤہراو آسنہ باوجوٗد چھُ اتھ افسانس منز فوکل کردار اکھ، یعنی اکھ نسوأنی کردار۔ یٚیمہِ ستۍ عملہِ منز وحدتِ توٗثر برقرار روٗزمُت چھُ۔ تمی چھُ ہردے کول بھارتی یہِ ونان زِ ''یٚیلہِ یِم افسانہ انسان پرٕتھ موکلان چھُ باس چھُ یِہے لگان زِ کمہ تام موخصر فِلمہِ ہُند سکرین پلےٚ پٔرٕم۔''

سوٚمبرنہٕ منز شأمِل بیشتر افسانن متلق چھےٚ یہِ کتھ غور طلب زِ افسانن ہندس واقعأتی وانکس منز چھُ حیات تہٕ ممات نکھہٕ نکھہٕ تھاونہٕ آمٕت۔ مگر موتھ چھُ

نہ یمن افسانن منز شیخ العالم سُندی پأٹھی زندگی ہُند نہونکار تہٕ لل دید ہندی ''زندے مُرس مے کریم کیا'' ہیٚو توٗژ ووتلاوان۔ بَلکہِ چھُ مرگ بعضے زُونکہِ مُسلسل عذابہٕ نِش اکھ نجاتیچ وتھ۔ یتھ پأٹھی خبر کیا اوس پھُٹمُت أندرٕ'' افسانس منزٕ وُچھان چھِ۔ زندگی تہٕ موتھ ہم پلہٕ تھاوُنہٕ ستی چھُ افسانہٕ نگارن افسانن منز اکھ تقوٗبُل ووتلأوِتھ زندگی ہُند ویکھر زیادٕ نُمایاں پأٹھی ووتلأوِتھ توٗژس منز شِدتھ پأدٕ کٔرمٕژ۔

افسانہ نگأری ہندس فنس منز چھُ افسانٕک آغاز تہٕ اقتتام سیٹھا اہم۔ امہِ گاچھہِ ہرگاہ موٗرژ گوٗرسوٚ مبرنہِ ہندین افسانن سنوٗأسی ہیکو راجیش ہندس افسانہٕ فنس مُتلق زأنتھ۔ یم بیشتر افسانہٕ چھِ نہ حأران کرٕنس انجامس پیٹھ اندواتان تہٕ نہٕ چھِ واقعاتن یتھ پأٹھی وٕگنٕتھ لگان زِ پلاٹکی گنڈ مُژرنہٕ یتھ سپدِ ہے کانہہ انکشاف۔ تہٕ نہ چھُ یتھ پأٹھی وُتھ انجام زِ قأری کرِ پننہِ پننہِ بترِ مطأبق معنی اخذ۔ مگر امہِ باوجوٗد چھُ یمن افسانن ہند اندتمہِ آیک زِ پرِنہٕ پتہٕ چھُ قأری دم دِتھ باوِنہٕ آمتِس صوٗرتحالس ژاپھ دِوان تہٕ انسأنی زندگی مُتلق سوچنس مجبوٗر سپدان۔ سوٚمبرنہِ منز شأمِل کینژن افسانن ہُند اقتتام چھ بعضے افسانس اکہِ توٗژأتی سوٚتھرِ پیٹھ تھوٚدتِلتھ نوینہ توٗژأتی امکانن کُن پکناوان۔ مثلاً ''پانٕوہِ افسانٕک أخری بیان'' ہوٗن اوس بڑی مہذب'' یا خبر کیا اوس پھُٹمُت أندرٕ، افسانٕک أخری اقتباس۔۔ ''بہ اوُسس کھلہ اسان۔'' چھِ اچھِہِ ٹاکارٕ مثالہٕ۔ راجیشس چھُ افسانہٕ دِلچسپ آیہِ شروع کرنس اہل اماپوٚز بعضے چھُ تمہیدس لور روزان یُس افسانس منز غأرضروٗری طوالتھ پأدٕ کران چھُ۔ مثلن شرادافسانہ نی توٚ یمیگ آغاز نردوش سُند ''یوٚ تام نال ووٗتھ دامنس تل'' یا امین کأمِل سُند کفن

ژۆرافسانہٕ یاد پاوان چھُ۔ چناچہِ تِتھِس تمہیدس نہ چھےٚ کردارٕ ہنزِ عملہِ باپتھ کانہہ اہمیت تہٕ نہٕ افسانکہِ کُلہم توٗثرٕ باپتھ۔ افسانہٕ ہشہِ موخصر صنفہِ باپتھ چھےٚ نہٕ یتھین ہُر یمانہٕ بیانن ہنز گُنجایش تہِ۔ بہرحال راجیش کول چھُ کتھ مورٕوضن ہنز تہٕ باوتھ احسانن ہنز کرنس اہل تہٕ اٚہنز یہٕ پیٚٹھے بانٛچ یہٕ سۆمبرن چھےٚ یِیمہِ کتھِ ہُند باس دِوان زِ اٚمِس چھےٚ اکھ کوہنہٕ مشق افسانہ نگارٕ بننٕچ توٗژھ۔



# کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد ادبی تنقیدُک صوٗرتِ حال

کأشرِس منز چھُ یتھ پأٹھۍ ادبی تنقیدُک آغاز 1947 عیسوی برٛونٛہہ سپُدمُت تہٕ 1950 ہس منز ییٚلہِ ''کونگ پوش'' تہٕ امہِ پتہٕ ''گُلریز'' رسالہٕ تمہِ وقتہٕ چھ ادبی اُنجمنوٕ سۍ شایع سپدۍ یمن ہندِ برکتہٕ آو تنقید لیکھن والین ہُند اکھ کاروان تہِ برونٛہہ کُن۔

امہِ پتہٕ تہِ روزٕ کینہہ ادب شناس شخصیٚژ اتھ مأدانس کُن یِوان تہٕ تمہٕ پیٹھٕ وُنِس تام چھُ 'سون ادب'، 'شیرازٕ' 'انہار' 'ثقافت' تہٕ بیٚیہِ تہِ کینٛژ وگاہے بیگاہے نیرن والیو رسالو کیو جریدو کیو یمن ہندیو خاص نمبرو تہٕ انفرأدی تصنیفوٕ سۍ کأشرِس ادبس مُتلق تنقیدٕ رٔنٛگۍ لگاتار پأٹھۍ کینہہ نتہٕ کینہہ شایع سپدان روٗدمُت۔ یُس سرسری نظر ترادنہٕ پتہٕ میقدارٕ لحاظٕ بسیار باسان چھُ۔

یتھ مضموٗنس منز یمن سارِنٕے نقادن تہٕ یمن ہنزن تنقیدی کأوِشن ہنز

مولون کرٕنۍ نہ چھُ میون مقصد تہٕ نہ مدٕعا۔البتہٕ روزِ میون توجہ کأشرِ ادبی تنقیدٕکس مجموعی صورتِ حالس تہٕ اتھ درپیش کینژن مسلن گاشراونس تام محدوٗد۔کأشرُ ادبی تنقید مولناوِنچ چھُ نہ یہِ میون مضمون کانہہ تہِ پیٹھے بانٛچ کوٗشش۔ بلکہِ چھُ تیمہِ برونہہ تہِ سانہِ زبانٕ ہند یوادبی عألمو وقتہٕ وقتہٕ اتھ موضوعس لل کھوٗل کوٗرمُت۔مثلاً از برونہہ کینہہ وٕری کوٗر پروفیسر شفیع شوق صأبن اکادمی ذٔسی منعقد کرنہ آمژِ أکس ادبی کانفرنسہ منز ادبی تنقیدس پیٹھ اکھ مقالہ پیش یتھ منز کأشرِ تنقیدٕکس ارتقأیی سفرس جأیزٕ ہینہ آمُت اوس۔ڈاکٹر شفیع سمبلی ین تہِ چھُ اکھ زٕ ذٕہلی برونہہ کأشرِ ادبی تنقیدٕکس موجوٗدٕ صوٗرتحالس پیٹھ مقالہٕ لیوٗکھمُت یُس1997 ٕکس انہارس منز شایع سپدٕمُت چھُ۔اتھ مقالس منز چھُ سانہِ تنقیدچن کمی ین تہٕ کوتأہی ین ہنز نشاندہی کرنہٕ آمژ۔ پروفیسر گلشن مجیدن تہِ چھُ پننس أکس موخصر تحریرس منز انشاییہِ اندازس منز کأشرس نقاد سنزن مصلحژن تہٕ مجبوٗرین ہنز کتھ کرٕمژ۔ رفیق راز صأبن تہِ چھےٚ پننس أکس مقالس منز طنزیہِ اندازس منز کأشرِ تنقیدکہِ سطحی آسنچ کتھ کرٕمژ۔ امہ علاوٕ تہِ چھےٚ مختلف أدیبو تہٕ عألمو مختلف وقتن پیٹھ کینژن مضموٗنن منز کأشرس ادبی تنقیدس مُتلق پننین توژراتن ہُند اظہار کرِتھ اتھ درپیش مسلن تہٕ اچھن خوٗبی خأمین کُن اشارٕ کرٕی مٕتۍ۔امہِ سبہ چھُ ممکن زِ یتھ مضموٗنس منز تہٕ آسہِ بعضے تیمنٕ کینژن کتھن دوج دوج دِنہ آمٕت۔

پننس ادبی تنقیدس پیٹھ کتھ کران چھُ اسہِ گوڈٕ یہ وُچھن زِ اتھ سٟتۍ وابستہٕ کینہہ مسلہٕ یمن ہنز أسی نشاندِہی کرِتھ ہیکو تم چھا پزی سأنس تنقیدس سٟتۍ وابستہٕ یا تم ماچھِ بُنیأدی سانہِ زبانٕ تہٕ تخلیقی ادٕبکۍ مسلہٕ۔یعنی اکھ رأے چھےٚ یہ تہٕ

کأشرِس منز چھُ ادبی تنقیدُک سرمایہِ کمے۔مگر أسۍ چھِ یہِ مۄشراوان زِ ادبکی تنقیدُک واٹھ چھُ غأر افسانوی نثرس ستۍ۔تہٕ سأنِس ادبی توآرێخس منز چھُ نثرشأعری مقابلہ واریا کأنسہٕ کۄٹ۔کأشرِ نثرٕچ وأنِس چھےٚ مسا مساشےٚ ستھ دٕہلۍ۔یتھ منز افسانوی کیو تنقیدی نثر دوشونے شأمل چھُ۔گۄو زِ أسۍ ہیکوٕ نتھ زِ نثری تخلیقی ادبچن کینژن روایژن ہندی پأٹھۍ چھےٚ تنقیدٕچ روایت تہِ وُہمہ صدی ہندِس دۄیمِس نیصفس منزٕ ے ووتلیمٕژ۔تہٕ تنہٕ پیٹھٕ ییٚتہِ سانہِ کینہہ نثری ادبی صنفہٕ مثلاً ناول کۄٹھۍ ڈٕرراونٕچ جستہ خأژی کران چھِ تتہِ چھُ مےٚ باسان زِ کأشرِ ادبی تنقیدچہِ روایژ چھے أتھۍ قلیل مُدتس دوران کم از کم میقدارٕ لحاظٕ پایدأری پرأومٕژ۔

عام طور چھِ ادبی حلقن منز یتہِ وننہٕ یوان زِ کأشرِ زبأنۍ منز چھِ اشأعتی ؤسیلہٕ بۄزِ تھے۔کأشرِ زبأنۍ ہندۍ باقأیدٕ پأٹھۍ نیرن وألۍ رسالہٕ چھِ سون ادب،شیرازٕ ،تہٕ انہار۔کأشرِ تنقیدٕ رٔنگۍ یہِ کینژھاوُنس تام برونہہ کُن آمُت چھُ تتھ منز چھُ یمن رسالن ہُند رول پزی مثبت تہٕ اہم۔یمو ورأے تہِ ہرگاہ مختلف ادبی اُنجمنو تہٕ تنظیمو ؤسۍ گاہے بیگاہے کانہہ جریدٕ یا رسالہ شایع سپدٕ مگر سہٕ چلیو ونہٕ باقأیدگی سان۔ ووٕنۍ اگر چلیو تہِ تتھ منز تہِ رۄد تخلیقی ادبکےٚ پوٚترٕ گۄب۔تِکیازِ یمن شُمارن چھےٚ تخلیقی ادبکۍ مختلف گوشہ تہٕ تخلیکار دیپراونٕچ مجبۄری ییمہِ سبہٕ یمن منز تنقیدس زیادٕ جاے پأتھنۍ محال چھُ۔

کأشرِس تنقیدس مُتلق چھےٚ عام راے یہِ زِ یہِ چھُ زیادٕ پہن شأعری ستۍ وابستہٕ۔یہِ چھُ یتھ پأٹھۍ صیح تہِ باسان۔ووٕن گۄو یہِ چھنہ زأنتھ مأنتھ تہِ سپدُ مُت۔تِکیازِ سأنِس ادبی سرمایس منز چھُ شعرٕ ادبک ھےٚ باگہِ بوٚرُت ییمیک

توٲریخ الہٕ پلہٕ ستن ہتن وٕرِین پیٹھ محیط چھُ۔اتھ مقابلہ چھُ نثری ادبُک سرمایہٕ محدوٗد یتھ منز زٕور پہن حصہ افسانہ ادبُکے چھُ۔یوٚ دوے اُسی انگریزی ادبی توٲریخس پیٹھ نظر ترااو واتھ منز چھِ الزبتھین ڈراما، وِکٹورین ناول تہٕ رومانٔی شعر نہجہٕ ہندس صوٗرتس منز ترٛے ذرخیز دور۔یمو ترٛیشوٕ نہجو کوٚر پننہٕ پننہٕ وقتہٕ یمن وکھرٕ وکھرٕ ادبی صنفن موٗلُل برٛزر تہٕ یمن متعلق آو جان تنقید تہٕ بروٚنہہ کُن۔سأنس ادبی توٲریخس منز چھُ نہٕ وُنہٕ تہٕ کانہہ دور یُس اُسی شاعری ورٲے بیٚیہٕ کُنہِ نثری دورٕ رٔنگی پرزناوِتھ ہیکون۔بروٚنہہ تہٕ آو وننہٕ زِ سأنس افسانوی نثرس منز چھےٚ ناول وُنہٕ تہٕ کوٚتُھی کھوٚکھشی کران تہٕ ڈراما تحریکہٕ تہٕ روٗد ابتدا پیٹھے اژ زوٗ تہٕ نیرزوٗ۔خاص کریوٚ دوے اُسی پننس ادبی سرمایس منز ادبی ڈراما ژھارنہٕ یمو اتہِ چھِ ازتہ ”سیا“، ”ژھاے“ تہٕ ناٹک کُرِو بند“ بیترِ کُژ تام ڈراما میلان۔یژ دوے ووٚنی افسانہ صنف نمون یہِ پھچےٚ پزی پننس ارتقأیی سفرس منز واریا بروٚنہہ پکمژ، مگر یتہِ چھُ پزر زِ از اکوٚہمہٕ صدی منز تہِ اگر اسہِ نُمایندٕ کأشرین افسانن وژن دیُن آسہِ، اُسی چھُ نمتہٕ بروٚنہمین تمنٛے دٔہلین منز واتان یِیلہِ اختر تہٕ کول ہوی افسانہ نگار کأشرِ افسانہٕ نگأری منز راجُت کران اُسی۔تمہِ پتہٕ تہِ ہرگاہ کینہہ معیأری افسانہٕ لیکھنہٕ آیہِ تم آیہِ تمنٛے افسانہ نگارن ہندِ ذٔسی لیکھنہ یم تتھ دورس منز تہِ لیکھان اُسی۔تمو کُژ وتام ناوو پتہٕ آو نہٕ کأشرِ زبأنی منز پٔتی مین دون ترٛین دٔہلین دوران تیُتھ کانہہ تہِ افسانہ نگار یُس اول صاحبِ اسلوٗب آسہِ ہے تہٕ دوٚیم تیکی سندی افسانہٕ یہِ باس دِہن زِ فنی لحاظٕ چھُ کأشرس افسانس اکھ ووٚنی بروٚنہہ پوٚکمُت۔وُنی کین تہِ ہرگاہ کأشرس منز نثر ادبُکہِ تنقید رٔنگی کینژھا لیکھنہٕ یوان چھُ سہٕ تہِ چھُ بیشتر تمی دورکین افسانہ نگارن تہٕ افسانن متعلق۔امیک

مطلب چھُ یہِ زِ میقدارِ لحاظٕ ہرگاہ کأشرِس افسانس لگاتار بُرزر سپدان چھُ معیار لحاظٕ چھُ نہ یہِ اضافہ تمہٕ حسابہٕ کینہہ تہِ۔ دراصل چھُ تنقید تیلی پرٕتھان پوٗٹھان ییلہِ ادب پرٕتھ، تہٕ پوٗٹھِ۔ وونی ییلہِ تخلیقی ادبٕ کم مایہِ آسہِ تتھ تنقید کیا پھبہِ۔

یتھ پأٹھی چھُ یہِ صیح زِ کأشُر تنقید چھُ زیادٕ پہن شأعری مُتلق۔ اتھ تنقیدس مُتلق چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ مختلف عألمو امکین مختلف کھوچرن ہنز نشاندہی کرٕمٕژ۔ مثالے اکثر چھُ یہِ ونہٕ یوان زِ کأشُر نقادو چھُ راہِ راہِ نوٗن تیل بأگران۔ یعنی تِہندِ تنقیدٕکی موضوع چھِ کرٕ تام گنڈِتھ ژٕھتھ شأعرتہٕ بس۔ ہرگاہ أسی اتھ سرسری طور نظر تراوو یہِ باسہِ کُنہ حدس تام صیح تہِ۔ تِکیازِ سون یُتھ ہیوٗ تنقید چھُ زیادٕ پہن لل دید، شیخ العالم، رسُل میر، محموٗدگأمی، مہجوٗر، نأدِم، کأمِل تہٕ رأہی لیس تامے محدوٗد۔ سأنی باقٕے شأعرتہٕ خاص پأٹھی پرٕأنی شأعر نقادن ہِندِ توجہکی مرکز نہ بنٕنکی وجہ ہیکن مختلف أستھ۔ اما پوٗز اکھ وجہ چھُ یہِ زِ یِمن شأعرن منز چھِ کینہہ تتھی تہِ یِمن ہُند کلامہٕ وُنہ تہِ شأیع سپدنے چھُ۔ مثلاً سأنِس بیانیہ شعرٕ ادبس منز چھُ مثنوی ین ہُند اکھ بوٚڈ بارٕ انبار مگر امیک بیشتر حصہٕ چھُ وُنہ چھاپس کھسنےٚ۔ تہٕ مولأنکون کتھ زن یتہِ کرنہٕ۔ محموٗد گأمی تہٕ مقبوٗل کرالہ وأرِس مُتلق چھُ واریا کینہہ لیکھنہ آمُت تِکیازِ تِمن ہنز مثنوی یہِ چھےٚ شایع سپزمٕژ۔ مگر تِوتہِ چھُ محموٗدگأمی سنزن اچھاپہٕ مثنوی ین وُنہِ تہِ سنجیدٕ مولأنکون کرنے۔ یتھے پٹھی اوس کینہہ وُری بروٚنہہ پہن تام مقبوٗل امرتسری ہوٗس شأعرٕ سُند کلامہ منظرِ عامس پیٹھ ینے۔ تنقید ہےٚ کرنہٕ ییہِ ہے تہٕ کتھ۔

ہمکال ادبس منز تنقیدی موضوعن ہِندِ تنگ دأیرٕچ کتھ چھےٚ کینٕژ وادیو تہِ کرٕمٕژ۔ مثلاً یہِ چھُ ونہٕ آمُت زِ ''مہجوٗرس تہٕ آزادس پتہٕ چھِ زٕے ترے ناو بار

بار تقریرن تہٕ تحریرن منز لبنہٕ یِوان۔ یُس اکھا تہٕ نوِ ادبی سفرُک تذکرٕ کرٕ سہٕ چھُ نأدم، کامل تہٕ راہی ہِندِ پیٹھٕ شروع کران تہٕ أتی تھٔے بس تہٕ۔" بیا کھ ادیب چھُ امہٕ تنقیدچہِ جأنب دأری مُتلق کتھ کران ونان زِ "وُچھنہ چھُ آمُت زِ اتھ تنقیدس منز ہیکیٖ نہٕ تِم (نقاد) پننہِ ذاتھ یا یار برادری ہِندی زولانہ پھُٹرٕ اوِتھ أ ٔکس صیحت مند نقادسُند کردار ادا کٔرِتھ۔ یِہنہ والین نقادن گرٛھِ پانٔے یِہٕ پران پرانٕے اور گُن ظون۔" کینژ وتخلیقار وچھُ نقادس یہٕ الزام تہٕ دِیتمُت زِ "وُنِس تام چھُ کأشرِس منز اکثر دوسدأری تہٕ یار برادری بُنیاد بنأوِتھ تنقید لیکھنہ آمُت۔ یِتے یوت نہٕ ادبی توأریخ تام تہٕ چھنہ امہٕ وو بانشہٕ مُچھ۔ شاید آسہٕ اکثر دوستن یِہِ تہٕ پےٚ زِ تنقید لیکھنٕچ کھوٚٹ چھےٚ کینژن معاملن منز نوکری تہٕ افسری ماتحتی بناونہ آمژ۔"

ہیرِ مین بیانن نفی کرنٕچ یا نقادٕ ہِندِ طرفہٕ سینہ صفأیی دِنٕچ ہوِ ہرٕ ہنٛچ چھےٚ نہ میانہٕ باپتھ ضروٗری۔ تکیازِ لوکٕچن زبانن منز ہیکن یِتھٕ ہِشہٕ کتھٕ کرنہٕ یِتھ۔ سانہٕ لوکٕچہِ موکٕچہِ زبأنی منز یِیتہِ اکثر پرتھ کانہہ ادیب تہٕ لکھأری پرتھ کأنسہِ ادیبس تہٕ لکھأرِس زانان چھُ اتھ منز ہیکن بعضے یِتھٕ مصلحژ أستھ۔ مگر یِتہٕ چھُ پوٗز زِ فِلحال یِم کٔژ تام حقیقی نقاد کأشرِس ادبی مأدانس منز وُنی کین چھِ تِمن ہِنز تنقیدی کأوِشہِ وُچھِتھ ہیکو نہٕ تِمن پیٹھ جأنب دأری ہِنز ہوہرلأ گِتھ۔ کأنسہِ پرأنِس شأعرس مُتلق کیا زن جأنب دأری ہاون تِم یِہٕ سمجُن چھُ مُشکل۔ دؤیم کتھ چھےٚ یِتہ زِ شأعری ہِندِ حوالہ ہے کتھ کروسأنی از کالِکی اہم تہٕ جان نقاد چھِ پانہٕ تہٕ جان تہٕ پایہٕ بڈی شأعر یم شعرٕ فنس پننہِ مخصوٗص ترایہِ وُچھان چھِ۔ تِم لیکھن تتھٕ پیٹھ یِہ تِمن ٹارِ کھسہِ۔

یِتہِ چھُ پزر زِ موجوٗد لکھارین منز چھُ پوٗز ونگ تہٕ پوٗز ژالنٕگ ہٕٹر تہٕ کم

-یاپہٕ تہٕ زِ کینژن ادبین ہندِ خاطرٕ چھُ تنقید چھرا تھر کھاڑنی یا دستار والنُ ۔مےٚ چھُ باسان زِ تِھس صۆرت حالس منز ہیکہ صیحت مند تہٕ ایمان دار تنقیدی روایت مُتاثر سپدِتھ۔یِیلہِ زن جان تنقیدی روایژ باپتھ ایماندار آسن نۍ تہٕ کم از کم ایمانداری ہُند باس دِیُن ضرورٕی چھُ۔

یہِ کتھ تہٕ چھےٚ غور طلب زِ پتِمین شیٚن ستن دہلین دوران روٗد کاشرِ زبٲنۍ ہنزن عِلمی تہٕ ادبی سرگرمین منز زٕ ادارٕ خاص پٲٹھۍ برونہہ برونہہ۔یعنی کلچرل اکاڈمی تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہُند کاشُر شعبہ،یِمو دۄیو ادارو دِتۍ کاشرِ زبٲنۍ سنجیدٕ ادب تخلیق کرن وٲلۍ کینہہ پایہِ بٔڑۍ تخلیق کار تہٕ تہٕ بٲریک بین ادب شناس شخصیژ تہِ۔چناچہِ سنجیدٕ ادب شناس سُند قلم ووتھِ ہیٚتھے بانہٕ سنجدٕ ادبس پیٹھے۔امہ سبہ تہِ چھُ کینژن لۄکن کاشُر تنقید پانہ وٲنۍ معاملہ باسان۔

یِیمہِ عصرٕ کین بیشتر تخلیق کارن چھُ یہِ ہِتھ زِ یہِ کینژھا تم تخلیق کران چھِ تتھ پیٹھ گژھِ زلہ وُن زلہ وُنۍ تنقیدٕ رنگۍ کینہہ لیکھنہ یُن ۔تہٕ یِیلہِ نقادن ہندِ ۂسی نظر انداز سپدان چھِ تم چھِ ملالہ ہۆت یِتھ ہیوٗ اظہار کران۔"وُنِس تام یِمہٕ میانہِ ژ کتابہ بازر پیٚیہِ تم بنیہِ نہ کانٛسہِ ہند، توجہک مرکز۔" کینژھا چھُ صیح زِ کاشرس منز چھُ اکھا اکۍ سُند پرنٛک عادت ووٕنۍ دۄہ کھوٚتہٕ کم سپدان۔اماپوٚز یہِ تہٕ چھُ صیح زِ فقط تخلیق کارٕ سندِ پرٛھنہ سٟتۍ یوت ہیکہِ نہ نقاد تمِس مولوِتھ۔بلکہِ گژھِ کانہہ تہِ تخلیق پٲنۍ پانۍ نقادس مولونہ باپتھ مٲل انٛزۍ۔تنقیدس منز چھےٚ نقادٕ سنٛز پسند ناپسند کارفرما روزان۔یوٗس تخلیق نقادس باسہِ زِ یہِ چھےٚ تنقیدی مولونہٕ ہنٛز طلبگار تھۍ تخلیقس ہیکہِ سُہ جان پٲٹھۍ مولوِتھ۔تہٕ سۍ تنقید بنہٕ معیٲری تہِ۔

یہِ کتھ تہٕ چھےٚ توجہ طلب زِ کاشرس منز یِم کینہہ شاعر موجوٗدٕ دورس منز

شاعری کران چھِ تموٚ منز چھِ اکثر غزل گو شاعر۔ غزل چھُ نہٕ تنقیدُک محتاج۔ غزل چھُ بوزناوٕنٕچ تہٕ بوزنٕچ شاعری ہندس زمرس منز شامل۔ یہٕ ہیکہِ پٔنُن حظ تہٕ مسرت بوزنہٕ سٟتی دِتھ۔ تنقیدٕ سٟتی ہیکہِ غزلُک حظ مجروح سپدِتھ۔ بقولہِ پروفیسر شفیع شوق چھُ غزل ''اکھ سمعی فن یُس روایتس تابین روٗزِتھ عروٗضی مسلہٕ تُلنہ ورأے کانہہ تیٚتھ ہیٚتی بحث تُلی تھےٚ ہیکہِ نہٕ یُس تجربچہِ پیچیدگی ہُند نمایندٕ آسہِہے۔ غزلس مُتلق تحریری بحث ہیکہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ عروٗضی بحث اُستھ یا تدریسی آیہ تشریح۔'' حالانکہِ امہِ باوجوٗد چھُ غزلس مُتلق واریا کینہہ تنقید لیکھنہ تہٕ آمٕت تہٕ لیکھنہ چھُ یِوان تہٕ۔ یوٗدوے یتھ تنقید موضوع ویژھنے تاہم محدوٗد روزان چھُ۔

یتھ پأٹھی مضموٗنس کس آغازس منز ووٗن زِ کأشرِ زبأنی منز چھُ تنقیدٕ کس ناوس تحت وُنی کین تہِ بِسیار پأٹھی لیکھنہ یِوان۔ تِکیازِ کأشرِ زبأنی ہُند خالے کانہہ افسانوی نثر لیکھن دول یا شاعر آسہِ تیُتھ ییمہٕ نہٕ کُنہِ نتہٕ کُنہِ ساتہٕ تنقیدٕ، تبصرٕ رٔنگی کینہہ نتہٕ کینہہ لیوٗکھمُت آسہِ۔ (میون مطلب چھُ نہٕ یہٕ تخلیق کار کیا ہیکہِ نہٕ نقاد اُستھ۔) مگر ییمہِ کتھِ نِش انکار کرُن تہِ چھُ محال زِ یتھ پأٹھی سانہِ زبأنی منز ادب تخلیق کرن وألی واریاہ چھِ تہٕ مگر معیأری ادب کم چھُ تتھے پأٹھی چھِ نقاد واریاہ مگر تنقید کم۔ یتھ اُسی قأبلِ اعتبار تنقیدٕ ؤنتھ ہیکو۔ قأبلِ اعتبار تنقید دوٚو تھی یُس دوٚ ییمین لکھارین ہندِ دٔسی حوالہٕ رٔنگی ورتاونہ یِوان آسہِ۔ امہِ لحاظٕ ہے وُچھو سأنِس تنقیدس منز چھُ از تہِ عبدالاحد آزادس پتہٕ رحمان راہی، ٹینگ، حامدی، شوق، شانت تہٕ بیٚیہِ دون ترٚین نقادن ہُند تنقید امہِ باپتھ ورتاونہ یِوان۔ ییمہِ کِنی یہِ ٹاکارٕ سپدان چھُ زِ کأشرِ زبأنی منز چھِ فلحال پےٚ گرٕ تام نقاد با اعتبار نقاد

زانہٕ تہٕ مانہٕ آمتۍ تہٕ باقۍ چھُ محض بُرتی باپتھ۔

یتھ پاٹھۍ چھُ واریاہ کینہہ تنقیدی سرمایہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ سون تنقیدی سرمایہٕ کمے۔ تکیاز ِ بیشتر تنقید چھُ غار معیأری۔ یتھ مُتلق مختلف عالمو منفی رایہٕ دِژمٕژ چھےٚ۔ مثلاً اُکس ادیبہٕ سُند وَنُن چھُ زِ ''وونی یوٗ دوے نأدِم، کأمِل تہٕ رأہی ہنزِ شأعری ہنز پھیرِ ہاوخصوٗصیژ زھارنہٕ ییمو کأشُر تنقید وُچھِتھ میلہِ نہٕ تتھ منز مدتھ بلکہِ چھُ یمن مُتلق یُتھ ہیوٗ تہِ لیکھنہٕ آمُت زِ فقط ناوٕے یوت بدلاونہٕ ستۍ ییہ یہِ کأنسہِ تہِ شأعرس مُتلق وننہٕ۔'' یعنی یہِ زِ تنقید کُس ناوس پیٹھ چھےٚ سہلنگأری ورتاونہٕ آمژ۔

پزر چھُ یہِ زِ سانہِ تنقیدی سرمایُک بیشتر حصہ چھُ فن پارچہٕ موضوع ویژھنے تہٕ معنی ژھأنڈ تاہِ محدود۔ امیُک بیشتر حصہ چھُ تشریح تہٕ تفصیرن پیٹھے مُشتمِل۔ بقولِہِ حامدی کشمیری ''یہِ تنقید چھُ مُدرسانہ اندازس منز فن پارُک موضوع بدِ کڈِتھ امیُک تہٕ زبأنی ہُند حُسن قبوٗ ویژھناوان۔ یِم سأری طریقہ چھِ نہٕ تنقیدِ کِ تقاضہ پوٗرٕ کران''۔ پروفیسر مجروح رشید چھُ اتھ متعلق ونان زِ ''کأشرِ شأعری ہُند نقاد چھُ عموماً کُنہ تخلیقہِ ہُند جایزٕ ہینہ وِزِ عملی تنقیدس نکھہٕ روزنٕچ کوٗشِش کران۔ یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ کُنہ کُنہ چھُ امہِ قسمُک تنقید یا تہٕ توصیفی تہٕ نتہٕ تنقیصی۔'' اتھ تنقیدس منز چھُ بعضے نقاد پننہِ ذأتی علمُک اطلاق فن پارس پیٹھ کران تہٕ بعضے تخلیقہ نیبر تخلیق کارٕ سنز زندگی تہٕ اوحال تخلیقس پیٹھ مُسلط کران تہٕ یتھ دوران اصل فن پارٕ گال کھاتس سپدان چھُ۔ بعضے چھُ یہِ تنقید کٕمے تہٕ تخلیقس ستۍ نقادسُند فوری ردِعملُک اظہار زیادٕ پہن روزان ییمہِ سبہٕ اتھ منز ازحد توٗرأتی رنگ کھوٗتمُت آسان چھُ۔ یتھ تنقید چھُ فن پارٕ کہِ متنُک پیٹھۍ متن باسان۔

کاشرِس تنقیدس چھُ دوہراوٕک لانٛج اگادِ گومُت یعنی ہرگاہ کانٛسہ نقادن کانٛسہ شاعرس مُتلق کانہہ کتھ وٲنۍ ہیٚژ چھےٚ پتہٕ چھِ اکثر نقاد تتھۍ پھیر پھیرِ دِوان۔ بامے ہیکہِ زبان تہٕ سوے اُستھ تہٕ بامے آسہِ ڈالنہ آمٕژ۔ پروفیسر گلشن مجید سُند یہِ وٕنُن چھُ صحیح زِ کاشرِس تنقیدس منز یہِ ضروری زانُنہٕ یِوان زِ اگر کانٛسہ کانہہ خاص کتھ گوڈے وٲنۍ ہیٚژ چھےٚ امیک گوژھ حوالہ دِنہ یُن لہذا چھُ سورُی عالم گرِتھ پننٕہِ کھاتس درج گژھان تہٕ بار بار گُنی کتھ بوزُنی پیوان۔

بعضے چھُ یہِ تنقید فن پارٕکہِ تجزیہِ برعکس اتھ مُتلق محض بیان بٲزی آسان۔ اسہِ گژھن پننِس ادبی تنقیدس منز "قد آوار"، منفرد آواز" "تجُربہٕ" تہٕ بیٚیہِ کینہہ مختلف لفظ تہٕ اظہار مختلف شاعرن ہنزن مولاٚنکونین منز ورتاونہ آمٕتۍ نظرِ۔ یم محض بیان چھِ۔ تہٕ یِتھۍ تنقیدی بیان چھِ پرتھ لوکٕٹِس بٔڈِس شاعرس مُتلق دِنہ آمٕتۍ۔ اکثر آسن یِتھۍ بیان تہٕ داوا گنہ دٔلیلہِ روٚس۔ محض بیان بٲزی ہیکہِ نہ معیٲری تنقید مانٕنہٕ یِتھ۔ اتھ بیان بٲزی منز چھُ بعضے یِتہِ سپدان زِ اکہِ ہے مضموٗنس منز یُس بیان اکِس شاعرس یا تخلیق کارس مُتلق دِنہ آمُت آسان چھُ برونہہ کُن چھُ نقاد پانے تتھ نفی کران۔ پننہِ تنقیدی سرمایہِ منز ہیکو اسی یِژھن واریاہن مثالن ہنز نشاندہی کرِتھ۔ مثال دِتھ کانٛسہِ ہند دِل اوزردٕ کرُن روزِ نہ مُناسب۔

کینژن کاشرین ادیبن ہُند وٕنُن چھُ زِ کاشرِ تنقیدٕچ نُمایاں کمزوری چھےٚ زِ یِیتہٕ چھُ نہ وُنہ کانہہ تہٕ پوختہ کار نقاد پٲدٕ سپدِتھ ہیوٚ کمُت۔ نہ چھُ کاشرِس منز کانہہ تنقیدی مکتب فِکر بارسس یِتھ ہیوٚ کمُت۔ یِتھ پٲٹھۍ چھُ کاشرین نقادن پننہٕ کُنہ نظریاتی اساسک اباو۔ اکثر چھُ یہِ وننہ یِوان زِ کاشرۍ نقاد چھ انگریزی

اردوو بیترِ کتابو منز ژاپمژ کتھ ہنتھ کأشرین فن پارن پیٹھ پنٕن بوس ژھانژھناوان۔ بامے تم کتھ تس پانس فکرِ ترِ مژ آسن یا نہ آسن۔ سہٕ تہٕ اوس وقت ییٚلہِ کأشریو سنسکرت نقادو سنسکرت شعریاتس منز رس، النکار تہٕ خاص پأٹھی دونہ مکتب فکرس بوش کھورمُت اوس۔ اما پوٚز پننہِ میٚژ ہندی شعری جمالیاتکی تم تھوٚنگی چھِ ووٚنی سانہِ باپتھ غارزان بٔنیمتی تہٕ اتھ برعکس چھِ ارسطو، ایلیٹ تہٕ کولرج ہوی نقاد اسہِ نکھہِ تلکی باسان۔ یہٕ چھُس نہ یہِ ونان زِ اسہِ پزِ ہے از تموے قدیم پیمانو جدید زندگی ہندین جدید تقاضن ہنز باوتھ کرن وول ادب مولناوُن۔ بٔلکہِ چھےٚ یہِ کتھ زِ قدیم کالس منز ییٚتہِ أسی شعری جمألیاتکی تھوٚنگی پأدِ کٔری تتہِ ہیوٚک نہ یتھ دورس منز کانہہ تہٕ یُتھ گوہر سنج پأدِ کٔرِتھ۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یتہٕ زِ یہِ چھُ معیأری ادبچ اہمیت تہِ عیاں کران۔ یعنی سنسکرت عأٰلمن تہٕ نقادن بروٚنہہ کنہ اوس مواد رٔنگی سنسکرت زبأنی ہندی مختلف شاہکار۔ ییٚلی تمن معیأری ادب موادِ رٔنگی آیہِ تن اوس تیٚلی ہیوٚک تموتہِ پننین خیالن واش کڈٕتھ۔ یتھ پأٹھی وأژ کتھ بنیہِ معیأری ادبس پیٹھ۔ تِکیازِ بہلہِ پایہِ نقاد ووتھِ تیٚلی ییٚلہ بہلہ پایہِ ادب آسہِ۔ تہٕ تنقیدُک معیار چھُ بہرحال ادبی معیارس تأبین۔ بقولہِ رحمان راہی ییٚمہ درجُک تخلیقی ادب آسہِ تمی درجُک آسہِ تنقید تہِ۔ روٗدسوال زِ از چھِ أسی ووٚزم معیار پاناوان۔ اتھ منز چھُ نہٕ حرجہٕ کانہہ تہِ۔ اول یہِ زِ تقاضٕی ادٕبہ مُطأبق ادب چھُ گژھنے تہٕ زبان چھس بیوٚن بیوٚن۔ دوٚیم اہم کتھ چھےٚ یہِ تہِ غزل، وژن تہٕ واکھ ورأے چھےٚ کأشرس منز الہ پلہ سارِیے ادبی صنفہ دوٚیمیو زبانوٕ پیٹھ آمژ۔ ییٚمہِ ساتہٕ وو پرضنفہٕ پاناونہ یِن وو پرتنقیدی معیار پاناونس چھُ نہٕ تیٚلہِ چارے کانہہ۔ تِکیازِ صنف چھےٚ پننٕی صنفی اصول ہیتھ اکہِ ادبہٕ پیٹھ بییس ادبس منز وأردسپدان۔

بہرحال وٕو پرٛ معیارن ہنز کتھ اوٚک طرف ترأوِتھ یوٚ دوے وُچھو کأشرٕ زبأنؠ منز چھُ موجوٗدٕ دوٗرُک ادبی ماحول گُنہ زوٗٚ زیتہٕ روٗس۔ یعنی اتھ منز چھےٚ بُنیَنٛچ عدمِ موجودگی۔ ییٚلہِ زن مُلہ تلہ ادبی بحثہٕ تنقیدس پیٚن دِتھ اتھ منز نظریأتی رنگا رٕنگی انان چھُ۔ بحثہٕ چھُ نوین سوالن زاینُن دِتھ خیالن ہندی ژھایہِ ہٕلی گاشرٕ اونس پیٚٹھ آمادٕ کران۔ کأشرس ادبس منز آو ترقی پسند دورس منز مختلف رنگو ادبس مُتلق لیکھنہٕ۔ وجہ چھُ تتھ دورس منز اوس ادبی حلقن منز ادبس مُتلق اکھ بحث چلان۔ امی برکتہٕ لوٚگ کأشرس ادبی تنقیدس تہِ باضأبطٕ پأٹھؠ گُن۔ امہ پتہ تہِ ہرگاہ کانہہ تہِ ادبی بحث چلیوٚ وسہٕ سو تیوٚواڈوتی۔ ترقی پسندی ہنز ترائے أس اکھ تحریک تہٕ تحریکے چھےٚ ادبی بحثن زاینُن دِوان۔ مگر ادبی تحریکن ہُند زمانہ موکلیوو ترقی پسند تحریکہِ سٟتؠ۔ گُنہ حدس تام بوٚر جدید ترایہِ ہندی مزازن تہِ تنقیدس منز بحثُک رنگ مگر سہٕ تہِ قلیل وقتس۔ تہٕ ازکل چھےٚ ووٚنؠ جدید تر دورٕچ کتھ کرنہٕ یِوان۔ ادٕبکس تخلیقی سوٚتھرس پیٹھ چھا کأشُر ادبن جدید تر دورس منز پوٚرٕ پأٹھؠ کھوٚرتر وومُت کِنہ نہ۔ سو کتھ چھےٚ الگ۔ ووٚنؠ گوٚ ویہِ چھُ صیح زِ گنڈ گوٚ ویٚلہٕ تہٕ تخلیق کار چھُ ووٚنؠ گُنہ تہِ نظریأتی ٹکلہِ نِش آزاد۔ تِتھِس صوٗرت حالس منز گُس بحث وٕوتلہِ تنقیدس منز۔ مےٚ چھُ باسان زِ یتھ کتھ کرنہِ کانہہ تہِ انکار زِ یوٚ دوے کانہہ نقاد ازکل کانہہ توج طلب تہٕ سٕنٛس لایق تنقیدی مضموٗن ہیٚتھ برونہہ گُن ییہِ۔ سہٕ گُس سنیس۔ گُنہ حدس تام چھُ پتہِ پزر زِ درسی ضروٗرت تہٕ ایوارڈن تہٕ اعزازن ہند مارٕموٚت (یِم نہ صرف کأشرس منز بلکہِ اکثر زبانن منز بُتھ تہٕ ناووُچھتھ دِنہ یِوان چھِ) نئے لکھارین کل کڈِ سون ادب ماسپدٕ تیٚلہِ پتھ ہِو تنقیدٕ نِش تہِ آزاد۔

# موٗثر تحریر

انسانس چھِ پننِۍ کتھ دۄیمین تام واتناونہٕ خاطرٕ زٕ ؤسیلہٕ بدس۔ اول تقریر تہٕ دۄیم تحریر۔ علم تہٕ زانکٲری ہندِس ؤسجارس تہٕ پھٲلاوس منز چھےٚ تحریرس زیادے پہن اہمیت تِکیازِ لیکھنک ؤسیلہ ورتاون وول چھُ پننِۍ زبان شعوٗری طور استعمال کرِتھ تحریرٕ ذٔسی پننِۍ اکایل خیال تہٕ محسوٗسات اکہٕ وسیع قٲری حلقہ باپتھ بامعنے تہٕ کارآمد بناوتھ ہیکان۔ دراصل چھُ تحریر اکھ فن۔ تہٕ اتھ فنس منز ہیکہ نہٕ پرتھ کانٛہہ ووستاد اُستھ تہٕ نہٕ ہیکہ پرتھ کانٛہہٕ موثر نثر لیکھنہٕ کین ژھلن تہٕ ولن نِش زٲنی یاب اُستھ۔ کأشرِ زبٲنۍ منز چھےٚ ترٛژھن تصنیفن تہٕ قٲیدن ہنز ہنز ویژھے یمن منز رُت نثر لیکھنہٕ کین یمن ژھلن تہٕ ولن ہنز وضاحت کرنہٕ آمژ آسہِ ہے۔

چناچہ تحریر چھُ لکھٲرس نِش پننین خیالن تہٕ پننہِ شخصیتُک اظہار کرنُک اکھ سوٗدمند تہٕ موثر ذریعہ تہٕ پننِۍ کتھ دویمین تام واتناونُک اکھ آسان طریقہٕ تہِ۔ مگر

پنٛنہِ کتھ دۄیمین تام زیادٕ واضح پأٹھۍ واتناونہٕ باپتھ چھہ کینژن کتھن ہُند خیال تھاوُن ضرٗوری۔ یم یتھ پأٹھۍ چھہٕ:

گوڈنیک چھُ مقصد۔ پرتھ باؤژ چھُ کانہہ نتہٕ کانہہ منشہ تہٕ مقصد آسان، تہٕ مُختلف تحریرن تہٕ ہیکن مُختلف مقصد اُستھ۔ مثلن تبلیغ، اطلاع، اصلاح، حوصلہ افزأیی یا ویژھنے وکھنے بیترِ۔ تحریرُک مقصدٕ ے ہیکہِ لکھأرؠ سُند طرزِ بیان، لہجہ تہٕ زبأنؠ اندازٕ مُتشخص کٔرِتھ۔

دۄیم چھُ موضوع۔ طرزِ بیانس منز چھےٚ پیٚٹھے بانہ موضوعس اہمیت۔ پرتھ موضوعس چھُ اکھ گوڈ، منز تہٕ اند آسان۔ لکھأرؠ ہنٛدِ باپتھ چھُ لأزمی زِ تٔمس آسہِ موضوع کین حدوٗدن پیٹھ نظر۔ سہٕ گژھِ یمہِ کتھِ نِش باخبر آسُن زِ موضوعس مُتعلق کأژازان چھےٚ تس۔ سہٕ گژھِ یمہ کتھِ نِش باخبر آسُن زِ پننہٕ تحریرِ ستی کُس نوٚو پہلوٗ گاشراوِ سہٕ امہ موضوعک۔ یعنے اتھ موضوعس مُتلق کیٚتھ ہیٚؤ ہُریرِ سپدِ امہ موضوٗع چہِ زانکأری۔

ترٛیم کتھ چھےٚ خیالن ہُند ترتیب وار اظہار۔ موضوعس مُتعلق وأقفیژ پتہٕ چھُ تتھ مُتعلق پنٛنہِ خیال تحریرس منز اَنہٕ۔ خیالٕچ اِکأیی، سہٕ اوٚک لفظی آسہِ، جُملہ یا اقتباس کس صوٗرتس منز آسہِ، اتھ منز چھُ ترتیب تہٕ سلیقہ ضرٗوری۔ موضوعس مُتلق گرٛھن خیال تسلسُلہ سان پیش کرنہ یِنہٕ نزِ جوٗٹھ کٔرِتھ۔ مثالے یتھ پأٹھۍ اُسۍ گنہ لرِ دۄرِ پیٹھ رسہ رسہ گنہ پیٹھ پتس تام نظر تراوِتھ سأرے لر وُچھو تتھے پأٹھۍ گژھِ لیکھن وول پننس موضوعس مُتلق پنٛنہِ خیال بروٗنہہ کُن انُن۔ نزٕ یتھ پأٹھۍ زٕأتی کرِ ہیٚچ ذکر تہٕ أتی کرِ لیٚچ ذکر، تہٕ پرن وألس تہِ باسن بادنہ آئتی خیال مُنتشر۔ خیالن ہُند موزوٗن تسلسُل ہیکہ مُنأسب پراگراف بٔندی ستی تہٕ قأیم

رٚزِتھ۔ موضوٗعس مُتلق باونہٕ آمتۍ خیال گژھن پراگرافن ہنزِ صوٗرژ منز پیش کرنہٕ یِنۍ۔ أکس پراگرافس منز گژھِ موضوعس مُتلق اکھ یاہٕ خیال باونہ یِنۍ۔ بہتر چھ یِیہِ زِ پراگرافکس اِبتدأیی جملس منزٕ ے گژھِ تمہ خیالٕچ باوتھ کرنہ یِنۍ تہٕ تمہ پتہ گژھِ تمہ خیالٕچ وضاحت کرنہ یِنۍ۔ خیالس ویژھنے کرنہ باپتھ ہرگاہ ضروٗری تفصیل، داوادٕلیل تہ تصدیق ضروٗری آسہِ لیکھن وول ہیکہ یموٗ ستۍ باقٕے پراگراف مُکمل گرِتھ۔

خیالن ہندس ترتیبس ستۍ ستۍ چھُ زبأنۍ ہُند ترتیب تہ ضروٗری۔ ہرگاہ لفظن یا محاورٕ کِس ترتیبس خلل کرِو یا وِدِ جملہ ترتیبہٕ نِش انحراف کرنہ یِیہِ تمہ ستۍ تہ گژھِ ترتیب مُتاثر۔ کُنہٕ تہ موٗضوعس پیٹھ لیکھنہ وِزِ چھُ خیالہ ترتیب قأیم تھاونس منز ترجیعی عُنصر تہ کارٕفرما روزان۔ ترجیعی عُنصرن ہُند خیال چھُ جملہ سوٗتھرس پیٹھ تہ ضروٗری۔ یعنے جملس منز چھِ لفظ ترتیب ترجیعی حسابہٕ تھاوٕنی۔ مثلاً یم جملہ وُچھِو:

(۱) ریاست جموں کشمیرٕچ چھےٚ کأشر زبان اہم زبانَ۔

(۲) کأشر زبان چھےٚ ریاست جموں کشمیرٕچ اہم زبان۔

دوشوٕنی جملن ہُند مقصد چھُ ریاستٕ کہِ حوالہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنز اہمیت برونہہ کُن انُن۔ مگر اَیچ نشاندٕہی چھےٚ گوڈٕنکہ جُملہ مقابلہٕ دوٚیمس جملس منز موثر پأٹھی کرنہٕ آمٕژ۔ یِتھین چھُ یِہ وُنُن تہ ضروٗری زِ کأشرِ زبأنۍ ہندِ مزاجٕ مُطأبق چھُ لفظس پیٹھ زور بارتراونہٕ ستۍ جملُک معنی ٹاکارٕ سپدان۔ ہرگاہ اتھ منز ہنا تبدیلی کرنہٕ یِیہِ معنی تہِ سپدٕ تبدیل۔ ہیرِمین جُملن منز چھُ ''کأشرِ زبأنۍ'' پیٹھ بار تمہِ سبہِ گژھِ جملس منز اتھ مُناسب تہٕ موزوٗن جاے دِنہ یِنۍ تہٕ سو مُنأسِب تھموزوٗن

جاے چھےٚ اتھ دۆیمس جُملس منز دِنہٕ آمٕژ۔

کأشر زبأنی ہُند جملہ گرُت چھُ ڈیٖول۔ أسی ہیکون اکُے جُملہ مُختلف جُملہ ترتیبن منز لیکھتھ۔ مثلاً:

''یتھ شعرس منز چھےٚ یہٕ کتھ ونہٕ آمٕژ''

''یتھ شعرس منز چھےٚ ونہٕ آمٕژ یہ کتھ۔''

''یتھ شعرس منز چھےٚ آمٕژ یہ کتھ ونہٕ۔''

''یہٕ کتھ چھےٚ یتھ شعرس منز ونہٕ آمٕژ۔''

یٖتین تہ ہیٚکہ جُملن ہندین لفظ ترتیبن پسہٕ پرٛدٕ بولن وٲلی ہنز ترجیحی کارفرما أستھ۔ مگر جملن منز لفظٕ ترتیبکسٕ ڈیجرس چھےٚ بولچٲلی زبأنی منز اہمیت نہ زِ تحریری زبأنی منز۔ تحریری زبأنی ہندین جملن منز گژھِ ڈیجہ لفظٕ ترتیبہ نِش گریز کرنہٕ یُن۔ ہرگاہ ہیرِ کنہ دِنہٕ آمتی جملہ پھیرِ نمو یمو منز روزِ جان تحریرٕ باپتھ گوڈنکہٕ جملچ لفظٕ ترتیب موثر۔

تحریرس منز ہیکہ ترتیب مُختلف ول ورتاونہٕ ستی برقرار روٗزِتھ۔ اکھ ول ہیکہِ وقفہٕ نشانن ہُند برمحل تہ صحیح استعمال أستھ۔ ووٗنی گوٚویمن ہُند بے جا استعمال ہیکہ بعضےِ نثری زبأنی باپتھ مُضر ثابت سپدِتھ۔ بلکہ پزٕ نہ یہند أنی کھلہٕ ورتاوکرُن تہ نہ پزنہٕ کھوتہٕ کم۔ کأشرِ زبأنی منز چھُ یِیمہ کتھِ ہُند اہتمال روزان زِ لکھأری چھُ وو پرٕ زبانن ہندِ وقفہ نشانہٕ نظامچ پابندی کرتھ پننہٕ تحریرٕک ترتیب مُتأثر کران۔ یِیمہِ ستی جملن منز طوالت پأدٕ سپدِتھ ترجیحی گون تہِ مُتاثر سپدان چھُ یہِ روجحان چھُ کأشرِ زبأنی ہندس مزازس برعکس تہِ۔

ترتیب قایم تھاوٕنک بیاکھ ول چھُ مُتبأدِل تہٕ مِلناوٕوٕ لفظن ہُند

استمال۔ یتھی لفظ چھِ خاص پأٹھی خیالہٕ ترتیب برقرار تھاونس منز تمہ ساتہٕ اتھہٕ روٗٹ کران۔ییلہِ گنہٕ پیچیدٕ یا اکاپِل خیالس تحریری صوٗرت دِنی آسہِ۔کأشرِ زبأنی منز چھِ یتھی مُختلف لفظ ورگ۔مثلن گنہِ ناوتیک متبأدِل ہیکہ تمیک پرٛی ناوٗت ہُنتھ۔عبارتس منز ہیکہ گنہِ ناوتیک پھرٛی پھرٛی ورتاواکھ کھرِ ٛون تکرار ووتلأوِتھ۔مگر نثر نگار ہیکہِ امہ دوہراوِ نِش پرٛی ناوتین ہندِ استمالہ ستی گُریز کرِتھ۔امہِ ستی ہیکہ نثرس منز روأنی ہُند گون تہِ پأدٕ سپدِتھ۔

موثر نثرٕچ اکھ اہم خوٗبی چھےٚ روأنی: روانی پأدٕ کرنس منز ہیکن مِلناٲوی لفظ مددگار بنتھ۔کأشرِ زبأنی منز چھِ مُختلف مِلناٲوی لفظ تہٕ لفظٕ جورٕ۔یمن منز کینہہ یِم چھِ:

اماپوٗز، یودوے، ووٗنی گوٚو، ہرگاہ، چناچہِ، تِکیازِ،

ربطی پرٛی ناوتی جور مثلاً یتھ پأٹھی۔تتھ پأٹھی، یوٗ تام ا۔توٗ تام، یپأرٕ۔تپأرٕ بیترٕ امہِ علاوٕ چھِ کینہہ وقت ہأوی ملنأوی لفظ تمہ پتہٕ، گوڈٕ، تمہ وقتہٕ، ییلہِ تیلہِ بیترٕ یمن لفظن ہندِ استمالہ ستی چھِ نثرس منز روأنی پأدٕ گژھان۔

یتھے پأٹھی چھِ عام کتھ باتھٕ ہندی کینہہ جُملہ چھلہٕ تہٕ محاورٕ مثلاً:

توہہِ چھےٚ پتہٕ زِ، ووٗنی وُچھتَو، یتھ پأٹھی اسہِ برونہہ پہن وُچھ، مطلب چھُ یہ زِ، یہِ کتھ سپزٕ ٹاکارٕ، امہِ ستی چھُ ثأبت سپدان، دویمین لفظن منز ہیکو وٗنتھ، اتھ ستی ستی، مےٚ چھُ باسان، امیک مطلب چھُ، یتھ پأٹھی سپد عیاں بیترٕ بیترٕ

یتھین جُملہ چھلن تہٕ محاورن ہندِ استمالہ ستی ہیکن تحریرس منزٕ خصوٗصیژ ووتلاونہٕ یتھ۔اول یہِ زِ امہ ستی ییہِ عبارتس بخٹگ رنگ کھارنہٕ تہٕ دوٚیم ہیکہ امہِ ستی بادکھ تہٕ بوزکھ ہنز موجوٗدگی ہُند گون تہِ پأدٕ سپدِتھ۔یمہ ستی عبارت توجہٕ

طاب تہٕ زۄ دار بنہٕ۔

مگر تھین استعمالن منز ہیکن کینہہ لغزشہ تہٕ سپدِتھ: مثلاً بعضے چھُ "کہٕ" تہٕ "کیازِ کہٕ" ہِوین غلط لفظن ہُند استمال تہٕ کرنہٕ یوان۔ یُس نہ کأشرِ زبأنۍ ہندِ لہجہٕ مُطابق موزوٗن چھُ۔

موثر نثر لیکھنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ اَسۍ دِمو جُملہ اندن کُن خاص توجہُ۔ نہ صرف جُملہ اندن کُن بلکہِ عبارتس منز ورتاونہ آمتس کالس کُن تہٕ۔ اگر عبارژ منز پرتھ کانہہ جُملہ جأری کالس منز اند واتناونہ یِیہِ امہِ ستۍ ہیکہِ نثر تگبند بُنتھ۔ مثلاً:

"کشیرِ چھُ وندٕ ترین ریتن آسان۔ وندس چھُ شین پیوان۔ شینہ ستۍ چھےٚ ترٛ ووتھان۔ ترٛسہٕ چھِ کأنٛشرۍ کانگر تپان۔ کانگرِ چھِ نار بران۔"

ہیر کنہِ دِنہ آمژِ عبارژ منز چھُ پرتھ کنہِ جُملک اختتام کراوتۍ لفظٕ ستۍ سپدمُت۔ یتھ ستۍ "آن" کال ہاوک پوٚت لوٗگ چھُ تہٕ ییمہِ ستۍ یہ عبارت تگبند تہٕ بنیمٕژ چھےٚ۔ ضروٗری چھُ زِ عبارژ منز ییہ ترتھِ جُملہٕ بندی تہٕ جُملہ گرتین ہُند استمال کرنہ ییمہِ ستۍ تگبندی نش گُریز ممکن سپدِ: یتھ، تگبندی نش بچنک اکھ کارگر طریقہ چھُ زِ عبارژ منز ین مُختلف ساختن ہندۍ جُملہ ورتاونہ تہٕ یِیہ یِیہِ مُرکب جُملن ہُند ورتاو کرنہٕ۔ مثلاً:

"کشیرِ منز چھُ وندٕ ترین ریتن ہُند۔ وندس چھُ شین پیوان ییمہِ سبہٕ ترٛ ووتھان چھےٚ۔ ترٛسبہٕ چھِ کأشرۍ کانگر تپان، یتھ نار برنہ یوان چھُ۔"

تحریری زبأنۍ منز ہیکہِ مجہوٗل لہجہٕ زیادٕ موثر روٗزِتھ۔ یتھِ لہجہٕ ستۍ ہیکہِ نثرس منز روأنی تہٕ یتھ تہٕ ہموأریت تہٕ۔ مثلاً:

''پتھ کالہٕ اُسۍ وناں۔'' بجایہِ ''پتھ کالہٕ اوس ونٕنہٕ یوان۔''
''امیک ذِکر کوٚر گوڈے'' نہ بٔلکہِ ''امیک ذکر آو گوڈے کرنہٕ''
''یتھ پأٹھۍ بروٚنہہ وڈن'' بجایہِ ''یتھ پأٹھۍ بروٚنہہ ونٕنہٕ آمُت چھُ''
''اتھ کتھِ دِمو دؤیمس بابس منز دل'' بجایہِ ''اتھ کتھِ ییہ دؤیمس بابس منز دل دِنہٕ''

یتھے پأٹھۍ چھ کأشرِ نثری عبارژ منز گٔنہِ گٔنہِ ''آسان'' لفظ بٔلۍ ہُر یمانہٕ ورتاونہ یوان۔ مثلاً:

''شُرۍ چھِ دوہے دوہس گنڈان آسان''
''دوج چھُ وژنہٕ باپتھ لأزمی آسان''

یمن جُملن ہنز صیح صوٗرت ہیکہِ یہِ اُستھ:

''شُرۍ چھِ دوہے دوہس گنڈان''
''دوج چھُ وژنہٕ باپتھ لأزمی''

تحریری زبأنۍ ہنزن ترٛین بُنیأدی خصوٗصیژن ہُند خیال تھاوُن ضروٗری۔ یم خصوٗصیژ چھےٚ موزوٗنیت، سادگی تہٕ اختصار۔

**موزوٗنیت:** موٗزوٗنیتُک دارمدار چھُ لفظن ہنٛدِس صیح انتخابس پیٚٹھ۔ ییٚلہ کانٛہہ تہٕ خیال، مُشأہدٕ یا تجرٕبہ لسأنی صوٗرتس منز باوُن یِوان چھُ، تمہٕ ساتہٕ ہیٚکن لیکھن وألس مُختلف مُتبأدل کیو اختیأری لفظ بروٚنہہ کُن یِتھ۔ یمو منز نثر نگارس انتخاب کرُن پیوان چھُ۔ نثر نگارہٕ سنٛز اہلیت تہٕ صلأحیت چھےٚ أتی ٹاکارٕ سپدان ز تسنٛد انتخاب کوتاہ برمحل ہیکہِ اُستھ۔ خیالُک ترسیل ہیکہِ تیلی موثر پأٹھۍ سپدِتھ ییٚلہ لفظن خیالس سٟتۍ مُنأسبت تہٕ مُطأبقت آسہٕ۔

سادگی: سادگی چھےٚ تحریرِچ دوٚیِم اہم خوٗبی۔تحریری زبانٕ منز ہیکہ سادگی تیٚلی پاد سپدِتھ ییٚلہ لیکھن وألِس پننِس موضوعس پیٹھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دسترس آسہ یا ونوٗ زِ تمٕس آسہ پزٕی دٕنن کیُت کینہہ۔تیٚمِس لِکھأرِس وٕنن کیٚت کُنہہ تہٕ آسان چھُنہ سہُ چھُ اکثر پننین تحریرن منز پننٕہ انزأنی پوٗشیدٕ تھاونہ باپتھ محض لفٗظ گینٛد نا کران۔تِہنٛدس تحریرِس منز آسہِ ٹٔلی لفظن اونٛھرِس منز جونٛکُھر کٔرِتھ۔ مقصد چھُ آسان یِی زِ پرن وول راوِ لفظنٕہ منز تہٕ تس گژھِ نہٕ لیکھن وألی سِندس ژھرِس کُن زونہٕ۔سادگی ہرگاہ تحریُرک اہم گون چھُ مگر امیُک مطلب چھُ نہٕ یہِ ہرگز تہٕ زِ کانہہ پیچیدٕ موضوٗع باوٕ وسادگی قأیم تھاونہ باپتھ ٹاسریر سان۔یا غأر سنٛجیدگی سان ۔کانہہ سنٛجیدٕ موضوٗع زیادٕ سہل تہٕ عامیانہ آیہِ پیش کرُن تہٕ چھُ نہٕ خیالن ہنٛد موثر ترسیلہٕ باپتھ جان۔بٔلکہ چھُ سادگی ہُند مطلب موضوٗع مُطأبق باوتھ تہٕ اتھ ستیٚ ستیٚ ساد زبانٕ منز کُنہ ور وُتھنہِ ورأے باوتھ۔ چناچہ نثر نگارس چھےٚ پننٕہ کتھ دوٚیمین تام واتناوٕنی آسان تمہٕ سبہٕ گژھِ تِہنٛز زبان قأبلِ فہم آسٕنۍ۔امہِ باپتھ چھُ متروٗک تہٕ مبہم لفظن ہُند استعمال غلط۔

اختصار: تحریرٕ باپتھ چھُ اختصار تہِ ضروٗری مگر نثرُک اختصار گوٚ نہ شاعری ہنٛدی پأٹھی کم لفظن منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ باوتھ۔نہ چھُ امیُک مطلب زِ صرف کرِوٗ کتھِ ہنٛز گوٗج تحریرِ تہٕ ضروٗری تفصیل کرو اختصارس پیٹھ قورقان۔بٔلکہ گژھِ تحریرِچہِ زبانٕ منز تنوٗسب اختصارٕچ بُنیاد ہنٛز ۔باضے آسہِ کانہہ موضوٗع تفصیلن ہُند طلبگار۔یِژھن جاین گژھن ضروٗرتہٕ مُطأبق تفصیل تہِ دِنہٕ ینٛز۔ہرگاہ یہ کرنہٕ ییہٕ نہٕ امہِ ستیٚ ہیکہِ کتھ مبہم بٔنتھ۔کتھِ واش کڈُن چھُ ضروٗری مگر اتھ ستیٚ ستیٚ چھِ غأرضروٗری چیزتہِ ترک کرٕنی ۔ باضے چھُ کانہہ نثر نگار پننِس عبارتس غأرضروٗری

تفصیلو ستۍ کتھ طوٗل دِوان۔ مگر کتھن طوٗل دِنہٕ ستۍ ہیکہ کتھے رأوِتھ۔ اختصار وو تلاونہ باپتھ چھُ پتہٕ ضروٗری زِ لیکھن وول تھاوِ پرتھ ساتہٕ پننِ موضوٗع ذیہنس منز۔ یتھ نہ عبارتس منز امہ نش انحراف کرِ۔ کُنہِ موضوٗعس پیٹھ لیکھنہ وِزِ تہٕ چھُ طویل تعورُف عبارتس غأر ضروٗری طوالت پأدٕ کران۔

اسلوٗب: لکھأرۍ چھُ خیالن ہندِ ترسیلہٕ باپتھ مختلف ٹیکنیکن ہُند ورتاو کران۔ مگر امیُک دارمدار چھُ موضوٗعس پیٹھ۔ ہرگاہ موضوٗع اطلاعأتی چھُ تمہ باپتھ چھُ جذبأتی زبأنۍ ہُند استمال مُضر۔ نہ چھُ پننہٕ راے قأری ین پیٹھ زورٕ زبردستی سان مُسلط کرٕنۍ موثر اظہارٕ باپتھ مُناسب۔ نثرک تہٕ خاص پأٹھۍ اطلاعأتی نثرُک مقصد چھُ پرن وألۍ سنزٕ وأقفیزٕ منز ہُریر کرُن۔ امہ سبہٕ گژھِ نہ اتھ منز زورٕ اسلوٗبہ نوٗریہ پأدٕ کرِتھ پرن وألۍ سُند توجہُ پانس کُن پھرٕنچ کوٗشش کرنہٕ ینۍ۔ نہ گژھِ زبأنۍ ورتاوس منز کُنہ قسمچ تکن گری بوزنہ ینۍ۔ نثری زبأنۍ ہُند غأر استعیارأتی آسُن تہٕ چھُ ضروٗری۔ النکأرۍ زبان چھےٚ نثرٕ باپتھ مُضر۔ نثر نگار گژھِ یؤت پلہِ تیٚؤت النکارو نِش پتھ روزُن۔ لیکھن وألس پزٕ پننۍ پسند ناپسند تہٕ جذبہ لوٚب تھاوُن، یتھ زن تمہٕ سُند خیال تہٕ تصوٗر صاف تہٕ واضے پأٹھۍ پرن وألس تام واتہِ۔ لیکھن وألۍ سندِ باپتھ چھُ ضروٗری زِ سہُ گژھِ ٹھوس حقیقتہٕ تہٕ تصوٗرن ہندِ تفرُقہٕ نِش باخبر آسُن۔ ٹھوس حقیقت یُس ثابت کرنہٕ ییلہِ زن تصوٗراتن ہُند پزرامہِ آیہ پرکھاوُن محال چھُ۔

☆☆☆

# کاشرِس منٛز تحقیقی تہٕ تنقیدی نثر: کیٚنٛہہ رنٛگ

کاشرِ زبانؠ منٛز چھِنہٕ نثرُک توٲریخ زیادٕ پرٛون کیٚنٛہہ تہِ۔ یوٚ دوَے اَمہِ کہِ توٲریخُک ابتداء گنٛوہمہِ صدی دورانٕے شروٗع سپدان چھُ، مگر امیُک باضابطہٕ آغاز سپُد وُہمہِ صدی ہِنٛدِ پوٗنٛژ کمہِ دہلہِ پتھٕے۔ اَمی وقتہٕ پتھٕ آیہِ نثرٕکی مختلف رنٛگ برونٛہہ کُن یِمن منٛز افسانوی تہِ تہٕ غٲر افسانوی نثر تہِ شٲمل چھُ۔ غٲر افسانوی نثرِس منٛز چھُ تحقیقی تہٕ تنقیدی نثرُک حصہٕ ژ۪ورُے پہن۔

تحقیقی تہٕ تنقیدی تحریرن ہُنٛد اِبتداء تہِ اوس تتھہٕ پٲٹھؠ ۱۹۴۷ عیسوی برونٛہہ سپُد مُت مگر ۱۹۵۰ عیسوی لیس منٛز ییٚلہِ کونٛگ پوش رسالہٕ شایع سپُد، اَمہِ ستؠ میوٗل اَمہِ قسمہٕ چہِ نثر نگٲری پوچھر۔ گوڈٕ کونٛگ پوش تہٕ پتہٕ گُلریز رسالہٕ ستؠ

آو نثر نگارن ہُند اکھ کاروان بروٚنہہ کُن یِمن منٛز پی این پُشپ، غلام نبی فراقؔ، اخترمحی الدین، صوفی غلام محمد تہٕ رحمان راہی بیترٕ شامل چھِ۔ امین کاملؔ تہٕ محی الدین حاجنیؔ تہٕ آیہٕ اَتھۍ دورس منٛز نثر لیکھنس کُن۔ نثر نگارن ہِندِس اَتھ کاروانس ستۍ رَلے یہٕ بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ لکھارۍ تہٕ تِمہٕ پتھہٕ وُنس تام چھُ مختلف رسالہٕ تہٕ انفرادی تصنیفو ذٔریعہٕ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز تحقیقی تہٕ تنقیدی نثرس کٲفی برٛٔزر سپدمُت۔ یَتھ موخصر مقالس منٛز اَتھ سارِسے نثر سرمایس جایزٕ ہیوٚن تہٕ تِمن سارِنے نثر نگارن ہنٛز ناو شمٲری کرٕنۍ نہ چھُ مناسب تہٕ نہ چھُ یہٕ میون مقصد۔ بلکہ چھُ میون مقصد پتٕمین پانژن شێن دٔہلێن دوران بروٚنہہ کُن آمتێن کیٚنژن اہم نثر نگارن ہنٛز اہم اسلوٗبی خصوصیژن تہٕ تِہندِس زبٲنۍ ورتاوس کُن اِشارٕ کرُن۔

گوڈٕ دور کێن نثر نگارن منٛز یِم نثر نگار سون توجہ پانس کُن پھِران چھِ، تِمن منٛز چھُ محی الدین حاجنیؔ اکھ اہم ناو۔ حاجنی ین چھُ کٲشرِ زبٲنۍ، ادب تہٕ تہذیب کێن مختلف گوشن پیٹھ پٔنُن قلم تُلمُت۔ حاجنی ین یوٚ دوٚے ڈراما نگٲری ہِنٛدۍ تجربہٕ تہٕ کٔرۍ، اما پوز کٲشرِس ادبی تواریخس منٛز چھُ سُہ خاص پٲٹھۍ پننِہ تحقیقی کامہٕ کِنۍ مشہور تہٕ معروٗف۔ اُہنٛز "گامو منٛز پھیرِ پھیرِ" ہِشہ تصنیفہ، کٲشر شاعری تصنیفہ ہُند دیباچہٕ تہٕ خاص پٲٹھۍ تِسندِ ذٔریعہٕ کیٚنژن کٲشرین شاعرن ہنٛز کلیاژ ترتیب دِنس دوران یِمن شاعرن ہنٛز حیات تہٕ کارنامہ ویژھناوِن وٲلۍ اُہندۍ دیباچہٕ چھِ کٲشرِس علمی تہٕ تنقیدی نثرس اکھ اہم برٛٔزر۔

حاجنی سُند نثر پرٕتھ چھُ باسان زِ یہٕ چھےٚ تِمہٕ دورٕچ زبان ییٚلہٕ کٲشر زبان علمی یا تحریری زبٲنۍ ہُند رنگ رٕپ پرٛاونچہٕ تگ دو منٛز اوس۔ ترقی یافتہٕ زبٲنۍ

ہنٛز اکھ اہم خصوصیت چھےٚ یہِ آسان زِ یہِ آسہِ کیٛژن گرامری تہٕ غاَر قاٗیدٕ سوٚتھر بن پیٛٹھ دوہ دِش چہِ بول چاٗلی زبانٛ نِشہِ اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ بدٕونہٕ۔ بعضے ہیکہِ یہِ بیٛنبر تیوٚت تہٕ اَستھ زِ امہِ زبانٛ ہنٛدبن بولن والین ہنٛدِ باپتھ ہیکہِ یہِ گٔنہٕ ثانوی زبانٛ ہنٛد درجہِ پراٗوتھ۔ مگر حاجنی ہنٛز نثر زبانٛ منٛز چھنہٕ یہِ تفاوت زیادٕ۔ بلکہ چھےٚ اَتہِ یہِ تفاوت قاٗیم کرنٕچ اکھ کوشش نظرِ گژھان۔ عام بول چاٗلی زبانٛ نِش پٔنٕز نثری زبان مختلف بناونہٕ باپتھ چھُ حاجنی مختلف وَل وَرتاوان یمن منٛز زٕ وَل اہم چھِ۔ گوڈنیک وَل چھُ ٹرانزشنل(Transitional)لفظن ہنٛد ورتاوتہٕ دٔویم سوالہِ وٕوتلاونٕچ عمل۔ یمو وَلو ڈٔسی چھُ حاجنی بیانس منٛز تسلسل تہٕ پاٗد کران تہٕ پٔنٕنس تحریرس منٛز بحثک رنگ تہٕ پاٗدٕ کران۔ حاجنی ہنٛدِس نثرس منٛز چھُ یِتھ ورتاو کثرتہٕ سان سپدمُت۔ مگر امہِ باوجود تہِ چھےٚ اَہنٛزِ زبانٛ پیٛٹھ بول چاٗلی زبانٛ ہنٛز چھاپ۔ اَتھ چھِ شاید زٕ وجہ۔ اول یہِ زِ حاجنی چھُ عباژ منٛز ٹھیٛٹھ تہٕ عام محاورٕ اَتی زبانٛ ہنٛد ورتاوکران تہٕ دٔویم یہ تہٕ زِ سہ چھنہٕ گٔنہٕ گٔنہٕ بول چاٗلی لہجہ نِشہِ پٔنٕن اندازِ بیان بتھ رٔٹتھ ہیکان۔ مثلاً وُچھتو یہِ بول چاٗلی ہنٛز چھاپ:

''بڈشاہ صابنہِ خاٗراتہٕ ییلہِ کاشُرِ زبانٛ علمی درجہِ لوٚب، تہٕ خوش قسمتی ستی اوس اَتھی عہدس منٛز گومُت کاشُرِ زبانٛ ہنٛد گوڈٕ کال لل دیدِ ہنٛدِ صدقاتہٕ شروع۔ لل دیدِ پتہٕ کیٚہ کالا گژھتھ آے شیخ نورالدین نوراٗنی یمو پنٕنوشُرکھو ستی نوٚوے سوزا پاٗدٕ کوٚر''۔

ہیٛرِمِس اقتباسس منٛز چھُ ''خاٗراتہٕ''، صدقاتہٕ، کال بدلہِ ''کالا'' تہٕ سوز بدلہِ ''سوزا'' ہیوٚ ورتاو عام بول چاٗلی ہنٛز چھاپ ٹاکارٕ کران۔

عام بول چاٗلی زبانٛ ستی قربت تھاونہٕ علاوٕ چھُ حاجنی ہنٛدبن نثری

جُملن منز لفظ یا جملہٕ چھلن ہنز ترتیبی یا بندتی کوتاہیہ تہٕ۔ اَمہِ سببہٕ چھُ قاری ہنٛدِ باپتھ بعضے یہِ زانُن مشکل سپدان زِ جملس منز کتھ نوکتس پیٹھ چھُ زور یا دباودِنہٕ آمُت۔ مثلاً یم زٕ جملہٕ نی تو:-

(i) ''یہِ چھُ سبٹھاہ زیوٗٹھ مسلہٕ زِ سانہِ زبانٕی ہنٛد بن لفظن، لِہجن تہٕ اچھرن منز پتاچ عہد پیٹھہٕ وُنِستام گمہٕ قومُک کیا اَثر روٗد''۔

(ii) ''اگرچہِ اَمی وقتہٕ پیٹھہٕ آیہِ سلطان شہاب الدین نہِ وقتہٕ پیٹھہٕ کشیرِ منز فارسی زبان دربارٕک زبان بناونہٕ''۔

گوڈنکس جملس منز چھِ ژور جملہٕ اڈیم (۱) یہِ چھُ سبٹھاہ زیوٗٹھ مسئلہٕ (۲) سانہِ زبانٕی ہنٛد بن لفظن، لِہجن تہٕ اچھرنِ منز۔ (۳) پتاچ عہد پیٹھہٕ وُنِستام تہٕ (۴) گمہِ قومُک کیا اَثر روٗد۔ چنانچہ یمن جملن اَڈن ہنز ترتیب چھےٚ ثمہِ انمانہٕ دِنہٕ آمٕژ زِ یہِ زانُس چھُ ڈُلمیل گژھان زِ حاجنی چھا ''مسلس''، لفظن، لِہجن کِنہٕ ''اثرس'' پیٹھ زور دِوان۔ دویمس جملس منز تہِ چھےٚ اصل جُملہٕ تہٕ ذیلی جملچ ترتیبی تہٕ بندتی کوتاہی۔ یمہٕ موجوٗب اَتھ منز تہٕ اصل کتھ رٲوِمٕژ ہش باسان چھےٚ۔ حاجنی چھُ اکثر پننِن جملن منز ناوٕتی یا بعضے کراوٕتی ژھن منز تہٕ زیٚچھر ودتلاوان ییمہِ ستیٚ ڈیجرٕ پاٚدٕ سپدِتھ رواٚنی تہٕ اختصارٕچ خوٗبی تہِ متاثر سپدِمٕژ چھےٚ۔ حاجنی ہنٛزِ نثر زبانٕی منز چھُ سوال ودتلاونہٕ کہِ وَلک وَرتاوتہِ یَسلہٕ پاٚٹھۍ سپدُمُت۔ اَمی وَلہٕ ڈٲسی چھُ حاجنی ہیرِ گنہٕ دِنہٕ آمژ وکوتاہیو باوجوٗد تہٕ نفسیاٚتی تہٕ ادبی بیترِ معاملن باریکی سان دِل دِتھ بروٗنہہ کُن اُنتھ ہیوٚ کمُت۔ بول چاٚلی زبانٕی ستیٚ قربت اُستھ تہِ چھُ حاجنی ہنٛزِ نثر زبان یہِ کتھ ٹاکارٕ کران زِتس چھُ وَنُن کیٛت کینٛہہ تیچ ترسیل سُہ پننِہِ زمانہٕ کہِ بدس محدود زبانٕی محاورٕ ڈٲسی تہِ سادگی تہٕ

صفائی سان کرِتھ ہیٚو کمُت چھُ تہٕ ستی وضاحتہٕ سان تہٕ۔

وضاحتی اندازِ بیانٕک بیاکھ اکھ اہم نثر نگار چھُ رحمان راہی، حاجنی سُند زبانۍ ورتاو ییتہٕ عام بول چالی ہِنٛس قریب چھُ تیتہٕ چھُ راہی سُند ورتاو عام بول چالہٕ نِشہِ بدٕنہٕ تہٕ بعضے چھُ یہِ عام بول چالی لہجہِ نِشہِ تیوٚت وکھرٕ سپدان زِ عام قاری ہیکہِ نہٕ آسانی سان اَتھ اَنزی منٛزی گڑھتھ۔ تِتھین موقعن پیٹھ چھُ باسان زنتہٕ سُہ شاعری ہٕندی پاٚٹھۍ پٔنٛن نثر تہِ محدوٗد قاری حلقہٕ باپتھ لیکھان چھُ۔ بہرحال راہی رۄد کونٛگ پوشہِ کہِ زمانہٕ پیٹھے برابر اَز تام کاشرِس نثرس پننہٕ قلمہٕ برٛزر کران۔ راہی چھُ اکھ پایہِ بوٚڈ شاعر تہِ تہٕ باریک بین نقاد تہٕ۔ تنقیدس منٛز چھےٚ یِژٕ پاٚٹھۍ تَسنٛز وُچھن تراے تخلیقس ستی تَسنٛدِ ذاتی ردِعملچ باوتھ آسان۔ راہی چھُ پننِس تنقیدس منٛز تخلیقہِ ہٕندی خارجی تفصیلات نظرانداز کرنٕک تہٕ خود تخلیقی تجربس وبڑھنےٚ کرنٕک قایل۔ چنانچہ تو ژاتی وُچھن تراےِ موجب چھُ تِتھین موقعن پیٹھ تَسند نثر تخلیقی رنگ رٹان۔ مثلاً یہِ اقتباس نی تو:۔

> "شیٚش رَنٛگ زبان چھےٚ گوڈنچی نظر پرن وألِس وہٕ وِنہٕ نارٕ منٛزٕ
> وو پدن واجنہِ اکہِ ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ کرٕونہِ ریہہِ ہُند شدید باس دِوان۔
> یہِ باس چھُ اَکِس ترٛٹھہِ زِندٕ تہٕ تیز حبس تہٕ بےٚ سوکھ لولہٕ منٛزٕ نِش
> واتناوان لیس محبوٗبہٕ ہٕندی لولن ہن ہن چھےٚ برٛہٕ شہ تہٕ یوسہٕ بیچارگی منٛز
> زہر چھےٚ ژاپان"۔

چنانچہ تَسنٛز نمایندٕ شاعری ہٕنز خوٗبی چھےٚ اَچھ ترکیب سازی تہٕ یہِ ترکیب سازی چھےٚ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ تسندِس نثرس منٛز تہِ آمٕژ۔ اَمہِ ستی چھُ اَتھ منٛز تخلیقی زبانۍ ہنٛز تراے تہِ نظرِ گژھان تہٕ صِفاتی لفظن ہُند یسلہٕ ورتاو تہٕ۔ یہِ چھُ ہیرٕ

گنہٕ دِنہٕ آمتہِ اِقتباسہِ تلہٕ تہِ عیان سپدان۔ حالانکہ صفأتی لفظن ہُنٛد پزنہٕ پأٹھۍ ورتاوچھُ نثر زبأنۍ باپتھ مضر مگر راہی ہِنٛدِ وضاحتی اندازٕ باپتھ چھُ یہِنٛد ورتاو لابُدی بنان۔ راہی چھُ اکثر وضاحتہِ باپتھ تقوبلس یا analogy تہِ کأم ہوان۔ مثلاً:

"......یتھہٕ کٔنۍ ہارِ پرٛتس یا شنکر آچارس کھسان کھسان قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ أندۍ پکھۍ نظر ڈٲلتھ حسہٕ رَژھِ رَژھِ پینہِ پتہٕ پینہِ نوٚن نیران چھُ، تتھے کٔنۍ چھُ پرٛتھ کانٛہہ تخلیقی ادب پارٕ پرن وألۍ سُنٛد شعوٗر رَژٕھے پیوٗنتے گاشراوان"۔

راہی ہِنٛدِ نثرٕچ اکھ اہم خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَتھ منٛز چھُ بوزَن وألۍ یا پرن وألۍ ہنٛزِ موجوٗدگی ہُنٛد احساس جایہِ جایہِ سپدان۔ سُہ چھُ پننِس نثرس منٛز تِتھین لفظن ہُنٛد یِژٕ پأٹھۍ وَرتاو کران یِم بوزن یا پرن وألِس کُن اِشارٕ کران چھِ۔ ڈۄیم یتہِ زِ راہی چھُنہٕ صرف بدس زبأنۍ محاورس پیٹھ روزان بلکہ چھُ سُہ پننہِ خیالہٕ باوٕژ باپتھ لفظہٕ سأزی تہِ کران۔ حالانکہ یتھ متعلق ہکٔن زٕ رایہِ اٲستھ زِ زبأنۍ ہِنٛدِس اَمہِ آیہِ ورتاوس منٛز چھا لفظہٕ سأزی مناسب کِنہٕ نہٕ تِکیازِ اَمہِ ستۍ ہیکہِ واتناوِر تہِ متأثر سپدِتھ۔ وۄں گووٚ یتھ بحث ہیکہِ نہٕ خود کفیل زبأنۍ متعلق صحیح اٲستھ۔ کأشرِ ہشہِ ترقی پذیر زبأنۍ باپتھ چھےٚ اَمِچ از حد ضروٗرت۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ اہم زِ تِہنٛدۍ ڈۍسۍ پیٹھے بانہٕ ورتاونہٕ آمتۍ کینٛہہ لفظ تہٕ اصطلاح چھِ ازٕ کلہٕ مختلف کأشرۍ نقاد تہِ پننِس نثرس منٛز ورتاوان۔ "پھیرٕ ہاوٕ"، "لمکاو"، "کوٚل باس"، "بوزکھ" بیترِ چھِ راہی ہِنٛدۍ ڈۍسۍ ورتاونہٕ آمتۍ تِم کینٛہہ لفظ یِمن سانہِ أزۍ چہِ تنقیدی زبأنۍ منٛز قبولِ عام حأصل سپدمُت چھُ۔

راہی لیس ستۍ ستۍ چھُ محمد یوسف ٹینگ تہِ أزۍ کہِ دورُک سُہ اکھ نثر نگار

## یَس پَنُن اَنداز

اسلوب چھُ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِ بیشتر نثر نگارن ہنٛدی پاٹھۍ چھُنہٕ سُہ پانہٕ اکھ گوہرفروش۔ زبانۍ ورتاوس منٛز چھُ ٹینگ اکھ شیرین کارمانہٕ آمُت تہٕ وَنہٕ چھُ یِوان زِ سُہ چھُ پننہِ نثر زبانۍ ذریعہ گوہرفروشی ہنٛز ٹیٹھ ہوٚ مراوان۔ تسنٛز نثری زبان چھےٚ بیشتر پاٹھۍ النکاری تہٕ پرٕھن جاین چھےٚ تشبیہ تہٕ صِفتی لفظن ہنٛز برمار درٛینٹھۍ گژھان، یموٚ ستۍ اَہنٛزِ زبانۍ منٛز مِچھر پاہٕ سپدُمُت چھُ۔ مثلاً یہِ اقتباس نی تو تیچِ زبان پاراوی چھےٚ:

"نادِم ہنٛز آواز سپز تیتھےٚ بُنیل ثابت تیمۍ سوٚدرِ کِبن سَنٛزَن پاز کُرِتھ تَمہِ منٛز اظہارُک ہمالہ پربت ہیوٚ رکھور۔ نادِم سنٛدی آلون دیُت کاشرِ کِس لفظہِ سمندرس چھوپنھ تہٕ اَمہِ کِس بُٹھس پیٹھ لگی اظہار تہٕ باوژ ہنٛدی پرٕوِتر اونی تہٕ ہے بنگہٕ کروٕنی لال تہٕ موختہٕ امبر"۔

یُتھ ہیوٗ وَرتاو ہیکہِ پزی زبانۍ ہُنٛد مِچھر ووتلاوِتھ، وول گوٚوِتہٕ چھُ اغلب زِ یُتھ ہیوٗ زبانۍ ورتاو ہیکہِ نثر نگار سنٛزِ وُچھن تراہِ دوٚیہِ طریقہٕ ٹھوٚر پاہٕ کُرِتھ۔ اول یہِ زِ تس ہیکہِ تخلیقہٕ ستۍ جذباتی وابستگی قایم سپدِتھ تہٕ پنُن نوکتہٕ نظر ٹاکارٕ کرنہٕ پتہٕ ہیکہِ نہٕ یُتھ ہیوٗ نثر نگار بحیثیتِ نقاد اَمہِ دٲیرٕ نبر نیرِتھ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ ہکِن تخلیقہِ ہنٛدی کینٛہہ پاسہٕ تَسنٛزِ نظرِ وٕڈلِتھ۔ یعنے یا تہٕ ہِن تس اَمہِ چہِ خوٗبیہِ خوٗبیہِ نتہٕ خامیہِ خامیہِ نظرِ۔ دوٚیم ٹھوٚر چھُ یہِ زِ اَمہِ اَندازٕ ہیکہِ نہٕ کُنہِ تخلیقہِ ہُنٛد تجزیاتی مطالعہٕ کرنہٕ یِتھ تہٕ تجزیاتی اندازچہِ عدم موجوٗدگی منٛز چھُ الگ الگ تخلیق کارن ہنٛز اِنفرادی تہٕ پھیرِ ہاو خصوصیژ بَدِ کڈنہِ مشکل سپدان۔ چنانچہِ ٹینگ چھُ توٲثراتی تنقیدُک قایِل تہٕ توٲثراتی اندازٕ باپتھ چھُ یُتھ ہیوٗ النکاری زبانۍ ورتاو

کرنہٕ یوان۔

ٹینگ سٕنز نثری زبأنی ہنز نمایاں خوٗبی چھےٚ اَتھ روأنی تہٕ روأنی ووتلاونہٕ باپتھ چھُ سُہ اکثر أکی سے جملس منز ترٛێشھن لفظہٕ جورٕ بن ہُند ورتاو کران یم یا تہٕ ہم وزن آسان چھِ یا ہم معنے یا قریب معنے۔ بعضے چھِ یم لفظہٕ جورِ مخألف معنے تہِ تھاوان۔ اکھ زٕ مثالہٕ وُچھو:-

(i) ''کأشرِ زبأنی ہُند دِوُر چھُ ماگ تہٕ وزاگ ژالنہٕ باوجود یہ سوٗرے وتبراونچ توژھ تہٕ تہہ تھاوان''۔

(ii) ''حأرِکی ٹاتن ہنز زبان چھےٚ تازٕ تہٕ ساأرروار یمن ہنٛدی پیکر تہٕ تصویر چھِ مشاأہد چہ ذہأنٕ تہٕ زأوِجارٕ کی أئینہٕ بردار''۔

ٹینگ تہٕ راہی سٕندِس زبأنی ورتاوس درمیان چھےٚ اکھ نمایاں فرق یہ زِ راہی سٕندِس نثرس منز ییٚتہِ مخأطب سٕنز موجودگی دٕزینٹھان سپدان چھےٚ، ٹینگ سٕندِس نثرس منز چھنہٕ یہ تٕی۔ ٹینگ سٕندِس نثرس منز چھےٚ زٕ خصوصیژ یم کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ اَمہِ چہِ کوتاأہیہ تہِ بنان چھےٚ۔ اول أہنز conducive ووٚتھ یوس کُنہِ ساعتہٕ مبالغہٕ آمیزی ہندِس صوٗرتس منز بروٗنہہ کُن یوان چھےٚ تہٕ دٕویم یتھ أسی کتھ پلناونک اندازٕ ہکو وٕنتھ۔ دٕویمہِ کتھ پلناونکہِ اندازٕ ستی چھُ موضوع نِشہِ غأر متوقع پأٹھی انحراف تہِ سپدُمت۔ مثلاً نی تو دیباچہِ رُسُل میر یَتھ منز ٹینگ میرس أتی ترٛاأوِتھ مہجوٗرس متعلق ٹی، این، رینہ سٕندِ دٕسی لیکھنہٕ آمتِس مقالس پیٹھ واتان چھُ یہ زن موضوع مطأبق غأر ضروری باسان چھُ۔ اَمہِ سببہٕ چھُ أہندِس نثرس منز کُنہ کُنہِ reactionary ترٛاے تہِ ووتلیمژ۔ یہِ ترٛاے چھےٚ سأنِن دٕویمین دون اہم نثر نگارن منز تہِ یم چھِ امین کاملؔ تہٕ موتی لال ساقیؔ۔

کأملس چھُ جدید غزلس منٛز پٔنُن اکھ منفرد مقام تہٕ تٔسنٛد افسانوی نثرتہٕ چھِنہٕ کم دلچسپ کینٛہہ۔ اما پوز تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالن منٛز چھُ سُہ زبأنۍ ورتاوس منٛز غأر رسمی روزنچہِ کوششہِ منٛز اَتھ عام بول چال چہِ زبأنۍ نکھہٕ واتناوان۔ کأمل تہٕ راہی ہٕندِس نثرس منٛز چھُ اکھ ہشر۔ یعنے مخأطبہٕ سنٛز موجودگی ہُنٛد باس چھُ دوشوٕنۍ منٛز مگر پننہٕ پننہٕ اندازٕ۔ راہی ہٕندِ بن بیشتر مقالن منٛز چھُ متکلم پُر اعتمادتہٕ زانکأری منٛز مخأطبس ہیوٚر۔ مگر کأمل سُند مخأطب چھُ کُنہِ کُنہِ تس ہم پلہٕ۔ باسان چھُ زِ کأمل چھُ پننِس مخأطبس گُنِ در جواب۔ چنانچہ ''جوابن چھُم عرض'' چھُ اَمِچ رٕژ مثال۔ پٔرھن جاین چھےٚ تٔسنٛدِ تحقیقچ زبان reactionary اسلوٗبُک رنگ ہیتھ۔

موتی لال ساقی ین تہٕ چھُ رنگارنگ موضوعن پٮ۪ٹھ بسیار لیوٚکھمُت۔ یَتھ منٛز تحقیقی نوعیتُک نثر زیادٕ پہن چھُ۔ اُہندِس نثرس منٛز چھِ اطلاعأتی نثرٕکی مختلف گون تہٕ تہٕ لفظٕس پٮ۪ٹھ تہٕ چھس جان تھٮ۪ھ، مگر کأملنۍ پأٹھی چھُ اوہند لہجہٕ تہٕ بعضے ژٔکھِ ہوٚت سپدِتھ تحقیقی زبأنۍ ہٕندِ سوٚتھرِ نِشہٕ ڈلان۔ مثلاً یہٕ اقتباس نی تو:

''......کینٛہہ دوس چھِ ونان زِ کلہنن آسہِ راج ترنگنی فردوسی ہٕندِس شاہنامس نِش متأثر سپدِتھ لیچھمُت۔ کتھ کرنس تہٕ گبلہٕ لگاونس چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ اعتراض۔ سأنِس ادبی کاروانس منٛز چھِ تِتھی وار یاہ لُوکھ یمو گبلہٕ لأتِتھ ناو بنووتہٕ میر چودھری بنےیہٕ''۔

یَتھ اقتباسس منٛز چھےٚ کینٛژن محققن ہُنٛد کلہنس متعلق اکھ مخصوص خیال رَد کرنہٕ آمُت۔ مگر رَد کرنہٕ باپتھ یِثھِ زبأنۍ ہُنٛد ورتاو کرنہٕ آمُت چھُ تمہِ ستۍ چھُنہٕ صرف نفاست متأثر سپزٕمٕژ بلکہ چھےٚ نثر نگار سنٛز ژٔکھ تہٕ سطحس پٮ۪ٹھ آمٕژ۔ ساقی ہٕندِ بن تحقیقی مقالن منٛز چھِ بعضے زٕ تھی زٕ تھی تمہید یم کُنہِ کُنہِ غأر ضروری باسان

چھِ۔ ''تاراناتھ'' تہٕ ''کٔشیٖرِ ہُنٛد سیأسی جغرافیہ'' مقالہٕ چھِ اَمہِ چہٕ رٕژ مثالہٕ۔

کأشرِس نثرس چھُ شفیع شوق سُنٛد دیُت تہٕ اہم۔ نہ صرف افسانوی نثرس بلکہ غأر افسانوی نثرس تہِ۔ شوقس چھُ کأشرِس ادبی تنقیدس منٛز پٔنُن اکھ مقام تہٕ پانہٕ اکھ تخلیق کار آسنہٕ باوجود چھُ تخلیقی زبأنؠ ورتاوتہٕ نثرٕ زبأنؠ ورتاو چہٕ باہم تفاوُژ نِشہِ حبہٕ ہُشیار۔ شوقن ورتاو نثری زبان رنگہٕ رنگہٕ موضوعن باپتھ یَتھ منٛز ادبی، سائنسی تہٕ باقی علمی موضوع شأمل چھِ تہٕ موضوعن ہِنٛدِ باپتھ موزوٗن زبأنؠ ورتاو چھُ تٔسنٛدٮ۪ن تحریرن ہٕنٛز اکھ ٹاکارٕ خوٗبی۔ أہنٛدِ نثرٕچ پھیرٕ ہاو خوٗبی چھےٚ اُہوند objective اندازٕ۔ ٹینگ تہٕ راہی ہِنٛدِس نثرس منٛز ییٚتہِ موضوعس تہٕ متکلمس باہم جذبأتی وابستگی ٹاکارٕ سپدان چھےٚ، شوقس نِش چھےٚ یژھ وابستگی غأر موجود۔ أہنٛدِ نثرٕچ بٔڑ خوٗبی چھےٚ اُہوند تجزیأتی اندازٕ۔ یَتھ منٛز سُہ گُنہِ تہٕ موضوع کہِ پرٛتھ ضروٗری پہلوٗک تفصیل وِرٛتھناوان چھُ۔ مگر اَمہِ باوجود تہِ چھُ اَتھ منٛز اختصار روزان۔ شوقنہٕ ہِنٛدِس زبأنؠ ورتاوس منٛز چھُ یہِ اختصار مختلف وَلوٕ سٟتؠ آمُت یمن منٛز دعوٰی، دلیل، فہرست سأزی تہٕ وضاحت definition بیترِ تہِ شأمل چھِ۔

فہرست سأزی ہٕنٛز ییہِ مثال وُچھو:

> ''ژوٗرِ مِس ڈٔلِس منٛز یِم واقعہ انفرأدِ یَتھ کہِ بارسس ہِنٛکہِ تہٕ نظمہٕ ہِنٛدِ تجربکہٕ ذِمہٕ دار بنےٚ یہِ، تِم چھِ (۱) پبلک ہائے سکول تہٕ کالج قأیِم سپدٕنؠ (۲) کرکٹ کھیلہِ ہُنٛد مقبول سپدُن (۳) ۱۹۳۱ء یس منٛز شخصی راجس خلاف بغاوتھ''۔

اَمہِ اندازِ بیانہٕ سٟتؠ چھِ شوق ہِنٛدِس نثرس منٛز صاف گویی تہٕ سادگی آمٕژ۔ أہنٛز زبان چھےٚ النکارَو تہٕ یأراوٕ نِشہِ چھٔلِتھ چھکِتھ، اما پوز عام بول چألی

زبٲنۍ نِشہٕ تہٕ چھےٚ ہیوٚر۔ أہندِس تنقیدس منٛز چھےٚ موروٗضیت ییمہِ سببہٕ اُہوند تنقیدی نثرتہٕ موضوع مطأبق تہٕ گۄنہٕ غأرضروٗری تفصیلہٕ ورآے آسان چھُ۔

شوق ہنٛزٕ نثرٕ زبان چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی زبٲنۍ ہنٛز اکھ معیأری تہٕ ٹکسألی زبان۔ کأشرِس نثرِس منٛز تہِ چھےٚ بیشتر ترقی پذیر زبانن ہنٛدی پأٹھی لسأنی تہٕ لوغأتی بےٚ ربطی تِکیازِ اکثر چھُ پرٛتھ کأنٛسہِ نثرنگار ہنٛز نثر زبٲنۍ منٛز تُسند علاقہٕ واد پھیرٕ وأرِدسپدان مگر شوق ہنٛز زبان چھےٚ گۄنہِ حدس تام اَمہِ نِشہِ مُچھہِ۔ راہی ہنٛدی پأٹھی چھُ شوق تہِ اصطلاح سأزی تہٕ لفظٕ سأزی کرِتھ کأشرِ نثری زبٲنۍ ہُند دامنہٕ وسیع کرنس درپے۔ اماپوز اِصطلاح سأزی باوجود تہِ چھنہٕ قأری لیس أہنٛزِ زبٲنۍ ستی دوپرأزی باسان۔ بلکہ چھُ یہِ پرٛزرِ أہنٛز زبان یتھہٕ پأٹھی أکس سنجیدٕ عألمہٕ ہنٛدِ باپتھ دلچسپ روزان چھےٚ تتھےٚ پأٹھی چھےٚ أکس طألبِہ علمہٕ ہنٛدِ باپتھ تہِ لایق فہم روزان۔ شوق چھُ تمن نثرنگارَن منٛز یِہنٛدس اندازِ بیانس تہٕ زبٲنۍ ورتاوس نۆوِ پُیہِ ہنٛدی نثرنگار تہٕ تقلید کرنٕچ کوٗشش کران چھِ۔

أخرس پیٹھ چھُ یہِ وَنُن تہِ ضروری زِ یِمن نثرنگارن ہنٛز مےٚ وُنِس تام ذکر کر تِہنٛدِس زبٲنۍ ورتاوس آسن اَمہِ علاوٕ تہِ بیٚیہٕ کینٛہہ منفرد خصوصیژ، یِمن گُن نہٕ مےٚ توجہ گومُت آسہِ۔ یا یہِ تہِ چھُ صحیح زِ سانہِ زبٲنۍ منٛز چھُ غلام نبی فراق، رتن لال شانت یا ناجی منور ہوی بیٚیہِ تہِ اہم نثرنگار یِہنٛد نثر لایقِ مطالعہ چھُ، تہٕ یِمن نہٕ مےٚ طوالتٕ موٗجوب یتھ مقالس منٛز دِحاطہٕ کرِتھ ہیوٚک۔



# ٹیگور ہِندی کأشرِ ترجمہٕ

ٹیگور چھُ نہ کأشرین ادیبن تہٕ ادب نوازن ہندِ باپتھ بنگألی زبأنی ہُند صرف اکھ عالمی شوہرت یافتہ تخلیق کار بَلکہِ چھُ ادبی سۆتھرس پیٹھ کٔشیرِ تہٕ ٹیگورس امہ علاوٕ تہِ اکھ اژھیٚون رشتہ۔ اول ییٚمہٕ مۆجب زِ سہٕ چھُ کأشرین شأعرن ہنزن تخلیقی صلأحیژن ہندین اولین غأر کأشرین مدحن منز شأمِل۔ خاص پأٹھۍ مہجورُ سُند ییٚمہِ ہِندِ شعرٕ فنہٕ نِش تِمن ترجمن ہندِ وٚسیلہ زأنۍ یاب سپُد مُت اوس ییٚم کلام مہجورس دیوندر سیتارتھی ہِندِ ذٔسۍ کرنہٕ آمتۍ أسۍ۔ ٹیگور تہٕ کٔشیرِ ہُند یہٕ رَشتہٕ چھُ تِہندِ کلامہ ذٔسۍ تہِ بروٗنہہ کُن یِوان تِکیازِ تِہنزن کینژن شعرٕ باوژن منز چھِ کٔشیرِ ہِندِ س فطری مأری منزرٕکۍ مختلف رنگ پوشہ وِنۍ پأٹھۍ موجوٗد۔ ٹیگور چھُ مہاراجہ پرتاپ سِنگھ ہِندِس دورِ حکومتس دوران یعنی ۱۹۱۵ ہس منز کٔشیرِ آمُت ییٚتہِ سہٕ ڈل جیلس منز ''پرٕستان'' ناوٕ کِس ہاوس بوٹس منز تہٕ کینژن دوہن رام

مُنشی باغہ ویتھ ہندس اَکِس ہاوس بوٹس منز قیام پذیر اوس۔ اتھ دوران اَس
لتس پنٕنی نوش نچوٚ تہٕ ستی۔ کٲشیر ہندس الہ پلہ پندہن دوہن ہندس سأس دوران
پھیوٚر مختلف سیاحتی جاین یمن منز مارتنڈ مندرٕ کی کھنڈر تہِ شأمل آسی۔ سہٕ اوس
امہ مندرٕ کی قدیم کأٹی کنہ فنِ تعمیرن یوت مُتأثر کوٚر مُت زِ لتس آس یم کھنڈر پھرِ
پھرِ وُچھنٕچ کل گنیمٕژ۔ وننہ چھُ یِوان زِ تمی کُر کٲشیرِ منز زینہ کڈلس منز پنڈت
آنند کول بامزئی سندِ گرِ اَکِس مُشاعرس منز تہٕ شرکتھ۔ کٲشیرِ ہندِ فطری ماحوٗلک
منز رکہِ زیرِ اثر لگہ ہے نہ تسندس تخلیقی ناگرادن وُتش، یہِ اوس نہ مُمکنٕے۔ چناچہِ
اتھ سأس دوران چھےٚ تمی کینہہ نظمہ تہِ لیچھمٕژ۔ یتھ سورٕے کلامہ چھُ تسندس ''
بلاکا'' ناوِ کِس شعر مجموٗعس منز شأمل۔ یہِ شعرِ مجموٗعہ چھُ ۱۹۱۶ ہس منز شایعہ
سپدٕمُت۔ غرض ٹیگورسندس تخلیقی رٕکھشس رفتار تہٕ وُپھواری عطا کرنس منز چھُ
کٲشیرِ ہندِ فطری ماحوٗل منزرُک دخل تہِ۔

مگر ٹیگورس تہٕ کٲشیرِ باہم یہِ کُشش چھےٚ نہ یکطرفہ۔ بلکہِ چھُ امیک
مُظاہرٕ کاشرِ زبأنی ہندیو اَدیبو تہِ تسندین مُختلف ادبی شاہپارن کأشرس منز ترجمہ
کرنہٕ ستی تہٕ کوٚرمُت۔ ٹیگو چھُ شاید ہندوستأنی علاقأیی زبانن ہندیو قلمکارو منزٕ سہٕ
واحد قلمکار ییمی سندین تخلیقن ہندی ترجمہ میقدارٕ لحاظ کاشرس منز زیادٕ پہن سپدی
متی چھِ۔ اتھ ترجمہ سرمایس منز چھِ تسندی ڈرامہ، ناول، افسانہ تہٕ شأعری تہِ
شأمل۔ یم ترجمہ چھِ کأشرین ادیبن ہندِ ذریعہ انفرأدی طور تہِ کرنہ آمتی تہٕ
کأشرِ زبأنی ستی وابستہٕ مختلف ادارن ہندِ اہتمامہٕ تہِ۔

وو پرٕ زبانن ہندین ڈرامہن کأشرس منز پھرنس تہٕ چھُ ٹیگور
سندیو ڈرامہو ستی دس وڈ تھٕمت۔ تسندین '' وِسرجن'' ''مالنی'' تہٕ '' چنڈالکا''

ڈرامہن ہند ترجمہ کوٚر ''قربانی''، ''مالنی'' تہٕ ''چنڈال کٕڑ'' عنوانہ نوٗر محمد روشنن تہٕ
یم ترٛیشوے ڈرامہ آیہٕ یکہ وٹہٕ پاٹھی قربانی ناوٕ ۱۹۶۱ عیسوی منز زنانہ کالیج مولانا
آزاد روڑ سرینگرٕ ہسی شایع کرنہ۔ یم ترٛیشوے ڈرامہ چھہٕ ٹیگور سندٕ ڈرامہ فنکی
ترٛے رنگ بروٗنہہ کُن انان۔

''وسرجن'' چھُ شکسپیری المی طرزُک پانژھ اٹھ نگی ڈرامہ یُس دراصل
امہ بروٗنہہ پہن اُہندی ڈٕسی لیکھنہ آمژٕ اکہ ناولہٕ ہُند ڈرامأیی روٗپ چھُ۔ وار یہو
نقادو چھُ یہٕ ٹیگور سُند اکھ بہترین المیہ ڈرامہ گنزرمُت۔ ''مالنی'' ہیکون آسأنی
تٕسندٕ ''کُنتی کرن سمواد'' تہٕ ''بِدایی ابھشاپ'' ڈرامہن ہندی پأٹھی شعری ڈرامہ
مأنتھ، یتھ منز شاعر ٹیگور تہٕ ڈرامہ نگار ٹیگور باہم بغل گیر سپدتھ بروٗنہہ کُن یِوان
چھہٕ۔ ''چنڈالکا'' چھُ اُکس جاتک کتھایہٕ پیٹھ بُنیاد تھاوان۔ یہٕ ڈرامہ چھُ تٕسندٕ
أخری دورُک ڈرامہ یُس ناچ طرزس پیٹھ تحریر کرنہ آمُت چھُ۔ اتھ ڈرامہس منز
چھہٕ سنکیتٕ اداکأری، نژُن تہٕ شأعری ژوشوے اکھ اُکس ہتی ہم آہنگ سپدی
متی۔ امہٕ چالہ ہندی ڈرامہ چھہٕ ٹیگور سٕنزٕ فنی چابکدستی تہٕ رنگہ رٕژہٕ فنکأری ہندی
رتی نموٗنہ۔ ۱۹۶۲ عیسوی منز آیہ ساہتی اکاڈمی ہندٕ اہتمامہ ٹیگور سٕندین ''ڈاک
گھر''، ''مُکت دھارا'' تہٕ ''رکت کربہ'' ڈرامہن ہندین ترجمن پیٹھ مشتمل ''ترٛے
ناٹک'' ناوٕ ڈرامہ سوٚمبرن شایع کرنہ۔ یمو منز چھُ ''ڈاک گھر'' امین کأملن تہٕ
''مُکت دھارا'' علی محمد لونن ترجمہ کوٚرمُت۔ ''رکت کربہ'' ڈرامہس چھُ نور محمد
روشنن ''ودٕزلی گلالہ'' ناوٕ ترجمہ کوٚرمُت۔ ''ڈاک گھر'' چھُ اکھ ہری ڈرامہ یتھ
منز ڈرامکس اہم کردار املس نکھے کھولنہ آمتہٕ ڈاک خانہ ذٔریعہ راژٕ ہٕنزٕ چٹھی
واتنگ بے صبری سان انتظار چھُ۔ امہٕ ڈرامکہٕ زیرٕ سطح چھُ یہٕ انسأنی کریشن زٕ

آتما چھُ ہردم مُکتی پراونہ باپتھ بے قرار روزان۔ "مُکت دھارا" تہٕ "ووزٕلی گُلال" ڈرامہو بروٚنہہ لیکھی ٹیگورن کینہہ ڈرامہ یم فرٕد تہٕ فطرتُک اژھیٚون رِشتہ نیشناوان چھِ۔ مگر یتھ ڈرامہس منز چھُ ٹیگور فرٕد تہٕ فطرتُک رِشتہ اوٚکطرف تراٚوِتھ فرٕد تہٕ سماجس باہم رِشتن منز مشینی نظامہٕ ستۍ ووتلیمژن پیچیدگی ین سینومُت۔ دوشونٔی ڈرامہن ہنز گوٚژ چھےٚ یہ زِ مشین گژھِ وش کرنہ ینٔۍ۔ مشینہ ذٔریعہ نہ بُلکہ فرٕدٕ ہنٛدِ ذٔریعہ۔ بامے امہ باپتھ زوٗ تہٕ چھیپہٕ دیُن پیٚیہِ۔ ٹیگور ہنٛدی بٔکنٕ آسہِ یہے زندگی ہنز فتح۔ ڈرامہُک اہم کردار ابھِ جیت چھُ اُتر کوٗٹلین لوٚکن ستۍ بجنگ تِلکیا زِ مُکت دھارا بٔکس بہاوس چھُ بنٛڈ دِتھ روٗٹ کرنہ آمُت۔ "ووزٕلی گُلال" ڈرامہُک نرنجن تہٕ چھُ یتھے پاٹھۍ یکھش پُری ہنٛدس مشینی نظامہ نِش مُکتی پراونہ باپتھ رازس ستۍ لڑان۔ دوشونٔی ڈرامہن منز چھِ چھیکرس یم دوشوے کردار کامیٲبی پراوان مگر امہ باوجوٗد چھُ دوشونٔی ہُند انجام موت۔

1961 عیسوی منز آیہِ دُرس مُلکُکی پاٹھۍ ریاستس منز تہٕ ٹیگور صد سالہ تقریبات مناونہ تہٕ امہ جشن کمیٹی ہنٛدی سربراہ اٲسۍ ڈاکٹر کرن سنگھ تہٕ سیکرٹری کمال احمد صدیقی۔ امہ کمیٹی ڈٕسۍ آو ٹیگور سنٛزن کینژن تخلیقن کاٗشرس منز پھرتُک سنٛز کرنہٕ۔ یتھ پاٹھۍ کوٚر "راجا رانی" ڈرامہُک ترجمہ امین کاٗملن یُس پتہٕ "راژٕ تہٕ رٲنۍ" ناو کلچرل اکاڈمی ڈٕسۍ شایع کرنہ آو۔ امہ ڈرامہُک قصہ چھُ کٲشیرِ ستۍ وابستہ۔ تہٕ یہِ ڈرامہ چھُ ٹیگورن تتھ دورس منز لیوٗکھمُت ییلہ سُہ ڈُنہ ڈرامہ نگاری کُن نوٚو نوٚوے آمُت اوس۔ یہِ ڈرامہ چھُ "وسرجن" ڈرامہکی پاٹھۍ پانژھ اوٚنگی ڈرامہ المیہ ڈرامہ۔ "پھالگنی" چھُ بیاکھ ڈرامہ ییمیُک موضوع دیس تہٕ پرکرژ ستۍ انسانہ سُند رشتہٕ چھُ۔ ڈرامہ نگار چھُ وُنہ یژھان زِ کاینٲتس منزیوس دیہ لیلا چلان

چھےٚ سو چھےٚ انسانأنی فطرتس منز تہٕ مُتحرک۔ حیاتگ موٗل چھُ سونتھ تہٕ یاوُن تہٕ وندٕ تہٕ بجر چھُ محض برم۔ یہِ ڈرامہ چھُ گیت ناٹک چالہِ لیکھنہٕ آمُت تہٕ امیک ترجمہ چھُ مرحوٗم مرزا حسن بیگ عأرفن کوٚرمُت یُس کلچرل اکاڈمی طرفہ شایع سپُد مُت چھُ۔

۱۹۶۲ عیسوی منز سپُد پی این پُشپ ہندِ ڈٕسی کرنہٕ آمُت ٹیگور سنز "چوکھیر بالی" ناولہِ ہُند ترجمہ "اُچھ رٕکٹر" ناوٕ ساہتیہ اکاڈمی ڈٕسی شایع۔ یہِ ناول چھےٚ بنگأنی ناول ادبس منز اکھ رُجحان ساز ناول مانہٕ آمُت۔ ناولہِ منز چھِ انسأنی فطرٕژ ہندین مختلف جذبن مثلاً لولس تہٕ آرزوین تہٕ عملہ تہٕ قدرن باہم اکھ دِلکش تضاد ووتلاونہٕ آمُت۔ امہ ناولہِ ہندی ونود، آشا، راج لکشمی تہٕ مہندر بیترِ کردار وُچھتھ چھُ اسہِ برونٹ گرٛہان زِ زنتہٕ یم لوٗکھ اسی اٚندی پکھی روزان چھِ۔ ٹیگور ہندین نثر پارن ہندین کأشرین ترجمن منز چھُ سوم ناتھ سادھو ہندِ ڈٕسی کرنہٕ آمُت "کابلی والا" افسانٕک ترجمہ تہِ شأمِل یُس ۱۹۸۱ عیسوی منز شایع سپُد مُت چھُ۔

ٹیگور ہندین کأشرین شعر ترجمن منز چھِ تسنز "گیتانجلی" ہندی ترجمہ اہم۔ کأشرس منز چھِ گیتانجلی ہند ترجمہ گوڈٕ سروانند کول پریمی ین کوٚرمُت یُس "کأشر گیتانجلی" ناوٕ شایع سپُد مُت چھُ۔ دوٚیم ترجمہ چھُ موتی لال نازُند یُس ۱۹۷۹ اَس منز چھپیومُت چھُ۔ امیک پیش لفظ چھُ مرحوٗم جی آر سنتوش ہندِ ڈٕسی لیکھنہٕ آمُت۔ امہ علاوٕ چھےٚ اتھ منز ناز سنز گوڈٕ کتھ یوٚس منظوٗم زبأنی منز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ ٹیگور سنزن کینژن نظمن ہُند ترجمہ چھُ غلام نبی خیالن کوٚرمُت یمن منز "مالنی" ناوٕچ نظم تہٕ شأمِل چھےٚ۔ وننہ چھُ یِوان زِ یہِ نظم چھےٚ ٹیگورن کشیرِ منزٕ پننِس قیامس دوران لیچھمٕژ۔ خیالن چھُ اُہنزِ "بلاکا" ناوِچہ نظمہ تہِ "چھنہ

پنگتھ'' ناوِ ترجمہ کوٚرمُت۔ یہِ نظم تہِ چھےٚ ٹیگورن کٔشیرِ منٛزٕ تخلیق کٔرمٕژ۔ امہ نظمہ ہندس شانِ نزولس مُتلق چھُ وننہ یِوان زِ اکہ دوہ شامن اوس ٹیگور رام منشی باغہ ہاوس بوٹ کِس ڈیکس پیٹھ بہتھ۔ أتھۍ منز دریاوہِ لس پیٹھۍ کِنٛز اکھ پچھنہ پنگتھ آلین منز چھپنہ باپتھ۔ امہ دوہ شامن کٔرتٕمۍ یہِ نظم تخلیق۔

ٹیگور سنزٕ دیش بھگتی شاعری منز چھےٚ ''ایکلا چلو'' تہٕ '' چِتہ جِتھا بھیہ شنو'' اہم۔ یمو منزٕ امین کاملن دوٚیمہ گیتک ترجمہ کوٚرمُت۔ رحمان راہی ین تہِ چھُ '' ہے معصوٗم ژٔرِی'' عنوانس تحت أہنزِ اکہِ نظمہ ہُند ترجمہ کوٚرمُت۔ یُس ۲۰۰۶ کِس شیرازس منز شایع سپدمُت چھُ۔ ساہتہِ اکاڈمی تہِ چھُ ٹیگور سنزن مختلف اہم نظمن ہُند کأشُر ترجمہ کرناونک سنز کوٚرمُت۔ ممکن چھُ زِ أہندین تخلیقن ہندی آسن بیٚیہِ تہِ کینہہ ترجمہ سپدی مِتۍ یم یاتہٕ منظر عامس پیٹھ آسن نہ آمتۍ یا مشرٕکِس گال کھالس پیمتۍ آسن یہ زن بیشتر ترجمن ہُند لوٚگ لون آسان چھُ۔

بہرحال یم چھِ ٹیگور سندین کینژن اہم فن پارن ہندی کینہہ اہم کأشری ترجمہ۔ یم بیشتر ترجمہ چھِ سانہ زبأنۍ ہندین کینژن گراں قدر ترجمہ کارن ہندِ کرنہ آمتۍ۔ ووٚنۍ گوٚو یمن ترجمہ کاوِشن ہندس میعارس متلق کانہہ حتمی راے دِنۍ چھُ دشوار تکیازِ امہ باپتھ چھُ یمن ہنزِ موٗل زبأنۍ ہنز زانکأری آسٕنۍ ضرۆری۔ مگر یتہِ چھُ پزر زِ یم ترجمہ چھِ اکہِ یا بیٚیہِ فلٹر زبأنۍ ہندِ ؤسیلہ کرنہ آمتۍ۔ یمن منز خاص پأٹھۍ انگریزی زبان اہم چھےٚ۔ یعنی أسۍ ہیکو وٕنتھ زِ یم سأری ترجمہ چھِ نقلُک نقل تہٕ یتھ پأٹھۍ چھِ اصلہ نِش زِ پأدٕ دوٗر۔ مثلاً ''وسرجن'' ڈرامہ کِس انگریزی ترجمس چھُ Sacrifice ناو تہٕ أتھۍ چھُ کأشرس

منز ''قربانی'' ناو دِنہٕ آمُت۔ قربأنی لفظس تہٕ یِم دوے کینژن مذہبن منز باقے معنی یو علاوٕ اکھ رنٛج معنوی ژھاے چھےٚ مگر وسرجن چھُ اکھ مخصوٗص مذہبی رسم یُس قربأنی ہِندِ رسمہ نِش بدٕ نہ چھُ۔ امہ مثالہٕ تلہ ہیکہ پانے ییٚمہ کتھِ ہُند اندازٕ سپدِتھ زِ ترجمن منز کیا آسہٕ رٔژھراونہٕ آمُت تہٕ کیا آسہٕ رودمُت۔

ٹیگور سندین ڈرامہن ہنز اہم خوٗبی چھےٚ یہٕ زِ یمن منز نہ چھےٚ کردارس اہمیت تہٕ نہ واقعس۔ یمن ہندی کردار چھِ گۆڈٕ تہٕ امتیأزی وصفو روٗس۔ یمن ہنز اہمیت چھےٚ یہٕ زِ یم چھِ محض کُنہ خیالٕچ یا کُنہ فِکرِ ہنز نُمایندگی کرنکہٕ مقصدٕ ورتاونہٕ آمٕتۍ۔ ییٚمہ کِنۍ یمن علامتن ہُند مُل مایہٕ کھوتمُت چھُ۔ مثلاً مُکت دھارا چھُ نہ محض اکھ دریاو بلکہٕ یہٕ چھُ تمہ لولہٕ پیٚچ نُمایندگی کران یُس راج کُمار سندِس وۄندس منز وۄتلیومُت چھُ۔ تتھے پأٹھۍ چھُ ڈاک گھر ڈرامہک ڈاک گرٕ آمچ ، چنڈا لکاہٕچ پرکرتی فِطرتٕچ تہٕ آنند آتم گیانٕچ علامت۔ بیشتر ڈرامہن منز چھُ ظأہری عملہ زیرِ سطح علامژن ہُند اکھ رقص یُس ترجمس دوران پننہِ مؤلہ زبأنی ہِندِ تنوظُر تہٕ آہنگچہ تبدیلی زیرِ اثر ترجمس اثر انداز گرتھ ہیکہِ۔ پتہٕ چھُ اہم زِ ٹیگور سندی یم ڈرامہ چھِ ڈرامہ تہٕ شأعری ہُند سنگم ییٚتہٕ موادتہٕ مفہوٗمہ علاوٕ اندازِ بیانس تہٕ برابر اہمیت چھےٚ۔ مگر نثری تخلیقن ہِند یو اکثر ترجمہ کارو چھےٚ موادس ستی ژٕر دلچسپی ہأوہٕژ۔

تتھین ادبی ترجمن منز چھُ مأدی کلچر تہٕ مخصوٗص تہذیبی عُنصر تہٕ رۄٹ ہٕنتھ ہیکان۔ مثلاً ''چوکھیر بالی'' ہُند یہٕ اقتباس نی تو:

''مہندرُن جأئی یار اوس بہاری۔ سہٕ اوس مہندرس دادا یعنی زیٹھ بوے وناننہٕ ماجہ ''ما'' یعنی دیدی۔ مأج اُس تس سٹیم بوٹس پتہ پتہ لگہ

ڈُن گادھا بوٹہٕ یُٛ سامانہٕ سارنٛگ ڈٕسیلہٕ ونان۔‘‘

اتھ اقتباسس منز چھُ ترجمس دورانٕے کینٛژن لفظن ہنٛز وضاحت دِنہٕ آمٕژ یوس اتھین غأر ضرۄری چھےٚ۔ تِکیازِ امہٕ سٕتۍ چھُ غأر ضروی لفظِ ورتاوٕ سٕتۍ اختصار ٕکس وصفس دداوٕ ووتمُت۔ یژھ وضاحژ ہیکہٕ ہن حأشین منز دِنہٕ یتھ۔ یا یمن لفظِ ورگن ترجمہ کرنہ وِزِ تہٕ ہیکہٕ ہے ترجمہ کار ترجمہ زبأنۍ ہُند کلچر ورتاوِتھ ترجمس قأری اساس بناوِتھ۔ یا اگر مأدی کلچرس سٕتۍ وابستہٕ مؤلہ لفظٕے ورتاونہ یہِ ،تہٕ تہِ چھُ نہ غلط مگر یمن لفظن چھےٚ الگ پأٹھۍ وضاحت دِنۍ ضرۄری۔ وونۍ اگر یتھین لفظن ہُند تہِ ترجمہ لوغأتی معنی حسابہٕ دِموتیلِہ باسہِ عبارت غأر فطری۔

مثالے:

’’مُنز مہ نوشی، میون گوٗرُ ہے بٮ۪ین ہندِ کھوتہٕ تہِ زیادٕ پٔھن ماجہِ مازان چھُ۔‘‘

’مُنز مہ نوشی‘‘ چھُ نہٕ کُنہٕ پأٹھۍ تہِ ترجمہ زبأنۍ ہنٛزِ بولچألی زبأنۍ ہندِ مزاژ موأفق۔ دراصل چھےٚ ترجمس منز یہِ ترائے تمہٕ ساتہٕ یِوان ییٚلہِ ترجمکار پننِس ترجمس از حد تخلیق کار اساس بناوان چھُ تہٕ یہِ وُنن گژھِ نہ غلط زِیم بیشتر ترجمہ چھِہ امی ورٕکی۔ تمی چھُ بیشتر ترجمن منز ترجمکارو زیادٕ پٔھن مفہوٗمس کُنے توجہ دیُتمت۔تاہم چھےٚ ’’رازٕ تہٕ رأنۍ‘‘ تہٕ ’’سونٛگ اتہ گتھ‘‘ ترجمن منز ترجمس قأری اساس ترائے دِہٕنچ زبر کوٗشش نظرِ گژھان۔ گوڈنکس منز چھےٚ ترجمکارن پننہ ِزبأنۍ محاورٕک ورتاو کوٚر رمُت یٮ۪مہ سبہ اتھ نیسبت بعضے ترجمہ بجایہِ اصلک گُمانہ تہِ سپدِتھ ہیکہِ تہٕ دۄیمِس منز یٮ۪تہِ یٮ۪تہ ترجمکارن موسمی وِہن ہنٛز منظر نگأری کٔرمٕژ چھےٚ تتہِ چھُ کٔمی مُقأمی رنگ دوتلأوِتھ مکأنی دۄریرناپید کوٚر رمُت۔ مثلاً:

اسمانن ہیوٚت رنٛگن بے دایہ ویوہار کرُن

ڈلنہ لوٗگ بادِ صبا ہر طرفہ ہیٚوت سازن وزُن
شاعٲدیانس منز گومُت دیوانہ ہیٚو سورُے فضا
خوٗش ہواصُبحک ٹکان پوٗشن پرژھان توٚہہ ناوکیا
ٹیگور سندی کأشری شعر ترجمہ تہٕ چھِ انگریزی ترجمو پیٹھے کرنہ آمتی ۔رحمان راہی تہٕ غلام نبی خیالن چھےٚ آزاد ترجمس کأم ہیٚژمژ۔امین کأملن چھُ انگریزی آزاد ترجمس کأشرس منز پابند نظمہ ہُند انہار بخشُمت۔خیال بیٚتہٕ مفہومس ستی ووفادأری ہاونہٕ لفظہٕ ترجمس ترجیح دوان چھُ تتہٕ چھُ راہی پننہٕ شأعرانہ شخصیژ ہندس غولبس تل یتھ تعبیری ترجمہٕ ترایے رٹان۔تہٕ کأمل چھُ اصلس تابع روزنہ باوجوٗد تہٕ پننہٕ فنچ اُڈرن تہٕ تتھ پأٹھی کران زِ مفہوٗمس ستی ستی چھُ توٗرک واتناویتہٕ سپدان۔مثلاً:

Where the mind is without fear
and the head is held high
Where the knowledge is free

ترجمہ: یِیتہٕ آسہِ نہ خوف ژھاے دِلس یِیتہٕ سأری آسن کارِ ووٚ گنز
یِیتہٕ عِلمک مس سونہ کینژن منز مولہ روٗستے عامس پلہ ناوان

ووٚنی گوٚو یہ تہٕ چھےٚ کتھ زِ اتھ گیتس منز چھُ حُب الوطنی ہُند جذبہ یُس ترجمس منز ووتلاوُن تیوٚت مُشکل چھُ نہ۔گیتانجلی ہندین ترجمن مُتلق چھےٚ کینژو اُدیو مثبت رائے دِژمژ۔مثلاً سورگیہ پریمی ہندس ترجمس مُتلق چھُ جیالال نأظر ونان:''پریمی ین چھُ گیتانجلی ہُند ترجمہ کرِتھ فلسفہِ سیٹھاسہل تہٕ سادٕ پأٹھی کأشرِ زبأنی منز پیش کوٚرمُت۔''تتھے پأٹھی چھُ سنتوش ناز ہندس ترجمس متلق ونان،''ناز سُند کأشر ترجمہ پرِتھ گوٚو نہ مےٚ احساس زِ یہ چھُس کانہہ ترجمہ پران۔''مگر بروٚنہہ پکن چھُ سنتوش پانے اعتراف کران زِ نہ چھےٚ تمہِ بنگألی تہٕ نہ انگریزی

گیتانجلی پرٛزٕ۔۱۵۷ابکھتی تہٕ بِسری مزاز کین گیتن پیٹھ مشتمل بنگالی گیتانجلی اُس ٹیگورن ۱۹۱۰ہس منز چھاپمژ۔ انگریزی گیتانجلی منز چھِ ۱۰۳ شعر تخلیقہ یمن منز اصل گیتانجلی منز صرف ۵۲ گیت شأمِل چھِ۔ چناچہِ ٹیگورن چھُ بیشتر گیتن پانے آزاد ترجمہ کوٚرمُت مگر تمہ باوجوٗد چھےٚ دوشوٕنی ہنزن تخلیقن باہم فرق۔ انگریزی ترجمس منز چھُ مختلف گیتو منز کینہہ کینہہ تراونہ تہٕ بدلاونہ آمُت۔ امیک اشارٕ تہٕ چھُ ناز گوڈ کتھِ منز دوان:

تمِس اُہےٚ خبر مغرب خبر چھا یہٕ اصلیچ زاوِی جارِی فِکرِ ترٕکھا
تِوے کرٕ تمی اپنہ تیہہ اکھ رٕژھا کم پوٚتس پھیوٕرس یہٕ اُس غلطی سرٕہم

گوٚوزِ گیتانجلی منز شأمِل گیت چھِ گوڈے ٹیگورن پانٕی پانے انگریزی ترجمہ کرِتھ کھوتُھ زدٕ کری مُتی چھِ۔کأشرس ترجمس منز تہٕ آسہِ یمن واریا چھو نیومُت۔ بنگالی ادبی تنقیدس منز چھےٚ ٹیگورٕ سنز زبان رنگہ رٕژ تہٕ رٕنج مانہٕ آہژ۔تسُند زبأنی ورتاو چھُ دون قِسمن ہُند۔ تمی چھُ کُنہ کُنہ ''شود بھاشا'' یعنی سنسکرتی لہجہ تہٕ کُنہ کُنہ ''چولتی بھاشا'' یعنی بول چالی لہجہِ دیہأتی لُکہ لیہِ سان ورتومُت۔ پننہٕ زبأنِہ ہندِ لفظیک اندرٕی سازٕت وُزنأوِتھ تہٕ ستی یم لفظ حرکژل شیچن منز سجأوِتھ کوٚرکی پننہ شأعری ہندِ ذٔریعہ موسیقی تہٕ مصوری ہُند اکھ گُمبد خانہ تخلیق۔یتھ منز نہ صرف فنٕک بلکہِ فِکرِ ہُند ترانتا چھ۔یہ سورُے ترجمن منز ویپراوٗن چھُ ناممکن۔یہِ چھُ ٹیگور ہندین بیشتر کأشرین ترجمن مُتلق تہٕ صیح۔یم پران پران رابرٹ فراسٹ سُند یہ قول یاد پیوان چھُ۔ '''شعرٕت گوٚو تہِ کینژھا یہِ یہ ترجمس منز راوان چھُ۔''

ووٕنی گوٚو یہ تہِ چھُ صیح زِ یمو ترجمو سٕی ہیکہ اسہِ ٹیگورٕ ہندِ فنک تہٕ تسنزٕ فِکرِ

ہُند اندازٕ سپدتھ۔اتھ چھِ کینہہ وجہ۔مثلاً یہِ زِ عظیم تخلیق کار چھِ اکثر زبان تہٕ زمان و مکانٕکی ڈٲری مِسمار کرتھ پننہٕ خوٚشبوے ژوپٲرۍ ژھٹان۔وو پر تہذیبک ییٹس سپُدترجموٕ ستی ٹیگورنہ فنُک قٲیِل۔أسی چھِے ییٹس ہندِ کھوتہٕ ٹیگورس قریب۔تہِ زن گوٚو سانہ باپتھ چھےٚ یہِ سہولیت زِ ٹیگور ہنز سمندر نُما شخصیت یمن قدیم کاٰلکۍ فِکری ناگرادوٕ ستۍ پوٚرنہ آہٕژ چھےٚ تمو چھُ دقتہ وقتہٕ یمہ برِصغیرکین تہذیبی موٗلن تہٕ قدرن تہِ سگ دیُتمُت تہٕ تم قدرٕ چھےٚ نہ سانہ باپتھ تہِ وو پر۔یتھ پٲٹھۍ چھِ أہندۍ تخلیقی تجرُبہ سانہ تہذیبی شخصیتُک عکس تہِ ہاوان۔امی سبہ ہیکو أسی یموٕ ترجموٕ ستۍ أمِس عظیم ادبی تھوٚنگس ستۍ قُربت محسوٗس کرِتھ۔یہے چھےٚ یمن ترجمن ہنز اہمیت تہٕ افاُدیت تہِ۔



# موتی لال ساقی بحیثیتِ ترجمہٕ کار:
# راج ترنگنی ہٕنٛدِ حوالہٕ

وُہمہِ صدی صدی ہٕنٛدِس ڈٔویمِس نِصفس دوران یِمو قلمکارو کأشرِ زبأنۍ، ادبس تہٕ تہذیب توأریخ بِکس مُطالیاتس پننہِ قلمہٕ مولُل بُرٛزر کوٚر، تِمن منٛز چھُ مرحوم موتی لال ساقی تہِ اکھ اہم ناو۔ موتی لال ساقی اوس اکھ زونُمت مونُمت شأعر تہٕ اکھ تخلیقی نثر نگار۔ ساقی اوس لُکہٕ وِرثُک اکھ سنجیدٕ عألم تہٕ محقق تہِ۔ ساقی لیس متعلق چھےٚ خاص کتھ یہٕ زِ کشمیر مطالیاتُک خالے کانٛہہ پہلوٗ آسہِ تیُتھ یَتھ منٛز تِمۍ نہٕ اکھ کامیاب قلم آزمأیی کٔرمٕژ آسہِ۔ چنانچہ ترجمہٕ کأری ہٕنٛدِس مأدانس منٛز تہِ روٗدنہٕ سُہ پتھ کینٛہہ۔ یِمن ترجمن منٛز چھِ تِم ترجمہٕ تہِ شأمل یِم ڈٔویمو زبانو پیٹھہٕ کأشرِ زبأنۍ منٛز کرنہٕ آمتۍ چھِ تہٕ تِم تہِ یِم کأشرِ پیٹھہٕ ڈٔویمہِ زبأنۍ منٛز کرنہٕ آمتۍ

چھِ۔ ساقی سٕنٛزٕ یم ترجمہٕ کاُوشہِ چھےٚ اور یور چھکرِتھ تہٕ یمن منٛز چھےٚ کینٛہہ کامہِ وُنہِ غاًر مطبوٗعہٕ۔ تِہٕنٛدی کینٛہہ اہم ترجمہٕ چھِ: (۱) رابندناتھ ٹیگور سٕنٛدِ ''ڈاک گرٕ'' ڈرامہُک ترجمہِ (۲) مشہور انگریزی شاعر جان کیٹس سٕنٛزٕن چھٕن ہُنٛد ترجمہٕ (۳) لل دیدٕ ہٕنٛدی واکھ، ڈاکٹر سرمحمد اقبال سٕنٛزٕن کینٛژٕن تخلیقن ہُند ترجمہٕ یم کلچرل اکادمی ہٕنٛدِس اقبال نمبرس منٛز شایع سپدی مٕتی چھِ تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ اہم کلہن سٕنٛز راج ترنٛگنی ہُنٛد ترجمہٕ یمیُک ژوٗرِم ترنگ کلچرل اکادمی ڈٔسی شایع کرنہٕ آمِژ ''راج ترنگنی- کاشُر ترجمہٕ'' ناوِ تصنیفہِ منٛز شامل چھُ۔ راز ترنگنی ہٕنٛدِس اَتھ کاشرِس ترجمس منٛز چھِ بشر بشیر تہٕ ارزن دیو مجبور ہٕنٛدی ڈٔسی کینٛژٕن ترنگن کرنہٕ آمُت ترجمہٕ تہِ شامل۔ یہٕ تصنیف چھےٚ 2005ء منٛز شایع سپزٕمٕژ۔ چنانچہ یہ کتھ آیہِ برونٛہہ وَنہِ زِ ساقی سٕنٛزٕن یمن بیشتر ترجمہٕ کامین منٛز چھےٚ کینٛہہ وُنہِ اچھاپہٕ، لہٰذا تِمن متعلق کانٛہہ رائے زٔنی کرٕنی چھُ نامناسب۔ تہٕ کینٛہہ چھےٚ موخصر یمن مُتلق کُھلہ ڈُلہ پأٹھی کتھ ہیکونہٕ کرِتھ۔ اَمہ سبہ چھُ مےٚ یَتھ موخصر مقالس منٛز صرف راج ترنگنی ہُنٛد ترجمہٕ زیرِ غورٕ اوٚنمُت۔

یہٕ کتھ چھےٚ مسلم زِ ''قدیم کٔشیرِ'' متعلق کُنہِ تہٕ قسمہٕ کہِ مطالعہٕ باپتھ چھےٚ راج ترنگنی کلیدی اہمیت تہٕ دوٚنی ییٚلہِ کاشرِ زبأنی منٛز تحقیقس پوچھر لوٚگمُت چھُ، یہ اوس از حد ضروری زِ راج ترنگنی گژھِ کاشرِ زبأنی منٛز تہٕ آنٛنہٕ۔ یہ اُس پزی اکھ عجیب کتھ زِ کٔشیرِ ہٕنٛدِس پتھ کالس متعلق زانکأری ہُنٛد یہِ مولُل پٔتار اوس اوٚتام کاشرِ زبأنی منٛز غاًر موجود تہٕ موتی لال ساقی چھُ تِمن کینٛژٕن اُدیبن منٛز یمو یہِ کمی محسوس کرِتھ یہِ وبژھےٚ دوٗر کرنس کُن اکھ مثبت قدم تُل۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ موتی لال ساقی سُند یہِ ترجمہٕ سیٹھاہ اہم۔

ترجمہ کأری منز چھُ اکثر وَننہ یوان زِ ترجمہ کار گژھِ اصل مُصنفہٕ ہٕنٛدِس مزازس ستی کُنہ حدس تام ہٕشر تھاوُن۔ اَمہِ نوقطہٕ نگاہ ہرگاہ وُچھو، راجترنگنی ہٕنٛدِس اصل لکھأرؠ ہٕنٛدِ شخصیتکی چھِ زٕ اہم گون۔ یعنے کلہن اوس بیک وقت اکھ مورخ تہٕ محقق تہٕ ستی اکھ شأعر تہِ۔ ہرگاہ ساقی ہٕنٛزِ شخصیژ سنو یم زٕ خصوٗصیژ چھےٚ تَتہِ تہ موجوٗد۔ ساقی ین کوٚر پننہِ ادبی سفرُک دٔسلابہٕ شأعری ستی تہٕ وق سورنس ستی بنیوٚ سُہ کأشرِ ادبک تہٕ تہذیبک اکھ برُگزید محقق۔ تُسنٛد یہ محققانہٕ مزاز چھُ نہ صرف تٕسنٛدِس تنقیدس منز جلوٕ گر بلکہ چھےٚ یہ ترٛاے تٕسنٛزِ شأعری ہٕنٛدِس لفظٕس منز تہٕ موجوٗد۔ یمو خصوصیژو کٔنٛز ہیکہِ ہے سُہ کلہن سُنٛد کامیاب ترجمہ کار بٔنتھ۔ تکیازِ ترجمٕ بنیأدی محرک چھےٚ دِلچسپی تہٕ دلچسپی باپتھ چھُ اصل لکھأرِس تہٕ ترجمہ کارس مابین مزازٕچ ہم آہنگی ضروری۔ اِد چھُ ہیکہِ ترجمہ کار اصل لکھأرس ستی ہمسٔری نےٚ تہٕ ہنا قُربت قائیم کٔرِتھ۔ یتھ ترجمہ تہِ معقوٗل باسہِ۔

راج ترنگنی چھےٚ اکھ مُنفرد تصنیف یٚیتہِ مہابھارتکہِ زمانہٕ پیٹھ راجٕ جےسمہہ یعنے 1151ء کِس زمانس تام کٔشیرِ ہٕنٛد بٔن توأریخی تہٕ نیم توأریخی واقعاتن ہُنٛد بیان چھُ تَتہِ چھےٚ یہ تصنیف اکھ مأرؠ مُنٛز شعرِ تصنیف تہِ۔ سنسکرت ادبی صِنفہٕ ذأتٕ حسابہٕ ہکو اَتھ مہا کاویہ ؤنتھ۔ مگر مہا کاویس منز یٚیتہِ اَکےٚ کردار بحیثیتِ ہیرو پیش کرنہٕ یوان چھُ تَتہِ چھُ راج ترنگنی منز کأنسہِ أکِس رازس پیش کرنہٕ بدلہٕ رازی ہٕنٛدِس تسلسلس کُن توجہ دِنہٕ آمُت، یتھ منزٕ یوان تہٕ گژھان چھُ، اما پوز رازی ہُنٛد تسلسل چھُ برقرار روزان۔ کلہن ہٕنٛز راج ترنگنی چھےٚ چھندن منز تہٕ اَتھ منز چھُ غأُلب پأٹھی سنسکرت شأعری ہُنٛد مقبول عام، ''انُشٹپ'' چھند ورتاونہٕ آمُت۔ دوں گوو منزٕ مُنزؠ چھےٚ اَتھ منز تبدیلی تہِ کرنہٕ آمٕژ۔ خاص پأٹھی اول ترنگن

ہٕنٛدِس ابتداتہٕ اختتامس پیٚٹھ تہٕ ڈ ویم تٔمن جاین ییٚتہِ رٕس تہٕ جذبہٕ تبدیلی مطأبق یہِ تبدیلی ضروری بنیمٕژ چھےٚ۔ مہا کاوِ کٔس صورتس منٛز چھُ اَتھ منٛز بعضے رامایَن تہٕ مہابھارت کہِ مٔدرِ تہٕ روان آہنگُک تقلید تہِ محسوس سپدان۔ موتی لال ساقی ین ییٚمہِ آیہِ پٔنُن ترجمہٕ کوٚرمُت چھُ تمہٕ ستۍ چھےٚ اَمہِ تصنیفہِ ہنٛز شعرٕ تخلیقہٕ رٔنگۍ حیثیت نظرانداز کرنہٕ آمٕژ۔ عیاں چھُ زِ اَتھ چھُ ساقی تٔمن ترجمہٕ کارن ہٕنٛدِ ہِ نقشِ قدمس پیٚٹھ پوٚکمُت یمو تٔمِس بروٚنٛہہ اَمہِ تصنیفہِ ہُنٛد ترجمہٕ ڈ ویمِن زبانن منٛز کوٚرمُت چھُ تہٕ یم ترجمہٕ چھِ تٔمِس اَتھ ترجمہٕ عملہِ دوران زیرِ نظر تہٕ روٗدۍ ہٕتۍ۔ یِمن منٛز چھِ سٹین تہٕ رگھوناتھ سنگھ ہنٛزٕ راج ترنٛگنی ہِ خاص پأٹھۍ شأمل۔ ترجمہٕ فنکی واریاہ عأٚلم چھِ ییٚمہِ کتھہِ ہٕنٛدۍ پاسدار زِ شأعری ہُنٛد ترجمہٕ گژھِ شأعری منٛزے کرنہٕ یُن۔ تِکیازِ بقولہِ پوسٹ گیٹ ہرگاہ شأعری ہُنٛد ترجمہٕ نثرس منٛز کرنہٕ ییِہ اَتھ منٛز ہیکہِ گوڈنٛیتھے ووفادأری ہٕنٛدِس اصولس زکھ وأتِتھ۔ شأعری ہُنٛد ترجمہٕ شعرن منٛزے کرُن چھُ ییٚمہِ لحاظٕ تہِ صحیح۔ مثلاً بقولہِ رابأرٹ فراسٹ ''شارُت گووتہِ کیٚنٛہہ ہا ترجمس منٛز راوِ''۔ وونۍ ہرگاہ ترجمہٕ کار شعرُک ترجمہٕ شعرس منٛزے کرِتس ہیکہِ تتھ منٛز پننہِ اسلوٗبی اُڈرنہٕ تہٕ پننہِ تخلیقی بترٕ حسابہٕ تتھ منٛز شارُت ووتلاوُنُک موقعہٕ میسر سپدِتھ۔ ہتھہٕ پأٹھۍ ہیکہِ سُہ پننِس اَتھ ترجمس منٛز رأوۍ ہتہِ شارِچ برپأیی تہِ کٔنہِ حدس تام کٔرِتھ۔ کیٚنٛہہ ون عألمن ہُنٛد چھُ ہتہِ وَنُن زِ چنانچہ شأعری ہُنٛد ترجمہٕ چھُ ناممکن تہٕ اصل تخلیق کارسُنٛد اسلوٗب پاناوُن چھُ محال۔ اَمہِ سبہٕ چھُ بہتر زِ شأعری ہُنٛد ترجمہٕ گژھِ نثرس منٛزے کرنہٕ یُن۔ خاص پأٹھۍ چھُ میتھیوٗ آرنلڈ اَمہِ رایہِ ہُنٛد پکھۍ در۔ مگر اَتھ چھُ سوال زِ تتھ ترجمس وَنوا پتہٕ ترجمہٕ کِنہٕ تشریح۔

دراصل چھُ ترجمٕک مقصدے ترجمٕک طریقہِ کار متعین کران۔ چنانچہ راج ترنگنی ہِنٛز افادیت چھےٚ بیشتر ادبین نِش بطورِ شاعری کم تہٕ بطورِ تواریخی مواد زیادٕ۔ یہِ تصنیف چھنہٕ اَسہِ نِش کاہن سُند داستان گوئی ہُند فن نیشہِ ناوان بلکہ تَسنٛدِ تواریخ نویسی ہنٛز ہونر۔ اَمی سبہٕ چھُ بیشتر عالموتہٕ اَمہِ کیُو ترجمہٕ کار واَمہِ کہِ بیانیہ پٮ۪ٹھس نسبت اَمہِ کِس موادس اہمیت دِژمٕژ۔ موتی لال ساقی لیس نِش تہٕ چھےٚ راج ترنگنی ہنٛز اہمیت تہٕ اِفادیت یِی۔ یِیمہِ سبہٕ ٹمُو تہٕ نثر ترجمس ترجیح دِژمٕژ چھےٚ۔ اُتھ ترجمس ہیکو اَسی ڈرائیڈن سنٛز زبٲنی منٛز پرافریزنگ تہٕ وَنِتھ۔ یعنے سُہ ترجمہٕ یَتھ منٛز ترجمہٕ کار اکھ محدوٗد اندازٕچ آزادی تہِ ورتاوان چھُ تہٕ یتھ منٛز تس اصل مصنف پٔتھ ژٕیہہ دیدمانہٕ تہِ روزان چھُ۔ وۄں گوو اکثر چھُ لفظن ہنٛز شٹھ پابندی کرنہٕ بجایہِ مفہومس پابند روزان۔ تِتھِس ترجمس ہیکو اَسی مصنفِ اساس ترجمہ وٕنِتھ نہ زِ قٲری اساس ترجمہ۔

راج ترنگنی کٲشرِس منٛز پھرنس چھےٚ کینہہ آسانٕشہِ تہِ تہٕ کینہہ مسلہٕ تہٕ۔ مثلاً تِتھِس تواریخی موادس چھُ عام اطلاعٲتی موادٕ کی پاٹھی ترجمس دوران وٕتھی پوٗٹھی پاٹھی ژورِ قسمہِ کٮ۪ن لفظن ہٕندی متبادِل ژھانڈنس منٛز مشکل یِتھ ہیکان۔ اول نباتٲتی یا جغرافیٲیی پہلوٕکی، ژٕ دیم سماجی کلچر یعنے کام کار تہٕ رسم و رواجن ستی وابستہٕ لفظ، ترٕیم مادی کلچرس ستی وابستہٕ لفظ تہٕ ژوٗرِم اسم خاص۔ بامے تم زوٗدی آسن یا اَزوٗدی۔ وۄں گوو راج ترنگنی ہُند ترجمہٕ کرنہٕ وِزِہیکہِ ہن تِتھی ہوی مسلہٕ کےٚ سی دت یار گھوناتھ سنگھ نتہٕ بیہہِ کاٗنسہِ وو پر ترجمہٕ کارس بُتھِہ یتھ نہ زِ ساقی لیس۔ تِکیازِ راج ترنگنی ہُند تہذیب چھُ تَسُند قدیم کاٗلی تہٕ پرون تہذیب یِیمہِ نِش سُہ مُلے وو پر چھُ نہ۔ ژٕ دیم کتھ چھےٚ یہِ تہٕ زِ انگریزی زبٲنی نسبت چھےٚ راج ترنگنی

کأشرِس منٛز پھِرٕنی آسان۔ تِکیازِ کأشر زبان چھےٚ ہتہٕ وادن ؤرین سنسکرت بِکس اثرس تل روٗزمٕژ۔ بلکہ چھےٚ یہِ اکہِ حسابہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛز تمی انمانہٕ لفظہٕ کُتھ اُسمٕژ ییتھہٕ پأٹھی امہِ پتہٕ فارسی زبان روٗزمٕژ چھےٚ۔ امہِ سبہٕ چھنہٕ اَتھ ترجمس منٛز لفظہٕ متبأدِلن ہُند کانٛہہ تہِ مسلہٕ۔ یہِ کتھ چھےٚ موتی لال ساقی ہٕندِس ترجمس منٛز تہٕ عیان۔ ووں گوو سنسکرت زبأنۍ پیٹھ کأشرِس منٛز ترجمہٕ کرنس چھِ کینٛہہ مسلہٕ تہٕ تہٕ یم مسلہٕ ہیکن راج ترنٛگنی ہٕندِس ترجمس منٛز ییتھ۔ یہٕ کرِ یتھن موتی لال ساقی سُند ترجمہٕ زیرِ نظر تھأوِتھ صرف دون مسلن کُن اِشارٕ۔ اول یہِ زِ سنسکرت چھےٚ اکھ analytical زبان ییلہِ زن کأشر زبان اَتھ برعکس synthetic چھےٚ۔ گوڈنکہِ قسمہٕ چہٕ زبأنۍ پیٹھ دٔ ویمہِ قسمہٕ چہِ زبأنۍ منٛز ترجمہٕ کرنس منٛز چھُ ہمیشہِ طوالتُک دخل روزان۔ چنانچہ باسان چھُ زِ ساقی چھُ یمن دون زبانن ہنٛزن یمن الگ اِلگ خصوٗصیژن نِش وأقف اوسمت۔ شاید چھِ تمی تٕمۍ تشریحی ترجمس کأم ہیٚژمٕژ۔ اَتھ برعکس ہرگاہ سُہ شعرن منٛز ترجمہٕ کرِ ہے تیٚلہِ ہیکہٕ ہن تس ییتھی ہوٕ زبأنۍ مزاژِ کرِ تہٕ صوتی کیٚو نحوی مسلہٕ ترجمس دوران تھوس اُنتھ۔ دٔ ویم مسلہٕ چھُ یہِ زِ راج ترنٛگنی ہنٛز سنسکرت زبان چھےٚ اُٹھ شتھ ییٚٹھی ؤری پرأنی تہٕ سنسکرت زبأنۍ ہٕندِس قدامتس ہم پلہٕ واتُن نہ اوس موتی لال ساقی ہٕندِ باپتھ ممکن تہٕ مناسب۔ ییتھہٕ پأٹھی تہِ چھُ ترجمُک یہِ اکھ اہم اصول زِ اصل کوتاہ تہِ پژون اُسی تن ترجمہٕ کارس پزِ تمی زمان و مکانٕچ زبان ورتاوٕنی ییتھ منٛز سُہ لسان بسان آسہِ۔ ووٕنی گوو زِ بعضے چھُ ترجمہٕ کار ییتھن ترجمن منٛز زورٕ قدامت دوتلاوٕنٛچ کوشش کران۔ شاید ییمہِ سبہٕ زِ اصلس ستی گژھہِ ایمانداأری ورتادنہٕ تہٕ مگر اَمہِ ستی ہیکہِ کُنہٕ کُنہٕ اصلہٕ بِکس خیالہٕ ترسیلس دَدار تہٕ وأتھ۔ مثالے نی تو ژوٗرِمہٕ ترنٛگُک شلوٗک نمبر

259۔یتھ منز چنکن تہٕ راز للتا دتیہ پانہٕ وٲنۍ ہم کلام چھِ۔ساقی ین چھُ امیک ترجمہٕ یِیمہِ آیہ کوٚرمُت: ''ہسٕتس لٔدِتھ مکدٕ پیٹھ سگات ہنٛز موٗرتھ گرٛشِ داس ڈالہِ کنہٕ اننہٕ تیٚزٕ''۔

اول چھُ اَتھ منز لفظ''سگات'' یُس بیشتر کأشرٕن قأری ین ہٕندِ باپتھ ناقأبلہِ فہم اَستھ ہیکہِ۔شاید ہیکہِ ہے اَتھ جایہِ ترجمہٕ کار عام مُروجہِ لفظ''بدھ'' یا ''گوتم'' ورتأوِتھ۔یِیمہِ سِتۍ مفہوم واضح سپدِ ہے۔چنانچہ ترجمہٕ چھُ اکہِ خاص قأری ورگہٕ باپتھ لوغاتچ کأم تہِ دِوان مگر ہرگاہ ترجمس تہٕ لوغات درکار پیٚیہٕ، تیٚلہِ ہیکیٚا یہِ ترجمہٕ سُہ مقصد پوٗرٕ کٔرِتھ کِنہٕ نہٕ۔اَتھ متعلق ہیٚکہِ اندیشہِ سپدِتھ۔ ہرگاہ اَمہ ترجمہٕ جملہٕ چِہ جملہٕ بندی سٕنٛز، اَتھ منز تہٕ چھےٚ کوتأہی یِیمہِ سٟتۍ مفہوم مبہم سپدان چھُ۔دراصل چھِ ساقی لیس اَمہِ شلوکُک ترجمہٕ کرنہٕ وِزِ اکہِ مرکب لفظٕ پیٹھہٕ نظر ڈٕجمٕژ۔تَتہٕ چھُ امیک مفہوم یِیمہِ آیہِ:

''مگدھ دیشہِ پیٹھ یوسہٕ بدھ ہنٛز موٗرتی ہُسٕتس پیٹھ اناونہٕ آیہِ، سو دِیہِ تومےٚ۔مےٚ پیٹھ کٔرِ تو احسان۔'' یہِ امری لہجہِ چھُ اصلس منز تہٕ ٹاکارٕ۔مگر ترجمس منز چھُ نہٕ نوٚن۔یِژِ ہِشہِ کوتأہیہِ چھےٚ پیٚیہٕ تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ۔مثالے نٟ تو شلوک نمبر261، یِیمیُک ترجمہٕ یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ:

''یِتھہٕ پأٹھۍ ہُشیأری سان مٔنٛجہٕ بھگوان بدھ ہنٛز موٗرتھ وِژ راژن تس یُس کتالن کتھن تھوٚپ دِنُس اہل اوس''۔دراصل چھنہٕ کلھن چنکن ہنٛزِ کتھ کتالن کتھن تھوٚپ دِنہٕ چہِ اہلیژ ہنٛز کتھ کران۔بلکہ چھُ تمۍ اَتھ منز کتھ کُتال چنکنس بروٚنٛہہ کُنہِ راژ للتا دتیہ ہنٛزِ بے بسی

ہنٛز کتھ کرٕنٛ۔ تمی چھُ اصل متنس منٛز شلوککہِ ڈویمہِ مصرٕک لہجہِ سوالیہ۔ یعنے اصل مدِ نظر تھاوِتھ چھُ امیک مفہوم یتھہِ پأٹھی: تٔہندِ یتھہِ پأٹھی طریقہِ سان گُذارِش کرنہٕ پتہٕ دِژ رازن تس بدھ ہنٛز موٗرتی۔ کس ہیکہِ کتھ کُتالن ہنٛز کتھ بند کرِتھ سکتھ اُستھ؟''

ووں گوو یمو کوتاہیو باوجوٗد چھنہٕ یتھ ترجمس منٛز ترٛٹھن مثالن ہنٛز کمی ییٚتہٕ ترجمہٕ اصلس نکھہٕ چھُ یا ییٚتہٕ کلھن ہنٛد مفہومٕچ صاف تہٕ واضح عکأسی سپدان چھےٚ۔

پتہٕ چھُ پزرٕ زِ راج ترنگنی چھےٚ ترٛٹھ اکھ تصنیف یتھ کأشرِس تحقیقی حلقس منٛز ورتاون والین ہنٛز کمی چھنہٕ۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھِ بیشتر ترجمہٕ کامہِ قأری ین باپتھ کرٕ یشان مگر راج ترنگنی ہنٛدِ یمہِ کأشرِ ترجمک لوٗگ لون ہیکہِ ہے اُتھ برعکس اُستھ۔ وونی گوو یہِ اوس تیٚلی ممکن ییٚلہِ یتھ منٛز متنہٕ کس ترجمس ستی ستی حوالہٕ حأشیہِ تہٕ وضاحتی تمی اَنمانہٕ آسہٕ ہن یمہِ آیہِ ستین سنٛز راج ترنگنی منٛز چھِ۔ دراصل چھےٚ نہ راج ترنگنی محض ترٕچھ طلب گار بلکہ گرٛھِ ترجمس ستی ستی تحقیق تہٕ آسُن۔ یتھہِ پأٹھی چھےٚ یمہِ تہٕ ہتھو ہوبو اَمہِ تصنیفہِ ہنٛدو کأشرو ترجمو باوجود ستین بیتر ترجمہ کارنِ ہنزن ترجمہ راج ترنگنی ین ہنٛز اہمیت قأیم تہٕ تہٕندٕ متن زانٛنس منٛز ہیکہِ یتھن ترجمن ہُنٛد وول محض امدأدی اُستھ۔ اَمہِ باوجود تہٕ چھنہٕ یمہِ ترٕچھ اہمیت کم کینہہ تہٕ۔ تِکیازِ یہِ چھُ تِمس قدیم قدآوار کأشرِس قلم کارسنٛزِ تصنیفہِ ہُنٛد ترجمہٕ یمیٚ کٔشیرِ دُرِس برصغیرس منٛز توأریخ نویسی منٛز امتیاز بخشُمت چھُ۔

''البیروٗنی سُند ہندوستان'' ترجمہ: اکھ جأیزٕ رتن لال شانت چھُ کأشرِ زبأنی ہنٛدین صف اوٚلکین افسانہ نگارن تہٕ نقادن منٛز شأمل۔ کأشرٕ زبأنی منٛز چھُ ترجمہ کأری تہٕ تٔسند اکھ موٗلُل دیُت۔ تسندِ ڈٕسی کرنہٕ آمتین ترجمن منٛز چھِ دٕویمو

زبانو پیٹھ کاشرِس منز تہٕ کاشرِ پیٹھ دۄیمین زبانن منز کرنہٕ آمتۍ ترجمہ تہٕ شامِل۔ دۄیمیو زبانو پیٹھ یم کینہہ ترجمہ تمو کٔرۍ متۍ چھِ تِمن منز چھِ انتونی چیخوف سندِ ڈرامہک ترجمہ یُس 'ترٕے بێنہ' ناوِ چھپیو مُت چھُ۔ امہِ علاوٕ چھُ، بنگالی ناول نگار رماپد چودری سنزِ ناولہ ''گربدلی'' ہُند ترجمہ، تہٕ آسکر وایلڈ سُند سیلومے ''ناوِ ڈرامہک ترجمہ تہٕ شامِل۔ یمو چھُ نامور کاشرِ شاعر رسُل میر تہٕ شیخ اُلعالم کیو دینا ناتھ نادم سُند کینہہ کلامہ تہٕ ہیندی زبانہِ منز پھیرِ مُت۔ یمو ترجمو علاوٕ چھےٚ یمن ہنزا، اہم ترجمہ کام ''انڈیا بارے البیرونی'' تصنیفہ ہُند ترجمہ یُس ہرگاہ یمو ۲۰۰۱ عیسوی منزٕے مُکمل کوٚرمُت اوس اماپوٚز یہ آو ۲۰۰۹ عیسوی منز ''البیرونی سُند ہندوستان'' ناوِ نیشنل بک ٹرسٹ کہ اہتمامہ شایع کرنہٕ۔ یہ کتھ چھُ پرتھ کانہہ زانان زِ البیرونی سنز شوہر آفاق تصنیف ''کتاب اُلہند'' چھےٚ قدیم ہندوستانس مُتلق زانکاری ہُند پٹارٕ۔ کتاب اُلہند چھےٚ بُنیادی عربی زبانہِ منز یمیُک انگریزی ترجمہ نامور جرمنی عالم ڈاکٹر ایڈوارڈ سی سخاو ہِندِ ذٔسۍ کرنہٕ آمت چھُ۔ امہ انگریزی ترجمُک گوڈنیک ایڈیشن سپُد ۱۹۶۲ عیسوی منز پاکستانہٕ پیٹھٕ تہٕ دۄیم ۱۹۶۴ عیسوی منز دہلی پیٹھٕ شایع۔ ''انڈیا بارے البیرونی'' چھےٚ سخاو ہِندِ ترجمُک اکھ موخصر ایڈیشن یوس قیام الدین احمدن ایڈٹ کٔرمژ چھےٚ تہٕ نیشنل بک ٹرسٹ ذٔسۍ چھےٚ ۱۹۸۳ عیسوی منز شایع سپزٕ مژ۔ البیرونی سنزِ تصنیفہ منز چھِ شیتھ باب۔ مۄل تصنیفہِ ہندۍ یم ساری باب چھِ یتھ موخصر ایڈیشنس منز شامِل تہٕ یم چھِ تمی ترتیبہٕ تہٕ۔ وونۍ گوٚو یتھ منز چھُ تیُتھ کینہہ موادتراونہٕ آمت یُس نہٕ مُدرِس عام قٲری ہندِ باپتھ دِلچسپ تہٕ سۄدمند باسیو مُت چھُ۔ وونۍ گوٚو امہِ تراونہٕ آمتہِ موادٕچ ذِکر چھےٚ حاشین تہٕ حوالن منز دِنہٕ آمٕژ۔ مثلن اصل

کتاب الہندُک اکھ نُمایاں حصہ چھُ علم نجوم کین اصطلاحی زاُوِجارن مُتلق ۔امیک بیشتر حصہ چھُ یِمہ موخصر ایڈِشنہ نیٚبر تھاونہ آمُت۔ کنٕہِ گنٕہِ چھُ ۱۹۶۴ عیسوی کہِ ایڈیشن منز کینہہ تفصیل ژھوٚٹراونہ آمٕژ مگر تِہنز متِنی ژھوٚٹرن چھےٚ حوالن منز دِنہ آمٕژ ۔امہ علاوٕ تہٕ چھِ کینہہ غاٗر ضرٛوٗری تفصیل یِمہ منز خاٗرج کرنہ آمٕژ ۔ ووٗنی گوٚو موخصر ایڈِشن آسنہ باوجوٗد چھےٚ یہِ تصنیف البیرٛوٗنی سٕندِ ہندوستانچہٕ زندگی تہٕ امہ کین مُختلف پہلوہن ہنٛز اکھ واضیح تصویر بروٗنہہ کُن انان۔ قیام الدین احمد سٕنزِ امی تصنیفِ ہُند ترجمہٕ چھُ ''البیرٛوٗنی سُند ہندوستان'' ناوٕ کاٗشرس منز کرنہٕ آمُت ۔

یہِ ترجمہ چھُ گوڈنچی نظرِ ترجمہ کار سٕنزِ انتھک میحنژ تہٕ تیٚسندِ وسیع مُطالیچ عکاٗسی کران ۔کینژن ترجمہ نقادن ہندِ کنہِ چھُ شعرٕ ترجمہ مُقابلہ نثرٕ ترجمہٕ کینژ ورنگو آسان ۔ چاہے سہٕ نثر تخلیقی آسہ یا اطلاعی) ۔یہِ بیان چھُ کنٕہِ حدس تام صحی تہٕ ۔تکیازِ نثری عبارت چھےٚ شاٗعری ہندِ لیہ لہلاوتہٕ زباٗنی ہندین پاٗراُوٕ ولن نشہِ مچھِ آسان ۔مگر یژھِ کتابہِ ہُند ترجمہ چھُ عام نثری ترجمہ کامیوکھوتہٕ زیادٕ عرق ریزی ہُند طلبگار۔ مثلن عام پاٹھی چھُ تخلیقی نثرکس ترجمس منز ترجمہ کارس یہِ اوپشن روزان زِ سہٕ بناودیا پننس ترجمس قاٗری اساس کِنہٕ تخلیق کاراساس، تِکیازِ تتھین ترجمن ہُند چھیکرٕ سی مقصد چھُ ترجمہ زباٗنی ہندین قاٗرین تام امہ تخلیقہِ ہُند تخلیقی ھس واتناوُن روزان۔امہ باپتھ ہیکہ ترجمہ کار پننہ طرفہ تہٕ کم کاسہِ ہُریر چھونیر کرِتھ پننہِ فنگ تہٕ مُظاہرٕ کرِتھ۔تہٕ اکثر چھُ تتھین ترجمن منز یمن ولن ہُند ورتاوسپدان تہٕ یُس درگذرتہٕ سپدان چھُ۔مگر یتھ ترجمس منز چھےٚ نہ ترجمہ کارس یتھ آزاُدی۔ تصنیفہ ہنز اہمیت تہٕ افاٗدِیت مدِ نظر تھاُوِتھ چھےٚ نہ ییٚتہِ کُنہ تہٕ قسمٕچ

آزاُدی یا سہلن گاٗری در گنذر کرنہٕ ینٛگ سواہلے۔ امہ سبہ گژھن پژھ کتابہِ ہندس
ترجمہ کارس عام ترجمہ کارن مُقابلہ غاٗر معموٗلی خوٗبیہ تہٕ بتر آسُن ۔ یمن ہُند مظاٗہر
شانت صاٗبن یتھ ترجمس منز کامیاب پاٗٹھی کوٗرمُت چھُ۔ مثلاً یہ کتھ چھےٚ اکثر
ونہٕ یوان زِ اُکس کامیاب ترجمہِ کارِ ہنز پیٚٹھے بانہ خوٗبی چھےٚ یہ زِ تمس گژھ ترجمہِ
زباٗنِ ہنٛز ہنٛز مؤلہِ زباٗنی ہندِ لفظیٚن چ تہٕ لفظن ہنٛز وابستہ معنوی انسلِکاتن ہُند برپوٗر علم
آسُن ۔ مگر''البیرؤنی سُند ہندوستان'' کِس ترجمس منز چھُ نہ یتھےٚ کاٗفی۔ بلکہ
چھِ اتھ امہ علاوٕ بیٚیہ تہِ کینہہ مسلہٕ ۔ مثلاً اتہ چھےٚ اصل زبان لفظہِ تہٕ اصطلاٗحی لفظو
رٕنگی ڈیکجل تہٕ مالدار تہٕ ترجمہ زبان تمی انمانہ امہ رٕنگی محدوٗد تہٕ کم مایہ۔ یتھس
ترجمس منز چھِ اکثر ترجمہ کرنس دوران لفظ راوٕ زیٹھان تہٕ ہونٛز ژھوٹان ۔ خاص
پاٗٹھی چھُ سانہ زباٗنی منز علمی موضوٗعن منز ورتاوٕ بایتھ لفظن ہنز ویرٛ ھے۔ووٗنی گوٚو
یٚیمہ تصنیفہِ ہندس ترجمکارس چھےٚ یہ خصوٗصیت زِ ترجمہ کار چھُ کاٗشرِ زباٗنی ہُند اکھ
اہم فِکشن نگار تہٕ تھدِ پایک فِکشن نقاد تہٕ۔ شانت چھُ کاٗشرین تنقید نگارن منز
یٚیمہِ لحاظٕ وکھرٕ زِ تنقیدس منز چھنہٕ تسُند نثر محض بیان یا تذکری آیک آسان ۔
بلکہِ چھُ سہٕ پننہ تنقیدی زباٗنی تہٕ بختک رنگ کھارنس منز ماٗہر۔ سہٕ چھ پننس تخلیقی یا
تنقیدی نثرس منزٕ رنگہ رنگہ انساٗنی صوٗرت حالن تہٕ اَولین احساسن کیو تصوٗرن
موزوٗن تہٕ برمحل لساٗنی صوٗرت دِنہ بایتھ لفظ دُریاف کرنس منز اکھ پوٚختہٕ کار۔
تیٚسنز یہ سُرتھ سوچتھ لفظ ورتاونچ کل چھےٚ یتھ ترجمس منز تہِ۔امی خوٗبی کِنی چھُ
سہٕ مختلف تصوٗرن تہٕ خیالن صاف تہٕ واضح پاٗٹھی ترجماوِتھ لوگاٗتی ٹھرٕ مسمار کرنس
منز کامیاب سپُدمُت ۔خیالن ہندِ واضح منتقلی بایتھ یٚیلہ تس بدس لفظس اِصطلاٗحی
لفظ رٕنگی پُشنے ہنز ضروٗرت پیوان چھےٚ سہٕ چھُ نہ بحرِ محیط، جدوٗل یا ثلیث ہوٚی

فارسی یا رسایِن، آواگمن، یا اندریانی ہِوی سنسکرت لفظ ورتاونس وایہ بران تہٕ نہ کأشرِ زبأنۍ ہُندی مشرأوِمتۍ یا کم معرٗف لفظن ورتاونس دریغ کران۔ یتھ پأٹھۍ چھےٚ تمۍ ترجمہ کرنس سٍتۍ سٍتۍ کأشرِ زبأنۍ ہِندس باوتھ بٔرِس کُشادگی دِنچ کوٗشش تہِ کرٕمٕژ۔

نی تو ووٗنۍ بیاکھ پہلوٗ۔ ''البیروٗنی سُند ہندوستان'' تصنیفہِ ہنز اصل گوٗج چھےٚ قدیم ہندوستانس مُتلق زانکأری تہٕ معلوٗمات۔ تہٕ ترجمہ کارس نِش تہٕ چھُ ترجمٕک پی مقصد زِ یہ زانکأری گژھہ صاف تہٕ واضح اندازس منز ترجمس منز مُنتقِل سپدٕنۍ۔ مگر سخاوٕہنز امہِ تصنیفہِ ہِندِ ترجمٕک یوٚہے مسلہ چھ اہم تہٕ یہے کتھ چھُ یِمہِ چہِ ترجمہ کأری اکھ امتیاز بخشان۔ البیروٗنی چھُ ہندوستأنۍ مُطالیاتک بابہ آدم تہٕ تمۍ ہنز ''کتاب اُلہندس'' چھےٚ امہ باپتھ بُنیأدی تحقیقی موٗادِچ افأدیتھ۔ امہ سبہ چھُ نہٕ یژھِ کتابہ ہِندس ترجمہ کارہِندِ باپتھ محض ترجمہ کار آسُن اہم یا تٕہندِ باپتھ چھےٚ نہ صرف دون زبانن ہِندِ لفظیاتچ زان آسٕنۍ یا لفظن ہندی مُتبأدِل دِنچ اہلیت کأفی۔ بلکہ گژھِ سہ اکھ باصلأحیت ترجمہ کار آسنس علاوٕ پرانہِ ہندوستانکہِ تہذیب تہٕ توأریخہ نِش تہِ کأفی زأنۍ یاب آسُن۔ تکیازِ کتاب اُلہند چھےٚ یہے ڈٕری ساسا پرأنۍ۔ تہٕ اتھ وقتس دوران گٔیہِ نہ صرف ہندوٗستانچہ سیأسی جوغرافیہ اندر تبدیلیہِ ہا بلکہ ترأوِی یِتِکۍ تہذیبن تہٕ کتۍ کرٕژھ۔ وارِیاہن جایہِ ناون چھےٚ اتھ وقتس دوران ناوِ بدلی تہِ سپٕزمٕژ۔ مأدی تہذیبس سٍتۍ وابستہ چیزن ہنز جاے رٔٹ نویو چیزو۔ ییٚتھ یہ تہِ زِ البیرٗنی لیس اوس أکس دوٚیِ پر تہذیبس سٍتۍ واسطہ۔ سہٕ کوتاہ تہٕ زأنکار آسہِ ہے ہندوستأنۍ تہذیبک تمہ باوجوٗد تہٕ آسہ ہن تس تلفظ تہٕ تحریرٕکۍ مسلہ بُتھِ تہٕ تٕہندس ترجمہ کارس سخاوس تہِ یُس دوٚیِ پر زبٲنِ منز تحریر کرنہ

آمژ وو پرتھذیچ زانکاری دۄیمہ زبانٔی منز پھران اوس۔ ترجمس دوران آسہٕ ہن تس لاازمن یتھی مسلہ درپیش۔ امہ سبہٕ چھےٚ امہ کس ترجمہ کارسنز کاٗم زیادٕ مُشکل۔ تکیازِ تس برونہہ کنہ یُس ہندوستان امہ کتابہ ہندِ وساطتہ جلوگر اوس تتھ اوس کُنہ کُنہ گچھرتہٕ۔ امہ گژُک اعتراف چھُ ترجمہ کار یتھ پأٹھی کران:

''ہندوستانٔی ناوٕ خبر کتھ پأٹھی یوٗزِ البیروٗنی ین پتہ لیکھِن عربی خطس منز تہ پتہٕ کتھ کُنہ تأرِکہ تم کأتبن تہ اُخرس کیا کرِ سخاو رومن خطس منز......شاید اُسیٚ نہ تمی کیٚ سندِ وقتہ لسانیاتُکی خط پھریہٕ ہندی معیار رأتیچ۔''

غرض شانت صأبس اوس بیک وقت لفظن ہندی مُتبأدِل تہ تلاش کرنی تہ اُکس طویل وقتہ پھیرس لانبہ تأرِتھ وشفن تہ کوتاہین ہنز گردِ تہ گچھرس تل دوبراونہ آمُت امہ تصنیفہ ہُند دُنیا تہ صاف پأٹھی ٹاکارٕ کرُن۔ تہ سہٕ چھُ پننہِ امہِ رولہ نِش باخبر تہ۔ تمو چھنہ چھرا انگریزی متنس کأشراونچ کاٗم کرمژ بلکہ ترجمس منز یتین ضروٗری باسیومُت چھس پننہِ طرفہ چھِن کتھن تہ کینژن اصلأحی لفظن وضاحتہٕ کرنہ باپتھ فُٹ نوٹ دِتی متی۔ یمہ ستی کتھن گینژ دراہمژ چھےٚ۔ یم نوٹ چھ سخاو سندین نوٹن برژرتہ کران یتہٕ امہ ترجمہ چہٕ افأدیژ منز ہُریر تہٕ کران۔

یہ ترجمہ کرنہ وِزِ چھُ پروفیسر شانت صأبس امہ کتابہِ ہندی دۄیمن زبانن خاص پأٹھی اردوزبانٔی منز کرنہ آمُت ترجمہ زیرِ نظر روٗدمُت۔ ترجمہٕ کأری منز چھُ یہِ ضروٗری۔ ہرگاہ کُنہِ کتابہ امہِ برونہہ تہِ بییہٕ کانہہ ترجمہ کرنہ آمت آسہِ سہٕ درنظر تھاوُن یا تمہِ نِش استعفادٕ کرُن چھُ ترجمُک اکھ مانِنہ آمُت اصوٗل۔ امہٕ ستی چھُ بعضے ترجمہ کرنہ ینہ والس مواد اُنزی منزی گرژھنس منز مدد میلان، بعضے

چھُ امہٕ بروٗنہہٕ ترجمک حُسن قبوٗ پرکھاونہٕ یوان یا بعضے چھےٚ ترجمہ کارس تمن غلطی ین مُتلق خبر لگان یم امہِ بروٗنہہ ترجمہ کارس سپزٕ مژٕ آسن ۔ چناچہِ ییتھ ترجمس دوران یُس اردوٗ ترجمہ ترجمہ کارس زیرِ نظر روٗ دمُت چھُ ، تمہٕ سٟتی چھِ نہٕ صرف تمہٕ چہِ کوتاہیہِ ٹاکارٕ سپزٕ مژٕ ، بلکہ چھےٚ ورگہ پاٹھی ترجمہ کارٕ سنزٕ محققانہ تہٕ ناقدانہ شوز بوز تہٕ پیٖن لگمژٕ۔

یہ کتھ تہٕ چھےٚ دیان دِنس لایق زِ ''انڈیا باے البیرٗونی'' تصنیفہِ ہُند ترجمہٕ چھُ ییمہِ رٔنگی تہٕ عام ترجمہ عملہِ نِش بدوٗنہٕ زِ امیک ترجمہ کار گژھِ ہر فن مولا نٔے تہٕ ہر فن وأقِف آسُن ۔ عام طور ییلہِ کُنہِ اِطلاعأتی نوعیتچہِ کتابہِ ترجمہ کران چھِ تتھ منز دِنہٕ آمٕژ اطلاع چھِ اکس موضوعس سٟتی وابستہٕ آسان۔ مگر یہ تصنیف چھےٚ رنگارنگ موضوٗعن وِحاطہٕ کرِتھ۔ ہیندی فلسفہ ، عقایٔد ، اؤسطوٗر ، فلکیات ، نجوٗم ، جوغرافیہ ، ناپ تول ، رسم ریواج تہٕ بیٚیہٕ تہٕ کم کم موضوع۔ سہٕ تہٕ قدیم ڈِسکورسس منزٕ۔ یم مُختلف موضوع چھِ نہٕ صرف اصل مُصنف سُند رینج نیشناوان بلکہ چھِ ترجمہ کارٕ سنزٕ وسیع نظر تہٕ بروٗنہہ کُن انان ۔ یہ ترجمہ چھُ یہ کتھ ٹاکارٕ کران زِ ترجمہ کارس چھےٚ یمن رنگارنگ موضوٗعن تہٕ مفہوٗمن پیٹھ پوٗرٕ پاٹھی تھِھ ، مون زِ ''کتاب الہنُد'' ک موضوٗع چھُ ہندوستان تہٕ اتھ منز یمن علم ، فلسفہ ، اؤسطوٗر بیترِ گوشن مُتلق لیکھنہٕ آمُت چھُ تمو منز چھِ بیشتر ترجمہٕ کارٕ سندِ پتھ کالکی وِرثگ حِصہ۔ مگر ضروٗری چھنہٕ زِ ہندوستأنی تہذیبس سٟتی وابستہ پرتھ کانہہ عالم آسہ یمن سارنٕے موضوٗہن نِش پوٗرٕ پاٹھی وأقف۔

بحر حال ''کتاب الہند'' چھےٚ پتہٕ وتہٕ پیٹھ مُختلف مورخن تہٕ محققن ہنزٕ وتہٕ گاشراوان آمٕژ ۔ معلوٗماتن ہند یہ خزانہٕ چھُ کشیرٕ ہندِ پتھ کالکی تہٕ کینہہ رنگ

برونٛہہ کُن انان۔ امچہٕ اہمیژ ٚکنی چھُ اتھ وُنس تام مختلف زبانن منز ترجمہ کرنہ آمُت۔ یہ چھےٚ سأنۍ خوش بختی زِ شانت صأبنہِ یٖمہٕ ترجمہٕ ستۍ سپز سأنۍ زبان تہ یمن زبانن منز شأمِل تہ مےٚ چھےٚ وومید زِ ماجہِ زیوِ ہندِ یٖمہِ أنہ منزٕ ہیٚکن اسہ پننہ پتھ کالکۍ انہار زیادٕ صاف تہ ترٛ بوزنہ یتھ۔ یہ ترجمہ چھُ یہِ اہمیت تہٕ ٹاکارٕ کران زِ ترجمہ کار چھُ یہ وننس حق بہ جأنب زِ یٖمہِ ترجمہٕ ستۍ ییہِ البیرؤنی ہنٛزِ عألم گٔشیرِ تہٕ کأشرِس زیادٕ نکھٕ۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھأوتھ یہ ترجمہ چھُ اکھ تھٕکنٕۍ لایق کأم تہ سانہ زبأنۍ ہندس تحقیقی نثرس اکھ موٗلُل برٛزر۔



